# ماں

ناول



میکسم گورکی

میکسم گورکی

# ماں

( ناول )



جموں اینڈ کشمیر اکیڈمی آف آرٹس کلچر اینڈ لنگویجز سرینگر

۱۹۶۹ء

WORLD CLASSICAL LITERATURE SERIES NO: 1

MAA'EJ KASHMIRI TRANSLATION OF MAXIM GORKY'S NOVEL "MOTHER" BY ALI MOHAMAD LONE.

PUBLISHED BY THE
J & K ACADEMY OF ARTS CULTURE & LANGUAGES SRINAGAR KASHMIR.
1ST PRINTING: 1969
Price: Rs.



عالمی ادب سلسلہ نمبر: ۱

اصل: میکسم گورکی

ترجمہ: علی محمد لون

ناشر: جموں و کشمیر کلچرل اکادمی سری نگر

تیداد: پانٛژھ ہتھ

قیمت:

چھاپ: ڈیلائٹ پرنٹرس سرینگر

گوڈنیک اڈیشن: ۱۹۶۹ء (اعلیٰ پرنٹنگ پریس دہلی)

# ماج

دون حِصَن منز اکھ ناول

کارخانیچ سیٹھی اُس دفہٕ ہتیٚ مۆزوٗرن ہنٛزٕ بستی ہنٛدِس
ہیٚتِرٕ کنہٕ گسہٕ ، باپھر کٲلدتہٕ ٹکریٖن فِقنہٕ ہٕس منٛز نقصٕ راریٚ کرٕ ہتہٕ ووٚ تلان۔
تہٕ اُتھ آلوٚسس لبیک کرٕنہٕ باپتھ اُسی ووٚدٲسی تہٕ بیزار اِنسان زٕو
بخشن واجنہٕ نندرِ منٛزٕ بروٗنٹھے تھوٗد ووٚتھان تہٕ پتہٕ نیوٕ لوٚکچوٗ لوٚکچوٗ
میٚتِرٕ پہروٗ منٛزٕ کھوٗژِ متیٚن کیٚمٕن کرٕپڈن ہنٛدی پاٹھی نیران۔ ژٕ نِس تہٕ
گہلِس فِقنہٕ ہٕس منٛز اُسی تِم کیچہ وَنہٕ پینٛھٹھو تمہ کارخانہ پٮ۪ن ہتھرَن کنہٕ کوٗٹھرن
کُن گژھان۔ یُس کارخانہ زن تہٕ اکہٕ تِہنٛدرہٕ تہٕ خوشک خود اعتمادی سان
تمن پٔراران اوس۔ تہٕ یُس زن پنہٕ نیوٕ درجن واد روغنی چشمو سیتی
سمٹکہٕ گاشہٕ ناوان اوس۔ تہنٛدین کھورن تَل اُسی رب پژپھہ بژپھہ کران۔
تِم اُسی بیگرٕ یوٗ ہیٹھو تہٕ نندرہٕ ہرژہ آوازہٕ کرٕ کہ دِوان۔ تہٕ نِنی نِنی ناسزاہ
پٕزی پٕزی فِقنہٕ ہٕس ژٕٹت نوان۔ اُتھو سیتی آسہٕ تہنٛدین کنن بٔنیہ تہٕ
آوازہٕ گژھان۔ مشینن ہند کھرٕ وٗن گیس گیس تہٕ سٹیمکُ شی شی
زِیچھ کرٕ ہنہٕ چمنہٕ آسہٕ موٚٹین گیلن ہنٛدی پاٹھی اکہٕ ہیبت ناکھ اندازہ

بستی پیٹھ الاٚنزٕ گاٚمژٕ ۔

شامہ ژھنبرن پٮ۪ٹھ لوسہ وٚن آکھتابہٕ مکانن ہنزن دارین منز لوسہ مژٕ ژھایہ ۔ اوس وُچھان ۔ کارخانہ اوس ٹکن پتہ نیو کنہ وِیہ تہ خانو منزٕ یہ ڈٔپی زٕ تہٕ دٔروکھ دِلہٕ نبر کڈان ۔ زٕن تہٕ تم محض لٹھ تہٕ ژھوٹھ اٚسی ۔ تہٕ تم لکھ اٚسی بیٚیہ اکہٕ لنڈ سرٹکن پیٹھ واتان ۔ نٮ۪لہ سیٹھا شری گاٚمتی، ماچھری دار تہٕ کژٕ ماہنی بُچھو کٔرِ کٔرِ ۔ تہندی بوچھ ہٮ۪تہ دندٕ اٚسی پریزلان ۔ تہٕ تہند پٕ بدنو منزٕ اٚس تیلچ ووہ مادہش نیران ۔ وونی آسہ تہنزٕ کژٕ پکہٕ زیادٕ لھنڈٕ، جوشہ ہرژٕ بلی کہٕ خوشی ہنز باوت ماہیتھ نہ آسان ۔ بیٚیہ اکہٕ دُ ہیچ کام واٚژ اند ۔ گرٕ آسہ کھٮ۪ن چٮ۪ن تہٕ آرام تہمن پژاران ۔

کارخانن نینگلو ووہ ۔ تمہ چھ مشینو بٮ۪تہ پٮ۪تہ نہٕ ضعور و رتہ مؤجب مزدوٗرن ہنز محنتھ تژہیت ۔ اکھ مومولی نشانہ پتھ تراوِنہٕ ورأی مؤکلیو ووہ ۔ تہٕ انسانن کوڈ بیاکھ اکھ قدم پتہ نہٕ قبرٕ کُن ۔ مگر وونی اوس سو آرام دِنہٕ واٚلس تہٕ ڈہموار شوغلس آشہ ہوت پژاران ۔ تہٕ تیس اوس قرار ۔

آتھوارٕ تہٕ بیٚیہ چھٹی ہندین دوہن اٚسی مزدوٗر صُبحہ چٮ۪ن دٔ مَن بجن تانی شونگان ۔ تہٕ پتہ اٚسی بایزت تہٕ کھاندرٕ دژاوی اکھ پنیو سارٕ وٕرے کھوتہٕ زبر پلوٗ لاگِتھ ییاد لھتہ کرنہٕ گژھان ۔ تہٕ تم اٚسی مذہبہ نِشن بےپرواہ آسہ نس پیٹھ نوجوانن لان تان کران ۔ ییاد لھتہ کرتھ اٚسی تم

گرٕ پوان۔ پیرِوگی° کھیٚوان۔ تہٕ بٔبہِ اکھ پھیرِ دوہس لوسہٕ نٔس تام شونگان۔

وٕری یہِ واڈن ہندی ٹھکنن آس یمن بہ چھےٚ کأمی جمرٕش۔ اوٕے أسی نٕم شعہ راب چیتھ بہ چھ وُنتھ دِرنیچ کوشِش کران تہٕ ووٚدکایہ° ہندی ژٹنٕ وٚسن وأٹی کھأسی چیٚیی چیٚیی پنہ نٕن میاٚدن گتہ رگیوٚر تُلان۔

شامنس بأگی أسی نٕم ہواہ چینہ باپتھ سڑکن پیٚٹھ نیران یمن ربڑٕوی بوٹھ أسی۔ نٕم أسی تیمے لاگان۔ اَدٕ وٕٹھ کونہٕ آسہٕ ہے ہوچھ نہٕ۔ تہٕ یمن چھتر آسہٕ نٕم أسی تیمے ہیٚتھ نیران۔ اَدٕ نبہٕ دوٚرِ کونہٕ آسہٕ ہے۔

دوستن ستمکھنہ دِژ أسی تم اموب کارخانیچ، مشینن ہنٛز تہٕ پننہِ نٔس فورمینہ ہنٛزٕ کتھ کران۔ تہٕ تیٚھس گٔنہ چیزس پیٚٹھ أسی تہٕ کتھ باتھ کران۔ تیٚمیکھ والٹھ تہٕ تہندس کامہ کارس سیٚتی آسہٕ ہے منزی منزی آسہٕ ڈُلمل یقین تہٕ گٹنٕ خیالن ہنٛزٕ ہورٕ یور چھکہ رٕنہٕ آمرٕ ننِنبہ رِ تہنٛزٕ زندگی ہنٛزٕ سادٕ روٚس تہٕ ہیر نگ یکسأنی ہتِس منز ڈٕبکہ ماران۔ مرد تہٕ یٔلہِ گرٕ یبہٕ ہیٚن۔ رتم أسی پننٕین زنانن سیٚتی ژوان۔ تہٕ زیادٕ تر أسی رتمن حجب دوان۔ نوجوان أسی شعہ راب خانن منز

---

° پیرِوگی۔ اکھ رُوٗسی سموسہ یتھ منز ماز۔ ترکأری یا موٚرِ بٔرتھ چھ آسان۔

° ووٚدکا۔ اکھ تیز رُوٗسی شعہ راب۔

با دوستن نِشِ گژھان۔ ییتہٕ تہٕ اکورڈین دایان غلیظ تہٕ پیچھ باےٚ تھ گیوان، نژان، لیکہ ژاران تہٕ بدمس گژھان اٚسی۔ گُڈر مہمنتھ کرنہ کنہ اٚسی تہٕ ژھینتھ آسان ہیمیتی۔ اِدِہ کنہ اوس ییمن شہرابُک نشہ زہری کھسان۔ تہٕ اکھ وٚنیکھِرٕ تہٕ فکرِہ نہ ژرن واجنہ بیزاٚرتا تہٕ ژرنی ہش یہندین وَچھن منز دگ ہش دِتہ تلاوان۔ تہٕ یہ دگ اٚس وَچھ منزٕ نیرنیچ وَتھ ژھاران۔ اَوَے اٚسو نہٕ تہٕ احساسن ڈنجہ تھاونیچ کانہہ لوکٕٹ کھوٚنہ لوکٕٹ وِز تہٕ اکھ دِوان گژھنہٕ۔ تہٕ پتھے اشتہال کھسِتھ اٚسی اکھ اٚکس پیٹھ پوشہ کرُودِہ سان حملہ کران۔ اَمیُک پھل اوس خوٗن ریزی ہنزِ شکلِ نیران۔ تہٕ باضے اٚسہٕ یِمہ لڑایہ وُلِہٕ زخمن تہٕ چھوکن پیٹھ اندوا تان۔ تہٕ باضے مار گژھنس پیٹھ تہٕ۔

پیہنزِ پانہٕ واٚنی زانی اوس سون سون بوغضن تہٕ دشمنی ہندکہ احساسن ھٹانڈ تھوومت دِتھ۔ تہٕ یہ احساس اوس تِمہِ پرون میٹھ زِن یہندِ بَدنہٕ کِہ نائنہ تانگ بیہ یلاج نکھن اوس۔ اکھ اٚسی پَنہٕ پین رُحن ہُند یہ دود ہیمیتھ تھنہٕ ہوان۔ یہ دود اوس تِمن مالی میراث تران۔ تہٕ یہ اوس مَرن دَمس تام اکہ اَنہ گیلہٕ ژھایہ ہندس باٚنکھ تِمن سیتی روزان۔ اَمہِ کنہ اٚسی تِم رَتھہ حرکتہ کران۔ یِمہ زَن پَنہٕ نہٕ وُچھاٚنکھ بے رحمی کنز سیٹھاہ نفرتس لایکھ باسان آسہٕ۔

---

۵ اکورڈین۔ اکھ مغربی ساز

آٹھواریہ دوہ ٲسی نوجوان سیٹھاہ ژھپرِ گرِ پیوان۔ ژھینہ
نرتہ پلو، کھوپرِ شمرِ پیٹرہ پتہ کٔنِہ وٲلتھ، زٲب ہرِ کتھ، اَتھ ہتھ نہ ہرِ
نستہ کنہٕ رَتھ وَسان ــ کُنہِ ورِزِ ٲسی ژم شِنٹرت سان ہتھ بتھ ووتھ دنان
زہ ژھموٗ ہوو پینہِ ہین دوستن ہرِ۔ پتہ کُنہ ورِزِ ٲسی ہتک سیدِ تہ کنہٕ
دِل ملولیہ، سیٹھی یا اوش ہاران پیوان۔ ژم ٲسی نشس ہنز ختم
گٲمتو، افسوس ناک، رحمس تہ نفرتس لایکھ بنیمتہ آسان۔ اکثر مٲلی
مٲج ٲسی پننِہ ہین نیچ وین کُنِہ دوہ سِہ ژھاپہ، یا شعٲرب خانہ کس فرشس
پیٹھ بدمس گٲمتو نلان۔ آخر حرکش پیٹھ ٲسی تمن پنٕنہ زٕ نِٹھی سیٹھاہ
بدرد وَنان۔ شعٲرابر سیٹھ ہرسے تہن تھندین بدنن ٲسی زٲبردستی
چوب دِوان۔ اَما پٔنز یہ اوس بتھن تالی اوت۔ سکیاز کارخانہ چہ سیٹھی
ہنز کرٔکھ یلہٕ نہیہ گٕٹہِ ہندس وَچھس اَکہ سیاہ دارِ ہندِ کہ پاٹھو ژٲمان
ژٲمان اندر آس وَسان۔ ژم ٲسی دٲلی دٲلی ورِزِ نادِیہ پیوان۔
ییتھ کنہٕ ٲسی یم لکھ پننِہ ہین شُرین بےدردی سان شکھ کران۔
تہ توٗز بُزان۔ مگر نوجوانن ہنز لڑاے تہ تھند شعٲراب چوٗن اوس
اَکہ پٕزرِ کی پاٹھو تسلیم آمت کرنہ۔ ییٚلہِ مٲلی جوان ٲسی۔ ژم تہ ٲسی
لڑاپہ ژٕوان تہ بدمس سیدان۔ پتہ تھندس مٲلی مٲجہ تہ ٲسی تمن ییتھے کنہٕ
شکھ کران۔ زندگی اوس دوہ ہے پتھے وطیرہ رٕوٗدمت۔ سو ٲس
وٲرِی داوٕ پیٹھ ییتھے کنہٕ اَکہ گرٕٹہ تہٕ ڈٕرِکی پاٹھو وَسان۔ سوٗت سوٗت

تہٕ کُنی ژاتہٕ ہانہٕ۔ یِہ دوہ ہیٚو ووہ ہیٚو تِمے ہیٚشے، بیٚیہ رنگ کھٕچھ سوٗچِنکھ
تہٕ کرنہٕ ٹکُھ تہاو ہٕتہٕ۔ یِہمِکو مؤل سیٚٹھہ شاہ تمِنٕ تہٕ ژوریٚر آسو، اوس سارٕنی
چیٖزَن مضبوٗطی سان اکہِ بیٚیہ ٹھکولِس گنڈِتھ تھوان۔ تہٕ کانٹہٕ اندر
اوس یِہ زانُنہ تہٕ یِہ اکار دوہ تلان۔ زِہ کُنہٕ قسمچ نہانُنہ تبدیٖلی کرہٕ ہیٚیہ
یادِہ۔

باضے آسی بٔیِن علاقَن ہندی نوٗی کھہ کارخانہٕ چھ بستی
منٛز روزنہٕ باپتھ یِوان۔ گوڈٕ گوڈٕ آسی تِم محض پینہٕ نو آو آسنہٕ کِنہٕ
لُکن ہنٛد توجہ پانَس کُن پھیران تہٕ بیٚیہ اَس اکھ اپزٕ دِل چسپی
ہِشِس تِہندِ تِمَن علاقہٕ چِن کھتکَن ہنٛدِ سببہٕ روزان۔ یِتہٕ تِم امہٕ برونٛہ
کام کار کران آسی روٗدی میٚچ۔ اا پُزِ یِہ نوہر اوس وُلی وُلی مے کلان۔
لُکن اَس یِہ تِہُنٛز حال ہِشِ گرٕ تھان۔ نہٕ تِمَن کُن تِہُنٛد توجہ تہٕ اوس
مے کلان۔ یِم نو آو یِہ کینٛژھا وُنان آسی۔ تِمہٕ تلہٕ اوس تِنان زِہ مِہنتھ
مزدوٗری کرن والین ہنٛز زندگی چھہٕ پریٚتھ شایہ ہِشی۔ تہٕ ہرگاہ یِہ
پٔزر اوس تیٚلہ کیتھ موضوٗعس پیٚٹھ کرہٕ ہا انسان کتھ؟

مگر یِمو نو آوو منٛزہٕ آسہ کینہہ لُکھ تِتھی چیٖزَن ہنٛزو وُچھنی
تہٕ کران۔ یِم زان بستی دالین ہنٛدِ خاطرہٕ نوٗی آسی۔ یِمَن سیٖتھ اوس
نہ کانٛہہ تہٕ بحث کران۔ مگر یِہ پٕیتھ اکھاہ اوس تِہنٛزِ کتھ شکہٕ شُبہٕ سان
بوزان۔ کینٛژن لُکن اَس یِمَن نو آوَن ہنٛزو کتھہٕ سیٖتس تالیٖم
کھسان تہٕ کینٛژن اَس بُلکہ تام خطرچ ژینہ وُنی ہِش باسان تہٕ کینٛژن

اُس ووہ میزہ ہنٛز اَکھ موہوم ژھاے ہِش فِکرٕن تہٕ پریشانیٚن منٛز ژٕراوان۔ اَوَے اُسہِ تِم زیادَے شوہراب چِوان۔ یُتھہٕ زٕن تِم تِتھہٕ ہیوٚو کھیرٕ دِنی وَسواس دِلو منٛزٕ کَڈِتھ ژٕھنٛنت ہیکہٕ ہٲن۔ یِم زٕن زِندگی وارِسے کھُرہ لد بناوان چھِہ۔

ہرگاہ بُستی والیٚن کٲنٛسہِ نو آدس منٛز کانٛہہ غاڈ موموٗلی کتھاہ ہِش وریٚنٹھو پییہ ہے۔ تِم اُسہِ تتھ شکایتُک وَکانہ بناوان۔ تہٕ تِم اُسہِ پَزہ بیتھ تمس شخصس نِشہِ وانہ برٛان تہٕ حیسہ سان روزان۔ یُس زٕن تمس نِشہِ بِدوٗن ہیوٚو باسہ ہے۔ باسان اوسُس زن یہٕ تِمن یہٕ پھیرہ پیٹہٕ پھیرہ بیتھ اوس زہ ہے ہے یہ شخص گوزھ نہٕ تہنٛزہ زندگی ہنٛزہ ووہ اُسہِ تہٕ کُنی لیہ ہ یکن واجنہ باقاعدگی پٕژہ پرٛیٚن کرٕ بیتھ نیٚن تہٕ یوٚدوے تہنٛز زندگی کرٕ بیتھ اُس۔ مگر توتہٕ اُس ژھوہ یہ سان تہٕ ووزہ راتھ ورائے۔ لیکن اوس یہٕ عادَتھ گومُت زہ زندگی گُزھہ تِمن اَکی اَنہ ماہنہ پھہنی۔ تہٕ یکلہ نہٕ تِمن بَرٛزٕرٕچ کانٛہہ آسُنٛے اُس رٕوزمٕژ۔ اَوہ کِنہ اوس تِمن پَنہ نہٕ جایہ بیہتھ زہ پرٕبیتھ کانٛہہ تبدیلی کرٕ تہندین مُشکلن منٛز ٲسہ ہیر۔

بُستی ہندی کامگار اُسہِ ژھوہ یہ دَم کرٕ بیتھ تھکبن لگن نِشہِ لوٚب ہیوان۔ یِم زٕن نوٚوی خیال ورتاوہ ہٲن۔ اَمہِ کِنہ اُسہِ نو آدٕ لکھ اکثر

اَتہٕ واپس گژھان ۔ تہٕ ہرگاہ تِم کُنہٕ وِزِ تھُکھی کأم کرنہٕ بیہن تہٕ ۔ تِم اُسہ تیٚلہِ یاتےٚ وارہِ وارہِ پَتہٕ نِین پیمہ تِہ کامہِ باجن ہنٛدی ہوبہ بنان ۔ یا اُسہ پیمن لوٚب لوٚب زندگی ہُنٛد لوہ لنگہ چلاوان ۔

یِژھہِ زندگی ہنٛدی کم جادِہ پنٛژاہ وُری کڈتھ پَتہ اوس انسان یِمہِ دُنیاہِ گژھان ۔

# ۲

میخائیل ولاسوفنۍ زندگی تہٕ اُمس اُتھۍ نٲہجہ ییٚچھ ہیکان۔ سُہ اوس اَکھ ترٛوٗش مزازٕ تہٕ ییٚچھ خصلتُک مستری۔ تٔس اوس سورُے بدن والہ بوزٕتھا۔ نہٕ کیچہ لۆکچہ اَچھ آسس ژھٕنجہٕ کنہٕ رٕ تلٕ شکہٕ تہٕ کیٚنہہ ہٕرٕشہٕ نفرژٕ سیٚتھ پرہیزان۔ سُہ اوس کارخانُک سارِوٕے کھوٚتہٕ جان مستری۔ تہٕ تٔسۍ ہُنٛد سارِوٕے کھوٚتہٕ زۆردار مۆہ اوس۔ مگر پانسٕہ کھوٚتہٕ بڈین سیٚتھ اوس بڈٕ بد مزازی وَرتاوان۔ تہٕ اَدٕے اوس سیٹھاہ کم کماوان ہیکان کرِتھ۔ پرتھ چھُٹی دوہ ہس اوس سُہ کانٛسہٕ نہٕ کانٛسہٕ شلکۍ ژھوان کرِتھ۔ تہٕ اَدٕے اُسٕہ تہٕمس سارِی کھوژان۔ تہٕ اہمٕنٛد اُمس سارِنٕے دۄے۔ اُمس بُرونٛٹھٕ کنہٕ اُمۍ دۆگس دۆگ تہٕ مُشتہٕ مُش لایہٕ رنٛج پرٛیتھ کانٛہہ کوٗشِشہ بیکار گژھان۔ ییٚلہٕ نہٕ ہہ ولاسوفس فکرٕ تریٚو زہٕ لُکھ ہاچھ حملہ کرِتھ تٔس رٹنہٕ پیوان۔ سُہ اوس بۆڈ کنہٕ پل، ٹکرٕ ہنٛد تختہٕ یا شیٚشہٕ تٕرٕ سلاخ تُلان۔ کھوٚر وہرأے وِتھ دوہ دِنہٕ روزان تہٕ دُشمنس پٕراران۔ امہٕنٛزہٕ بجرٕ دار نَرٕ تہٕ اۆہنٛد بُمبتھ، ییٚتھ اُچھو پیٹھے گردنہٕ تام گنٛڈ کرِہنہ دٲر اُس وہرادنٕ آمٕژ، اوس لُکن کھوژٕ ناونہٕ

باپتھ کافی۔ مگر تمہ اُسہِ خاص کرِتھ اَہنزَن اَچھن کھوژان۔ یمہ لوکچہ لوکچہ تہٕ تیز آسہ۔ تہٕ یمہ انسانہٕ سُندس بدنس اَپارہ یپور زَن تہٕ ترٛاوِتھ آسہ گژھان۔ یمس اَکس انسانہٕ سِنٛزٕ چشمہ اَہنزَن ردیٹھ گٲمژن نظرن کُن وچھان آسہ۔ تُس اوس باسان زِ سُہ چھُ اَکس وحشی ہوٗتس بُرونٛہہ کنہِ کھڑا۔ یُس زٕتھ تہٕ واے برنے تہٕ ترمہ رُوس حملہ کرنہٕ باپتھ تیار چھُ۔

"ہیٚونی نسلو! دفاہ گژھو وُنیتہٕ نس۔ بوزوا؟"

سُہ اوس ژٕکہِ سان وَنان۔ تسنٛدی ویٹھو، ٹیٹھو لیڈرِ ہنٛد زنہ اُسہِ تمہنزٕ دارِ ہنزٕ پرِیزلان۔ تہٕ تمہ اُسہِ پُترٕ یاٹھی لٹ ہیوان۔ تہٕ ژالِ ژلان کھوژہ ہندٕ ہندی یاگھ تُس لیکہ فاش پران۔

"ہیٚونی بچہ!"

سُہ اوس کرِہ پکھ دِتھ تمہِ کُن مینٛہ اوت وَنان۔ نفرژ سیٹھہ آسہ تمہنزٕ اَچھ خنجرٕ کی یاٹھو تیز باسان۔ تہٕ پتہٕ اوس سُہ تمہ پتھ کُن دارِتھ تمہِ پتہٕ لاران۔ تہٕ بیلہٕ گژھتھ کرِتھ دوان:-

"وُلی دو۔ کُسو چھُوہ مرُن؟"

مرُن اوس نہ کانہہ تہٕ یژھان۔

سُہ اوس کنھ کمُ کران۔ "ہیٚونی بچہ" اوسس زیوہِ پیٹھے۔ پلیسہ والین افسرن تہٕ کارخانہ کین حاکمن اوس سُہ یہاے لیکھ ژاران۔ سُہ اوس پتہٕ تہٕ زنانہٕ اموب "ہیٚونی" وَنان۔

"ہوٗنی۔ بوزٕ پچھِ نۓ پوان۔ پٮ۪لوٗن ہے چھُم ژھیٚونمُت۔"

اُمہِ رٕٹُس نٮ۪چوٗ پاوٕل یٮ۪لہِ ژٕہ داہ وُہُر اوس۔ تمۍ ہیٚژ دو سۄ مستیہِ تہِ ٹھٕہ تھوٚد وُٹھِتھ۔ مگر پاوٕلن تُل اَکھ بارٕ ریکھ ڈٕہ کرٕ تہِ ہڈٕہ بد خہلقی ساں وۄن نس!

"خبردار پچھِ!"

"یہ کہو!"

پیٹھٕ نٮ۪س نٮ۪ندٕ مگر۔ زٕہ نگلے ہینٮ۪س نٮ۪چوٕس کُن پکان پکان وۄن تمۍ تھنِ کٔنۍ۔ ہٮ۪تھ زن اوٚبرٕچ کرٕ ٹہ کال ژھاے اَکس ورٕ ماوٕ کُن دوان چھہ۔

"وۄنی گوٚ حد۔" پاوٕلن وۄنُس "وۄنی ہیکہٕ نہ بہٕ برداش کٔرِتھ۔"

نہٕ تمۍ تُل ڈٕہ کرٕ تھوٚد۔

تہنٕدۍ مالو کُرتُس نظر۔ نہٕ خبردار اَتھہٕ نٮ۪ن پُشتس کُن۔

"اَچھا زبر گوٚ۔" تمۍ نرٕوو اُسناہ۔ اَمہ پتہٕ ترٕوُن وۄشِس تہٕ وۄنُن:

"ژٕہ چھکھ ہوٗنی بچہ۔"

کیٚنٛہہ برٕنٛزٕ پتہٕ وۄن تمۍ پننہِ زنانہِ کُن!

"وۄنی نۓ اَمہ زٕہ میہ پونسہ منگان۔ اَز کرٕ بیہِٹھ کماوی پاوٕل نہٕ ژٕہ کھیکھ۔"

"تہٕ ژٕ مَہ کاڑِو کھ ہیٚنٛن سورُے تنخاہ شوٗرابَس پیٚٹھ - ژیا؟" تَمہ

کرٕ سیٚمتھ تہٕ پرژھنَس۔

"ژٕ ییٚ کیاہ پیٚچھے تمہٕ سیتھ ہیٚنٛی؟ اگر ضوٗرۍ روٗدتھ پیٚیم بیاکھ زنانہ کرٕنۍ"

تمی کرٕنہٕ بیاکھ زنانہٕ۔ مگر اَمہٕ ییٚرکُن، یانٛے مَرہٕ برٛونٛہہٕ فریبن

دولتہ عزیز بن تام منسوٗبن نیٚچوٗ تہٕ تَس سیٖتۍ کرٕن نہ زانٛہہ تہٕ کیٚنٛہہ۔

تَس اوس ہوٗن۔ تہٕنٛدۍ پاٹھۍ ویٚوہرٕ پوٗٹھ تہٕ جرزدار۔ سُہ

اوس دوہے صُبحنَس تَس سیٖتۍ کارخانَس تام گژھان۔ تہٕ شامہ نس ہُگ

تَس کارخانہ چہ پھاٹکہٕ نیٚبرٕ کیٚنہٕ پراران۔ چھُٹی دوہن اوس ولاسوف

شوٗراب غسانَن پھیرِ پھیرٕ وکھ راوہ راوان۔ ییٚتھین موقن پیٚٹھ اوس یہٕ

سُہ کانٛہہ سیٖتۍ کیٚنٛہہ باتھ کران۔ یہٕ کُنۍ ہنٛدین بتھین اوس نظرہ

تراوان۔ زن تہٕ کانٛہہ ژھاران اوس۔ تہٕ ہوٗن اوس پھرن والہ بوٗزت بُتھ

لہندران لیٚتھ وان پیٚنہٕ نسٕ مالِکس پتہٕ پتہٕ پکان۔ ییٚلہٕ ولاسوف کھوکھ

لاگِتھ شوٗراباہ چیٚمتھ گرٕہ اوس یِوان۔ سُہ اوس کھانہٕ کھیٚنہٕ بہان۔ تہٕ پیٚنہٕ

کھاسہ منٛزٕ اوس ہوٗنس تہٕ کھیاوان۔ سُہ اوس تَس نہ لیکے ژاران تہٕ

نہ لایان۔ مگر زانٛہہ اوسُس نہ لوال تہٕ بران۔ کھیٚنہ پتہ ہرگاہ تسنٛزٕ زنانہٕ

ییٚچ معاف کرنَس برنٛزٕ تہٕ ژیر گژھِ ہے۔ سُہ اوس سارۍ بانہٕ پتھرِس ٹھاسان۔

اَمہٕ پتہٕ اوس دوہکا شوٗراب چ بوتل پانسی برٛونٛہہ کیٚنہٕ رٹان۔ لیہ سیٖتۍ دوکھ

دِوان۔ اَچھ وٹان تہٕ اَس وزٕہ راوِتھ ہیم ناکھ آوازٕ منٛزٕ کانٛہہ دہ کھلد

بائتھ گیوان۔ دہ کھ لد، ویٚکھرٕ آواز اَس آہنٛزٕن گونٛژھن منٛزٕ پھسِتھ

گڑھاں۔ تہٕ تتہٕ اُس والِن لارے میتی زٕ پھٕ پُھلی ھقوٗد نوان تُلھتھ بسترٕ
اوس پینہِ نہٕ دارہ تہٕ گونشٕھن معہ چھ معہ چھو اوٚنگجو سیتی پھش پھش دِوان
تہٕ گیوان۔ اُہندۍ باتِکۍ لفظ اُسی مُبہم تہٕ ہیمے چھکہ زنہٕ ہوک آمتی۔ تہٕ تو ہند
گیوٚن اوس وندس منٛز بیہائے شالہ ٹُنگ رارے ہشی باسان۔ یوٗتانۍ نہ ووٚد کا
معہ کلہٕ ہے۔ سُو اوس گیوان۔ تہٕ تمہِ پتہٕ اوس یانہٕ ہنجس پیٹھے پیوان۔ تتہٕ
میجس پیٹھ کلہ تراوان۔ تہٕ کارخانچ سیٹھی پینس نام اوس شوٗنگان۔ ہوٚن
تہٕ وس تسٕ نکھے کلہ تراوان۔

سُو موٚد کھاپہ ہُنہٕ رنچہ بیمارہ سیتی۔ پانٛژن دوہن رُود بسترس
منٛز ژھٕرٕ ژھرٹ کران. تس اوس بُجھ کرِ پہنیومُت۔ اُچھ آسس
بند۔ تہٕ دند اوس ٹُکان۔ منٛزٕ منٛزٕ اوس سُو پنٕنہٕ زنانہٕ وَنان:-

”میٚہ دِی شینکھ یا زٕھا۔ میٚہ دِی زہر“

ڈاکٹرن دِتس گنڈٕنہٕ بابَتھ مہلاہ۔ مگر سیٹھی ووٚنُن زہ میخائیلس
چھ اپریشن کرُن ہنوٗرٕوٗری۔ تہٕ سُو گژھہ اَمی دوہ مُن دواخانس پیٹھ
داخٕل ناوُن۔

”تژیہ جہنم یِن۔ بہ ہیکہ چانہٕ مدتہٕ ورائۍ مٔرِتھ۔ ہوٚنی بچہ!“
شانٛشہ ہوت میخائیلس ووٚتھ۔

ڈاکٹرہ سِندہ گژھنہٕ پتہٕ برٕی تسٕنزہ زنانہٕ اوٚش ٹارِی تہٕ میٹھا رہ
کٔرِی کرِی ووٚنُن تس زہ۔ اپریشن کر۔ تہٕ تمی ہاوِس تورہ مُش تہٕ ووٚتھس:-
”اگر بہ ٹھیک گژھے۔ کمیا وَت!“

سۆ مۆد دوہ پھولہ ثَس باگی۔ بِلۍ گُل تِمی سٕتۍ تہٕ بیلہٕ زَن کارخانٕچ سیٹھی وَزان آس۔ تۄہدِس منٛز وۄسِتھ تہٕ اوس ثَس آس یَلے۔ تہٕ ڈٲکس پیٹھ آسیس درٕ ہش۔ زَن تہٕ کاگَنٕس پیٹھ ناراضنہ اوس۔ زنانہٕ، تٔنۍ چھوہ، ہۆنی تہٕ اُکی پرٲنی ژٔدَرن تہٕ شوہرٲبی (یِیُس زَن کارخانہ منٛزٕ کڈِتھ اوسکھ ژھُنمُت تہٕ یَس وۄسوف شکوف ناو اوس) تہٕ بَسنتی ہینٛدِ تو کینٛژہ۔ بیچھ دِ نیمہ ڈُڈٕ روو سُو۔ زنانہٕ ہورُس رَژھ کھنٛچہ اوٚش۔ مگر سیٹھا لۄٹ لۄ تاٛی پاٗٹھو۔ پاوہلین ووٚدنہٕ بِل گُل۔ بَسنتی ہنٛد یو گُکوٗ، ییمو آمہ لہ کٕہڑ معہ کیہڑ جنازُک جۆلو سیہ ڈُچھ، بنو نٕسینٕس پیٹھ صلیبُک نِشانہ

"پلاگیا آسہ سیٹھاہ خوش زِہ ووہلا مۆدہا"۔ تِمو وۄن

"ہۆنے اوس تہٕ ہۆنی سندی پاٹھی مۆد تہٕ"۔ بَنییہ وۄن۔

تو بدہ وڈہ راٗوِتھ ڈرایہٕ لُکھ۔ مگر ہۆن بیوٚٹھ اُتی پھسٕ سادروار مینٛزہٕ پیٹھ۔ قبرٕ مُشکھ ہیتنہٕ۔ کینٛہہ دوہ گژھتھ مورسُو خبر کمۍ۔

# ٣

ماۍ سٕندِ ہرُنہ پتہٕ اکہِ ژِچھہ آو پاوِل اکہِ آتھوارِ بدٕ مٕس
گژھِتھ گرٕ۔ سُہ ژاو گیران گیران اندر۔ کھکھرِ کھکھرِ ووت میچَس نِش
تہٕ اندرِ مِہ کرُسی پیٹھ بیوٗٹھ۔ تخنتَس لاٴین زورٕ مُشتاہ۔ یمہٕ کنہِ زَن تَسنٛد
مول لایان اوس۔ تہٕ ماجہِ لاٴین کژھِ۔

"کھٔین!"

ماجِ بیہٕ ٹھ ژِنچہٕ رِس نکھے۔ پنہٕ نہٕ نرٕ ترٲوِن اُمِس گرٔدنِہ الانٛزٕ تہٕ
کلہٕ رِدٕ ٹُنس وَچھس سٕیتھ۔ مگر تمہٕ ژَل کلہِ اوٚگت کٔن۔

"ماجی۔ ڈٕلی وٕلی ہے سیٹھا جَل!"

"چارٕ!"

تھٔنزرٕ ماجہ وۄن افسوسہٕ تہٕ لولٕہ سان۔ تہٕ تھٔہند سُہ اَتھ کَرِن پانہٕ
نِشہٕ دوٗر۔

"بنیہٕ چمہٕ ژٕ پاٴپی تہٕ۔ ماۍ سٕنٛز پاٴپی دِیی میہ۔"

پنہٕ نہٕ معہ چہٕ زیوٗہ مُشکلِن حرکت کرِتھ وۄن پاوِلِن۔

شۆ اوس گوڈ نِچہ لٕٹہِ شہرابس منز بدمس گومُت۔ وۄہ دکا یہ اوس اۆہند جِسم کمزور بنیومُت۔ مگر تسُند شۆعور اوس نہٕ مٔیلیومُت۔ تٔمہ اَہندِس ذٔہنس منز اوس وزہٕ وزہٕ یہ سوال وۄتھان:

"کیاہ بہ چھُسا نشَس منز؟ بہ چھُسا نشس منز؟"

پننہِ ماجہِ ہٕنز نرمی تہٕ شفقت وُچھِتھ گو سُہ ترٕین ترٕٕ ترۄا کا۔ تہٕ تسنزَن اَچھن منز وۄتلے مرٕ ڈگ وُچھِتھ گو تس سکھ۔ شۆ اوس وۄدُن یِژھان۔ پنُن یہ جذبہٕ کھٹہٕ تہٕ تہٕ اۆش ٹکہٕ اَندری شۆپراوۂ بایِتھ ہٲبوت نتمٕ پزہٕ کھعہ تہٕ زیادے بدمس لاگُن۔

تسنٕز مٲج ژٕج تسندِس اَدرِس کھرٕ دار مُستس پھش دِتہٕ۔

"ژٕبہ نا پزہٕ ہی تہٕ یہ گرٕون۔" تمہ وۆن لوژہ آوازہِ منز۔

تَس ہیٚژِن ڈرٕ وکھ ہیٚنہٕ۔ وُلِٹہ ڈرٕوہ کھا کرٕ لِتھ ترٕوو شۆ ماجہ بسترس پیٹھ۔ تہٕ تٔہندِس لیڈرے ہتس ڈٕکس نُقۆرن اَدِر توٗلیا پیٹھہٕ اَمہِ سٟتی آو شۆ زٕٹھ کھنڈٕ ہوشَس منز۔ مگر کلہ اوشُس تونہٕ گیران۔ ٹارہِ اُمس تیتِھ گوبے مترٕ۔ زٕہ اُچھ آسس تہٕ مرٕ ریٕنہٕ بنان۔ آشک سادہ رۆس میٚژِہ مزِہ ژیٚنِتھ وُچھ تمی اَڈہ وۄژھو اَچھوَ سٟتی پننہِ ماجہ ہٕنٛد بۆڈ بُتھ تہٕ لوٗگ سوچنہِ:

"باسان چھُم بہٕ چھُس وُنہِ شہرابہ بایِتھ آچھُرُے۔ باقی تہٕ چھِہ چوان۔ تِہِمن چھُنہِ اَلہ گزارہٕ تہٕ گژھان۔ مگر مےٚ چھُہ طبیعت خراب سپدان۔"

زَن تہٕ ڈۆرہ پیٹھ آیہِ تسنٕزِہ ماجہ ہٕنز نرم آواز:

"ہرگاہ ژٕ یہٕ چھوٚن ہیوتمُت۔ میون خرچہ کپارٕ ہیکہٕ وینہٕ راوٕتھ؟"

"سارٕی چھہِ چوان" اُچھ زورٕ وٕٹھتھ ووٚن تمی۔

تہٕنٛزٕ ماجہ ترٛوو ترٛوٗن ووٚش۔ پوٚزٕے چھہِ ونان۔ تس اُس پانس تہٕ خبر زٕ شہ راب خانٕے چھہِ سہ جاے۔ یمنٕہ لگہٕ مُشکلن فرینٛکر کیٛنہہ پھیرِ لبھتہٕ چھہِ ہیکان۔

"مگر ژٕہ مہٕ ہہٕ چھوٚن"

تمہٕ ووٚنس۔

"جایٕنی مالہِ چِہ پینہٕ نہٕ تہٕ چانہٕ حصہ کھہٕ نتہٕ زیادٕے شہ راب تہٕنٛدِ دٕسی نلامہٕ کمٕ دہ کھ؟ ژٕ یہٕ چھیٚے نہٕ ماجہ ہنٛد رٕژھ تہٕ ترس گژھان؟"

ییم دہ کھ لدٕ تٕہ نرم لفظ بوزان بوزان پیوٚو پاوٕلس خیال زٕ پنٕنِس مالہِ سٕنٛزٕ جایتی منز سپُد تس مُشکلن زانہہ کانٛہ پینہٕ نہٕ ماجہ ہندٕ آسنک احساس۔ نکیٛ زٕ تمہٕ اُس ہمیشہ لوٗت پاٹھو تہٕ چوب کھینہٕ کہس اموب کانٛہ پنٕس تل زندگی گُذٕرمژ۔ تہٕ پاوٕلس یوٗناہٕ پلہٕ ہے سوٗ اوس گرٕ نیبرٕے روزان۔ یتھہٕ نہٕ مالس سیتہٕ بُتھو لاگے سپدٕ ہیٚنس۔ اوٚے کنہِ اوس شوکنہٕ حدس تام ماجہ نشہٕ دوٗر یوٚمت ہیو۔ وارٕ وارٕ ووتھ اُمس نشہٕ تہٕ اُمی ہیوٚت غورٕ سان ماجہ کن وُچھن۔

سہ اُس بُتھتھ تہٕ کینہٕ شاہ ڈوہ کھ گدٕ لتھ۔ تہٕنٛدِس بدنس پیٹھ آسی گُذٕر مہٕ حنژ تہٕ رینٛتہ سنٛدین چوبن ہنٛدی آکھ موجود۔ سہ اُس بڑٕ وارٕ وارٕ تہٕ کینہٕ شاہ ہیچ ہیکان، زنٕ تہٕ بے اوٚسِس زٕ کُنہٕ چیزس سیتہٕ گوزٕ تھم

نہ ٹھۄنکرٕ لگُن ۔ اۄہند دیۄلھٹ دیۄلھٹ گیٚنہٕ دار تہٕ ٹھۄلرِ چالہٕ بُتھ اوسُس اَہنٛزٕ کرٛییہِنیو اُچھو سیٚتھ پرٛیزلان ۔ تِمہٕ اُچھ ہِمَن منٛز ہیم اوس۔ دوٚہ کھ اوس ۔ تِہُندٕ کَنہٕ یِتھ کَنہٕ زَن اَمہٕ بُستی ہنٛزَن جادٕ تہٕ زنانَن ہنٛزَن اَچھَن منٛز اوس ۔ اَہنٛزٕ دٕچھنہٕ بُمہٕ ہیٚورکُن اوس اَکہٕ سٕنہٕ چھوٚکُک آکھ ۔ یِمہٕ رِکنہٕ اَمِ سٕنٛز بُمب ہیٚورکُن کھَرٕشرٕ اَس ۔ اَمِ سببہٕ اوس اۄہند کھوٚورکَن دٕچھنہٕ کنہٕ کھوٚتہٕ بوٚن پھَہن باسان ۔ اَوَے اَس اَہندِس بُتھِس پیٚٹھ اَکِس تِتھِس اِنسانہٕ سٕنٛز ہِش کیفِیت یُس زَن خٔکرَن منٛز بوٚڈٕ تہٕ بڈٕ حیسہ سان روزان آسہٕ ۔ اَہندِس کرٛہنِس تہٕ گٔنِس مُتٔس منٛز آسہٕ سفید رِکھ ہِشہٕ پرٛیزلِنہٕ لَجہٕ مٔژٕ ۔ سہٕ اَس کھوٚتہٕ شورٕ نرم دلی ، ووٚپھ ، غم تہٕ تسلیمہٕ رضا ہِیٚچ مؤرژ باسان ۔

تِہنٛزٕ بُتھہٕ کیٚتھ پیٚٹھ اوس وارٕ وارٕ اۄش وسان ۔

" وَدِ مے " تِہنٛدِ نیٚچوِ وۄن تَس وارٕ وارٕ " میٚہ دِتے ترییشہٕ داماہ "

" بہ ہا اَسنے رشِنہٕ ووٚنی "

اَما پۄز بیٚلہٕ سہٕ واپس آیہٕ ۔ پاوِل اوس شونٛگمُت ۔ تِمہٕ کرٕ تِمِس برٛنٛزس کھنڈس نظراہ ۔ یان ڈونٛگہ اوس تیٚندِ اَلھَن منٛز نٹان ہیو ۔ تہٕ شیٖن اوس بانٛس سیٚتۍ چھاوٕنہٕ یِوان ۔ تِمہٕ تھوٚو ڈونٛگہ میٚچس پیٚٹھ ۔ تہٕ پاک شکلَن بٔرونٛہہ کنہٕ بیٚہِتھ ژھعہٕ پہ دَم کرٕتھ کہ ٹھیٖن پیٚٹھ نیٚبرِمہٕ بَدمَس زندگی ہنٛزٕ آوازٕ آسہٕ دارِن سیٚتۍ کلہٕ ٹھاسہٕ ناوان ۔ ہردٕ شامہ

کِس اُٹھ اَنہٕ گٔیٹس منٛز دِژ اُکی اکورڈین باجن کرٕ پکھ۔ بگڑٕ آوازٕ ہیوت
کمہٕ تام گیوٗن۔ بٔیبہ کمہٕ تام ہیٛرٕ لیکہ ژارنہٕ۔ زنانن ہٕنزٕ ٹھپہ ٹُرژٕ تہٕ ژکھ
دار آوازٕ آسہ پیوان۔ بیمہ آسہ بڑٕ پریشان کرن واجنہٕ آوازٕ۔

ولاسوف خانہ دانہ کِس لوکٹس گرس ہمہٕ ہیوٚت ۔ زندگی
گوڈنکہ لٹہ تہٕ جادٔے سوٚکہٕ تہٕ ژھیہ دم کرٕ پھٕ تہٕ بٔیبن گرن ترشہ
ہنا بٔیبی اندازہ پکُن۔ بیٛھند گرٕ اوس بستی ہندس اندس نکھ نمبلہٕ کنٕ
گژھن وٲلِس لبہ رس ہیٛرٕ کنہ۔ یِمی ٹھوٗد تہٕ اوس نہ مگر ٹاشر اوس۔ گرِیک
تہٕ بیٛم حصہ اوس چوکن تہٕ اکی لوکٹہ کمرن آورمُت۔ کمرٕ اوس ٹھوٗر ژِٹھ
چوکہ نشہٕ بیوٗن آمت کرنہٕ تہٕ مانج اُس اُتی شوہ نگان۔ یتھ اوس اکھ
ژُکوٗنجِل کمرٕ زہٕ دارٕ کرٕ پھٕ بچان۔ اُتہٕ اوس اُکس کوٗنجس منٛز باوِل ژُند
وَتھ ون۔ تہٕ بٔیس کوٗنجس منٛز اکھ میز تہٕ زہٕ بٔینچ۔ باقی گرٕ ویٹھ ٲس
کینہہ کُرسی یہ۔ اکھ لوکٹ اَنہٕ دار سنگار میز، پلوٗٹہ صنوٗندوٗق، لبہٕ سیتہٕ الانٛز
اُکھ گانٹی تہٕ اُکس کوٗنجس منٛز ٹھوٗرٕ مرژٕ زہٕ پاک شکلہٕ۔

یاولن کوٗر تہٕ سورٕ ے کینہہ یہ زن اُکھ نوجوان کرٕ ہے تیمہٕ اوٗن
اُکھ اکورڈین مُلہٕ۔ مایہ دار قمیص اُنٛدر بازرٕ۔ نیہٕ نیہٕ کرٕ ونی ٹے، ربڑٕ و بوٹھ
تہٕ اکھ چھرٹی تہٕ ہیٛرن۔ تہٕ یِتھ کنہٕ گوٚ یہ نین دہرٕ باجن منٛز شامل۔
شامس بٲگی اوس سوٚ لوعوتن بیہتھ گژھان۔ پولکا تہٕ بٔیبہ بٔیبہ ناچ نچھان
آٹھوارہٕ دوہ اوس پوٗرہٕ پاٹھو جیتھ گرٕ واتان۔ مگر وُوہ دکاچنہٕ کنہٕ اوس
اُمِس طبیعت ہمیشہ خراب گژھان۔ ژٔندر وارہٕ دوہ صُبحن ییلہ سوٚ نٕندرٕ

وۄتھ ہے۔ تس اوس کلہٕ دود آسان۔ سینہٕ اوشس وۄہان تہٕ بُتھِس پیٹھ
اٗبِس لیدر ییرِ علاوہ سوادرکی آثار ہیوٗکھ وۄتلان۔

"کیہٕ راتھ دِژاوا جانبے وُکھ؟"

اَکہِ لٹہِ پرژھس ماجہِ

"وَنہٕ بابہٕ!" تمۍ وَوٗن بڈِ ہٕ ژارکھ تہٕ بیزارٕی سان۔ "اَمہ
کھوتہٕ جان چھُ گاڈٕ شکار کرُن۔ نتہٕ اَسنۍ بہٕ اکھ بندوٗق تہٕ شکارۍ
گژھہ۔"

سُہ اوس بڈِ ہٕ تٔر دِتھ کاٗم کران۔ تس اوس نہٕ لاٗنہہ تہٕ
ناغہ گژھان۔ تہٕ نہٕ گوٗ تس کاٗہِ کنٛہ زانٛہہ جرمانہٕ۔ سُہ اوس بڈِ ہٕ ژھۄپہٕ
کم کتھہٕ کرن وول لڑکہٕ۔ تہٕ اَمی سٕنٛزن وٕچھن نیٚچن) چھُن منٛز، ییمہ
زن اَمِس ماجہِ ہشے آسہٕ، اَس اکھ بے اطمینانی تہٕ بے قرارٕی ہِشِ
ژھاپہٕ گنٛتھ کران۔ ییٚمہٕ نہٕ خاطرٕ تہٕ اوٗن تمۍ بندوٗق تہٕ گوٗ گاڈٕ شکارس
مگر سیٹھا جلدۍ ننیوو زِ سُہ چھُ تمہِ وَتہٕ نِش لوٗب ہیوان۔ یتھ
پیٹھ پریتھ اکھا پکان اوس۔ سُہ اوس وۄتھی سیٹھاہ کم سالُن
گژھان۔ تہٕ یوٗدوے سُہ پریتھ آٹھہِ وارہٕ اوٗری اوس روزان۔ مگر اورٕ
اوس نہٕ زانٛہہ تہٕ چیتھ یا بدمس گژھتھ پوان۔ ماجہِ ہٕنٛزِ تیز نظرِ ژیوٗن
زِ تس ہند کاژر بُتھ چھُ وۄتھی وارہٕ ژٲمان ہیوٗ۔ تہٕ تسنٛزِ اَچھ پیچھ
سنجیدٕ بنان۔ وُٹھ اندرکُن ژمہ نہٕ سبب اَس اَمِس اَتیت اکھ دٔر یِکھ
ہِشِ وۄتلے مِزٕ۔ سُہ آسہٕ ہنوٗ رُوٗر دِلہِ اَندرٕی کانٛہہ ملالہِ للہٕ وان۔ نتہٕ

آسہٕ گُنہٕ بیمارہٕ کینہٕ گلان۔ برونٹھ آسہ تسند دوٚس تُس سمکھنہٕ یِوان۔ مگر وعہ نی ییلہٕ نہٕ سُہ پانہٕ نہ زیادہ تہٕ گرہٕ آسان اوسُے نہٕ۔ تِمو تہٕ تِرٛووٕ تِمس نِش یُن گژھُن۔ تسنز مٲج اُس خوش زِ تسند بچہٕ چھ کارخانس منز کام کرن والین باقی نوجوانن نِشہٕ الگ۔ مگر تِمس ژاو تِمہٕ وزہٕ اکھ بیٛلی خوفاہ دِلس منز ییلہٕ تِمہٕ ژیوٚت زِ سُہ اوس اندی پکھہ زندگی ہندہٕ پیٹھہٕ وِنہٕ سِیاہ پانہٕ منزٕ پینہٕ نہٕ زندگی ہُند رۄخ بھر نیچ پیٹھ زبردستی تگہٕ دوٚ کران

"پاشا۔ ژیہٕ چھُی بہتھ زہٕ ژہٕ چھکھہٕ وارے؟"

سُہ اُس منٛزی تِمس پرژھان۔

"بہٕ ہے چھس بلکل ٹھیک!" سُہ اوس نوٗرہٕ وَنان۔

"نبلہٕ کیا زہٕ چھکھ ژہٕ یوٚت نکیومت؟" سُہ اُس ووش ترٛاوان۔

تِمو ہیٚرتہٕ گرہٕ کتاب آنہٕ نہٕ۔ سُہ اوس تِمہٕ ژوٚرہٕ ژوٚرہٕ پران۔ نہٕ پُرتھ کھنتھ تھوان۔ کُنہٕ کُنہٕ اوس کُنہٕ کتابہٕ منزٕ کینہہ تاران نہٕ۔ بُنہٕ کاگد ژوٚرہٕ تھوان۔

تِمہٕ دوٚہ شُوٚے اُسہ سیٹھا کم کتھہٕ باتھ کران۔ تہٕ سیٹھا کم کالس اکھ اکس سمکھان۔ صُبحن اوس سُہ ژھینہٕ یہٕ دوہہ پرٕ کرتھ چلے یِیوان۔ تہٕ کامہٕ نیران۔ تہٕ کأجس اوس کھانہٕ کھینہٕ یِوان۔ آمہٕ وزہٕ اُسہ تِمہ دوہ شُوٚے بلہ ادرِچ یڑہِ چ کتھاہ نالان۔ تہٕ آمہٕ پتہٕ اوس سُہ بیٛیہ دگرس تام اوٚری رُوزان۔ شامنس اوس سُہ مثران کران۔ کھانہٕ کھیوان۔ تہٕ سیٹھاہ کالس پران۔ آٹھوارہٕ دوہہ اوس سُہ صُبحاسے گرہٕ نیران۔

تہٕ پتہٕ اوس ژہرِ دالتھ گژھتھ نورہٕ پھیران۔ ماجہ اَسِس خبر زہٕ سُہ چھُ شہر گژھان۔ تہٕ باضے ھیٹرتہٕ۔ اما پوز شہرہٕ بیٹھ اوس نہٕ تَسَس کانٛہہ تہٕ سمکھنہٕ یِوان۔ تَسَس ہیوٚتُن باسُن زہٕ تسُند لڑکہ چھُ دوہہ کھوتہٕ دوہہ کم کتھ کرَنہٕ لوٚگمُت۔ مگر رژھا سنِتھ باسیوس زہٕ سُہ اوس دوہہٕ نٔوی نٔوی لفظہٕ وَرتاوہٕ کران۔ نہٕ یِمَن لفظَن ہُندمانہٕ مَطلَب اوس نہٕ تَسَس فِکرِ نران۔ بُرونٛہہ کالہٕ یِتھی پھُٹہٕ پھژاٹ نہٕ اوٚگرِی ھوٚگرِی لفظ سُہ ورتاوان اوس۔ رتم اَسہٕ دوہہٕ نہٕ تہہنادہٕ کلامہٕ منٛزِ مُلے دژامتھ۔ پادِیل سینٛدی انداز نہٕ دوہہ تھ بیٹھ ہنٛزوٚ یِموٚ نوٚیوٚ تفصیلوٚ کرِ سہ پانَس کُن متوجہ۔ تِمی تہٕ اوی شوخ پلوٚ۔ نہٕ دوہہٕ نہٕ لوٚگ پلوٚن نہٕ جسمہٕ چہ صفائی کُن زیادے یِہن۔ اَہنٛزن حرکژن تہٕ دوہہ تھ بیٹھ منٛز ہیٚژن دوہہٕ نہٕ زیادہ آزادی تہٕ پھُرتی یِنہٕ۔ طورہٕ طریقَن منٛز آس زیادہٕ سِنزر۔ تہٕ مزازک تیز شرگوس کم۔ مگر تسٛنز ماج اَس فِکرِ نہٕ ترن واجہ نیو یِموٚ تبدیلیو رکنوٚ فِکرِ نہٕ پریشانی منٛز بعدٛ میژ۔ منٛزی منٛزی اوس گرس ڈوان رنہٕ۔ آتھوارہٕ دوہہٕ ہَن اوس پنٛن بسترہٕ پانٛنے تُلان تراوان۔ تہٕ اکثر اوس تَس کامہ منٛز نہٕ اَتھ روٹ کران۔ بَستی منٛز اوس نہٕ کانٛسہ تہٕ مرَدن اَزتام یہ کوٚرمُت۔

دوہہ اَکہٕ اوٚن تمی اَکھ تصویر نہٕ ترووُن لیکھہ الوٚنٛد۔ اَتھ تصویرس منٛز اوس یہ ہاونہٕ آمُت زہٕ نریہ زنٛی اَسہٕ دُنہٕ پکان پکان بڈِ سنِتھ ہووک پانہٕ وائی کتھ باتھ کران۔

"دُبارِ حیاتی پراوِنہٕ پَتہٕ چھ عیسا ایماس کُنہٕ گژھان"۔

پاوِلن توٗر تَس فِکرِ۔

تصویرِ وُچھتھ گَیہٕ ماج سیٹھاہ خوش۔ مگر تِمہٕ سوٗنچ پانہٕ پسے سیتی۔

"ہرگاہ ژٕ یِہ مسیح پوٗز ٹوٹھ چھُے۔ تیلہِ کوٚنہٕ چھُک گرجَس گژھان؟"

مأری مَنزِ المارِ ہندِین خانَن مَنز، یعنہ پاوِل سُندِ اَکی چھانہٕ دوستَن بناوِتھ اَس، ہیوتُن کتابَن ہُند تیداد ہُرُن۔ مگر اوس وعہ نی زیادے آرام دِنہٕ وول باسان۔

سُہ اوس تَس عوٚموٚمَن ماج وَنان۔ مگر گُنہٕ گُنہٕ اوسُس زیادے ٹاٹھ نیٚارِ سان وَنان۔

"دِیدی مُحتَفنے اُوُرِ ترٕ پوٚرِ ہِش روزُ کھ۔ بٕہ ہیے پیمے اَز ژٕ پیری گَرِ"!

تَس اوس یِہ خوش کَران۔ پاوِل سُندِین لَفظَن مَنز اوس دَرپیٚر تہٕ سنجیدگی باسان۔

مگر تِہنزِ پریشأنی یِہ تہٕ فِکرِ ہیوٚرُن دوہہ پَتہٕ دوہ ہُرنہٕ۔ پریشأنی ہُند سبب توٚرُس نہٕ وارِ پأٹھی فِکرِ۔ مگر توٚتہٕ زَن ہیوٚتُن تِہندِس دِلَس وَٹھ ہیوٚ گژھن۔ یِکیا زِ تَس باسیوو زِ عام دوہہ دِین چھن کیٚتھن بدوٚن چھُ کیا ہتام سَپدان۔ باضے اُس سُہ تَس پیٹھ ناراض تہٕ گژھان

تہٕ سونچان :

"آخر یہ کونہٕ چھُ بنیٚن لُکن عام لُکن ہندی پأٹھی روزان؟ یہ ہیٚے پوٗرٕ پادری بنیوو۔ یوٗت سنجیدہ! اَتھ وأنس منٛز چھا ییمہٕ کیٚنہہ شوٗبان زِہ؟"

اَمہِ پتےٚ اُس سہٕ سونچان:

"بنان چھُ کأنسہِ کوٗرِ سیٚتر ما آسہِن یارانہٕ لوگمُت۔"

مگر تمہٕ باپتھ گژھہِ پوٗنسہ ٹوٗٹھک آسُن۔ سُہ اوس پننِ سوٗنٛتُہ تنخاہ تس حوالہٕ کران۔

یِتھہٕ کنۍ دژایہِ ہفتہٕ داد، رینہٕ داد، یوٗتام زِہ وَرِی تہٕ گَیہٕ ازأنی خیالو تہٕ دوہہ پتہٕ دوہہ بڑٕ وٕنہِ فکرو بَرِتھ، عجیب و غریب نہٕ ژھوٗپ ژھعہ پأیے زندگی ہنٛدی زِہ وَری۔

# ۴

اَکہ رٲژ کھانہٕ کھێنہٕ پَتہٕ ژٕرووٗ پاوٕلِن دارٕ پٔردٕ تہٕ پێنہٕ
کُرسی ہیٚرہٕ کنہٕ چہٕ لَبہٕ ہِندِس کَلِس پیٚٹھ ہتھٲوِن اَتھ ٹیٚنچ بتھو تہٕ کوٗنٛجَس منٛز
بِہِتھ لوٚگ پرنہٕ۔ باقہٕ برتَن چھلہٕ نہٕ پَتہٕ دراو ماجہ چوکہٕ منٛزٕ۔ تہٕ وارٕ وارٕ
وٲژ تَس نِکھ۔ ہٕتھٕ تُل کلہ تھوٚد۔ تہٕ پرٛژھ ونہٕ چشمو لوٚگ تَس کُن وُچھنہٕ۔

"کیہہ نا پاشا کہنہٕ نہٕ؟"

تمہٕ وَوٗن لگہٕ تہٕ لگہٕ تہٕ۔ تہٕ پوٚت کھوری دٕراو واپس چوکس
کُن۔ تتہٕ منٛزٕ ژٕٹھ آسہٕ بیقرٲری کنہٕ وہہ ٹہٕ کڑان۔ مگر پننہٕ نِن خیالن منٛز
اکہ لگہٕ کیٹھ موکٹ ہر کرہٕ پتہٕ پیٹھ راوٕ۔ تمہٕ الکہ تہٕ بیٚنیہٕ اَکہ اکہ وٲژ
نِکھ پیٚن تٔس۔

"بہ ہا چھس دپان۔ تژٕ کیازہ چھکھ امیوٚب پرأنی آسان؟"

تمہٕ پرٛژھنَس قرارٕ سان۔

تمۍ وٕٹھ کتاب۔

"بیہی ماجی"

مائج بیپھٹ لوسہ مَتہ اندازہ نیچوِس نکھ۔ کمبرس کوہ ڈکن واشہ
تہ کوسہ تام ضنوزوری کتھ بوزنہ باپتھ سپنز تیار۔

پَننہ بہ ماجہ کُن اُچھ تُلنہ ورائی لوگ پاوِل دِینہ تہ تھہنز آواز
اُس لوزتہ خبر کمہ وجہ کِنی کڈر تہ ٹیتھ۔

" یہ چھُس تمہ کتابہ پران ۔ یمن ہُنز ممائی ہیتھ کر نہ چھ آمژ۔ یمن پیپھٹ چھُ اَمہ کِنی ٹھاک تھوَنہ آمُت۔ تکمیازہ یمن منز چھ کامگارن ہُندین مشکلن ہُنزہ کتھ لیکھتھ۔ یمہ کتابہ چھ زوٗرہ پاٹھو چھاپنہ یوان۔ تہ ہرگاہ یہ یمہ کتابہ پران روٗٹ ہس۔ میہ زِن جیل۔ جیل اَوہ کِنی زہ یہ چھُس پرز زانن یرٗھان۔ توٗر یے فِکرہ؟"

یکایکھ ہیوتن تس شاہ ہہنس منز تکلیف سپدن۔ اُچھ وہرائِتھ لگ سعہ پننہ نس نیچوِس وُچھنہ۔ تہ باسیوس زہ تُسہ اوس وہ یِر۔ تمہنز آواز اُس بدلے۔ زیادے سنجہ تہ پژرہ پوٗر۔ لوزتہ شروع کر دار۔ تہندِ نیچوِنہ ہیوت پننہ نین لمہ کہ چمن تہ نرم گونٹرھن اتھ سیتھ پھش ژھیو۔ ماجہ گیہ تسندہ باپتھ واہ ورسمتھ۔ تہ تہندہ باپتھ ہیوتن تسند دِل واٗدکر لد بنُن۔

" ژہ کھوزہ چھک یہ کراں پاشا؟" تمہ پرژھس۔

پاوہ لِن نِل کلہ تھوٗد تہ تس کرٗن نظراہ۔

" اوہ کِنی زہ یہ چھُس پرز زانن یرٗھان۔" تمو دوَن خاموشی تہ سنجیدگی سان۔

اُہنزِ آوازِ منٛز اُس نرمی مگر پتہٕ ختہٕ گی تہٕ ۔ تہٕ اُچھن منٛز پوٗت نہٕ ہنیچ چمک ۔ ماجہ ژیوٗن زہٕ تیسندِ نیچوی چھ کمہٕ تام پوٗشیدٕ تہٕ بیم ناکھ چیزِ باپتھ ہر ہمیشہ خاطرٕ پننہِ زندگی وقف کرمژ ۔ سہ اُس زندگی منٛز یرپتھ چیزَس بنیہٕ ووٗن زاُنتھ مانان ۔ تہٕ اتھ کینہہ وَنہٕ نہٕ کرنےٚ پانہٕ ناوان ۔ اوَے کیٚنہ لیج سہ ووٹی ژھوہ پہٕ دم کرتھ اوٚش ہارنہٕ ۔ داوی دگہٕ ووٚل تَس نال ۔ تہٕ کیٚھتہ کرنہٕ باپتھ سہ مے یہٕ نہٕ تَس اُچھرے ۔

" وَدمے " پاول ووٚتھنس لیبرمی تہٕ مایہ سان ۔ مگر تَس باسیوٚو زَن تہٕ سوٗ تَس روخصت اوس ہیوان ۔

" ہنا کری سوٗنچ ۔ اَسہِ کرتھ زندگی چھ کڈان ؟ ژہٕ زنتہٕ پننہٕ نےٚ پان ۔ ژتہٕ جیہِ وَری گیی زندگی منٛز کیاہ پرووٗت ؟ میانی مالی دِتی ژیہٕ ہمیشہ چوب ۔ ووٹی چھُ میٚہ فکرِ ترٛان زہٕ سوٗ اوس پننہٕ پریشانی پننہٕ نہٕ زندگی ہندِ کرپچھ چھرچ ژکھ ژیہٕ پیٹھ چھانٹان ۔ سوٗ اوس کمیٚ تام چیزَن تَل روٚدمُت ۔ یُس تس اوٚرہ ہٹا سان اوس تہٕ تَس اوس نہٕ فکرِ ترٛان ۔ زہٕ یہٕ کُس چیز اوس ۔ تمی کرٕ ترٛہن وَرٕہین مُوزوٗری ۔ تمہٕ وزِہ کرٕن کام شوٗروٗع ۔ یٔلہ کارخانس منٛز زیرے کھاتہٕ اَسی ۔ ووٹی پچھ سَتھ ! "

تمہٕ بوزِہ تیسنزِ کتھ دِلہٕ کیو کنوٚ مگر ہمہ کہٕ اکہٕ احساسہ سان ۔ اُہندِس نیچوی سُنزَن چشمَن منٛز اُس اکھ لوٚبہر وِنی چمکھ ییمکس پیٹھ وُچھکھ بار ترٛاوٚنتہٕ تہٕ تَس کُن نِمتھ آو سوٗ تیسندِس اوٚش برٛی تس

بٔہتٕس نزدیکھ، تہٕ تتھ پٔنزِس نِسبت، یُس تٔمِس فکرِ اوس توٗرٕ گٔژھتھ کورُن
پننٕ گوڈنیکیُک تقریر۔ یِہِنز جوٲنی ہُند سورُے قوت تہٕ اُکُس تحقیقس
طالب علمہٕ سٕندی ساری ولولہ ہیتھ، یِتھِس پننِس عامس پیٹھ فخر تہٕ پننِس
پنزِس پیٹھ پوٗرٕ پٔژھ آسان چھ۔ تٔمۍ کٔر تحقیقن چیزن ہٕنزٕ کتھ۔ یِمہٕ زٕن
تٔس پیٹھ ظاہر آسہٕ سپٕنزمٕژ۔ تٔمۍ یِمہٕ تہٕ کتھ کٔر۔ تِہِنٛز ہُند مقصد اوس
تہٕ تیوٗت ماجہ ہٕنز پٔژھ تہٕ پٔژھ تِمن پیٹھ ہُرٕ راونی۔ یوٗت زن تٔمِس
پانس ازمٲیِش کٔرِنی اٲس۔ باضے اُسہٕ تہٕ تٔس لفظ سمان۔ تہٕ سوٗ اوس
رٕوزتھ ہیُو گژھان۔ تہٕ پَتے اوس تٔس احساس سپدان۔ زِ تٔس بُرونٛٹھ
کُنہٕ چیز تیٚتھ اکھ بُتھ۔ یَتھ ڈگ چھے ووٗنِلے مرُش۔ تہٕ یِمہٕ چھ مایہ بَرٕژٕ
چشمہٕ آسہٕ تٔس کُن وُچھان۔ تٔسند دِل آو ماجہ ہٕندِ بایتھ اخسوٗسہٕ تہٕ دادِ
تہنٛز بَرنہٕ۔ تہٕ آدہ یٕیلہٕ تٔمۍ دُبارٕ کتھ تیج۔ سہٕ اٲس تیٚنٛزِ ماجہ تہٕ تہنٛزِ
پننہٕ زندگی ہٕنز کتھ:

"ژیہٕ لوٗب تَھے زانہہ کانٛہہ سہٕ کتھا؟" تٔمۍ پرٛژھ "یَت کالن
کُس سوٗ چیز آ، دِتے ژیہٕ یُس ژٕ یاد تھوٗو کھ"

تِمہٕ بُوز سورُے کیٛنٛہہ۔ تہٕ تٔم ناکھ اندازٕ دِیُن کٔتھ۔ تٔس اوس
کمہ تام نوٗرٕ تہٕ اندازٕ چیز، کَہ تام خوشی یِمہٕ تہٕ دردٕ بٕرِتھ تہٕ چیز کرٕ احساس
ہیُو گژھان۔ یُس زَن تہنٛدِ دادٕ رلہٕ دِلہٕ بایتھ بلغارٕ اوس بنان۔ اَز
گوڈنچہ لٹہٕ بُوز تِمہٕ کانٛسہٕ ہٕنزٕ زیوٗرٕ پانس تہٕ پننہٕ زندگی ہٕنز کتھ۔ تہٕ یِمو
لفظو وُژٕ ناگوٚ تِم مُبہم خیال دُبارٕ، یِم اَز یُتھ کالکو شونٛگِتھ اٲسہٕ۔ یِمو

لفظو کرٕہو کمہٕ تام اندازٕ زندگی ژٕنشہٕ لوب ہیٚنہ واجنو بیٚی اطمینانٔچ رادہ مژٕہ
جوانی ہنٛدِ خیال تہٕ احساس بٔنیہ اکہ لکہٕ زندٕ۔ جوانی ہنٛدین دوہن
منز آسہ تمہ پننین ویسن سٕدرن سیٚتھو زندگی بیچھٕ کٕھ کرٕہ مژٕہ۔ اما پوز
تہٕنٛزٕ و سارہٕ ویسو تہٕ پانہٕ تمہ تہٕ اَس دوہے شکایژھ کرٕ مژٕ۔ تہٕ پننہٕ
زندگی ہنٛدٕ دوہ لایک وچہ زانہ ژیچھ اسکھ نہٕ زانہہ تہٕ کوشش کرٕ ہژٕ۔ بگرٕ ونکین
اوس تٔمسند نیچو تٔس برونٛٹھ کنہٕ بہہ ہیچھ۔ تہٕ تہٕنٛزٕ اچھو، تہٕ تہندین لفظن
ہنٛدٕ اثرٕ سیٚتھ اَس سہ دِلبرٕ کیٚن سندرن تام پانہٕ وگلنہٕ آمژ۔ تٔسند
دِل اوس پننِس نیچوس بیچھٕ نازٕ کران۔ سُو نیچو یُس زٕن پننہٕ ماجہ ہنٛزٕ
زندگی اَمہ اٹہ مانہٕ فکرٕ اَس ننٛرٕ ہژٕ۔ تہٕ یُس پانٔی پانٔے تہٕنٛدین دوہ کھن دادین
ہنٛز کٕھ اوس کران۔ تہٕ یِمہٕ تٔسند دِل اہندٕ پانچھ دوہ کھ لگ اوس۔

ماجن بیچھٕ چھٕنہ زانٛہہ تہٕ ترس یوان۔

تٔس اَس یہٕ خبر۔ پادبلن یہٕ کینژھا زنانن ہنٛزٕ زندگی بیچھٕ
وٕنن۔ تہٕ اوس سارہٕ نٔے درینٛٹھو ییٚنہ وول کرٕ یٔٹھ پیٚزٕ۔ تہٕ ماجہ ہنٛدِس
وٕچھِس ژٕل قسمہٕ قسمہٕ کیٚو اکھ اکس پتے ووتلن والیو جذبو گتہٕ گیوٚر۔ یِمن
جذبن ہنٛدِ نوٕ ژٕن تہٕ نرمی اہنٛدِس دِلس وٕشہٕ نیر پھیوٚر۔

" ادٕ بہ ژٕ یہٕ کیاہ چھے کرُن ؟"

تٔسنٛز کٕھ چلہٕ وٕنی ٹھوٗرِ چھے پرٕژھ تمہ پادبلس۔

"گٕھ ڈٕہ پانہٕ پرُن تہٕ ادٕ باقی پرٕہ نادِنی۔ اَسہ کامگارن پزٕہ پرُن
اَسہ پزٕہ یہٕ زانُن تہٕ دٕرِ یاف کرُن زہ ساٗنہ زندگی کیازٕ چھہٕ بیشر کرٕچھٕ۔"

تسینٛدِس نیٚچوِس سِرٕنزٕ ہیچھ اَچھ، یِمہ زٕن امۆب ٹرکرٕ پٔتہٕ گبرٕ آسہٕ روزان، آسہٕ ونکین اَکہٕ لاوٕ تہٕ نرم گاشہ سیٹھا لیولب بَرِتھ۔ یِہ ڈٲشِتھ سپیٛز سۅہ خوش۔ تہٕ تیٚہنٛدین وُٹھن پیٚٹھ ہیوٗتُن اَکھ لۅٗت اَسُن پھۅلُن حالانکہ تسٕندِ بُتھہ چیٚن گیٚنٛنین منٛز اوس وُنہ تہٕ اۆش پھیرِتھ تھٔکِتھ رٲے لجِ مٕژ۔ سۅہ ٲس اَکھ اَکِس ٹھۅلہِ ییٚنہٕ والین دۅن احساسن منٛز بوڈٕے مٕژ۔ اکہِ اندٕ اوس تَس پنٕنِس نیٚچوِس سیٚٹھا فخر، یِمہ زٕن زندگی ہُنٛد کُن بیچھر بۄ تاہ جان پأٹھۍ بٔرٕ اوس کوٚرمُت، تہٕ دوٚیمہ اَندٕ اوسُس احساس زٕ سُہ چھُ وُنہ وانٛسہِ کم۔ تہٕ اَکِس بیٚیِس مقابلہ چھُ بدلے کھتہٕ کران۔ بیٚیہِ اوس تمۍ کُنہ زٕنی رتھ اکہ زندگی ہُنٛد پَتہٕ خاطرٕ کمبٕر کوٚر ندامُت۔ یِمہ زندگی ہنٛز سارِے لکن ہٲل ٲس گٲمٕژ۔ تہٕ یِمہ زندگی ہنٛز سۅہ بانٛز تہٕ عأدی ٲس۔ سۅہ ٲس تَس وَنُن یژھان:

"میانہِ ٹاٹھہٕ۔ سٕکٕنٕ زُوٗن کیاہ ہیکھ کرِتھ ژٕ؟"

مگر سیٹھی اوشس پیٚہ احساس زٕ یِتھ کُنہ گژھہ مرحبا کرُنُک تہٕ قدردانی ہُنٛد سُہ جذبہ کم۔ یُس زٕن سۅہ پنٕنِس نیٚچوِس نِسبتھ مۆحسوٗس ٲس کران۔ پنٕنِس تَس نیٚچوِس مُتعلق یِمہ زٕن آنَن خانَن منٛز ہیوٗدمُت اوس زٕ سُہ کیٛتہٕ تاہ جالاکھ چھُ۔ تِہٕ لیٛس پۆرٕ پأٹھۍ زانُن تَس تانی اوسُنہٕ۔

پاولین وُچھ ماجہ ہُنٛد پھۅلیٚر وُن اَسُن۔ سۅہ تۆچھن گۅو تُن گٲمٕژ۔ تہنٛزن چشمن منٛز وُچھن ماے۔ تِہٕ تَس باسیوو زٕ سۅ وُچھہِ ماجہ

نش سٕہ پَرزٕ باوٕنس منٛز کامیاب سپدٕ مُت۔ یَتھ سوٗ وکالتھ اوس کران۔
پننیٚن لفظن کارگر سپدنس پیٹھ سپدٕ نس فخر۔ تہٕ اَمہ سیٹھہٕ ہرِ ے یِس
پانسٕ پیٹھ دارِ ے پَرِتھ۔ تہٕ وَنہٕ نی اوس سُہ جوشہ سان بولان۔ گراہ
آسان، گراہ ڈکس دِزہ لدان۔ تہٕ باضے اُمس اَتھن دِین لفظن منٛز دِیہ ہنٛز
گگہٕ راے ہشِن باسان۔ تہٕ ہم لفظ کُڈرِ تہٕ گرِہزٕ دٕنی لفظ بڈِ رِتھ ژاو
ماجہ ہندِس دِلس منٛز خوف۔ تہٕ کلہٕ گلہ ناٛوِتھ پریِرتھ تمہٕ لوٗتہٕ پاٚٹھی ژھس

" پاشا ! پَزِ ہی پاٚٹھو چھاپی سپدان ؟ "

" اہنی۔ بلکل ہی ! " تمہٕ دیُت وُرِ ہی پاٚٹھی جواب۔ تہٕ تمَن
لکن ہُند حال ہیوٗ تِس ہیم زٕن انسانَن مُدتھ کرٕ نہٕ باپتھ بیقرار اُسی۔ تہٕ
ہِمہٕ انسانَن منٛز یِزٕ رُک ہیول وُوٗ مُت اوس۔ تہٕ یِمہٕ کینٛہہ زندگی ہِنٛدِ چ
شمتروٗ یِمَن ٹھِٹھلی گاڈہ آسہٕ کیٚہ مَرِ ہ۔ رتھٕ کنٛہہ پیٚتھہ کنٛزٕ ن پوٗشن ہُنٛد
شِکار چھ کران۔ تم ہٕرکھ قاعد خانَن منٛز۔ تہٕ تمَن آو قاعدِ با مشقت دِنہٕ۔
" میہٕ چھہ ییٚھو لکھ دِ چھمتی " جذباتن منٛز بوڈِتھ وُوٚن تمی۔ " تم
چھ بُتہٕ رائٹرٕ ہندی بہترین گبرٕ ! "

یِمَن لُکن ہُند باس کرِتھ کھوٚتٕ ماجہ۔ تہٕ اَوِ ے اُمس سعہ بیِیہ
اَکہ لِٹہٕ نیٚچوِس پَرٕ ژھن یِژھان۔ زِ کیاہ یہٕ سوٗرِ ے چھاپزی پاٚٹھی پرٕ زٕ مگر
تس سپدٕ نہٕ یہ پرٕ ژھنک جُرتھ۔ سعہ اُمس گوٚتن گرِ ژھتھ تمَن لُکن ہنٛز
داستان بوزان۔ ہیم تہٕ تس فکرِ اُسی تران۔ مگر یِمو تسنٛد نیٚچوٗ پرٕ تھ ہیم
ناکھ کتھ کرٕ نہٕ سوچنہٕ ہیٚچھ نو مُت اوس۔ اُخرس وُوٚن تمہٕ پنٛنِس نیٚچوِس نہٕ

"دوہ ژٕ ہا چھُ گاش پھیملنس تیار۔ تہٕ اوٚ ہٕ یتھ کُن تہٕ رٕژھ کھنچہٕ شونگو۔"

"یہٕ کیاہ دٔراس"

تمہٕ مأج یہ کتھ۔ مگر ماجہ نکھہ یتھ پرٕژھن تس:

"مگر یہ کینٛہ شہاہ میٚہ ووٚنے۔ تہٕ توٚریے فکرٕ ؟"

"آ"

تس ژوٚل ووہٕ ش نیرِتھ۔ اوٚشِس لجِس بٔنیہِ دار۔ تہٕ ہنگہ منگہ خبر کتھ تأنی جذبس لایتھ یتھ دِژن کرِتھ:

"ژٕ ہا گژھکھ برباد!"

سُو ووٚتھ تھوٚد۔ تہٕ کمرِ کِس بیٚیس طرفس کُن دٔراو۔

"خأرٕ۔ دوہ ژٕ نو روٚے ژٕ یہٕ فکرِ ژٕ بہ کیاہ چھُس کران۔"

تمہٕ ووٚن:۔ "میٚہ بوٚوے ژٕ یہٕ سورُے کینٛہہ۔ تہٕ ہرگاہ مأجی ژٕ یہٕ میون سر ہہ پچھے دِلس۔ میون درخاس چھُے یُتھ تہٕ میٚہ اُلِتھ کامہٕ تُھتھ یکھ"

"رِبیانہٕ گوٚبرا! ٹاٹھیا!"۔ تمہٕ ہور اوٚش۔ "ژٕ ت گژھ ہے ہرگاہ ژٕ میٚہ سورُے وَنہٕ ہا کھہٕ۔"

"تمہٕ رٕٹ ماجہ ہندِ اتھ تہٕ زور دِتِنکھ چیر۔

"مأجی!"

یمہٕ چاوِ اُمی "مأجی" ووٚن۔ تہٕ یمہٕ عجیب تہٕ خاص اندازٕ اتھس چیر دِتنس۔ تمہٕ سیتھ ہیز سوہ سیٹھاہ متأثر۔

" بہ ناوِتھ ہیٚز کہنو "تمہٕ ووٚن ٹھہرِو ٹھہری." او - ژٕہ ٹھوٚی

رزہ پانس جیس - جیس ٹھوٚی رزٕہ!"

تس باسیوو زٕہ تسند نیچو اوس کنہہ تام خطرس منٛز پیٚنہٕ دوٚل - اَمیٚک اکھ اَزٕ اٹھ احساس شیٚدیتھ وُڈھہ سِعہ دردبند آیس منٛز:-

" ژٕہ ہا چھکھہ دوہہ پیتہ دوہہ زیادٕے ہوہ کھان:"

تمہٕ بوٚز یہ دُپھ زٕہ تہٕ، پاوٕل شند دوٚر بیٚز قداوار بدن پینہٕ ہین مایہ ہرژن چشمن منٛز -

" ژٕہ پیٚتھ کنو زندگی کڈنی یژھکھ - کڈ . بہ پیٚہے بیٚز زانہہ تہٕ ٹھرہ - مگر اکھ کنہہ چھے - یہ اَزٕہ دارٕہ سرٕہ کھرٕہ کران زٕہ کنہہ کنٛس سیٹھو پزٕہ کرنی - تِہ کنٛس سیٹھو پزٕہ بیٚز - لیکن اَزٕہ کھوژان - ییمن چھے اکھ اکی منٛز دِہے - ییہنٛز زندگی چھہ حسدس تہٕ طمہ ہاٚس منٛز نیران تہٕ یم چھہ اکھ اَکس دوہ کھ وانہٕ ناوِتہٕ سیٹھو خوش گژھان - ژٕہ دِتہٕ اکہ لٹہ ییمن ہنٛز اصل صورت ہاوِتھ - ییمن ییٚہٹ کھارتہٕ راہ - پتہ وِچھکھ یم کاژاہ نفرتھ کرنے - تہٕ ژٕہ ختم کرنہ باپتھ گنڈ نے ہوٚل:"

اوٚہند نیچو اوس دروازس ییٚہٹ ووہ دِنہ اَہندی دوہ کھ ہنی لفظ بوزان - بیلہ تمہٕ کنہہ معہ کلاٚو - تمس پھوٚل اَسن -

" ژٕہ ہے چھکھ پوٗز وَنان - لکھ چھہ پیزی پاٹھی خراب." تمہٕ ووٚن -

" مگر پیٚتھے میہ زون زٕہ دُنی ییہس منٛز چھہ اکھ ییٚتھ چیز تہٕ ییٚتھ

حوٚت تہٕ پوٚز وَنان چھہٕ۔ میٚہ ہیٚتھٕ یِم ٹُکھہ رِتی باسن !"

تِمو کوٗر بێیہٕ اُسُن تہٕ ووٚنُن :۔

"میٚہ چھُنہ پانَس تہٕ خبر زِ یہٕ کیتھہٕ کٔنہ سَپُد۔ لوٚکہ چارٕ اوس شُس بہٕ سارِنی کھوژان۔ تہٕ پتھ بہٕ بوٚڈ گوس بہٕ لٔگس سارِنی سیٹھا ژیی ورناوُنہٕ۔ باقی لُکَن سیٹھا اوٚس کٔنہ زِ تِم اُسو کمینہٕ۔ کینژن سیٹھا خبر کیاز؟ شاید بٔلی۔ مگر وۄنی چھُ میٚہ پَتہٕ کانہہ چیز نوٚی انہٕ ماہٕ بوزنہٕ یوان شاید ما اوٚس کٔنہ زِ میون دِل چھُ لُکن ہِنٛدِ باپتھ دادٕ سیٹھا کرِشان۔ یُتھ میٚہ زون زِ پنہٕ نہٕ کمینہٕ گی باپتھ گژھہٕ نہٕ لُکن ہر ہمیشہ راہ لدُن۔ اَوے سَپُد میون دِل تہٕ موم"۔

وَنان وَنان کوٗر تِمو قرار۔ زَن تہٕ پانہٕ اَندرٕ م کانٛہہ آواز بوزان اوس۔ پَتہٕ لوٚگ وارٕ وارٕ تہٕ سٔنٛچ سوٗنچ وَنہٕ نہٕ :

"یہٕ فرق چھہٕ تبدیلی یوان۔ یُتھ زَن انسان پنُن زانہٕ نہٕ لگہٕ"۔

"میانہٕ مسیحاہ ! ژیٚہ ہا چھےٚ اکھ بڈ تہٕ بیم ناکھہٕ تبدیلی آمٕژ !"

ماجہٕ تراوس اکھ نظر۔ تہٕ آہستہ پاٹھو ووٚن تَس :

یُتھ سہٕ شوٚنگ ماج ووٚتھ لوٚہ تے بسترٕ منزٕ۔ تہٕ دارٕ ژھ اَنِس نِش۔ پاوِل اوس بُتھ ہیٚور کٔرِتھ شوٚنگمت۔ سفید شاندٕ گنڈکس پیوٚت منظرس منز اُسی اَہندِ کاژرِ بُتھِکی گِنبرِ کہٕ تہٕ سرکَس خولہ خط ژھٹی دراہتی۔ اَہنز ماج اَس روت پلوٚن منز نیٚنہ وارے نرٕ زِ سینَس سیٹھا ٹھوٚکھ تَس نِش آمژ۔ اُمی سِندی ووٚتھ اُسی آواز وۄ یداونہٕ ورائی

ہلان۔ تہٕ دیوٚلہٕ دیوٚلہٕ اوٚش اوسُس ہُچھتھ لَبہٕ پیٹھ وٕسو وٕسی بوٚن
پیوان۔

تہنٛدٕ ہیٚنہٕ بیٚنہٕ اکہٕ لٹہٕ زندگی لوٚت پاٹھو کڈٕنی۔ اکھ اَکِس
نِشہٕ دوٗر دوٗر۔ مگر اکھ اَکِس سیٹھاہ نکھہٕ نکھہٕ۔

# ۵

گرٕ نیران نیران وۄن اَکہِ ہفتہٕ مَنٛزٕ چھُٹی دِتھ ہٕن پاوٕلِن

ماجہِ کُنۍ پھیرِتھ:

"بٔڑ وارٕ دِتھ ہےٚ یِن کینٛہہ لُکھ شہرٕ پیٹھٕ مے سٕمکھنہٕ۔"

"شہرٕ پیٹھٕ؟" ماجہِ وۄن تہٕ سۄکھ مۄکھ رٕنج ہٕکھ کھارنہٕ۔

"کہےٚ زِ ماجی؟" پاوٕلِن پرٕژھ تٕکھ سان۔

تِمہٕ وۄتھ رووٕ اَنیپر نہٕ سِپتو اوٚش۔

"خبر" تِمہٕ ترٛوو وۄشِس۔ "کھۄنا۔ خاص نہٕ کہینٛہ۔"

"کھوژان چھکھےٚ؟"

"اہن۔" تِمہٕ کوٚر اَنٛکار

سۄ نیمیو تٔس کُن۔ تہٕ پنٕنِس ماۍلِسٕنٛدِ پاٹھۍ وۄنُن مُژھ ژکہ رأوِتھ:۔

"اُمی کھوژنہٕ کٔرۍ اَسی بربادٕ۔ تہٕ یِم لُکھ اَسہٕ پیٹھٕ راج تاج چھِ کران۔ تِم چھِ اُمی کھوژُکۍ فأیدٕ تُلِتھ اَسہٕ پیٹھٕ وارٕ ظُلم کران۔"

" خفہٕ ماگژھم !" ماجہِ ووٚن دوٚہ کھٕلہٕ اندازس منز : "کھوژان
کیاژہ ؟ ژٕ مبرو رٕوزِتھ کھوژان۔ بیاکس دۄہس پیٹھ چھہ خۄفن پننہٕ اکھ
وہرادِی ییتو ۔"

" ماجی میٚہ دی مافی۔ مگر وقتہ چھہ یہاسے۔" تمۍ ووٚن نرمی
سان۔ تہٕ دژاو ۔

ترین دوہن رٕوٚد تٔمس دِل وسو وسو گژھان۔ بیلہٕ سہ
سوچان آسہ زِ کینہہ اجنبی تہٕ اذاَنی لکھ پن ژھانڈ کرہ۔ سہ آسس
دوہہٕ زٕن کڈان۔ تہٕ دِل اوسس وسیتھ گژھان۔ ییمو سے لکو آسس
تیندِس نیچوس سہ وقتہ ہاو مژ۔ یتہ پیٹھ سو تکان اوس۔

بٹہ وارہ دوہہ آو پادِل کارخانہ پیٹھ واپس گرہ۔ اکھ
ہتہ چھولن۔ پلو بہٕ لاگن تہٕ بتیہ ہیوتن نیرن۔

" اگر ہے کانہہ اوسے۔ ڈیٚنز ییس بہ پیمہ ونی" ماجہِ کٔر
وچھنہ وراٚے ووٚنُس تمۍ۔ " بیہ خدایہ سندرِ پایہ کھوژتے ژٕ۔"

پیٹھ منتو کہ ٹھیو بیٹھا سہ بنچس پیٹھ۔ پادلن وچھ
تٔمس کُن کیتھ تانز پانکھ...

" یہ گژھہِ ناجان۔ اگر ژٕ اَز کانہہ ہند گژھہِ ہاک!" تمۍ
کوٚر تجویز پیش۔

پمو لفظو سیتو لاگ ماجہ دِلس۔

" کیاژہ۔ یہ کیاژہ گژھہ ؟"

نومبرٕکہِ ؠتھمہ دۄہ ۵ اٚسی۔ دۄہلہٕ اوس لگو ہتس نہٕ پتس بیٚچھ
نیٚکُن نیٚکٕ تہٕ خۄشک شٹین پیوٚمت۔ تہٕ ییلہ تُسند نچہِ نہ دراو۔ تمہٕ بوٗز شینہ
پیٚنیٚٹھ پکہٕ نیچ تُشیٚشرٕ آواز۔ اَتہ گوٗٹ اوس دارِ سیٚٹھہٕ لاگرٕ لٔد دِلس منٛز
بٕہ غُفن ہیٚتھ ژٔن تہٕ کاٗنسہ زاگان۔ دۄشوےٚ اَتھو سیتی بنیچ زٔٹت تہٕ
ہیٚتھ لٕج سہ دروازس کُن مٔدےٚ گنڈ لٔدہ وُچھنہٕ۔

تُس باسیوو ژٔن تہٕ اَتہ گٹہٕ منٛز پہ ہیٚتھ طرفہ کیٚتھہ تام اَلکہِ اٹرٕ
نہ یٔرِ پلوٗ لاگیتھ، کھکھرٕ پٔکان اٚسی۔ اَمہ پتہ دِتھ تلیوو گرس اَندری پکہِ
لوٗت لوٗت پکہٕ نکُٹ صداہ۔ تہٕ اَوٚنگجو سیٚٹھا لَبن سار نیچ سو سہ راےٚ ہش
تہٕ وۄتھلیہ۔

تمہ بوٗز کُنس تام اوس شرِ منٛز کیٚہ سہ تام ژُن وایان۔ اَمہ
آوازہ سیٚٹھا ژُنہ ڈھوپہ اَکھ مقصد راےٚ ہش۔ دۄکھ لٔد تہٕ میٚٹھ آواز
لٕج واٗنا کہ اَتہ گٹس منٛز رادنہٕ۔ ژٔن تہٕ کاٗنسہ ژھاران پریشان
اٚس۔ پتہ آیہ سہ آواز نکھ۔ تہٕ اَتھو دارِ نکھ واٚتِتھ گیہ یکایک بند۔
ژٔن تہٕ لٔبہ رفاہ منٛدس دارس منٛز شرٕ پیتھ گیہ۔

ڈایڈرٕ منٛز گوٗ پکنُک صداہ۔ تاج گیہ ڈُوٗد وٕ نقیتھ، تُس آیہ
بُنمہ چارنہٕ۔

دروازہ گوٗ یٔلہ۔ گۄڈٕ ڈٕ سیبزٕ اَکھ کلہ کھابیر ظاہرٕ۔ یتھ بیٚچھ نہٕ
جُرژ دار ٹوٗپی اٚس۔ اَمہ پتہ ژاو برنہٕ منٛزی اَکھ قداوار جسم نُمیتھ ہیوٗ تہٕ وۄلھ
پرونیٹھ کُن۔ یہ نفر رُوٗد اَمہ پتہ سیوٗد وۄدنہٕ۔ سلامہ باپتھ تُلُن دچھُن اَتھ

تہٕ تٔمۍ ووٚدُن ووٚدِش تہٕ اَدبہٕ ووٚنُن:

"آداب !"

ماجہ ووٚن نہٕ وۄتھ کھٔنٛز۔ مگر تٔمۍ دِتُن سلامہٕ جواب۔

"پاویل چھا گرہی ؟"

نہٕ آوُن کوڈ سا برُک جاکیٹھ۔ کوٹھ تھوٚد تُلِتھ دِتُن اَتھ ٹوپہ سیتر شیٖن۔ پَتہٕ دِتُن دۄیمہٕ زنگہٕ تہٕ بیٛکھ پائٹھ شیٖن۔ ٹوٗپۍ تٕھجن تہٕ دِژن اَکِس کوٗنجِس مَنٛز دٲرِتھ۔ تہٕ ڈٲلۍ ڈٲلۍ دراو بێیِس کوٗنجِس کُن۔ کُرسی اَکِس کٔرِن نظراہ۔ ژَن تہٕ وۄچھان اوس زہ یہٕ ہێکیاہ تِنٛہند بارٕ کِنہٕ یہٕ۔ تہٕ اَمہٕ پَتہٕ بیٹھ۔ اَسِس پوٚت اَتھہٕ لٲگِتھ کٔرِن ژامُن۔ تِنٛہند کلہٕ اوس گول ٹماٹر، مَس اوس ژھوٚٹ۔ اصلاح اوسُن کوٚرمُت۔ مگر گونٛژھہٕ آسس تہٕ بِہِن ہُنٛد بٕجہٕ نوکھ اَسِس بُتھن کُن نیٚمِتھ۔ پَتہٕ نیٖو وٕچھِتھ وٕچھوو وۄبرے مٔرِد کاژہٕ رُوٗہ اَچھو سیٖنہ ہیٚرِ تٔمۍ بڈہٕ سنٛز کٔرِس سام ہێٚنٛتھ

"یہ چھا تہٕ ہیہ پننہٕ پتہٕر۔ کِنہٕ کرایہٕ چھوٕہ روزان یێتہٕ؟"

زنگہٕ ہیٛچھ زنگ تھوٚوِتھ تہٕ کُرسی منٛز پانس اَلہٕ گوٚراہ کٔرِتھ پیہِ پرٛژھ تٔمۍ۔

"کرایہٕ پیٛچھ" ماجہ ووٚن۔ سۄ اَس قَسِ بُرونٛٹھ کِنہٕ بِہِتھ۔

"زیادہ جان جاے چھَنہٕ کینہہ تہٕ۔" تٔمۍ کٔر رائے ظاہر۔

"پاشا آسی بِکان۔ ژٕھا پرارُس۔"

"بی ہے کران چھُس۔" اَمہٕ قداوار انسانن دِیُت جواب۔

اُہنٛدِ سۆنٛ زٕ کہ تہٕ اطمینانہٕ، نرم آوازٕ تہٕ سیٛدِ سادٕ بُتھ سیٖتؠ

یِدٕ بۆو ماجہ حوصلہ ۔ اُہنٛزٕ نظرِ آسہٕ پزٕ دِیکٕ تہٕ یارانکٕ پرٕتو ترٛاوان،

تہٕ اُہنٛزٕن صاف چشمن ہنٛدِس سۆنٛ زِس منٛز اُسہ خوشی ہنٛدۍ لمبکھ

دوہ تھان ۔ اُمتہٕ نِکس ٭ زٕ اُوکرِس ، تمہٕ تہٕ نگہٕ دارٕ بدنٕس منٛز اُس

اکھ کشش ۔ تمہ اُس نیٖلہٕ رنگہ کمرٕ تہٕ کھلہٕ ڈٕلہِ کمہٕ ہُن پوٗتلوٗن لوٗگمت

تمہٕ دوٗپ زٕ پرٛژھس زٕ ژٕ کُس چھکھ ؟ کِتہٕ چھکھ آمُت ۔ تہٕ کیاہ

نوٗ ہنٛدٕ نیٖچ زانہٕ ہا ناوٕ اریاہ کالکھ ؟ مگر سۆ نمیوٕ سعہ کھ مہ کھ بُدٕ نُکھ

کٕنہٕ ۔ تہٕ تسنٛدِ پرٛژھنہٕ بُرونٛہہ لوٗگ وَننہٕ ۔

"ننکو ۔ ژٕ یہ کمۍ چھے ڈالکس یٕت زورٕ جیہہ کھ دِتھمت؟"

تمہ پرٛژھ ۔

تمہنٛزِ آوازِ منٛز اُس ہمدردی ۔ تہٕ تمہنٛزٕ اَچھو منٛزٕ اوس

اُتھ پیٛڑان ۔ مگر اُہنٛدِ سوالہ سیٖتؠ لوٗگ ماجہ دِلس ۔

"ژٕ یہ کیاہ چھے تمہ سیٖتؠ؟"

تمہٕ دوٗن وُٹھہ ژٕ مہ راوُتھ ۔ شائستگی سان ۔ مگر اکھ

شائستگی منٛز اُس سنگدلی کھٹتھ ۔

"خفہٕ مے گژھ ۔" سۆ نمیوٕ ماجہ کنٛن وارٕ سے ۔ "حیہٕ پرٛژھ

اَدٕ سے ۔ بکیازٕ بیانہٕ دِہ دہ ماجہ تہٕ اوس بیٚتھے چھوکھ ۔ تمہ نازٕ بہٕ چھے

تس اوس ریٛنہ لوٗیمت ۔ یُس سیٖتہٕ سعہ دوزان اُس ۔ سۆ اوس

ہ ننکو ۔ یو کرین جیٖنہٕ بانٛ منٛز چھ ماجہ وَنان ننکہ ۔

موٗج۔ تہٕ تمہٕ اوسس تَس ہیچھ فٲرلیہ کھوٚسمت۔ سہٕ اُس پانژٕ بابے خبر کیتہٕ سٔمکھس۔ سہٕ رٔوز دوہے وٕہکہ تۄداہے کران تکیاژہ۔ سُہ اوس یکہ شعورٕ اٚبِ۔ تہٕ سوٗرسے نیٚپٕژ تِلۍ بَلہ بہٕ تمہٕ منگتہٕ رنیٚوس۔ اِتھہٕ اِتھہٕ سۄ اوس تَس بیہ وایہ مار دِوان۔ تہٕ بہٕ اوسس شٹرک مِین اُژان"

اُہندی اعتمادٕ کرٕ ماج لاجواب۔ تہٕ سُو کھوٚتُر نہٕ پیٚتھ کنہٕ ژکہ سان تَس جواب دِتھ سیٚتہٕ ناگرٕ ژھ پاوِلی تَس ناراضی۔

"نابہٕ نا گیٚنس نہٕ خفہٕ۔" تمہٕ ووٚن کینٛرژھا شرمندگی سان تہٕ کینٛرژھا اُشُن کٔرِتھ۔ "ژٕ یہٕ پرژھتھ نا یکہ سبے۔ خۄداکٕرٕ نَس جٔنتس منز جاے۔ میٚہ تہٕ اوس پینٛژھ خانہٕ دار جِنسے لو یمت۔ اَدٕ ماژٕ چھکھ تاتاری؟"[۵]

تمہٕ دِژ کھوٚژن دِنٛن۔ تہٕ دٔندٕ وہراٚوِتھ لوٚگ پتھ کنہٕ اَسنہٕ نہٕ کنہٕ ہیچھن نام گیٚنس دِنٛن۔

"ناے۔ وُزنہٕ نہٕ۔"

"جاپٲنی کنہٕ باتہٕ ہیٚنہ روٗسی بیٚنہٕ ہشی۔" ماج توٗرٕ تسند مذاکرٕ فکرٕ۔ تہٕ اُسان اُسان تورِنس یِژھ مطلب فکرٕ۔

"میانی کنہٕ باتہٕ چھہ روٗسوٚین پیٚنہٕ کھعتہٕ جان۔ تۄتھ کران کران ووٚن یِژھی: "بہٕ چھس کانیٚف شہرک روزن وول۔ اکھ خوخول۔"[۵]

---

۵۔ تاتارِی اُسی پرانی پلوکنن والین جندٕ گرین وَنان۔

۵۔ اکتوبر انقلابہٕ برونٛہہ اُسی یوکرین کین لُکن خوخول وَنان۔

"یتہ ووت یا وار یاہ کال ژہ؟"

"شہرس منز گوم ووہ نی وری کھنڈ ۔ ڈپھ یتھ کارخانس منز
ووتم ووہ ژ ریتھ کھنڈ کام کران ۔ یمنکو لکھ چھ پرتی ۔ چون نیچو تہ بیٔہ
کینہہ لکھو ۔ تیہ کینہ ما روزہ بہ یتھو؟"

گونرٕ ژھس ورٕ دوان دوان ووٚن تمہٕ ۔

تس باسیوو یہ رٕت موہنیو ۔ تہ تہندس نیچوس متعلق
ہیم پرتی لفظ تمہٕ وٕنی ہتر آسی ۔ سہ آس تمیک ماونہہ دین یژھان تس ۔

"چایہٕ پیالہ تہ چکھے ضرور؟" تمہٕ پریژھس ۔

"بوٚے اوت کیازہ چمہ؟" تمی کرٕ ثانی درسہ ہنا ۔ "ووبیٚین
تہ دینہ ۔ یتہ کر تہ اسہ سارہنی خاطرٕ"

امہ سیتۍ لج مائج بیٔہ اکہ لٹہ کھوژہ بہ ۔

"ووہے آسن نا تم تہ امو سیے ہوی؟" تمہٕ سوٚرج پانس سیتۍ
ڈیڈہ منزہ گو بیٔہ اکہ لٹہ پکنک صداہ ۔ دروازہ آو کھرییٚتھ
گرتھ مژرنہ ۔ تہ مائج وژھ بیٔہ اکہ لٹہ تھوو ۔ یہ ڈیشتھ آسہ سہ
حارتس لاینہ ۔ یلہ کتاہ اکھ چوکس منز ژایہ ۔ سہ آس لاو ۔ بتھ اوشس
گرپسو باین ہندی پاٹھی سیٚود سادہ ۔ تہ سہ تہ ہارو مستس اوشن اکھ
ویتوٗٹھ لوٚٹھ پوٚرمت ۔

"میٚہ ما گو ژیر؟" کورہ ووٚن نرمی سان ۔

"نا ے ژیر نے گوو نہ" خوخولن ووٚن برس کن نظر دتھ ۔

"پکانی آیہ کیہ؟"

"اَدٕ کیاہ؟ تِہنٛد چھُوٕ پاوٕل میخائلووِچ سِنٛز مٲج؟ آداب
بہ چھُس نستاشا۔"

"تہٕ مٲلۍ ناو کیاہ چھُے؟" مارجہ پرٛژھُس۔

"داسی لیونا۔ تہٕ تُہنٛد ناو؟"

"پلاگیا نِلوونا۔"

"دوشوٕنی سَنٛد اَسہِ پانٕہ وٲنۍ تورُف۔"

"آ" کورِ کُنۍ نظر کرِتھ تہٕ اَسان اَسان دِیت مارجہ جواب۔
اَمہِ وِزہِ اوس تَسنٛز آوازِ منٛز ٹھَرہٕ ٹھَرہٕ ہیش۔

"تہٕ رسمے لُجھی؟"

کورِ ہُنٛد چھہٕ غِرکَڑان کَڑان پرٛژھُن خوخُلن۔

"خُدایہ روٗس۔ نیبرٕ کنہِ چھہٕ کھٕسِتھ منٛز طوفانک ہوا چلان۔"
تِہنٛز آواز اوس سخ، مگر تہٕ صاف۔ اوس اوشُس لوکٹ تہٕ ڈُھڈ ویٹھ
ویٹھ۔ گل ہیُم پاٹھۍ اوس اُہُنٛد بدن ژونٛٹکہ پاٹھۍ سادٕروار، گول تہٕ
نرم۔

کوٹھ بیترِ کڑِتھ ہیوت تمہٕ پنہٕ نیوٕ لوکٹیہ لوکٹیو اُتھو سیتۍ ہیم

---

۵۔ روٗسی ناوَن چھہٕ ترٛیہ حصہٕ آسان۔ اَکھ گوٚبِژھن ناو۔ مٲلِ سِنٛدِ
نِسبتہٕ بیاکھ، ترٛییم خانہٕ دانک ناو۔

زٕن تیٚمرٕ سیٚتۍ ہٕنٛز میتھ اُسی، پَتہٕ ژٕن پوشہٕ نگر گژھن پکش دیُن۔ یۄدوے چیو کھورٕ پوٚ سیٚتۍ فرشس تاسی دارٕ سے تُلتھ ژ اَتھ سعہ وڈۍ دلہٕ پٮ۪یس کرس مُنز۔

"آ نا آمہ کونٛہ ستا زبٕ ژٕ بٕ اوٗڑٕ لوگمُت؟" ماجہ سۄ نٛج پانس سیٚتۍ۔

"اوہ — " کوٗرہ ووٗن نٲن نٲن۔ "بہٕ ہاکنیس تیٚمرٕ سیٚتۍ ٹکٕ زٕن۔"

"ٹھیٚرٕ ژٕ۔ بہٕ لاگے ژٕ نٛز سماوا دِمی آب۔" اُکِس برٛنٛز س مُنز وڑۍ دلہٕ چوکس کُن گژھان گژھان ووٗن ماجہ۔

تس باسیو زٕن تہٕ سعہ اُمی کوٗرہ دا ریاہ کالہٕ پیٹھٕ زانان اُس۔ تہٕ اُکِس ماجہ ہنٛزہٕ لولہٕ ہیٚژہٕ تہٕ دردٕ سبہٕ شفقتٕ ساں نٛج سعہ تس لولہٕ مَنہٕ لاسے کرٛنہٕ۔ دوٚیمس کمرس مُنز ییہٕ سہٕ کنتھ باتھ چلان اُسہٕ سعہ بوٗزتھ ووٚتلیو تس وُلکھن پیٹھ اُتھن۔

"ژٕ کھیو سونٛچان تُنہٕ دُکا؟" کوٗرہ پرٛیژھ۔

"خاص نے کینہہ۔" خوشلن دِتٕ آہستہٕ پاٹھٕ جواب۔ "تیٚمس ماجہ ہنٛزہٕ چشمہٕ چھہٕ بڈٕ زٕبرٕ۔ تہٕ بہٕ اوس سونٛچان زٕ یہٕ یا نہٕ ماجہ ہنٛزہٕ چشمہٕ تہٕ ما آسہ ہٲن یژھے۔ بہٕ ہے چھس اگر یتہٕ تہٕ ماجہ ہنٛد سونٛچان آسان۔ تہٕ باسان چھم زٕ سعہ آسہ زندٕ سے۔"

"مگر ژٕ ہے ہے وۄنان اوسکھ زٕ سعہ چھہٕ موٗمٕژ؟"

" میانٛی دوہ دِہ مانٛج چھہ موٚمُت۔ بہ چھُسَے پننہٕ نہٕ ماجہ ہُنٛد وَنان۔ شاید آسہِ سعہ کیف شہرٕ چن سڑکن پیٹھ ہیٚچھان۔ بیٚیہِ ما آسہِ وعہ کا چوان۔ تہٕ یئلہِ زیادٕہ چوان آسہِ۔ پُلسیہ وٲلی آسہِ نٔس شاید دِگہ مارکران "

" وعہ ہے بچور ! " وعہ شاہ ترٲوِتھ سوٚنچھ ماجہ۔

خبر کعہ سہ کنھہ وَنی نتاشایہ۔ بڈٕہ تیزی، نرمی، ملائمت تہٕ جوشہ سان۔ خوخول سٕنٛز آواز لَج بیٚیہِ اکِہ لٹہٕ گرہزنہٕ۔

" ژہٕ چھکھ وِننہٕ شرٗ۔ ژیٚہ چھُسھ نہٕ وِرنہٕ دُنیاہ وُہ چھمُت! انسان زیوٕہ راوُن چھُ سبھٹاہ کریٚوٚٹھ۔ مگر اَمہِ کھعہ تہٕ مُشکل چھُہ شرافت ہیٚچھ ناوُن "

" واہ ہے بچور ! " ماجہ دوٚن پاٚنٛی پانٔس سیٖتۍ۔ مِتھ گوس زِہ سعہ گژھہ ہا اَمس خوخولس نِشس۔ نہٕ تُس سیٖتۍ وِرتاوٕہ ہے ہمدردی۔ مگر بر آوہ مژ رٕنہٕ۔ تہٕ مبڈٕہ ژوٗر وانیلوسُند نیٚچوٗ نکولائی وسوف شیکوف ژاوٗ اندر۔ سُہ اوس سارِی ہے بستی منٛز پننہٕ نہٕ دَزٕہ بُزٕہ کِنہٕ مشہوٗر۔ سُہ اوس اَموب پننہٕ نہٕ بدمزاژی منٛزٕے روزان۔ اَمہِ کِنہٕ اُسی اَمس لکھ بُلوٗٹاوس تُلان۔

" نکولائی۔ رِکھوزہ ہا " ماجہ پرٛیژھ حٲراَنی سان۔

" پاوِل چھے گرِی ؟ " پنٕن کھلِہ ڈُلہٕ تہٕ شُتلہٕ آکھ وار بتھ وعہ ہتھ راوان نہٕ سلاماہ بندیکھاہ گرِنے پرٛیژھ تمیٚو۔

" ہا "

کمرس منٛز نظر ترأوِتھ ژاو سۅ اندر۔

"رفیقو[٥] سلام بوٗزو" تمہِ وون۔

"یہ نیا؟" پھوشان پھوشان سۅرنٛج مارِچہ۔ تہٕ بیٹھِ تمہِ وُچھ زہ نتاشا یہ کوٗر تس سیٚتی تھِکھ کنہٕ اکھ واس زَن نہٕ تس وُچھتھ خوش آس۔ مأج گیہٕ وارٕسے حأرتن۔

نکولائی ہس پتہ آیہ بیٚتیہِ زہ زٔنۍ۔ دوشوٕنے اُسہ ہرن نو بالیغ نرٛکے۔ مارِچہ اوس ییموٚ منٛزہ اکھ ویود۔ ییمو سیندہ خولہ خط ترٛہ شرٛہ سان ہس وأنگی دار تہٕ ڈیکہ کھوٚل اوس۔ تس اوس فیدورناو۔ تہٕ سۅ اوس کارخانہ کِس موٚزوٗر سیٚز وِفتن باہتھر۔ دوٚیم اوس ییہوئے مند چھ بڑٕ ہیو۔ تس اوس ہس سلام تہٕ کلس سیٚتی یہوے لأرِتھ ہیوٚ گومُت۔ مأج زانہٕ ہے یُژ تس مگر تہندہ سیٚتی نہٕ باسیو نہ تس کانہہ خوف یا پریشأنی۔ چھیکرس ووت پادیل تہٕ۔ اُمس سیٚتی اُسہ کارخانکہ زہ نوجوان موٚزوٗر۔ سہ زانہٕ ہے تِمن نہٕ۔

"ژیہ چھٕت سماوار لوگمُت تہٕ" پادیلن پرژھ نرمی تہٕ تیزی سان۔

"شکریہ، سیٹھاہ شکریہ!"

"بہ آنا دوہ دِکہ رٔژھ کھنڈ مۅکلِ؟" تمہِ پرژھ۔ تس اوس نہٕ فکری تران زہ سہ کیتھہ کنہٕ کرِہ ہے تمہِ ازاأنٛی پچرٕ زہ باپتھ شکریہ ادا۔ تس نہٕ تس لفظن اندٕ پھٔرِن اوس تگان۔

---

٥ رفیق۔ سیٹھہ بأج

"زاے اَسِہ نۍ چھِنہٕ شوراب چوان" پاوٗلن ووٚن سُہ خوش پوٚزٕ وٕن اَشناہ کرِتھ۔

تَس ہاسیوو زٕ تسِندۍ نیٚچوِ اوس ٹھٹھہٕ کرٕنہٕ باپتھ اَمہِ جہازٕ ہِندِ خطرُک ضروٗرتہٕ کھۄتہٕ زیادٕ ووٚنمُت۔

"یِمہٕ چھا تِم نفر یِمَن قونوٗن خطرناکھ وَنان چھُ؟" تَمہِ پرٛژھ دٚنٛد ڈُوِ ڈُوِ۔

"آ- یِمے چھہ" پاوٗلن ووٚتھس درجواب۔ تہٕ ژاو دۄیمِس کمرس منٛز۔

"کیاہ پیٚزِ پاٹھۍ ہا! تَس بوزٕ ناوان وُژھہ سہ شفقتٕ سان۔ نہٕ بزرگانہٕ مہربٲنی سان لِہجہ سہ نچھِنہٕ:

"یِہ چھُہ وُشہٕ بلکُل شُر!"

"اَسہِ چھے ژٕیہٕ کینہہ پرِیژھن" تس کُن تٔلی ٹارہٕ دِ چھسہ ووٚنھ سموئلوف نوٚوہٕ تنیلی سان۔

یگور ایوانووچ ژاوٕ بیٚیِس کمرس منٛز۔ نتہٕ تیتہٕ پیٚھے لوگ بدلیہ یٕنہٕ۔

"ماجی۔ از صُبحن کیا بی آو نکولائی ایوانووچ جیلہ پیٚٹھ۔ شاید زانہٕ ہٲن ژٕہٕ" تمہٕ تیٚج کتھ۔

"اَدہ میہ کتہٕ اُس خبر زہٕ سُو نہٕ چھُ جیلس منٛز" ماج وَنٛزھ منٛزی۔

"دوہن رٲتن تہٕ کہَن دوہَن ہنٛدہٕ خاطرہٕ اوس تیتہٕ سمکھ تس خوخول۔ تمہٕ چھے ژٕیہٕ سلام سوٗز مُژ۔ اَکھتے پاوٕلن تہٕ۔ تمہٕ چھے باند باند کوٗرمُت زہٕ یُیتھ نہٕ بانبر کھ۔ تمہٕ چھے یہٕ شیٚچھ سوٗز مُژ زہٕ تسنٛدہٕ دتہٕ پیٚٹھ پکن والین ییہ کیٚنٛژن دوہَن جیلس منٛز چھٹی کڈنہٕ نیچ مہربٲنی کرَنہٕ۔ سانِن مالِکن ہنٛزہٕ مہربٲنی سیتی چھہٕ یہٕ فاصلہٕ سُیدمُت۔ ماجی۔ دوہنی کرِہ بہٕ اَصیل کتھ۔ ژٕیہٕ چھئے خبر زہٕ راتھ کُژ نفریکہ ناوٕرکھ؟"

"کیا زہٕ؟ پاوٕلس وراے تہٕ اوسا بیٚیہٕ کانٛہہ؟" ماجہ پرٕژھ۔

"سُو اوس کُنہٕ وَنٛزہٕ اٲسیم" یگور ایوانووچ ووٚنھ لوہ تہٕ ہٲنٛژ۔

"کارخانکہ منٛزٕ دُر رٕٹہٕ ناوٕن شاید بیٚیہٕ بہَن نفرن۔ مشالہٕ پاچھہٕ یہٕ نوجوان"

"آ۔ میہ تہٕ" ژٕھیتہٕ گژھتھ ہیوٚ ووٚنھ سموئلوف۔

پیلاگیایہٕ باسیوٚ زن تہٕ تس دَم ہیوٚتُن گژھن۔

"ووٚلہ کٔنؠ زوٚن تہٕ چھُنہٕ توٚتہٕ" تٔمہٕ سۄ نٔیچ اَندری۔

پَلو بَدلاوِتھ وٲتھ سُہ پٔژھیٚن نِش۔ اَمہٕ وِزہٕ اٚس سُہ قرارہٕ تہٕ تٔہمَن کٔنؠ وُچھتھ اٚس اَسان۔

"یُلہٕ یِیٚتہِ زٔنؠ رٔژٕ ہتی چھکہٕ۔ تیٚلہٕ دیوہ تھوٚوہ نکھہ بۄ زیادہ کالس۔"

"ژٕ چھکھ صحی ونان!" یگور ایوانووِچن ووٚن۔" تہٕ ہرگاہ اَسی پیٚہندیہٕ تماشہ ختم ہیکوٚ کٔرِتھ۔ یم ہیٚن پانٔے لوٚب۔ کینہہ چھہٕ یہٕ۔ زہٕ اگر اَسی کارخانس منٛز اشتہار باگراوِتھ ہیکوٚ نہٕ۔ پُلیسہٕ والیٚن پیہٕ بیاکھ بہانہٕ۔ تہٕ تِم ورٕناوَن یہٕ کینہہ پاوِل تہٕ دوٚیمیٚن سیٹھا بٲجن خلاف۔ یم زَن جیٚلس منٛز تکلیفہٕ تہٕ مُشکِل ژالان چھہٕ۔"

"میٛہ زَن تو زِنہ چھُن وَنُن فِکرہٕ؟" ماجہ پریشان کھوٚتِتھ پیوٚو۔

"کینہہ چھہٕ سیٹھاہ" یگور ایوانووِچ ووٚتھ آہستہ پٲٹھۍ۔ "کینہہ وِزہٕ چھہٕ پُلیسہٕ والیٚن تہٕ منطقی آیہٕ سونچان۔ ژٕ سۄن پانہٕ تہٕ کینہہ۔ پاوِل اوس یُلہٕ۔ تہٕ اخبارہٕ تہٕ اشتہار اَسی باگرنہٕ پیوان۔ پاوِل نیوٚکھ تہٕ نہٕ رُودیہ اخبارہٕ کُنہٕ تہٕ نہٕ اشتہارہٕ۔ اَمہٕ تٔلہٕ نِنیوٚو زہٕ اخبارہٕ تہٕ اشتہار باگراوٕنکھ راہ لَدَن تسی۔ چھُنٔے یی؟ تہٕ تِم لگِتھ کَرَن سیٹھا کٔنؠ تٔہمَن نِنگلاوِنٕچ کوٗشِش۔ خُفیہ پُلیسہٕ والیٚن چھہٕ عادتھا لارِیومُت۔ تِم چھہٕ کٔنؠ تٔمہٕ آیہٕ نِنگلاوان زہٕ ریزہٕ پھلیو درٲے چھُنہٕ کینہہ تہٕ باقی روزان۔"

"میٛہ تو زِ فکرہٕ" ووٚدٲ سرگژھتھ ووٚن ماجہ "مگر اَکھ کیاہ کرو اَسی؟"

"قریب قریب ننیوٚکھ پٔرِتھ اَکھا ہ رٔ ٹھتھ - کولہِ خِمہ داین کرہٕ فناہ! چوٚکہ منٛزٕ آیہ سموٗلوفنِٛژ آواز۔" وئنی چھُنہٕ اَسہِ صرف پَننہِ مقصدٕ خاطرے بلٕکہ پننِس سیٛتۍ بٲجہ بچاؤنہٕ باپتھ تہٕ کام کرٕنۍ!"

"تہٕ کام کَرٕن وول چھُنہٕ کہنیہ۔" یگور وونٛتھ لہٕ تہٕ اَشناہ کرِتھ "اَسہِ نِش چھہ کینٛہہ جان اشتہار تہٕ اخبارٕ۔ مےٚ چھُ سوٗرُے تیار کوٚرمُت مگر سوال چھہ یہِ سوٗرُے کینٛہہ کارخانس تام واتہٕ ناوٕنکھ۔ تہٕ یہِ سوال چھُنہٕ مُنہٕ انداَنی۔"

"گوڈٕنِچ پھاٹکہ پیٛٹھے چھہ تلاشی پیوان کرٕنہٕ" سموٗلوفن وون۔ ماجہ ژیوٚان زہٕ تِمن چھہ اَمِس نِشہٕ کمہِ تام کیٛتھ ہٕنٛز آش۔

"یہِ کیٛتھ کٔنٛہ پیٛیہ کرٕنہٕ۔ کیٛتھ کٔنہ؟" وٲلی وٲلی کوٚر تِمہ سوال۔ سموٗلوف روٗد برس نِش کھڑاہ

"پلاگیا۔ ژٕ زانہ ہٕنے خانٛچہ واجنٛہ کارسونووا؟" تِمو پرٛژھ۔

"اہں زانن۔ مگر تِمہ سیٛتۍ کیاہ؟"

"تِلے ژٕ کرتَس سیٛتۍ کتھ۔ بلٕکہ سعہ ےنِیہ یہِم اشتہار تور ڈٲکس درہٕ لدِتھ کوٚر ماجہ کلہ سیٛتۍ نکار۔

"ہا نہ سا۔ سعہ چھہ کیٛتھ کتاج۔ تِمن لگہ نہٕ یہِ زانہ فِس تار تہٕ زہٕ یہِ سوٗرُے چھُ تَس مِیٛنے دِیمُت۔ تہٕ یِم ساری چیز چھہ یِمہ گرٕ منٛزٕ نے درا پتھ۔"

جیرٕ پیٛتھ ہیوٚ ژوٚل پَتہٕ تَس یکبار نیرِتھ: "تِہنٛد دوٚیِم چیز

میٚہ۔ میٚۓ کرٕو حوالہٕ! بہ کڈہ کانٛہہ سبیٖل۔ کانٛہہ وَتھاہ ژھانڈہٕ ایہٕ وِتہٕ ہاریایہ زہ سہ رٕٹہٕ میٚہ کامہ کارَس منٛز اَلتہٕ رۄٹ کرِتہٕ با پتھہٕ پانَس سیٖتہٕ پٔنٕنۍ اوٚزکِہ نہٕ چھُہ میٚہ کماوُنۍ کُنہٕ پأٹھۍ۔ کھأتہٕ کینہٕ نہٕ واتہٕ بہ کارخانَس منٛز۔ بہ سنبالہٕ سوٗرُے پانَے!"

وَچھَس پیٚٹھ زورہ اَلتہٕ رٕٹت دِیُت تمہٕ تٔمۍ وٲلۍ وٲلۍ یقیٖن زہ سہ کرِہ پریتھہٕ کانٛہہ چیٖز سیٚٹھاہ ٹھیٖک پأٹھۍ۔ تہٕ لُکٕن ترٕہ نہٕ فکرِی چھیکرَس وٲتھہ سہ وجدَس منٛز ییتھہٕ تہٕ خوٚشی ہندِس عالمَس منٛز:

" تِہنٛدۍ گرٕتھہ فکرہٕ ترٕٲوٕن زہ یادِل ہنٛز نٔرِ چھُہ جیلہ پیٚٹھ یور تام پلان۔ تِہنٛدۍ گرٕتھہ فکرہٕ ترٕٲوٕن!"

تریشو وٕرنۍ ہُنٛنۍ یہ بعد کرٕ۔ یگور لوٗگ اَلتھٕس پھش دِنہٕ۔ تہٕ وُٹھ گٔمہٕ نأدِتھہ دوٗنٛنۍ!۔

" مأجی۔ واہ واہ! تریہٕ نۍ پتھہٕ نہٕ خبر ہیٚ کا رٕژاہ رٕژ کٔرتھ چھُہ۔ لتھدہٕ شانہٕ کٔرتھ!"

" ہرگاہ یہ سبیٖل کارگر سپنہٕ۔ تبلہٕ گرٕتھہ بہ تِہنٛدۍ کُنہٕ جیل۔ پتھہ کُنہٕ زٕن شوگنہٕ چھُس گرٕتھان۔" سہ مُلوٗف تہٕ لوٗگ اَلتھٕن پھش پھش دِوان وَنہٕ نہٕ۔

" ژٕہ ہے چھکھ دُنیہ ہٕنٛز سارِے وٕرے کھٕہ تہٕ سہ نٛدر زنانہٕ!"

یگورن دِژ بیگرہ آوازہ منٛز کرہٕ یکھ۔

ماجہ پھوٗل اَشن۔ تس توٗز فکرہٕ زہ ہرگاہ اشتہار کارخانَس

مٕنٛز برابر بٲگرِ نہٕ آے۔ تیٚلہِ ہیٚکٕن نہٕ کارخانچہِ چلاوَن وٲلۍ اُمیکھ راہ پاوٕلِس لَدِتھ۔ تٔس باسیوٚ زِ سُہ ہیٚکہِ پیٚہ کام کٔرِتھ۔ تہٕ خوش سپدِتھ ہیرٕشن تٔس ناپہِ کھسیہِ بہٕ۔

"بَبلہِ ژٕہ جیلس مٕنٛز آسکھ۔ پاوٕلس ہاوِنی زِ چانی مٲج چھیہ سیٖٹھا پرٕژ" یگورن دوٚن۔

"بہٕ ہا سمکھ تٔس یِیرہِ گرٕ تھ وٕنے" سموٗلوفن اوٚسس۔

"تمِس ہاوِنی زِ یہ سہِ کام اند چھ وانہِ ناوِنی۔ سُہ کرِہ بہٕ ضوٗرٕور!"

"تہٕ ہرگاہ یموسوٗلوف پکِہِ نوو نہٕ۔ تیٚلہِ؟" یگورن پرٕ پرٕتھ۔

"تیٚلہِ کیاہ کرِو" تمہِ دوٚن۔

دوشوٚے زنہو ترٕوو ٹھاہ ٹھاہ کٔرِتھ اَسُن۔ تہٕ تیٚلہِ تمہٕ پننٛی غلطی ژینٛو۔ سُہ لوٗگ کینژھاہ مند چھِتھ تہٕ کینژھاہ چالاکھ لاگِتھ اَسُنہٕ۔

"پننِس گُدٕرش بُرونٛٹھ کنہِ چھُنہِ دوٚ یمو سُند گُدٕرُن سہل ہل باسٲنی" اُچھ نوٚمرِ راوٕرِتھ وُژھ سُہ۔

"تہٕ چھُہ قدرتی" یگور دوٚپھ "وُچھی۔ پاوٕل سندہِ باپتھ مے ہیوٚ زِ یوٚت۔ سُہ ہے پیٚہ جیلہ بیٚنٛٹھ رٕژھ کھنڈ بہتر حالس مٕنٛزے تیٚتہِ چھ جان آرام واتان۔ تہٕ پرٕنہٕ باپتھ چھ فرصتے فرصتھ۔ تہٕ اَسہ ہیوٚ گکھ ئیٚلہِ جیلہِ نمبر روزان چھ۔ ہمو دوشوٚے چیٚرٕ دِ مٕنٛزٕ چھُنہٕ اَسہ اکِس ژٕنٛب تہٕ معہکہ جار آسان۔ بہٕ چھُس اَز تام ترٕیہ لٹہ جیل بوٚرمُت۔

یِنٛدوسے پہ ہیاںہٕ باپتھ جان کھتاہ اُس بۆ۔ مگر تۆتہٕ ووت اَمہٕ سیٖتھۍ میانِس دِلس تہٕ دیچاغس سبھٹھاہ فائدٕہ۔"

"ژیٚتہٕ کہوزِہ چھُے نہ شاہ بنان کھالُن والُن؟" تِہندِس مُتھِس کُن نظر کرِتھ پرِیُٹھ ماجہ۔

"اَتھ ہیٚ چھُ اکھ خاص وجہ۔" اوٚنگج رِگلہ ناٚوِتھ ووٚن تمۍ۔

"اچھا گو وِہ نی سٲنیٚ فاصلہ زِ سوروٗے کیٚنہہ بنیدِہ؟ بہٕ اَنے یِلگاہ تِم سارۍ چیز تہٕ گاڑہ ہِند ہگر لگہ بیبہ اکہ لیٹہ پکہ رِنہٕ۔ تہٕ ہیتہ وادوریٖن ہندِس اَنہٕ گنٹس رَنیہ پیہتھ۔ آزادی تقریر زندہ باد! ماجہ ہِند دِل پایندہ باد! اچھا دی اجازتھ!"

"خُدایس حوالہ۔" سموٗلوفن کوٚر تس سیٖتھۍ اَتھ واس۔" پہ نا ہیکہ ہٲنہ پینہٕ نہٕ ماجہ نِش تہٕ پرٛتھ تجویز تھوٗتھ۔"

"دِوِہ ہہ اَکہٕ زانُن سارۍ۔" پلاگیا بہ ووٚن تس حوصلہ دِتہٕ باپتھ۔

تِم نیرِلہٕ درایہٕ۔ سۆ وٲژ منز کمرس تہٕ کوٚٹھین پیٹھ بِہتھ لَج رٛودِہ چہ آوازِہ سیٖتھۍ پننہِ دعا کرنہٕ۔ وُھکو کیٚنہہ کدٕرہ نَے بیٹھ سۆ دُعا کرنہٕ۔ اَمہ وِزِہ اُس تسندِس دِلس منٛز تِمن سارِہ نے گِکن ہِندِہ باپتھ جمع گٲمُژ پریشٲنی۔ یِم زَن یاوِلن تس سمکھا وُدِ میتو اُسی۔ تس باسیوو زَن تہٕ یِم گۄکھ پاکھ تصویرن تہٕ تس منز باگ نرژان اُسی۔ تِم سارۍ سٲنۍ سادہ اِنسان۔ یِم اکھ اَکس یوٚت نکھہ اُسی۔ مگر تۆتہٕ یۄٚدۍ گُنہٕ تہٕ کیول۔

صُبحن شُلی درایہٕ سۆ ماریا کارسو نووایہ سمکھنہٕ۔

خانچہ واجینو اُسی دنہٕ دٕشکو پاٚنٛژھو ماچہ‌رکٕ اَد تہٕ بکہ وٲسو تِمہ کوٚرُ بدٕلہٕ ہمدردی سان تٔمس استیقبال۔

"وُچھی کو تاہ چھکھ غمن منٛز بہہ ڈٕے مٕرٕژ" ماجہ ہنٛدِس بھیٚکِس پیٹھ بٔنِس ماچہ‌رکٕ دار اَتھہ تھٲوِتھ وَوٚن تِمہ۔ "دِل مَے ہار۔ ییٚژِکھ نہٕ توٚتہٕ کیا گوٚو؟ اَتھ منٛز کُہ سہ کمال چھُہ؟ گوٚڈٕ اُسو لُکھن ژٕرٕ ہاترٕ جیل نوان مگر وونی چھُ لُکھن حق ژھانڈنہٕ باپتھ قٲد کران۔ ییٚمن بنان ژٕہ پادیٛلِن وۄن تی یہ زٕن تٔمس وٕنِتھ پٕزٕ ہا۔ مگر یہ کینٛژھا وۄن۔ نہٕ ووٚنِتھ سارِنٕے ہنٛدِ طرفہٕ۔ تہٕ پرٕہتھ اَکِس چھہ تہٕ خبرے۔ ژٕ یہ پَزٕ نہ توٚہ کُنہ پران تراوُن۔ وُچھتھ مَتہٕ کَڈِہی تَن۔ توٚتہٕ چھُ پرٕہتھ کانٛہہ زانان ژٕہ رُت کیا گوٚو تہٕ خراب کیا گوٚو۔ مٮ۪ہ ہے دیٚیوٚ پانٕے ہیٚمے سمکھنہٕ۔ اَدٕ بی سو کتہٕ آیم فرصتھ۔ دوٚیہ دوہہ رٕنِن پاکرِدُن تہٕ پتہٕ بھیرٕ کرٕنی۔ دٕپھ ژٕہ تھٲوِی ژٕہ پٔنٕنہ حبابہ لیکھتھ شوٚلہٕ مرٕہ اَکھ فِقرٕ یِنٛہ ہِش۔ بہ کھیٚیس ہموٚ عاشقوٚ۔ وُلیٚہ پاٚنٛژھو گراہ یِیٚتہٕ نَس چھُل نوان تُلتھ تہٕ گراہ ہٕنٛنہٕ نَس۔ پٕہتھ کُنہ ہے وُنی لہ ژٕہ چھُ چھہ مَتان۔ داہ باہ رٕوٚبل چھیم تہٕ وٕنہٕ سوٚے میتہ تہٕ آسان کُنہٕ ژٕہ کانٛہہ حرامزداہ چھُہ وٲتِتھ یِوان۔ نہٕ سورٕے رقم گرٕہ چھ کٕرِتھ نوان زنانہ آسُن تہٕ چھُو بٔڈٕ نادان! خوداہ مہ اَنِنہ کانٛسہِ زنانہ ہٕرِس منٛز! دَیان چھس کُنوٚ زٕنی روزٕہ ہا۔ مگر کیا ژٕہ؟ رٕوٚن کرٕتن تہٕ خرچہ نہٕ موٚدنہٕ ژٕاس تہٕ لہ تے یہ!"

"بہ ہے چھسے یہ وَنہٕ نہٕ آمٕرٕژ ژٕہ میہ رٕکھتہ پٔنٕنہ مددگارِینٛز۔"

اوٚہند بکہ واس آڈٕ ژۄٹ کٔرِتھ دٔژھ پلاگیا۔

"میٚہ زٕن تۄرنہٕ چون مطلب نِکرِ؟"

یٚیلہٕ پلاگیایہٕ فِکرِ تورُس۔ ماریا سپیرز رٲضی۔

"کیازِ نہٕ؟" تٔمہ وۄن۔ "ژٕ یہٕ چھُے یاد۔ یٚیلہٕ ژٕ میٚہ تٔس ناوٕن زٕدٔس نِشہٕ بچاونہٕ با پتھ ژۄرِ اُسکھ تھوان؟ ووٚنی بچاوِتھ ژٕ فاقو فقرو نِشہٕ۔ پرپتھ اکس پٔزِ ژٕ یہٕ اَتھہ روٗٹ کرُن۔ تِکیازِ چون نیٚچوٚ آدٕ لُکن ہندِ خاطرٕ با پتھ رٹِہٕ۔ پرپتھ اکھاہ چھہ یہٕ ذٕنان۔ تہٕ اَتھ پیٚٹھ چھُس پھیران تہٕ۔ میانِ کِنہ نیرِ نہٕ مالِکس پتھ کُنہ لکھ رٕنٛڑ رٕنٛڑ رٔنہٕ سپتھ کینٛہہ تہٕ۔ یاد چھکھ کارخانس کوٚہ سہٕ ورِ ونی ناد چھہ گامرِ۔ حال بہ ہیٚے حالِ بد۔ یِمن مالِکن چھہ پنٕنہٕ جاپہٕ راۓ زِ اگر یِم کانٛسہ ژۄساہ دِن۔ تٔس تِنگہٕ نہٕ آدٕ دۄہے تُلنہٕ۔ دیٚپہ بنان کیاہ چھہُ؟ بہٕہِن نفرن چھہ شٲکھ کران۔ تہٕ ہتھ شتھ لُکہٕ چھکھ برۄنٛہہ کُنہ ہیوان دٲرتھ!"

آمہ کتھہ باتھ ہُند پھل دراو یہٕ زِ دۄہ ہہ دوہن ہینشنس باگی وٲتٕ مٲج ماریایہٕ ہنٛدی کھانکی خانچہ ہیتھ۔ کارخانس اندر۔ تہٕ خانچہ واجنہ درایہٕ بانہٕ بازر کھانہٕ کِنہٕ نہٕ۔

# ۱۵

مۆزۆرن لٔج نہٕ نوٗ غانچہ واجنہٕ پیٚنہٕ نادٕ فنٮ۪س تٲرٕ تہٕ ۔

”پلاگیا ۔ وونی ہیٚیوت تھٔے یی کرٕن ؟“ کٔلہ رٔٹِتھ ناوِتھ کرٕ رتمہٕ پینٹر نہٕ خوشی ہٕشر بادٕت ۔

کینٹرٕ وٕکوٗ زون تٕس پٮ۪ بیپھناوٕن ضنمزوٗری نہٕ پاوٕل موکلٕہ چلنیٚ بیٚنیوٗ کرٕ پینٹرنہٕ ہمدردی سیٚتھ تیٚندِس دِلس منٛز جاے ۔ تہٕ کینٹرٕ ژارٕ پلٮ۪سٕس نہٕ ڈائریکٹرٕس ننیٚے ننیٚے لیکہٕ ۔ زٕن نہٕ سٕہ دِلہ منٛزٕ کی اُسن پرٕھان ۔ اُڈی اُسٕ ژم تہٕ ۔ ییم تٕس کُن اَمہ اندازہ وُچھان اُسی ۔ زٕن نہٕ تہندہٕ حالہ سیٚتھ خوش تہٕ مطمئن اُسی ۔ ٹائم کیپر ایپسائی بورگوف ووٚتھ دنٛد بریکان بریکان لوتہٕ لوتہٕ :

”بے گورنز آسہ ہا ۔ چایِنس تیٚچھ وِس دِمہ ہا پھانسی ! لیکن ہٮ۪س دِنگ چھُ یِہوے سزا !“

اَمہ ییم ناکہ گرٕکہ سیٚتھ ژاوٕ تٕس بٔدنس اَلرٕ اَلرٕ ۔ تمہ ووٚن نہٕ ایپسائی ہٕس کینٛہہ تہٕ ۔ اِلا کرٕن اُمہ سٕندِس لوٚکٹِس گوٗلی کاڑی چھٕٮ۪س نظرہ

تہ وۄہ شاہ نہ اَوِلتھ ترٛاوُن کلہ بۄن کُنۍ۔

سارِی ہیٚ کارخانس منٛز اُس بیقرارِی پھہلے ہمٕژ۔ موزدُور اُسہ لہ کھین لہ کھین ڈیھرن منٛز جماہ گژھتھ شُسرِ گسُرِ کران۔ باقیہ ریہتھ نورین اَسہ دُوان دوران ہورہ یور کران۔ لیکن ہنٛزِ آوازہ آسہ پوان۔ لوٗٹ کرن والِ اُسن کھنگالہ اَسہ ووہ ژلان۔

زہ پُلسہ والِ درایہ سموئیلوف ہیتھ تاجہ بُرونٹھ کنۍ تس اوس اکھ اَکھ چینٛدس منٛز تہ بیٚیہ اَکھ سیتھ اوس یِنن وہ زُل شس پتھ کُن پھران پھران پکان۔

الِہ پلہ ہیتھ شُتھ موزدُور اَسہ تِہمی پتہ پتہ پکان۔ لیکہ ژاران تہ تِہمن ٹاوس ژلان۔

"کھو سموئیلوف۔ چھُنی ہیٹھ چھیا گژھن؟" کمہٕ تام وِژ کرِتھ "اَز کل تہ چھی یم سانہِ سیتہ باجن بڈہ پیر۔ لتھ کران۔" بیٚیہ کمہٕ تام دوٚن:۔

"یئلہ اُسی چکرس چھہ نیران۔ سنٛتری چھہ ٹھوان اَردلس۔"

اَمہ پیتر پور اُمی نوّنے ناسزاہ

"باسان چھہ اَز کل چھکہ نہ ژور رنٛزِ بِہ سیتھو کینہہ تہ لاران۔" اکی تھدی کاڈی موزدوران کور نسینہ۔" اوے ہینکو ایمان دار لُکھ رٹی رٹی نِنیو!

"اَسہ اَسہ راے زہ یِہمن منٛز چھہ وِنہٕ ہیش ہاں شرافت زہ راتھ کینہہ رنن تکن رٹی رٹی۔" تکن منٛز آیہ آواز۔ "مگر یم حرامکی چھہ لکن بہ منٛد نین"

رٔٹِت نِوان !

پُلسہٕ والیو کھاٲرٕنس تالہِ ۔ مگر اَوٕ پَتہٕ تہٕ رٔژدی وُلی وُلی پکان
زَن تہٕ کینہہ وِچھان اُسی ۔ تہٕ زَن نہٕ تِم ہُٹسنے کنن اُسکھ گژھان ۔ ہیم
زَن لکھ تِمن تہٕ ٹہلان اُسی ۔ تہٕ یہٕ موٗزوٗر آیہ شنٛشنٛتٔر ژادراہ ہیٚتھ بیمن بُتھِ ۔

"ہیا گاڈٕ ہانٛزو ۔ وۄلہِ تراوی ووٗ !" تِمو دِژ کریکھ ۔

پکہ وِنی سمو ملوفن کوٗر کلہ سیتی ماجہ اشارہ ۔

"ہا جی ۔ اُسی ہیے درایہ" اُسُن پھولراوِتھ ووٗتھ سوٗ ۔

رژھ کھنڈ نیمے یہ سوٗ تس برونٛہہ کنہ ۔ اُمی سُندِس دِلس اوس
تِم ایمان دار تہٕ سنجیدہ نوجوان وُچھتھ سیٹھا اَثر گومُت ہیم حیل اُسی
گژھان ۔ مگر وُچھن پیٹھ اوٗسکھ اُسُن ۔ تہٕ اُمی سُند دِل آو اُکس
ماجہ ہندِ دِلکو پاٹھو مایہ تہٕ رحمہ سیتی بَرنہٕ ۔

کارخانہٕ پیٹھ پھیرِتھ کوٗد تِمہ باقی دوہ ماریایہ فرش ۔ تس
کوٗرِن کامہ منٛز اَتھہ روٗٹ ۔ تہٕ تسُند بچہ واس گیہ بوزان ۔ شامس باٚگہ داژ
سعہ ژہیری پیٹھ نس سرد ، داٚناکھ تہٕ دِیہ وِنس گرس منٛز واپس ۔ واریاہس
کالس رؤز ہورہ پور چھکہ دِوان ۔ مگر دِل اوسُس نہٕ ڈانجہ بہان ۔ تس اوس نہٕ
فکری تران زِہ کرہ کیاہ ۔ سعہ اُس یمہ کتھ کنو تہٕ اوٗری نہ یوٗرے ہاش زِہ اَڈر اتھ
داٚتِمتھ نہٕ اوسُس نہٕ یگور ایوانو وچ تِم چیز ہیتھ آمُت ۔ ییم انہ نگ وادہ
اوسن کوٗرمُت ۔

دارہ نیبرہ کنو اُسی ہردہ کاہکو گرڈ شنہٕ تھوٗسی پیوان ۔ تِم

اُسی شیشہ ہٹن لائینہ یوان۔ تہٕ دٔہ گٔنٹہ اُسی اکھس پلس پرِکھا پانٔس پتہٕ ترادٕتھ

ببوٗن وسان۔ تِمہٕ ہیٚوت ننچوی سُند سونچُن۔

دروازٕس ژیٚیت کمرٕ تام بڑہٕ جیسپہ سان دٔکہ۔ ماجہ ہُرژہ راؤ وٗلی

وٗلی ہانکل۔ اورہٕ ژٲیہٕ ساشا۔ ماجہ اوس تَس وُچھنَس پٮ۪ٹھ کال گومُت۔ تہٕ

گوڈٕ نیٚبرٕ تھے باسیو تَس زِ سہٕ اُس وُرِیہ پٲٹھو مٕہ ٹے ہُرش۔

"آداب"

ساشایہ ووٚن۔ سہٕ اُس خوش زِ کانہہ تہٕ آو تو تہٕ۔ تہٕ کم از کم روزِہ

تہٕ ژٕھ نی سہٕ کینژس کالس اُکھہ راٲژ منز گنٛزنی۔

"کہے واریاہ کال ووت ژٕیہ وُچھنَس۔ کُن اُسکھے گامُت زِہ؟"

"ناٮ۪۔ بہٕ اُسس جیل گامُت" تِمہٕ ووٚن وُٹھن پٮ۪ٹھ اُسُن

چھوٗلہ راوِتھ۔

"نکولائی ایوانووچس ستہٕ۔ ژٕتس پچھنے سُو؟"

"اہنی کیا زِہ تہٕ" ماجہ ووٚنُس۔ "یگورایوانووچن ووٚن راتھ زِہ

سُو تہٕ ووٗکھ جیلہ۔ دٔپھ چھون سنےٚ اوستم کینہہ تہٕ پیٚ۔ کانٛسہ تہٕ نے ووٚن زِہ

ژٕہ تہٕ اُسکھ تتھی۔"

"اَدٕ تو نہٕ کیاہ گوٚ۔ یگور ایوانووچنہ یور واننہ برونٛٹھے چھ میٚیہ

پلوٚ بدلاونی" ہورہ یور نظر دِتھ وُچھ سہٕ۔

"ژٕہ ہے چھکھ سٔری گامُت"

"میٚیہ ہے چھی اشتہار تہٕ اخبار اُنی ہتہٕ"

"اَنی یؤرِی ! دِمی یؤرِی !" ماجہ ووٚن بڈٕ شوقہ سان۔

کورِ تمہِ دوٗ کوٹھ رنٛزھٲیلو ھیوٚ۔ تہٕ پانس دِژن دِپن تہٕ پیٚنہ وُٹھرن ہندی پاٹھی سپینز بجہِ تہٕ کینہ اشتہارن تہٕ اخبارن ہنز۔ تم سوٗ نیہ راوان لیٚج ماجہ اسیہ نہٕ۔

"یہ ہے اٗسس پانہٕ سی سیتھ وٗنان زہٕ اکا ژہٕ کیازہٕ چھکھ بیٚیرِ موہ سٟتی مرٕش۔ سُہ ینٛچھم اکا کھاندر ماکورُتھ۔ تہٕ گوہ کھیورِ ماچھکھ! رُنہ اُنہ کاٗتہٕ ہے اشتہار چھتھ ژٕ یہٕ اُژ میتو۔ وِنہ کھلی اُیہ کھے زہٕ؟"

"اَہنی" ساشایہ ووٚن۔ سہ باسے یہ بینیہ اکہ لٹہٕ ترٕ چھے لھرٕ لھرز نہٕ نوز کھ۔ ماجہ وُچھِہ۔ تُسُند تُحتہ اوس بینیہ ہنا ژمیومُت ہیوٚ۔ ینہ کنز تِسنزٕ چشمہ واٗرسے۔ بجہ بجہ بوزنہٕ آسہ پوان۔ تہٕ تیمَن اندٕ اندٕ اٗسو کرہینٛز کیٚنہ وقتی میتو۔

"جیلہ یتھ پنزہ ہی ژٕ یہٕ آرام کرُن۔ تَتھ ماوجنہ چھکھ ژہٕ یہ کران۔" ماجہ ترٕوو توٗن ووٚتھ۔ تہٕ کٔلہ گِلہ نٲوِتھ دوٚنوٚن۔

"بیوان کرُن"۔ تیٚرِ سیتھ نٲن نٲن وژھ سے۔" پاوِل مینٛزنا ملو وچ چھے وارسے ہ گرفتاری ورزہ آسہ ہے بڈٕ پریشان گوچھتھ۔"

یہ سوال کمہ نہٕ درزہ ترٕاو ساشایہ ماجہ نظر۔ سہ اٗس کلہ بھون کُن ترٕاوِتھ نیٹہٕ ورنیو اٗتھو سیتھ مس شیران۔

"مائے رتیوٗتھ نہٕ کینہہ خاص۔" ماجہ ووٚن۔ "شوکتہ چھم اندٕرم حال نیبر ژھٹان۔"

"زُوِہ چھے ٹھیکھے؟" تمہٕ پرٛژھس لعٕتہٕ ہیٚتھ۔

"ہیٚنٛز نہٕ ڈُمبرٕ گونٛدٕ زاتھہٕ بیمار،" ماجہ ووٚن۔ "گرٛژیٚنٕ ہیٚے چھے بٕدنس ہٕنٛز زامرٕ۔ کٔٹھری۔ بہٕ ہیٚکہٕ اُسنے چانہٕ باپتھ چاے۔ تہٕ بسٕ بٕری ہٕنٛد موٗدبہٕ۔"

"تیٚنے گوژُت۔ دٔپھ ژیٚنہٕ لگی ناوٕنی کھکھر۔ یوٗت ژیرہ ہیٚے چھُ گوشت۔ وونی بہٕ ہیٚے کرٕ پانے تیار۔"

"یِہُنٛد ٹھکیتھ ژھینِتھ نیٚیے؟" سماوارس تیٚنگُل ترٛاوِتھ تہٕ تس راہ کھالیتھ کہ اندازٕ ووٚن ماجہ۔ ساشا ژایہ چوکس منٛز تہٕ اُتھ زٕ کلس ڈٕکھس دِتھ تہٕ ووٚن بچس پیٚٹھ پان۔

"جبل چھ انسانس بٕزی کنٛز ژٕٹھتھ تراوان،" تمہٕ ووٚن۔

"کم بخت بیکاری! اَمہٕ کھیٚنہٕ نہٕ بتر کیاہ آسہٕ۔ یہٕ ژامِتھ زٕ اُسہٕ کاژاہ کاٗم چھہ کرٕنی۔ جانورن ہنٛد پاٹھی پنجرس منٛز بند روزُن!"

"اَمیٚنکھ ماوضنہ تہٕ دِیِے تہٕ کانٛہہ کیٚنہٕ نہٕ؟" ماجہ پرٛژھُس پتہٕ دِتُن پانے اُتھ کیٚنٛہہ جواب ووشا ترٛاوِتھ۔ "خدایس یاد نہٕ کانٛہہ۔ مگر ژٕ یہٕ آسی نہٕ تس پیٹھ پٔژھے؟"

"نہٕ" نکارس منٛز کلہٕ ہِلہٕ ناوِتھ دیُت تمہٕ ژھوٚٹُے جواب۔

"میٚہٕ نے چھُنہٕ چانِین کتھن پیٹھ پٔژھ بہان،" ماجہ ووٚن جذباتی اندازس منٛز۔ پتہٕ ووٚتھ رووُن اَپرٕ سیٚہہ کوٗلہ ژٕنین ہنٛد تمُن تہٕ ووٚنُن "تہٕ ہہ چھنہٕ پینہٕ نہٕ پٔژھ ہیٚنٛز تہٕ نجر۔ ہرگاہ نہٕ تہٕ خودایس پیٹھ پٔژھ

آسہٕ ہے۔ تٔہۍ کیتھہ کٔنۍ ہیکہٕ ہیو پٔرتھ زندگی گُذاریتھ؟

ژُھچان ژُھچان گوٚکُس تام نیٚبرٕ کِنۍ اندر اَژِتھ۔ تہٕ لوٚگ لتہٕ لوٚتہٕ کیتھہٕ کرُن۔ ماجہ کُرِٹ ووتھ۔ تہٕ کوٗر تہٕ گیہٕ بہ یکبار تھٔدۍ وُتھِتھ۔

"یُتھۍ نۍ دروازٕ مُژراوکھ!" تمہٕ وٚون لتہٕ تہٕ۔ "ہرگاہ پُلسہٕ وٲلۍ آسن۔ ڈُپۍ زِ تھہ بہ زانہٕ نہٕ یہ۔ اَمِس آسہٕ گٔمِژ منز وٕتھ ژٕجہِ ترٕ برس نکھہ اَس بےہوش گمژ۔ وٲنۍ زیٚتھ ژٔتہٕ بدلاوِتھ ہیہٕ پلوٕ تہٕ اَتہٕ دراہ ہیم اِشتہار۔ تورِ یے فکرہ؟"

"ہیے کیاہ گوم! کس موضوعس متعلق وَنہٕ بہ یہ؟" آرہ کٔرتھ گٔژھِتھ وُژھ مٲج۔

"ننُے بُتھر" ساشاہ دِیت دروازس کُن: "ظاہر ہے چھُم یگور......"

تہٕ اوس یگور یے۔ ہینرہ پیٹھ بوٗن تام آبے آب گوٗشت تہٕ تھکنہٕ سیتۍ پھریکان۔

"واہ! گو سماوار چھ چلان! دم سنبالِنہٕ بانہٕ چھُنہٕ سماوارس کانہہ مقابلہٕ۔ ساشا۔ ژٕ آیکھہٕ؟"

یِنۍ گوٚب کوٚٹھ کڈان لوٚگ سُہ تمہ ہیہٕ بولنہٕ۔ چوکہٕ پیٹھ اوس اَہندہٕ زورہٕ شاہ کھالنہٕ والہٕ ہیچ آواز یوان۔

"سرکارکین عہدہ دارن چھُنہٕ یہ صاحبزادہٕ ہیٚن خوش کران۔ یِلہٕ جیلن اَمِس جیرہٕ اوٚن۔ اَمہٕ ژٕوو کھیٚون چوٚنے۔ تہٕ تس ووٚنُن مٲنۍ

منگنم۔ برابر اُٹھن وۄہن، لۆدُن نہٕ آب تہٕ اُشِس۔ مرٕی مرٕی چھیر واپس۔ تتہٕ گو جامنے۔ تکنٕہ؟ میانی ہشن یِڈ تہٕ چھا کانٛسہ؟"

دۄیمِس کمرس منٛز اَژٕ ہ ؤزہٕ رٲٹ تمی پننی نیبر ڈرامہ تہٕ رٕٹھ تام ہِشن یِڈا اُٹھن منٛز۔ تہٕ دروازہٕ دِتھ تہٕ رۄد کتھ کران۔

"کیٛہ ژٕ یہ کھیوتھ نے پئنز پاکٹی اُٹھن دۄہن کھپنی؟" کرِیاں کٔرٕلتھ پرٕژھس مایہ۔

"سو مٲنی منگہ ناوہ بایتھ اوس کینٛہہ تتہٕ کینٛہہ کرٕہنے۔" کورہ دۄن پانس نظر ژانیتھ۔ تینٛدہ لہجیچ سختی یہٕ تہٕ قرارس منٛز باسیوو تس ملاجیچ ژھانپ ہِشن۔

"ژٕ چھکھ کیاہ کورہ ہسن چھ یہ!" تمہ سۄنٛچ دِلہٕ منٛزی۔ تہٕ پتہٕ ؤژھ یدہٕ یڈٕ "تہٕ ہرگاہ مرٕہا کھ تیلہٕ؟"

"تتھ کیاہ کرٕہا وہ؟" کورہ دیت آہستہٕ پاٹھی جواب "مگر مٲنی تہٕ منگہ نودُم سو۔ لکن ما گژھہ اجازتھ دِین زہٕ سانی حق لتہٕ معہ نچہ کرٕتھ رٹن تم اُسہ پانس تل۔"

"ہوٚں" مالہ دۄن لو تہٕ ہٹہ۔ "سانی مرد چھوئی کران۔ یم چھ سارہٕ وانسہ سانی حق لتہٕ معہ نچہ کرٕتھ اُسہ دباوان۔"

"میہ لۆژہٕ رۄو پانس بور" بر مرٕشرتھ دۄن گیوٚرُن۔ "سماوار گرمیو وسے؟ ٹھہر ٹھہرتہ بہ تُلن پانے۔"

سماوار دۄیمِس کمرس منٛز وانہٕ ناوتھ ؤلتھ سۆ:

"رٕیوٗن بابہ ٹوٗٹھ اوس دوہ ہٕس وۄ[20] ہِگلاسہ چاے چیوان۔ اُمی کنہٕ
کڈی تمی شوٗنٹھ ہٕی ترٛہ[21] سٕتیتھ وُزی۔ صحت تہٕ رۄدُس ٹھیکھ۔ وزن اوسُس
پۄرہٕ ژٕہ[22] ہیتھ تہٕ اَرٕ شیٹھ پوٗنڈٕ۔ سُہ اوس واسکری سینِسک کُس قصبس
منز نایب پادری۔"

"ژٕہ ما چھکھ پادری ایوان سُندلٕرٹکہ؟" ماجہ پرٛژھس۔

"اَہن بہ گوس تسُندُسے نیٚچو۔ اَدٕ ژٕہ کیتہٕ زانٕہ ہٲن سُہ؟"

"بہ تہٕ ما چھس واسکری سینِسک صوبہ چی۔"

"میانہٕ وٕطیچ۔ ژٕہ کُہنزی کوٗر گیکھ تتہٕ؟"

"چانِس ہمسایہ سریوگین ہِشنز کوٗر۔"

"ژٕہ چھکھے نِیلہٕ لنگنہٕ کوٗرہ یِہ ہے زانتی سُہ ٹھیکھ پانٛٹھی۔ تمہٕ ہے
چھُہ میہ واریاہ لَٹہٕ کنہٕ دُر تہٕ ہیٚتٕھ ہِش!"

اکھ اَکِس نکھہٕ ووندنہٕ رُوزِتھ آسہٕ تم اَسان۔ تہٕ اکھ اَکِس
ساسہ بدی سوالہ پرٛژھان۔ چاے بناوان پھوٗل ساشایہ بُجھِس اُمِن
پیالَن ہند صداہ بوٗزِتھ پھیر ماج واپس اَتھی ماحولس کُن۔

"میہ ہے دِزہٕ مافی۔ مٲنہ دیماغہٕ منزٕ ہ ڈرایہ ہیٚرٕ کتھ۔ پننِس
کانسہ وطنِ بایِس سمکھِتھ کَژاہ خوشی چھہ سپدان!"

"مافی پیٚزہٕ میہ منگنہٕ۔ ترٛکیا ژٕہ میہ چھُم پرٛہ یتھ چیرس پیٚیٹھ قبضہٕ
کوٗرمُت۔ مگر وۄدنی بجے یہ کالہٕ تہٕ میہ چھُہ واریاہ دوٗر واتُن۔"

"کوٗتہٕ؟ شہر ہے؟" ماجہ پرٛژھُس تاجبہ سان

" اَہَن "

" مگر کیا زِ ؟ پٔژھ اَتھ گٔژھ تہٕ تیٚرِ منٛز ! بیٚہتھ چھکھ ژٕ یِیِتھ چھُژٕ رانس روزی یِیٚتو۔ یگور شعونگہٕ چوکس منٛز تہٕ ژٕ شعونگ تہٕ یِیٚتہٕ ۔"

" نا ۔ میٚہ یَزِ گژھُن ۔" کورِ وٚون یِتےٚ اوت ۔

" بدنصیبی سأنی ۔ دَپھ اُمس نوجوان خوتو بہٕ یَزِ گژھنےٚ ۔ تِم زانن اُمس ۔ یَگاہ گژھ نہٕ اُمس کانٛہہ یِتہٕ وُچھُن ۔" یگورَن وٚون ۔

" مگر کِہتھ کنٛہ ؟ کُنہ زٲنی ہےٚ ؟ "

" اَہَن ۔ کُنی زٲنی ۔" یگور ووٚتھ اُشناہ کرِتھ ۔

کورِ پھیٖر پانس کیٚت چاپہٕ گلاسا ۔ کرہہنہٕ ژوچہٕ کھنٛجہ لأجِن تہٕ رٔژھاہ تہٕ پہٕ کھیوان کھیوان لٔج فکرِ منٛز بوٚڈِتھ ہش ماج کُن وُچھنہٕ ۔

" تہِہ کِتھا کنہٕ یوٚت ہیکان وِیتہٕ رِتھ ۔ ژٕ تہٕ نٲشا ؟ بہٕ ہیکہٕ نہٕ زانِتھ تہٕ یہٕ ۔ بہٕ ہے کھوژِ تہٕ ۔" پلاگیایہ وٚون ۔

" کھوژان آسہٕ یِتہٕ ۔" یگور ووٚتھ ۔ " کہےٚ ساشا ۔ چھکھ نےٚ ؟ "

" یقینن ۔ کیازِ نہٕ ؟" کورِ وٚون تورِ ۔

مأج لٔج یگورس تہٕ تَس وُچھنہٕ ۔

چاے مِیہ کلاٚوِتھ کوٚر ساشایہ یگورس سیٚتو لو تہٕ پأ کھوٚڈ اَتھ وأس تہٕ دٔراہ چوکس کُن ۔ مأج دٔرایس نیبر تام سیٚتو ۔

" اگر پاویل ہیہنأ لو وِچھ سمکھیوو ۔ میأنی سلام وٚنی زیس ۔"

ساشایہ وٚون ۔ یِتھ نہٕ مُشِتھ گژھی ۔"

تمہ اوس دروازس کُن پِہس پیٹھ اُتھ تھوٗومُت۔ بیکبار چھیرِتھ
پرُژھ تمہ ماجہ:

" بُہ ہیکہ ژیہ مدد کرِتھ؟"

ماجہ رٔٹ سہ ژھوہ یہ دوپہ کرِتھ نالہ مَتہ تہ لجِس لول بَرنہٕ۔

" شکریہ " کوٗر وُژھ، تہ کلس ہنا دِرس تہ دِتھ دَرایہ سہ۔

مٲج ییٚلہ دُبارہ کمرس منز وٲژ۔ سہ اوٚس فِکرن منز بوٗڈِتھ دارہ نِش بیہہ
وِچھنہ۔ اَنہٕ گٹس منز اوٚسہ اَدرِ شیشہٕ تھوٗسہ وُسان۔

" پروزوروف شند خاندان چھیہ ژیتس؟"

پگورن پرژھس۔

سوٗ اوس زنگہ وہرٲوِتھ بِہِتھ زورہ زورہ چھوکھ دِتھ چاے
شہلاوان۔ بِہِتھ اوس سہ وو زُل، اوٚدُر تہ قرارہ۔

" آہنو، یاد چھم۔" میجس کُن ہُلی ہُلی پکان تہ کیاہ تام سوٗنچِتھ
مٲج درجواب۔ سہ بیٹھ تہ پگورس کُن لٔج رَٹہٕ دوکھ لدانہ زِس منز وَنہٕ نہٕ۔

" دوہے واہے رِچار ساشا! کِتھ کنہ واتہ شہر؟"

نور واتان واتان ییٚیہ وُسِتھ" پگورن کوٗر اعتراف" جیلس مَنز
گیہ سکھ کمزور۔ گوڈہ اوس جان صحت۔ آرامس تہ آسایشہ منز پلے ہُرِ
بڈے ہرِ۔ باسان چھم اُمس چھہ شدہ نور خراب گومُت۔"

" یہ کوسا گیہ؟" ماجہ پرُژھ آہستہ پأٹھی۔

" اُکس آسن واٲلی سَنز کوٗر۔ اہندِ وَنہٕ نہٕ موجب چھہ اُمی شند

مول اَکھ سوٗراہ۔ ژٕ یہٕ چھےٚ خبر ماجی۔ ییمو ہیہ شوٗد خاندر صحی کرٕن؟"

"کمو؟"

"پادٕلین نہٕ اَمہٕ۔ دُپھ اندٕ اَنی چھینہٕ کینہہ۔ سُہ یُس یلہٕ آسہ، یہٕ آسان جیلہٕ۔ نہٕ یُس یہٕ یلہٕ چھ آسان۔ سُہ آسان جیلہٕ۔"

"اَدٕ میہٕ کتہٕ آسہے اَزِچ خبر ے" ہٕنادم دِتھ وۄن ماجہ:

"پادٕل چھا زانہہ ہینہٕ کُنہہ بادان؟"

وۄنی ہیوٚتن ماجہ اُمس کورٕ ہندٕ کیاہ تانی گرٕ ژھن۔ تہٕ بیہ پرادٕ ژکھ سان پھیر سہ پٕژھس کُن۔

"ژٕ یہٕ کونا واتہٕ ناوٕتھن یہٕ پانہٕ گرٕ؟" تمہٕ وۄن۔

"واتہٕ ناوِتھ تہٕ ہیکہ ہُن۔" سُہ وۄتھ تورٕ۔ "مگر میہٕ چھ یئتہ وار یاہ کام۔ صُبحن سکلی چھُ میہٕ اَکِہ جایہٕ بیٹھ بیٚیس جایہٕ واتُن۔ بیٹھ چھُ میانہٕ! پتھ یہٕ ہہٕ رٕ یور پھیرُن تھورُن زیادٕ کریو ہٹ۔ کیازٕ میہٕ چھ ڈلی ڈلی شانٕش کھسان۔"

"کوٗر چھےٚ رٕژ" ماجہ وۄن۔ اُمہ سٕندِس دیماغس منز اَس وُنہٕ تہٕ سہ ےکھتہ نٕژان۔ یہ سہٕ ؤنی ؤنی یگورن باوٕ مژ اَس یٕنہٕ نس نیچہ وِس متعلق اُکس وہ پرٕ سنزٕ زیوٕ یہٕ کھتہ بوزِتھ گوٚ تس تکھ۔ ڈاکس کھٔرِس ڈرٕ۔ تہٕ وٕٹھ ہیٚتن ژاپینی۔

"پزٕ ی باٹھ چھ رٕژ" یگورن کورٕ تس سیتہٕ اتفاق۔ "میہٕ چھ خبر ژٕ یہٕ چھےٚ اُمہٕ سند پھیران۔ مگر اَمہٕ تلہٕ کیاہ نیرٕ۔ ہر گاہ اَسہٕ باغی انسانن

ہُنٛد تِہٕنٛدے کٔنٛہہ ہیوٚتھ تھٔدٕ ۔ تیلہٕ روزِہ نہٕ چون دِل زانُنہ تہٕ ڈٲنٛجہٕ ۔ پوٚز چھُہ یہِ تہٕ نہٕ اَسہٕ
منٛز چھِنہٕ کانٛہہ اَکی سٕنٛز زندگی آرامس منٛز نیران ۔ میون اَکھ بوج چھُہ حال
حالے جلاوطنی گٔڈٕتھ واپس آمٕت ۔ یِمہٕ سوٚ نیچ نی نووٕ گروٗد ووت ۔ تٔس
اُس زنانہٕ تہٕ بچہ سموٗلنسک جایہٕ ژاران ۔ مگر یِمہٕ سوٚ سِمسولنسک ووت .
تمہ اُسکھ ماسکو جیلس منٛز ٹھکی متھ ۔ وونی چھہ تسٕنٛزٕ آشنہٕ سائبیریا
گرٕتھ نیچ وأرمٕت ۔ میہ تہٕ اُس آشنہٕ سیٹھاہ ژٕژ اُس سعو ۔ اَمہٕ قسمہٕ چھہٕ زندگی
ہِنٛدی پانٛژھ وُرہی گٔڈٕ نہٕ یِتہٕ روٚٹ تمہ مزارٕ "

تمہٕ موٗکلاو کٔنٛہہ شٲنہٕ چائے ۔ تہٕ ہینٛز کتھ ہتوٚن چِھلہٕ وٕنی —

یِتھہٕ جیل گرٕ ہنکی تہٕ جلایہٕ وطنی ہٕنٛدی ریتھ نہٕ دوہ بیوٚ لٕتھ گٔنٛز رٕتہٕ ۔ زنگہ زنگہ
ہاس
مصیبتن ہٕنٛز کتھ وٕنی ۔ مثالہٕ باپتھ جیلس منٛز چوب کھینک تہٕ سائبیریا
منٛز فاقہ پھِرٕ روٗ ہٕنٛکی قصہٕ وٕنی ۔ مأج روٗز مُدے گٔنٛڈٕتھ تَس وُچھان ۔ یِمہٕ
سوٚکوٗن والہٕ سِنٛزٕ ساں سوٚ مُصیبتھ تہٕ دوہ کھہ دِنہٕ واجنہٕ زندگی ہٕنٛد پھِران
گوٚ ۔ مأج گیہ تھٔد ہیٚتھ ژأران ۔

" اَچھا تہٕ اوٚ ۔ وونی کرو مطلبچ کتھ "

اوٚ ہند لہجہ بدلیوو ۔ تہٕ تُہِنٛس پیٹھ ووتلے یس وارٕ سنجیدگی
تمہٕ پریژھ ماجہ زِہ سعو کتھ کٔنٛہہ واتہٕ نادِہ اشتہار بیترِہ کارخانس منٛز ۔ لعو کچہ
کھوتہٕ لعو کچہ کتھ سیٹھ اُمی سٕنٛزٕ زان کأرِی ڈیشتھ سپیٚز مأج سیٹھاہ
ژأران ۔

اَتھ موٚضوعس دِل دِنہٕ یِتہٕ لٔگی تمہ بیٚیہ اکہ لٹہ یِنہٕ نہٕ وطنچ کتھ

کرٕ نہٕ۔ تمِہٕنٛدِ سٕنٛد انداز اوس مذاقی۔ مگر ماجہ اُس یَنہٕ نہٕ پَتھ کانٛہہ ورق پھِران
پھران کیٚاہ تام سوچان۔ تَس باسیو زَن تہٕ تَسُنٛد پَتھ کال کیتھ تانی عجیب پاٹھو
اَکھ نمبل اوس۔ یَیِمہٕ منٛزٕ لوہ کُٹھ لعہ کُٹھ سُدرٕ گُلی، چھُنٛتی برُزٕ گُلی تہٕ نٕنہٕ ٹلہٕ
پھرِ یس ڈرامتی اَسی۔ برُزٕ گُلی گیہٕ وارٕ وارٕ پوٚشان۔ تہٕ اَکھ نکرہ
زمینہٕ منٛز پانٛژھ ؤری کَڈٕ نہٕ پٔیِیہٕ دہ ورِ لچھ ؤسی۔ تمہٕ وُچھ یہ
سورُے پانٕہ۔ تہٕ دِلس منٛز گوس اَکھ اَنِکھ جذبہٕ بیدار یَتہٕ آیہ
اُکس نوجوان کورِہ ہٕنٛز شکل تَس اَچھن تل۔ اَکھ تَژھ کوٗر یٔیِمہٕ سٕنٛدی
خولہٕ خط نٕنٛۍ تہٕ مُچھ تر کرُ اوس۔ سہ کوٗر اُس آبہٕ شیشہٕ ڈیرو منٛزی وَتھ کَڈی
کُڈٕ مُچھ ہٕش ژھینٛو ہٕز کِنی زٕنی پکان۔ تہٕ ماجہ ہُنٛد نیچوٗ اوس جیلس منٛز۔ وُنہٕ
آسہ نہٕ سو شاید شوٗ نگمت تہٕ۔ بلکہٕ آسہ پَتھ کُن ترأوِتھ خبر کیٚاہ سوچان۔
مگر سوٗ آسہ نہٕ تمِہٕنٛدِ پَنہٕ نہٕ ماجہ ہُنٛد سوچان۔ وُنہٕ نی اُس تَس بیٚاکھ اَکھ
ماٹھ ہٕشتی نہٕ۔ کھٕنٛجہ کھٕنٛجہ گامتین اوٚبرٕ لنگن ہٕنٛدی پاٹھو رٕوٗدی یم واتیج پھاٹ
وَن وٲلی خیال تسٕنٛدِس دِلس منٛز یوان۔ تہٕ تَسٕنٛدِس رُحس ووٚل
اَنہٕ گُٹہٕ نال۔

"ہاجی۔ ژٕہ ہے آسکھ تھیٚچ ہٕش۔ وُنہٕ لچھی۔ شوٗ نگو ہے وُنہٕ نی"۔
یگورن ووٚن مُنجھس بیمٕ اُشن پھوٚلہٕ راٲوِتھ۔
تمہٕ ووٚن خوداہ حافظ۔ تہٕ وارٕ وارٕ پکھتھ ژایہ چوکس منٛز
تسٕنٛدِس وَچھس منٛز اوس تیالہٕ ہُنٛد کرتھیچ زامُت۔
دوٚیمہ دوہ ہُن حاضری کھوان دوٚلتھ یگور۔

"ہرگاہ ژٕ یہِ تٕم رٕٹہٕ نٕے۔ ہٕ پٕرٕژھن نے زِ اِشتہار کٔتۍ اٰسنہٕ
زِہ کٔہۍ وَنہٕ ہاکھ یورٕ؟"

"بہٕ دِیکھہ تہِ ہہ کیاہ چھُوہ تٕمہ سٔہتی" سُہ ووٚتھ درجواب۔

"مگر میانِ رٔکھ مانن نہٕ تٕم توٚتہٕ" یگوٚرن کوٚڈ نہٕ قہطہٕ۔

"تٔمِس چھُ یٔنہٕ یہٕ جایہِ یقین زِ تٔمِس چھُ اَتھ سٔہتی واٹھ۔ تہٕ
تٕم کرِن ژٕ یہِ کھٔنی کھٔنی کٔنٕہ ہیچ کوشش۔"

"اَدہِ بہٕ وُنِکھ نہٕ کینٛہہ تہٕ یورٕ؟"

"تٕم رٕنٛنٕے جیل"

"اَدہِ توٚتہٕ کیاہ گوٚو؟ بہٕ کرٕ شُکر زِ بہٕ چھُس اَتھ لایکھ تہٕ"
تٕمہِ ووٚن وومہ شاہ تہٕ اُوِتھ۔ "میون سما جھٕھے کٔس چھُ؟ کانٛسہ تہٕ نہٕ پیٹھ
واتہٕ ناوَن نہٕ تٕم میٚہ ایزاہ تہٕ۔ وُنان چھُنا ......"

"ہوٚں" تٔس دِژٕ نظر کرٕتھ ووٚن یگورن۔ "نانے ژٕ یہِ واتہٕ ناو
نہٕ تٕم کانٛہہ تکلیف۔ دٕچھ ہیٚتِین گٔکھ پٔنٕہ پٔنٕن سوٚنچُن تہٕ"

"ژٕ پٔکُس حق چھُے یہِ وَنہٕ نکھ؟" اُستاد کرِتھ پٕریژھُن ماجہ
یگوٚرن وُٹِت تہٕ اُتھ کٔنہ جواب۔ صرف رُود کمرس اَدرٕ یور
کران۔ پتہٕ آو سُہ ماجہ نِشہ تہٕ لوٚگُس وَننہٕ:

"ماجی! تہٕ چھُ سٔہٹھاہ کرِیوٚتھ۔ میٚہ ہے چھہٕ خبر یہِ کوتاہ
مُشکِل چھُ چانہٕ باپتھ۔"

"مُشکل چھہٕ یہٕ پیٹھ اَکِس ہندٕ باپتھ۔" نٕرگلہ ناوِتھ ووٚتھ سُہ

در جواب " بتان چھُ کانٛہہ ما آسہٕ وَنان زٕ یٔتھ مُشکل چھُنہٕ ۔ مگر دارِ دارِ ہیوٚتُن میٚیہ تہٕ فِکرِ ترُن ۔ زٕ رٕتی لَکھ کیاہ چھہ ژھانڈان ؟"

" ماجی ۔ ہرگاہ ژٕ یہٕ پہٕ اَکہ لٹہِ تہٕ فِکرِ ترِی ۔ تیلہِ چھُہ سارِ نِنے چھوٚن حاجتھ ۔ پرٛیتھ اَکِس !" سوٗ دوٚپتھ سنجیدگی سان ۔

ماجہ کرٕیس نظراہ ۔ تہٕ کینٛہہ وَنہٕ نہٕ درایِی لَج اَسہٕ نہٕ ۔

پیٚنشنس ہاٚگی لَج سعہ کارخانس منٛز واتہٕ نکھہ سنٛز کرنہٕ ۔ اشتہار بینترِ ھشوٚن تمہٕ آیہٕ پٔلوٚن اندر ژوٚرہ زٕ تَس کنٛ وُچھتھ کوڈ یگورن اطمینانہ سان زبوٚہ ٹاساہ تہٕ دوپُن :

" زہرگٹ ! یتھ کنہٕ ساری رٕتی جرمنی بیرہ ھند گہ ڈینکھ ژوڈ ہشٹِ بعد ن وأتلتھ وَنان چھہ ۔ یمو اشتہار وسپتو نے آیہٕ نہٕ ژیہٕ منٛز کانٛہہ ترتھ تبدیلی ۔ ماجی ! ژٕ ہیٔ چھکھ سوے شفیق اَڈہ ور زنانہ ۔ ٹھر ٹھر تہٕ موٹ موٹ ۔ گرٛتھ دیوتا رٔ ڈنے اَتھ موموٗلی دٔسلابس پیٹھ پنٛہ نس سایس تَل !"

اَڈہ گاٚینٹ پیٚتہٕ اُس سعہ کارخانہ چہ پھاٹکہ نکھہ دِل ڈنجہ رٔٹتھ تہٕ پوٚرہ پرٛتھ سان کھین چین کین خانچن تَل دٔ بیتھ وضہ دنہٕ ۔ یُس اَکھاہ کارخانس منٛز اَژان اوس ۔ زٕ سنتری اَسو تمس ہَرِہ وُلٹہِ پائٹھی جامہ تلاشی ہیوان ۔ اَتھ ماوضہ اَسو تمن موزورن ہنٛزٕ لیکہ نقعہ کہ تہٕ ٹھیٹھ ہیوان بوزنی ۔ اوٚکٹ کُن اوس اَکھ پُلسہٕ دول ، تہٕ بیاکھ زوٚناہ زٕچھ زنگہ ، دوہ نُل سُبتھ تہٕ تیز اُچھہ کرٔتھ وضہ دنہٕ ۔ ماجہ پھیر خانچہ ڈوٚکرا کہ پھیکہ

پیٚمھٕٹ بیٚیِس پھیٚنکِس کُن۔ تہٕ اُمِس زَنگہٕ نیٚہِٹس انسانس کُن لُیِچ تٔلۍ ٹارہٕ وُچھنہٕ۔ نِکیازِ تمہٕ ژیوٚن زہٕ یہٕ گژھِہ خفیہ پلاسٹک نفرا سُن۔

"ہمیا چارِی نسلو! سانِہن کلُن کرُہو ؤ تلاشی۔ چیٚندن کِہو چھوہ وُچھان:" اَکھ تھٔوِد واُنکہ مَس کرِتھ چھوہ بُرُ ؤد تھ سنٹرین کُن۔ یِم زَن تَس چیٚندن وُچھان اَسی۔

"ہُتا اَتہٕ کِہو چھُے کلس منٛز ژیٚہ۔ زٕہ وِہ۔" اَکی سنٹرِک وَون۔ "اَدہٕ زٕ بَر گو۔ تیلہٕ رٹُو زہٕ وَسے۔ مگر اَسہٕ نِش روٗزِو دٔورُسے" موزوٗرن کوٚر ٹسنہٕ۔

خفیکو معاہدِ کر اَوتمِس دولہٕ نظر۔ تہٕ نفرژ سان تراوِن تھوکھ "نکہٕ بامِیہٕ تراوِو وَلِتھ:" ماجہ وَون نکُھ۔ "وُچھان چھوہ نا۔ اَمہٕ بارہٕ سیٚتھو ہیے کاہ نسبہ تہٕ کمبر چھِنہٕ!"

"نیری نیری!" سنٹرِس کھٔر ژکھ۔ "چَرچِہ کرنہٕ وراٸے وبیٚپی نا؟"

ماج بٔلہٕ پیٚنہٕ ہٕ جایہٕ نِش وٕاتھ۔ تمہٕ تھاوِی خاچہ پیٚتھر بھِس وو نفرن عارِق۔ تہٕ ژوہ شوبِنی طرفُن تراوِن نظراہ۔

بأے بارِنی گوسیف، یِم زَن کارخانس منٛز فیٚتر اَسی، آیہٕ ماج وُچھنہٕ تَس نِش۔

"پیروگی چھُے بی؟" بُڈی ہوِر بأے واسِلی ہَن وَون۔ تَس اَمِس ڈیکس درہٕ ہیش کھٔرژ مٔرش۔

"تہٕ گوٚو پگاہ۔" تٕمہٕ وونُس۔ یِم اَسہِ زٲنِژ شبہٕ۔ دٔہ شوٗرِ بایَن آو یِم شبد بوزنہٕ زَن گاش ہیوٗ۔

"مٲجی۔ ژٕ کاژٕ ہیٚکہٕ رٔژ چھکھ!" ایوانس ژَج کرٚکھ نیرِتھ۔

خانٕچن نظراہ گُذراہ دِنہٕ باپتھ بیوٚٹھ واسیلی بُٹھکر۔ تَتہِ اَمی وِزہِ وُچھ اشتہارَن ہُند اَکھ دَتہٕ اٲہندِس کوٗٹھس منٛز۔

"ایوان۔ اَز نا گژھو ہٕ گرٕہ"۔ تٕمہٕ وونُن ٹھٔدرِ ہیٚٹھ۔ "اَزہا گژھو یِیمو سِے نِش کھانہٕ۔" یِی ونان ژھُٹکھ تٕمو بناکھ اشتہار دَتہٕ کھُلس بوٗنہٕ ژکھورٕس منٛز۔ "اَسہِ پَزِ یِیمِس نوٚو خانٕچہٕ واجِنہٕ ہُند حوصلہ بڑاوُن۔"

"بل کُل ٹھیکھ۔" ایوان ووٚتھ اَسان اَسان۔

ماجہ تیٚاو حیسہٕ سان اَدرہ یور نظراہ۔

"شوٗہ رٔیہٕ ما! سیٚمہٕ ما!" تٕمہٕ دِژ ہٲکھ۔

سوٗہ گَیہٕ وٗلی وٗلی اشتہار دَتہٕ کڈان۔ تہٕ یِیمَن بایَن پلہٕ ناوان۔ پرینتھ وِزہِ یَیلہٕ اشتہار دَتہٕ تِہند بوٗ اَتھو منٛزہٕ نیرِتھ گٲب اوس گژھان۔ تِہنٛزَن اَچھَن تل اوس گندک تُجہٕ ہندہ دزہ نِکی پاٹھو پُلیسہٕ رکس افسرٕ سُند لیٛوٚدر بُجھتھ دوتلان۔ تہٕ سوٗہ آسِس نہٕ کُنہٕ ویٚرِتھ ونان۔

"رُکو، نشہ لدا!"

دوٚیِم دَتہٕ دِتھ:-

"نیریہ تہٕ رُکھ!"

اَتھَن منٛز پیالہ ہیٚنے ہیٚنے پٔنیہٕ موٚزوٗر واٲتھ۔ یَیلہٕ کانہہ نکھ

پٔھن پوان اوس ۔ ایوان گو سیٹھ اوس اَسن کھنگالہ ترٲوان ۔ مٲنٛز اَرسس دَتِہ کڈٕنہٕ نِشہِ پوٚت ہیوان ۔ تہٕ خانچن کُن لگان ۔

" پلاگیا نلووناٗ ۔ ژٕہ ہیٚے چھکھ بڈٕ چالاکھ ! "

دوشوٚے بایوٚ دوٚن اَسان اَسان ۔

" ضروٗر رٔژھ ہا چھُم پرٛیتھ کینٛہہ چیز کرٕ ناوان " ۔

نکھے دوٚدینہٕ روٗزِتھ اَکھ گٔژ زالن وول موٗزوٗر ووٚتھ ترِوہٕ شرہ سان :

" اٲہنٛز ژوٚٹ کماوَن وول واتہٕ نووٗ تِمو حرامزادو جیلس منٛز رٔٹ بی مٲجی ۔ اَسہِ دِہ ترِین کو پیکن سیمہ نہٕ ۔ کینٛہہ غم نٔے مٲجی ۔ ژٕہ چلاو کھٔے کُنہ نتہٕ کُنہ پٲٹھٕ کام ! "

" اَمہ ہمدردی باپتھ شکریہ ۔ " تِمہ دِتُس اَسان اَسان جواب ۔

" ہمدردی ہٕنٛدی کینٛہہ لفظ وَنِہٕ تَس منٛز کیاہ چھہ راوان " ۔ تِمو

دوٚن پانسہ سیتہٕ نہٕ سیدیوو اَکس کوہنجس کُن ۔

" گرم شعورہ با ! سیمہ نہٕ ہا ! واتھٕ ہا ! " پلاگیا لٔج بٔنیہ ہِکھ دِنہٕ ۔

سعہ بیٚیہٕ سوٚ کھٔنہٕ ژٕہ اشتہارن متعلق پننٛس گرد ڈیکس تجربس بیٚیہٕ کمہ اندازٕ کرِ سوٚ نیتیجوس سیتہٕ کتھ بالھ ۔ مگر تسٕنٛدِس ذہنہ کِس کتھ تام کوہنجس منٛز لوٗگ افسرہ سُند حال حاٗران ، ژکھ ہوٚت لیوٗدُر بُتھ لہرِ مارہٕ ۔ تسنٛزٕ کرٕہنہ گونٛشرِ آسہ پریشانی سیتہٕ ووٚٹھ وٕتہ

کران ۔ تہٕ تسٕندۍ سخت دٔند اٚسۍ اندر ژٔمے ہیٚتھٕن وُٹھو مَنزٕ پٮ۪تھ پٮ۪ٹھ
بوزنہٕ یِوان ۔ ماجہِ ہِندِس وَچھس مَنز لٔج خوٗشی کٔس تام جاناوارہ ہِندۍ
پٲٹھی چرِو چرِو کرٕنہٕ ۔ چادرِ سان پَننہٕ شُبنمہِ ہیٚورکُن کھٲرِتھ تہٕ کٲم
کرٲن کرٲن روٗز سعہ پٲنی پانسے وَنان :۔

" رٕٹھ یِیہ نہٕ ۔ تہٕ یِیہ تہٕ ! "

# ۱۶

تمہِ دۄہَن شامَس بٲگی یُیلہِ سعہ چاے چێنہِ بیہِتھ۔ نێبرِ کنہِ گوٚ
زٕبہٕ مَنٛزٕ گُرٕی پکُن تہٕ پتہٕ آیہٕ اَکھ وِتیز آواز۔ سعہ وُژٕھ تھوٚد تہٕ چوٚکہٕ
مَنٛزٕ دراے بَرٕ مُژٕ رٕنہٕ۔ نێبرِ کنہِ گوٚ وٕلی وٕلی پکہٕ نَک صداہ۔ تَس گَو وِچھان
وِچھان اَچھن اَنہٕ گوٚٹ۔ کوٚٹس تھپھ کرٕنہٕ مُژٕ روو تمہ کھوٚرٕ سیتھ
ہر۔

" ننکو۔ آداب "۔ کنَن وِتیز آواز آیہٕ۔ تہٕ زیچھ تہٕ زاُدی چھ
نیرٕ آیہٕ تَس آلونہٕ۔

گوڈٕ موئس سپدٕنہٕ کینہٕ تہٕ پتہٕ آندری وُچھنہٕ چہِ خوٚشی
سببہٕ وُژٕھ تمِس زِلَس دِگ ہِش۔ ییم دۄہ شوٚرِ اِحساس کُنہٕ گُرٕنہٕ چھیتہٕ
بنیوو اکھ اَیکھ تہٕ عظیم جذبہٕ۔ ییمہٕ زَن تسنٛدِس بَدنَس مَنٛز وُشنہٕ نیرِ چ اکھ
لہر پھیرو۔ تہٕ سعہ واتہٕ ناوُن اَنہٕ تہٕ روس تھزٕ ژن بیہِتھ۔ آندری بینٛدِس
شانَس بیہِتھ بُتھ تھوٚونہٕ پتیہِ سعہ وُسی۔ آندری ییٚن ژٕٹ سعہ یینہٕ ہِمن
نِنٛٹ لَد اَتھَن مَنٛز زورہ۔ مٲج اُمس لعہ تہٕ لعہ تہٕ اوش ہاران۔ تہٕ سعہ اوس

تسندِس کلس پھِش دِیُٚ دِیٚ وَنان:

" ننکو . وَد مے . بیِچھے ہَش مے گرٛنٛد . بہ ہے چھسے پوز وَنان . نِش ہے ترٛاوٕن جَلدے . تِہمو نے ہیوٚک نہٕ تس کانٛہہ جُرم لدِتھ . سٲنی سارِی سیٚتھو بآج ہے چھ اُس وٕٹھِتھ بِہِتھ . زَن ترٛ مۆمرٕ گاڑٕ "

شانَن پیٹھ رٕٹٕ بچھے وانہ ناوٕ تِہنٛز سوہ دوٚیمِس کُٹھِس مَنٛز مآج بیٹھ تس نکھے تہٕ بڈرٕ نوٚ چھ ہندی پاٹھی وٕلی شٕلی اوٚش ووہ تھ داوِتھ بیٹھ تِہنٛز اکھ اکھ کتھ بوزنہٕ .

"پاوٕلین ہے چھنے سلام سوٗزمُت . سوہ ہے چھ وارٕ تہٕ خوش تہٕ خوشحال . نَنہٕ ہے چھ وار یاہ مکھ . بوزنہٕ یِہوٚے ہیتھ شتھ ٹُکہٕ چھکھ رِدٕ ٹھمٕت . کینٛہہ لکھ چھ شہرکی . کینٛہہ سٲنی سیٚتو بآج . تہٕ اَکس اکس کوٚٹھرِ منٛز چھکھ ترٛیہ ترٛیہ ژور ژور نفر بَری بہتہ . جیلکی افسر چھ ـبان . تہٕ خفیہ پُلسہ کیو ییمو نفرو چھ تِہمَن تیٚرٛتھ کآم یُترٛاوٕمُت زٕ تِہم بچارِ چھ پہپہٕ آمتی . افسرٕ تہٕ چھینہٕ خراب . تِم ہے اکھٕنے وَنان زٕ ہے دوستو . یُھنا کانٛہہ دوہ ژہٕ راتھ ٹُلو . نَنہٕ کیا پانٛیہ اَسہ بُکی مصیبتھ تُلمَن . تہٕ پرٛ ہیتھ کینٛہہ چھُ ٹھیک پاٹھی سیٚدان . سٲنی سیٚتی بآج چھ اکھ اَکِس ہیکھان، کُتھ باتھ کران، کتابہ دِوان . تہٕ اکھ اَکِس سیٚتو کھیوان چیوان . جیل ہے چھ جان . پرٛون تہٕ موٚکرٕ اُسھ ترٛ چھینہٕ تِتہٕ زیادہ اذا واتان . اخلاقی قیدی تہٕ چھ ہَرتی . تہٕ اَسہ چھ جان پاٹھی اکار بکار دِوان . بو کو ، بہٕ تہٕ بیٚنیہ ژور نفر آیہ ترٛاونہٕ . میہ چھ بہتھ زٕ پاوٕل ہنٛز واری تہٕ

واتہٕ جُلدے۔ وسوف شکوفن وأرۍ بوزنہٕ سارٕہ نیے پوٚنتس۔ سہٕ ییتھ کنٛز لیکہ پھاش چھُ پرٛان۔ تیمہٕ کنز چھِہ تس سأرۍ پھیرِتھ گامتہٕ۔ خفیہٕ پُلسہ وألۍ چھِنہٕ تسند بُتھ پرٛزناوان وُچھِتھ۔ یا تہٕ چلاوَن تس مُقدمہٕ۔ نتہٕ پیٚییس کنہٕ دوہہ شلکھ۔ پاوِل چھُس توتہٕ وَنان۔ "ہتا نزاوٕ ییمہٕ کیتھ نکولائی۔ چانہِ لبکوٚ سیٚتھاہ کیتہٕ سیٚدن ییم لکھہٕ؟" دپہ سوٚ آسان کریکہ ناد کران۔ "بہ ہا نیمکھ ییمہٕ بُنترأژ بیٚیھ تیتھ کنٛز ھُوٚد تُلتھ۔ ییتھ کنہ پیٚچھر سس دٕلۍ تُلان چھِہ۔" پاوِل سُند طور طریقہٕ چھُ جان۔ سوٚ چھُ کھوٚرٕ ٹھیکہ رأوِتھ تہٕ درٛرِ سان بہِتھ۔ میٚہ چھِہ پننہٕ نہٕ جایہٕ بہِتھ زِ تس تراوَن جُلدے۔"

"جلدے" شفقژ ہوٚت اُسناہ کرتھ ووٚن تمہٕ لہٕ تہٕ ہنٛٹہٕ۔ تس اوس دِل ہناہ ڈنجہ بیوٚ ٹھمت۔" میٚہ چھِہ یقین جُلدے تراوٕنس۔"

"گوٚ ژیہٕ بیٚیہ ٹھٕے دِل ڈنجہ! اَدٕہ بی تیٚلہ کیا چھکھ وَنان چایہ داکھ؟ اچھا بیٚیہ وَن پننہٕ خبراہ اُتراہ۔"

مُجھس بیچھ اُسُن پھوٚلہ رأوِتھ لوٚگ سوٚ تس کُنُ وُچھنہٕ۔ کأژاہ نرمی تہٕ کیٚژ ہمدردی اُس تس منٛز۔ تیٚہنزن غمگین اچھن منٛز اُس لولہٕ مَشالہٕ دزان۔

"آندریوٚ شاہ! کوتاہ ڈیٚھٹ چھُھم! ژُن ووہِش تراوِتھ وُژھر مأرج۔ نتہٕ اُچھوے سیٚتھ لُج تیٚہندِس مُجھس سارنہٕ۔ یتھ بیٚیھ وُریہ یأٹھی کہِہنز دأر آمژ اُس تہٕ کژھ تام ہِشس اُس باسان۔

"بس ہے۔ لولہٕ پیوٚنتاہ! کھہے چھُم میٚہ بعہ کہٕ چھیعہ لہٕ راونہٕ باپتھ

سیٹھاہ ؟ کرسی پیٹھ پان رگلہٕ ناوِتھ ووٚن تمۍ۔ "میٚہ ہیٚے چھم خبر زِ بہٕ چھُسے ژٕے ٹوٹھ۔ چون دِل ہیٚے چھُم زبوات بوڈ زِ اَتھ منٛز ہیکہٕ پنہٕ کامہٕ نسبہٕ ہُند لوب وینپچھ۔"

"مگر میٚہ چھُکھ خاص کٔرِتھ ژٕے ٹوٹھ۔" تمہٕ موننہٕ۔" ہرگاہ ژٕے ناج آسہ ہی۔ پرِ پچھ اکھاہ کرِہا تس پیٹھ رشک تہٕ دپہ ہا۔ وُچھ وُو کیتھ رُت نیچو چھُس۔"

خوخولن رگلہ نوو کلہٕ۔ تہٕ اَمہ پتہٕ لوگ اَتھ دُلی وُلی پھش دِنہٕ۔

"ناج ہیٚے چھم۔ مگر خوداہ زانہٕ کیتہٕ چھم ؟" تسنٛز آواز آس لوٚژ۔

"ژٕے بوز تھا از کیاہ کور میٚہ؟" تمہ پرژھس۔ تہٕ تمہٕ پتہ بووُن بڑہ جذباتی اندازس منٛز زِ تمہٕ کِتھ کنۍ واتہٕ ناگوی کارخانس منٛز اشتہار جوشہٕ ہیٚش آسنہٕ کنۍ وُنی تمہٕ اَکھا اَکھ کتھ ژٕھا نوان مرژہ وانگن رلاوِتھ۔

خوخول بیوٚلھ گوہ ڈِرہ کنہٕ چشموتس حاڑنہٕ سان وُچھان۔ تہٕ پتہ ترووُن تھدِہ اَسن کھنگالہٕ۔

" اوہو ! " تس ژھِج کٔرِتھ نیرِتھ۔ " پیٚہ ہیٚے گوو رت۔ سیٹھا جان ! پادِل وینٛژِہ نہ گنہٕ پہٕ بوزتھ۔ ننکہ ! سیٹھا رت ہیٚے گوو پہٕ ! پادِہ بلہ سندِہ باپچھ نہٕ تہٕ سارِنی ہندِہ خاطرہٕ تہٕ ؟"

تسند بدن اوس گراہ ژن ماران۔ تمہٕ پتہ لوگ سٛو اونگجن ٹِس کڈِہ نہٕ۔ تہٕ وجدس منٛز پیچھ ہیٚیرِژن شُرِتی واینۍ۔ اَمی سندیو رُمھ

والوٗ مٔنزٕ اُس خوشی پرٛیڑان ۔ تہٕ سوٗ اوس ماجہ نِشہٕ تہٕ اَمہٕ باوتھ پوٗرٕ پوٗر جواب ژھاران ۔

"ماجہ آندریوٗشا!" تٔمہ وونُن یِتھ کٔنہ زُن تہٕ دِلکہ بٔرِ وُچھو اَمِس گاٚمِتو ۔ تہٕ لفظن ہندی ملٕر اُسو وٕلی پکِتھ ، ژھوٚہ یِہ دۄہ یہ کٔرِتھ وٕبرٕتھ گاہ ترٛاوان ۔ یِکان "یُلہٕ بہٕ پانہٕ پننہٕ زندگی ہند سوٚنچان چھُس ۔ میانہ یسوٗع مسیحا ! بہٕ رۄزِس کیازِ زندہ ؟ میٚہ چھنہٕ ، مۄزوٗری تہٕ شُکُھ ! پننِس خانہ دارِس ورأے زانہٕ ہُن نہٕ کانٛہہ تہٕ ۔ خوفہ ورأے زانہٕ ہُن نہٕ دوٚیُم کانٛہہ چیز ... ! میٚہ تُرٛ نہٕ فکری زِ پاوِل کیتھ کٔنہ پرٛیچھیوو ۔ میٚہ چھنہٕ پتہٕ خبر زِ یُلہٕ موٗل حالے حیاتھ اوٚسُس ۔ میٚہ اوسا اُمی شُند کٔنہہ وَسہٕ تہٕ کٔنہ نہٕ ۔ میون سورُے سوٚنچُن ، میأنی سأرے پریشأنی اُس صرف اَکی چیزن آوُرمُژ ۔ تٔمِس جنگلی سٕنزٕ یٚڈ جان جان کھیٚنہ یِتھو پلالہٕ کرُن ۔ تہٕ تٔس بأنبرِہ لدٕ سٕنٛز پرٛیتھ مرضی پوٗرٕ کرٕنی ۔ تکیازِ ؟ یِتھ نہٕ تٔس ژکھ کھسہٕ ہے ۔ تہٕ میٚہ چوب دِ رنچ گرٛکہٕ دِیہ ہے ۔ بٔیبِہ یُتھ زُن تٔس اَکہ لٔٹہ میون ترس گژھہ ہے ۔ میٚہ اوس تٔمہ اَنہٕ ماہٕ چوب دِوان زُن تہٕ پننہٕ نہٕ زنانہٕ تہٕ ، بٔلکہ پرٛیتھ تٔمِس انسانس شُکھ اوس کران ۔ یِمو سٕنٛز تٔس چھوٚش مرژ آسہٕ ہے ۔ وُہُن وری ین کُدرِم یِتھے کٔنہ وُمر ۔ تہٕ ووٚدنی چھنہٕ میٚہ یہ تہٕ ژیتس زِ کھاندرٕ برونٛہہ کرٕژھ سٕنائُس زندگی میأنی ۔ یُلہٕ یُلہٕ یُہ پرٛون پھران چھُس ۔ میٚہ چھ پانس برونٛہہ کنہٕ اَکھ شُنہٕ ہش باسان ...... یگور ایوانووچ اوس آمُت ۔ اُسو

چھہ اکی قصبکی روزن وٲلی۔ سۆ لوٗگ ہورِ چ یورِ چ کتھاہ کرنہٕ۔ دپھ
میہٕ پیوو پنٕن مکانہٕ تہٕ یاد۔ باقی لکھ تہٕ ییم ژینتس۔ دپھ یہٕ پیوم نہٕ
ژینتس زِ لکھ کتھ کنہٕ اُسی دوہ دپن کڈان۔ تہٕ وُنان کیاہ اُسی۔ تہٕ
ٹکن کیاہ گُذریوو۔ اکہٕ نارِ چ کتھ چھہ میہٕ ژینتس۔ دوہن نارن ہنٛزٕ
میہٕ چھہ باسان زن تہٕ شلکھ دی دی میہٕ اندرِ سورُے کوٚر ژھتچکھ
کوٚڈمُت۔ تہٕ میانس زوٗحس چھہ ٹھڑِ کی لگہٕ ہتھ۔ نہٕ چھس کنہ ہِیے
بوزان کینٛہہ تہٕ نہ چھم اُ چھوِ ے لبنہٕ یوان کینٛہہ۔"

تمہ کھول آبرِ منٛزٕ کھارہٕ مرٕزہ گاڈِ ہندی پاٹھی شاہ
ہنا بُروُنھ پھنٛن نیمتھ لجٕ سعہ لوہ تہٕ ہٮ۪ٹہٕ وُننہٕ: "خانہ دار گوم مرُتھ۔ نیچوِس
پیٹھ تروومُم۔ مگر سۆ لوٗگ ییتھ کامہ کُن۔ میانہٕ باپتھ اوس یہٕ سورُے
وِیتہ راوُن کرِ یوٗٹھ۔ میون دِل اوس نیچوِ سندِ دادِ کانٛہہ نیومُت تہٕ
تہٕ لرزیومُت تہٕ۔ ہرگاہ تس کینٛہہ گوم۔ بہٕ کتھ کنہٕ روزِ زندہ؟ بہٕ کاژٕ
اُسیس کھوژان تہٕ ٹٹان! یِلہ یِلہ میہٕ سۆنچھ زِ تس گوژھم نہٕ کینٛہہ
گژھن۔ میہٕ آسہٕ دِلس شرٛاکہٕ وسان۔"

برٕنٛزِس کھنڈُس کرِ تمہٕ ژھوہ بہٕ تہٕ آمہٕ پتہٕ گلہ نووُن گلہٕ تہٕ مایہ
ٹبرکہٕ تہٕ آیہٕ ووٚنُن:۔

"اَسہٕ زنانن ہند لول چھُنہٕ لوٗلے یوت آسان۔ اَسہٕ چھہ تمہٕ نِے
چیزن ہنٛز ماے گژھان۔ ییم زن اَسہٕ پانس بکار آسن۔ مگر بہٕ چھس
وچھان ژِ کوٗناہ چھکھ ماجہ ہندِ باپتھ کریشان۔ اَما گوہ باپتھ؟ تہٕ ییم

ٹکہ بیین ہندِہ باپتھ پانہٕ مصیبتن منٛز چھ پان تراوان۔ جیل گژھان — سائبیریا واتان تہٕ مران چھ۔ نوجوان کورِہ چھ رٕبہ روٗدُس تہٕ شپٔنس منٛز رٲتی رٲتی شہرِہ بیٛھٕ ژور پانٛژھ میل کڈِتھ کٔنی زنہٕ سون گرِہ واتان۔ ییمن کمو دوٗن پیٚہ گرُن؟ ییم کیازِہ چھ یہ کران؟ اَوے زِ کیازِہ تِمن منٛز چھ اٚنٛتہٕ روٗس شوٗد لول۔ تِمن نِش چھ پرٛژھن۔ آندریوشا سپدٕہ سُنٛز پرٛژھ! ڈیچھ بہٕ ہیکہ نہٕ ییتھ کٔنہٕ لول برٕتھ۔ میہ چھ صرف پنہٕ نٕین ہنٛز ماے۔ ییم چیز ہیٚہ نکھ چھ۔ تِمن ہُند لول!

"نائے۔ ژٕہ ہیکھ لول برٕتھ۔" خوخول وۄتھ۔ سُہ پھیوٗر پوٚت تہٕ پنٕنہٕ نہٕ عادتہٕ کِنٛز دِتُن کلٕس، ہُتھس تہٕ اُچھن پھٕش۔ "پرسیتھ کانٛہہ نفر چھُ تِتھو لول ورناوان۔ یُس تَس نکھ آسہ۔ مگر اَکھ بوٚڈ دِل چھُ دوٗرِہ کٕین چیزَن تہٕ پانہٕ ناوان۔ ژٕہ ہیکھ بٔجہ بٔجہ کامہٕ کرِتھ۔ کیازِہ ژیٚنہٕ منٛز چھُ ماجہ ہُند اٚنٛتہٕ روٗس لول!

"خدا بوٗزِ سٕرتُن!" سہ وۄتھ لوہ تہٕ ہیٚٹھ۔ "میہ چھُ باسان زندِہ روز نکھٕ یہ وطٕرِہ چھُ جان۔ بہٕ چھس ژٕیہ لول بران۔ شاید پاشا سُندِہ کھٔہ تہٕ زیادٕ ے۔ سُہ چھُ ہتیوٗت ژھوٗپ تہٕ دوٗرِہ دوٗرِہ روزان۔ وُچھان چھکھ نا، ساشا یہٕ سیٚتی یِژھان کھاندر کرُن۔ تہٕ میہ نِش، پٕنٛنہٕ ماجہ نِشَن چھُنہٕ نِہان تہٕ۔"

"تہٕ نے چھُنہٕ پرٛزر!" خوخولن موٗن نہٕ۔ "میہ چھ پوٗرہ پئے زٕ یہ چھُنہٕ صحی۔ سُہ چھ ساشا یہٕ سیٚتی محبتھ کران تہٕ سہ تِہ چھس محبتھ کران۔

یہ چھُ ٹھیکھ۔ مگر تہم کرن نہٕ زانہہ تہٕ کھاندر۔ سہ چھ یژھان۔ مگر پاوِل چھُنہٕ یژھان۔"

"گو یہ دلیل چھَ"۔ کیاہ تام سۆنچتھ تہٕ دوہ کھ زد چشمہ خوخولس کُن تُلتھ وۆنُن سہ۔" گو یہ کتھ چھَ۔ لُکھ چھ پانٕنی پانٕنۍ پیٚنہٕ نس سہ کھس کتھ دِوان۔"

"پاوِل چھُنہٕ اَکھ بیاکھ ہیوٚ انساناہ۔" خوخول سنزِ آوازِ منز اُس نرمی۔

"سُو چھُ پختہ پراوِک اِنسان۔"

"تہٕ وۄنی چھ جیلس منز۔" سونچان سونچان وۆن ماجہ۔" اَمہ کتھہٕ چھس بہ کھوژان۔ مگر تیٚلہٕ نہ وۄنی۔ زندگی چھ وۄنی بدلے آیہ تہٕ میون کھوژُن نہٕ چھُ بدلے آیہ۔ وۄنی چھس بہ پریتھ کانٕسہٕ ہندِ باپتھ بانبران۔ وۄنی چھ میون دِل نہٕ بدلے۔ تکیازِ میانۍ روٗحن چھ میانہِ دِلہ چھ چشمہ مُژراوِہ مُژہ۔ میون دِل چھُ اَچھ مُژ دِتھ وِچھان۔ دۄدا سی گژھان، مگر سیٚتی خوش تہٕ۔ میہٕ چھُنہٕ واریاہ کتھہٕ فِکرِ تران۔ تہٕ یہ دۆپتھ چھُہ میہٕ خبر کیاہ گژھان۔ زہ تہٕ ہیہ چھُنہٕ خداس پیٹھ پژھ نہٕ۔ مگر اَتھ کیاہ کرِ زہ؟ میہٕ چھُ باسان زِ تِہنز چھوِ پٔزی پاٹھۍ رِتی اِنسان۔ عوامہِ خاطرِ چھوِ تِمہ اَکھ اَکِس پیٹھ تہٕ گُذر دِتھ رٹمژ۔ پزرِ باپتھ چھوِ کر یچھ زندگی گذران۔ تہٕ وۄنی چھُن میہٕ تِہند پزر فِکرِ ہیوٚتمت ترُن۔ یُتام آسن وٲلۍ لُکھ چھ۔ توتام ہیکن نہٕ عام لُکھ کینہہ تہٕ پراوِتھ

نہ خوشی تہٕ نہ انصاف۔ کہنی تہٕ نہٕ۔ وونی ییٚلہِ زٕ بہٕ تِتھِہ سیٚتی روزان چھس۔ یہٕ چھُس کُنہِ وِزِہ ییٚنہٕ نِس یتھ کالس پیٚٹھ سوچان۔ پتہٕ نہٕ جوانی ہنٛدین تِمَن امارن ہنٛد سہ نچان۔ یِم لتہٕ مَعصوم کرنہٕ آیہِ۔ تہٕ میون لوٗ دِل آوٗ مُشتوٚ سیٚتی رُتہٕ داوِی بناوُنہٕ۔ اَمہِ وِزِہ چھ میانِس دِلس منٛز میہٕ پیٚنہٕ نہٕ بایتھ رحمکو تہٕ کریچھرکی جذبہٕ ووتلان۔ مگر وونی چھ میون زندہ روزُن سہل بنیومُت۔ وارہٕ وارہٕ چھس بہٕ وچھنہٕ لگ مرٛ زہٕ بہٕ کیا چھس تھدِ تھوود، زاوِیکی تہٕ فکرن منٛز بہٕ ڈیوٚمُت خوخول ووٚتھ تھوود۔ نہٕ تِمَو ہیوت کرس اورہٕ یور چکر دِیُن۔ بہٕ کوٗشش کرِتھ زِہ یکنگ صداہ گوٗژھ نہ یُن۔

" ژیہٕ ہے باوِتھ سپھٹا رتی پاٹھو ساریسے کتھ "۔ تِمو ووٚن لعنتہٕ ہاڑ۔ " سپھٹاہ رتی پاٹھی۔ کرِچ شہرس منٛز اوس اکھ یہوٗدی نوجواناہ روزان۔ سُہ اوس شاعر۔ دوہاہ اکِہ ووٚن تِمو سہ

..... تہٕ یِم بیے گنہٕ ناہ مارہٕ گئے

تِمَن کرہٕ پزرک طاقت بتیہ زندہ!

اُتھو کرِچ شہرس منٛزے آو سوٗ پلیہ کِرِ دُسی قتل کرِنہٕ۔ مگر پہٕ چھنہٕ بُڈ کتھ۔ تِمو اوس پزٕ زونمُت تہٕ پزرک بیول لگن منٛز ووٚو ژِہ تہٕ چھکھ تِمہٕ وِیے منٛزہٕ اکھاہ۔ یِم بیے گنہٕ ناہ مارہٕ گئے "۔

" گمرہ وونی چھس بہٕ وایٔے بُرِنے کتھ کران "۔ ماجہٕ تھوٚو کلامہ جاری۔ " بہٕ چھس کُھلہ پاٹھی کتھ کران۔ پیٚنہٕ نہٕ کتھ پانٔے بوزان تہٕ ژھے

چھم نہ بہان زِ یہ چھسا بےٚ وَنان۔ ساٲرٕ وُمرٕ چھ میٚ اکٲسے کتھ سوٚنچمٕژ زِ۔ پرٛیتھ نوٚو دوہ کتھ موہ کلہٕ۔ سارٕ نِیے ژوٗرٕ ژھینیہ کتھ کنٛژ ییہ دوہ کڈنٕ۔ یمنٛز زَن تہٕ کاتہہ اکھاہ میٚ شکھ کرٕ۔ مگر وہ وَنی چھم میٚ بیٚیہ نیے ہنٛز فکر۔ تمان چھُ میٚ ما آسہ نہٕ تیہند مقصدوارٕ فکرٕ ژران۔ مگر تہُو ساٲری چھوٚرٕ میٚ ہاٹھو۔ بہٕ چھس تعہِ سارِہ نیے ہُند سونچان۔ تہٕ ژھان چھس زِ تہُو گژھو وہ ساٲری خوش روزُنی۔ تہٕ آندریوشا خاص کرِتھ زِ!"

سوٚ آو تس نکھ۔

"شکریہ!" سوٚ وٚدِتھ۔ تہٕ ماجہ ہُند اَتھ رٛوٚٹُن چیرٕ پننِس اَتھس منٛز۔ تہٕ پتہ پھیرُن کلہٕ دوٚییمس طرفس کُن۔ جذباتن منٛز بوٚد لِتھ بیہ ماج وارٕ وارٕ ژھعہ پیٚ دم کرِتھ پیالہ چھلنہٕ۔ تہٕ اَندری اَندری لَج خاموش لولس حفظ ثملنہٕ۔

کمرٕ کہِ اکِہ اندرٕ پیٹھ تیٚیس اندس کُن پوان پوان لوٚگ خوخول وَننہٕ:۔

"ننکو۔ وسوف شپکوفنس سیتہ نہٕ ہیٚے گژھ ہنا لول ورتاوُن۔ موٗل چھس جیلس منٛز۔ سوٚ بُڈٕ شوہرا گی لوٗیس نہٕ ڈیل یوٚنسہ۔ نکولائی ہَس ییلہٕ نہٕ انہہ کالی دارٕ مٛنزٕ تس کُن نظر چھ پوان۔ سوٚ چھُ تس توٗز بُزان۔ یہ ہے چھ بُڈٕ ناکارٕ کتھ۔ نکولائی چھُ ژکہٕ زُت موہ ہنیوٚ۔ ہوٗنین لگہٕ زَن تہٕ پرٛیتھ قسمہ کین زوٗ ذاتن لول بران۔ ڈیکھ تس چھ کُکن ہنٛز دیٚ۔ ژےٚ سونچی۔ ییمقس انسانس کیاہ آسہ ڈیشن ییوٚمُت!"

"مائج معٕزیس۔ موٗل دراس ژوٚر تہٕ شعورٕ ائی" ماجہ ووٚن

خبر کیاہ سونچان سونچان۔

آندری ییٚلہِ شعورٕ نگٕنہٕ دراو۔ ماجہ ییٚوو لوٚت پاٹھؠ تٔس پیٚچھ

صلیبک نشان۔ بسترس منٛز ژامتس ییٚلہِ اوٚڈ گاٹہٕ کھنڈ گوٚو۔ ماجہ پرژھنس

لوٚتہٕ تہٕ ہیٚٹِہ :

"آندریوشا۔ شعورٕ نگ کھا؟"

"ناۓ۔ اَدِہ؟"

"خداین حوالہٕ۔"

"شکریہ ننکو۔ شکریہ۔"

تتھۍ ووٚن یکسان بند اندازس منٛز۔

# ۱۷

دۄیمہِ دوہَس یٮ۪لہِ پلاگیا کارخانہٕ چہ ڈیڈہِ نِش واتھ۔ سعہ رُکاوٕ
چھاکھ دٲرو۔ تہٕ خانچہ بعدن ٹھۄکنُک حُکم آس دِنہٕ۔ یُتھہٕ زَن تِہِنْز خانچن تلاشی
ہیکہ ہٲن کٔرِتھ۔

" ہے یہ سوٗرِ ہے ژٕن ہیخ ہیٚیہ گرٛش چھِم۔" یٮ۪لہِ تٔس بَرٛاہ
سختی سان جامہِ تلاشی کٔرِتھ۔ حاجہ کوٚر احتجاج۔

" چونٛتھ وٕتھ!" سنترٕ ہَر دوٚن ژٕکہِ سان۔

" ہتا بہ ہیے وَنان چھُسوہ ہیم ہا چھوہ جنگلہ پیٹھٕ پور اِشتہار
دِوان بٔرِ بٔرِ۔"

بییہ اکہِ سنترِیہ دوٚن۔ تہٕ حاجہ ہِنْدِس پھینکس دِتُن لَتہٕ تہٕ برونٛٹھ
کُن دِکہِ۔

سعہ واتھ حاطس اندر تہٕ سارِہِ وِے پرونٛٹھ آدُبڈہ سپیزوف
تَس ژٕتِہ۔

" ژٕیہ بوٗزتھے حاجی با تمہِ پرٛیژھ تَس لَتہٕ ہٲنڈہ تہٕ ژٕ ظرفانہٕ

ترٲوُن نظر۔

"کیاہ ؟"

"تِمہِ اشتہار درایہ بیٚنیہ نیٚنۍ۔ پرٛیتھ طرفہٕ وہراوِتھ دِرینٛٹھو گژھان۔ زن تہ ژوہہ چہ بیٚیہٕ نوٚن چھ چھکان۔ اَدہ بی۔ یِمَن تلاشی ین تہ گرفتار کرنہٕ یُہنٛد کیاہ مطلب دراو؟ میون مازَن بوزِک جیل۔ آخر کیٚتھ وجہ ہٕس پیٚیہ؟ چون لڑکہٕ تہ یکہ نوٚوِکھ۔ مگر دوٚہ نی چھ سارہِ نیٚ فکرہ تران زہ اُتھ منٛز اوس تہٕنٛد اَتھہ۔"

پیٚنٛز نہ دارہ بھیچھ کرِتھ ووٚنگ سُو عجیب پاٹھۍ تٔس کُن وُچھنہٕ تہ پَتہٕ ووٚنُن:

"منٛزِ منٛزِ ہے اَزہ میون گرہ پوان کران۔ کٔمہ زنی ہے آسکھ رگژھ تانی گژھان۔"

ماجہ کوٚر تٔس شُکریہ۔ تہٕ لُج پیٚنٛز چیز کینہٕ تہ باپتھ ہکھ دِنہٕ۔ تِمہ ژُھ کارخانس منٛز آسِس انہ بدلے دوہہ سہ دروہسہ۔ پرٛیتھ کانہہ اوس جوشہٕ ہوٚت مُکھ اُسہ اکِس جایہ جماہ گژھان۔ تہٕ پتہٕ بیٚیہ اَدہ یور نیران۔ تِم اُسی اکہ وانہٕ پیٚٹھ بیٚیس وانس کُن گژھان۔ ڈیٛکہ لدِ فقہ ہٕس منٛز باسے یہ تٔس جوٚر ہیچ تہٕ بہودُری ہنٛز خوشبو بوٚسے ہشہٕ۔ ہزل دار کیٚتھ تہٕ ہیمتھ دِنہٕ واگڑاوِ اُسی پرٛیتھ طرفہٕ پوان۔ بُڈہٕ موٗزدور اُسہ گونٛشہ ہتلاہ اسان۔ حاکم اُسہ حالِ حاران گژھتھ ہوٚرہ یوہ کران۔ ژیٚلسہ واتلِ اُسہ ہُنٛد پیٚٹھ یور ڈوال تہ دوران۔ تہٕ موٗزوٗرن ہنٛزہ ڈفرہ یِلہ تِمَن وچھہ ہِن۔ تِمہ تہ آسہ

لوٗت پأٹھۍ ہوٚرٕ یور چھکنہٕ ییوان ۔ نہ تہٕ بنٛنِھ کٔنہہ موہ کلاو تہٕ پلسہٕ والین ہندین ژکھہٕ ہتین تہٕ شرارتہٕ بٔریٚ ٹیٚن بچین دٔر نظراہ کران ۔

موٗزٕ دٔر اٚسہٕ چھٔلتھ چھوٚکھتھ صاف تہٕ پاک باسان ۔ ماج پٔھیہٕ تھدِس گوسیفس کُن الٕوِگأیہ نظر ۔ تٔسند بوٚے اوس اُسان تٔس پتہٕ پتہٕ پکان ۔

چھانہٕ وانگُن فورمین واویلوف تہٕ ٹأیم کیپر ایسائی درایہ اپأرٕ وارٕ وارٕ پکان ۔ اوٚریٚ نہ یوٚرہٕ ہیوٚ ٹایم کیپر اوس ہچرٕ سان کلہ تھوٚد رٹھان ۔ تہٕ باضے اوٚکُٹ کُن پھیران ۔ ییٚتہٕ زن تٔس فورمینہٕ سُند ہیم ناکھ تہٕ روبہ دار بیٚتھ نظرٕ ڈلہہ ہیٚہ ۔ سُہ اوس بنٛنِھ لوکُٹ موکُٹ دارِ ہین رِگلہ نأوِتھ کھتہٕ کران :-

" ایوان ایوانووچ ۔ ییم ہاچھی اُتھہ پیٚٹھ ٹسنہٕ کران ۔ اُتھہ حظ تُلان ۔ مد:انکہ یِتھہٕ کٔنہ زن سأنی ڈایریکٹرن فرموٗ آمہٕ سیٚتہٕ گزٕشتہٕ ملکس دِرٕ دِرنی ناو ۔ نیٚندہٕ کٔر تہٕ سیٚتہٕ نانیرِ تہٕ کیٚہنہ ۔ اُتھہ زمینہٕ پیٚٹھ داند وایِنٛہ ۔ "

واویلوف اوس کٔمبرس اُتھہ ڈٔکھہ راوِتھ تہٕ اوٚنگجہ زورٕ دِتھ پکان ۔

" سورٕ سندٕ بوٚ ! اگرٕ ژھوٚیہٕ خوش کرہٕ وہٕ تہٕ چھاپوٚ " سُہ دوٚپھتھ تھدٕ ہٹہٕ " مگر ژیٚتس تھوٚوزِ بوٚہ ۔ ہرگاہ میہٕ خلاف اکھ کتھ تہٕ چھیٚیہ تہٕ تیٚلہٕ روزہٕ نہٕ تُہندٕ نشانہ کُنہٕ ! "

واسیلی گوسیف آو ماجہ نکھہ ۔

"ماجی۔ چھُنا صلاح اَز کھیمَو اَسہِ چایہِ کھانٛٹ۔ بیاکھ کانٛہہ چیزا۔

چون کھانہٕ ہیٚہ چھُ زبر!" تٔمۍ وۅن تہٕ بیترٕ دۅتھہٕ لعٲ تہٕ پانٛٹھ اَچھ ژوٚمہٕ داوِتھ۔ "بِلکُل حاجتھ اوس اَمکۍ۔ ماجی! یہ ہیٚہ چھ سیٹھاہ بڑٕ کام۔"

ماجہ کوٚر شفقتہٕ سان کلہ سیتۍ آنکار۔ سۅہ اُس نہٕ کُنہِ وِژھان۔ زہ یہ شخص یُس زٕن سارِی بستی منز لڑایہ گوٚر عادنہٕ اوس پیوان۔ اوس تس کمہِ پیٚز تہٕ سان کِتھہ کران۔ سۅہ اُس کارخانٕچ وۅسہِ درۅسہِ ژچھتھ تہٕ نِکھوش۔ تہٕ اَندری سوٚنچان:

"ہرگاہ نہٕ بہٕ آسہ ہا ...."

تہٕ یہ بیٚہ ہعر مۅزور پیٚیہ تس نِش واتتھ۔

"کُنی نا آیہٕ تہٕ اَکھ؟" یمو منزٕ وۅن اکہِ زٕنۍ۔ لعٲ تہٕ لعٲ تہٕ مگر افسوس کھیتھ۔

"تۅہہِ تتہٕ ہی زہ لیکھتھ کیاہ اوس یمن منز۔ بہ ما زانہٕ پرٕن۔ مگر تہٕ چھُنا کانٛہہ پانٛٹھ نشان زہ تیر ہیوٚٹھ سیوٗد نشانس پیٚٹھ؟" یہ وۅن دۆیمہِ زٕنۍ۔

ترٚیمۍ تراو ژُپاسہ نظر تہٕ آہستہ پانٛٹھ وۅنُن:

"پیٚچہ وۆ۔ بائلر ہیندِس کمرس منز ہا گژھو۔"

گوسپفن وُچھ ماجہ کُن۔ تہٕ ہاوُنس اَچھ ناٹ۔

"وُچھان چھکھے کیاہ چھُ سپدان؟" تٔمۍ وۅن۔

پلاگیا واتژ اۆڈی پہرس تراوان تہٕ خوٚشی ہندِس عالمس منز گژھ۔

"لُکن چھُ یمہِ کیتھ ہُند پھیران زہ پرُن چھُکھ نہ تگان۔" تمہِ بوزہ نوو آندری۔

"یُلہِ بہ لوکٹ اُسس مے اوس دو تھان۔ مگر دوہ نی چھُم سوئے مشتھ گومُت۔"

"ا ہنی، ہیچھان کو نہ چھکھ؟" خوخولن ترأو تجویز برونٹھ کنی۔

"بیٚتھ دأنسہِ منز ہا؟ لگھ ہے بوزن تمم ماکرن ٹھٹھ؟"

مگر آندری ووٚتھ تہِ المارہ منزہ اُنن کتاب کڈِتھ، تہِ پیٚٹھ سکنے ہوونس اکھ اچھر۔

"یہ کیاہ گو؟" تمی پرژھس۔

"رے۔" آسان اُسان وَنِتھس سوہ تورہ۔

"تہ یہ؟"

"اُلِف۔"

سوہ گیہِ کرِتھ تام تہِ مندچھہ آیس۔ تس باسیو ژن تہِ آندری سِنٛزہ اچھہ۔ اندری اندری تس پیٹھ اسان آسہ۔ اوے ہیچہ نہ تمہِ تس کُن چشمہ تُلِتھ۔ مگر آندری سِنٛزہ آوازہ منز اُس نرمی تہِ شفقت تہ جُبتھس پیٹھ سنجید گی۔

"آندریوباشا۔ ژہ چھکھاہ میٚہ اَدہ پیٚزہ پاٹھی پرِتھ ناوُن یژھان؟" ژھونٹہِ ژھونٹ تہِ الہِ گائبہِ اُشناہ کرِتھ پرژھس تمہِ۔

"کیازہ نہ" سُہ ووٚتھ درجواب۔ "اگر ژیٚہ برونٹھے پرُن اوسُے

تنگان ۔ تیلہٕ لگی بہٕ تار تہٕ ہیچھ نس ۔ آوٚ ، تہٕ ییرٕو ۔ گو تہٕ گاسو ؟

" دپھ بیا کٕھ کتھاہ تہٕ چھُنا ۔ دیوتاہن ہنٛز مورژہ وچھ وچھ ما

چھُہ کانہہ دیوتا بنان ۔"

" ہۄں " خوخولن رگہ نوو کلہٕ ۔ " کتھ چھِ واریاہ ۔ مثالہ باپتھ چھُنا

وُنان زِ علم یوات کم پرِہ زِ تیوتے ہیٚیِی نندرِ جان ۔ مگر یِتھ کتھ چھِ صرف

ییٚڈ منزٕ وُزان ۔ تہٕ رحس زوالہٕ کران ۔ یتھ زن بہٕ آسانی سان

اُتھس تل روزہ ۔ اَدٕ بی یہٕ کُس اچھر گوٚ ؟ "

" لام " ماجہٕ دوٚن ۔

" ٹھیک ۔ تہٕ پہٕ ؟ "

مو ٹھمت اچھر ژٕ تس پاوٕ ، بہٕ باپتھ نروو تمہٕ اُچھن ہیٚٹھ زور

ڈٲکس کھارن گیہٕ تہٕ پرِتھ چیزٕ نشہٕ گیہٕ بےخبر ہش ۔ مگر اچھ ٹھٔچس

جلدے ۔ کینزہ شاہ اُچھن ہندِ ٹھکہ یہٕ سینہ تہٕ کینزہ شاہ مویٚسی کنہٕ پھوٹ

تس اوٚش ۔

" ہنہہ ۔ پُرن چھُس ہیچھہٕ بہٕ بیٚٹھ مژ ۔ " تمس لوگ ہیٚکھ

" ژٕ تہٕ چھی ورش واٹتھ لُجس وہ ، ژی الف بے پرہ نہٕ !

" وُدٕ ہے ۔ " خوخولن دِتس تسلاہ ۔ " پیٚنہ بہٕ باپتھ اٚسِتھ

ژٕ یہٕ یتھے زندگی ژاٹِ مژ ۔ مگر توٚہہ چھُہ ژیہٕ پتاہ زِ یہٕ زندگی کٲژاہ

خراب اُس ۔ ساسہٕ بدمسٕ نکھ ، یوٚدوے تم پٔرِتھ ہاٚن ، ہیکہ ہاٚن جان

پاٹھو لیکھتھ بٔستھ ۔ اما پوز تم چھِ پوٚشن ہندر پاٹھو زندہٕ روزان ۔ تہٕ

اَتھ بیٚہِٹھ چھ تھوٚزِ تہٕ تھوان۔ یہِ کیاہ اَنہٕ کوٚر انسانَن کامہِ دِتھ ہانٛتہٕ بَتہٕ کالانیوٚن کھیٚنۍ۔ اگر اَتہٕ موٚہ ہیٚتھ آسہٕ ہے۔ نیٚنہٕ شُری یادٕ کرِتھ ہیمہٕ سیٹھاہ کیٚن گھڈٕ گھڈٕ پانس دِل بہلٲوی۔ مگر یُلہ تہنٛدٕ بڈٕ بِہ پتہٕ تہنٛدِ اوزارٕ بوٚندیس کرُن پیوس۔ اُتی پھٔڑٕ راوُن ہیمہٕ نِے بیٚہِٹھ ہاتھ تہٕ لیکھِ ژارنہٕ۔ ہیا وٕلی وٕلی بڈٕ ہی وٕ سوٚرو! وٕلی وٕلی کرِ ہو وٕ نوکری اَپنِ ہیتھ گچھ چھ پنہٕ نین شُرِین گرِ گیٚن ہوی بناوُنی پڑھان۔ مگر شُری چھ پانے پنیٚن پُڑ پالنہٕ باپتھ کامہِ نیران۔ مان تہٕ پنیٚنہٕ زندگی کھکھرِ یکہٕ ناوان۔ اِنسانَن منٛز چھہٕ تہِمے شمار۔ ہیم انسانہٕ سُند دِماغ زوٚلا گو منٛزٕ کڈنہٕ باپتھ پنیٚنہٕ زندگی آیہِ تن تھون۔ ژیہٕ تہٕ چھہِ پنہٕ مقدوٗرٕ موجوٗب بہاۓ کاٗم منٛز ہیٚبُر مژ۔"

"کمہِ - میٲ؟" تس پُچھہٕ شے یہِ ہِشن" بہ کیاہ ہیکہ کرِتھ؟"

"یہ کہے چھکھ وَنان ژہٕ؟ زان تہٕ اُسہٕ ساری چھہٕ روٗد۔ یمِ تکھ اکھ اکھ پھیوٗر زمینہٕ سگہِ وان چھُہ۔ تہٕ یُلہ ژہٕ پرٛنس گوڈ برکھ ....؟"

وَنان وَنان تُرۍ تمہِ اُسن۔ تہٕ بیوٚلٹھ لمبرس چکر دِنہٕ۔

"ژیہ بڑی ضوٗرور پرُن۔ یاد تھو وانہٕ جلدے گرہٕ۔ تہٕ پتہ؟ واہ!"

"آندریوٗشا! مٲج وُژھ" لوکہ چارس منٛز چھُ سورُے کینہہ سہل باسان۔ مگر پتہٕ — بیٚیژٕ پریشانی بہِ، بیٚیژ کمزوری تہٕ بیہٹھ دِماغ ندارد۔"

ییٚتہٕ چھِنہٕ تِمَن نا انصأفی ییٚن کَرنۍ نظریات ہمہٕ تُتہٕ سپدان، چھہٕ۔ تیتہٕ چھہٕ بوٚ چھ
لُکن پیٚنہٕ بہٕ ژھایہٕ ہٮ۪نٛدی پأٹھۍ لأر روزان۔ تہٕ ژٕ چھِہ ہٮ۪ٚنز چھِنہٕ کانٛہہ آش بلکل
تہٕ نہٕ کانٛہہ آش۔ بوٚ چھُس تِہنٛدین ژٕحَن نٮ۪نگلاوان تہٕ تِہنٛدین آدمیٚ بِتھٕچن مسخہ
صوٗرتھ کران۔ تِمَن کُس وَنہٕ زِندٕ اِنسان؟ بَس اَکھ اژھیٚون جاجتھ چھہٕ
تِمَن لِیِھتھ نأوِتھ یکہٕ نادان۔ تہٕ ژٕ وا یأرۍ چھِہ عہدٕدار گرِیدَن ہٮ۪نٛدی پأٹھۍ
زاگہٕ رٹوٗزِتھ وُچھان زِ ییٚم لُکھ حالاگنۍ کُنہٕ علاوٕ چیز مَن اَکھ۔ ہرگاہ کانٛسہٕ
گرِیسس تَس نِشہٕ تیرٕ کیٚنٛہہ۔ تہٕ چھُس اَتھ موٚرِتھ نوان۔ تہٕ پیٚٹھ چھُس جان
پأٹھۍ دگہٕ مار تہٕ کران۔"

رینن کرٕ ژٕہ پاسے نظر۔ یتہٕ نِمیوٚ میٚچھ کہٕ دوٚیمہ طرفہ پادٕریس کُن:

"اَتھ زِندگی منٛز دُبارٕ کھوٗر تراونہٕ سیٚٹھاہ میوتُن۔ مےٚ مَن ڈٕلُن میٚہ
سوٚنچھ ووٕنی ہیکہٕ نہٕ بہٕ یہٕ ژٲلِتھ۔ یتہٕ سوٚنچُم زِ یہٕ تہٕ گوٚ غلط۔ ژٲلُن تہٕ چھُہ
ممکن چھُہ بہٕ ہیکہٕ نہٕ یِمَن لُکَن ژوٚٹ دِتھ۔ مگر جوش تہٕ ہیکھ بُرِتھ۔ توٚے ٹھہریوس
بہٕ نِتھی۔ مےٚ اوس شرارتہٕ سیٚٹھی وأرِنج پھٹنس آمُت۔ یہ شرارتھ چھُہ وَنہٕ تہٕ
میأنِس دِلس منٛز کانٛہہ پأٹھۍ شِنِتھ۔"

وارِ ۔۔ یُہ گو سُہ پادٕریس نِش۔ تہٕ تِمہٕ بندِس پھیٚکِس پیٚٹھ تھوٚوُن
اَتھ۔ تَس اوس ڈٲکِس عأدُکھ پرہیزلان۔ تہٕ اَتھس اَرِیس نیٚتھ۔

"مےٚ چھُہ چانہٕ مُرتِکُ ضُروٗرُتھ۔ مےٚ دِکتابہٕ۔ تہٕ شُد کتاب ییمہٕ ہرگاہ
کانٛہہ اَکہٕ لٹہٕ پرٕ۔ اَدٕ گژھیس زِندٕ کانٛہہ گژھنی۔ بہٕ چھُس تِہنٛدین کادٕین
تیوٗنگل بَرنی یِژھان۔ وُہ، ورنی تیوٗنگل! ییٚم لُکھ تِہنٛدٕ باپتھ لیکھان چھہٕ۔ تِمَن

دُنو زِہ گامو باپتھ تہٕ لیکھن کینہہ۔ تہٕ تیُتھ لیکھن زِہ لفظ وُہہ پانہٕ یتھ زَن لگہ پنُن مقصد باصل اَنہ تہٕ باپتھ زُوس گِند تہٕ خاطرٕ تیار گژھن!"

تمہٕ نٕل بیٚیکہٕ پیٹھ اَتھ تھوٚد۔ تہٕ اَکس اَکس لفظس پیٹھ زور دِتھ لوٚگ بولنہٕ:

" موتٕے لبہ موتس پیٹھ فتح! تہٕ گوٚ اَکن پزٕ نوٚہ سرٕ زندہ گژھنہٕ باپتھ مرُن! اَسہ منز بٔیہ ساسہ وادن مرُن۔ یتھ زَن ساری ہے دُنیاہس منز کروڑہ واد لکھ زندہ گژھن۔ اصِل کتھ چھ سہ یہ۔ نوٚہ سرٕ حیاتی پراونہٕ باپتھ مرُن چھُ سہل! بس گژھو لکہ بیدار گژھنہٕ! تھوٚد وَتھو!"

مٲج آیہ سماوار ہیتھ تہٕ بیٹھ رینس وُچھنہٕ۔ سہ زَن اُمس تہندین لفظن ہندس وزنس تہٕ قوتس تَل دبے ہژ۔ کوٚہ تام کتھ اُس اُمس منز ییمہ رکنہٕ تس پنُن خانہ دار ژہ تس بنیوو۔ توٚہ ہند خانہ دار تہٕ اوس یتھے کنہٕ دَندہ نیبر کڈان۔ تہٕ نرکہ ہیوٚر کھاے لِتھ اوس یتھے کنہٕ نرٕ گلہ واں۔ تس اندر تہٕ اُس پرژھے بے صبرژ لکھ۔ بے صبر مگر بے صداہ۔ دِپھ یہ شخص اوس پننہِ جذباتھ باوان۔ اَمہ کنہٕ کھوٚژ تہٕ سہ اُمس زیادٕ۔

" اَچھا تیلہٕ کرِو اَسہ کاٲم۔" کلس دِتھ کٔرِتھ ووٚن پاوٕلن۔ " اَسہ وَن ژٕہ پزر تہٕ واقہٕ۔ اَسہ کڈوٚ تہندِہ باپتھ اخبارٕ۔"

نیچو وِس کُن وُچھتھ گمہٕ نأوی ماجہ وُتھ۔ اَسہ اکھ لفظ کڈنے بدلوو تمہٕ پوشاک۔ تہٕ دراو نیبر۔

"رٕت گوٚ! اَسہ دِموٚہ تھہ پرتھ کانہہ چیز! مگر تیُتھ سہل

گژھہِ لیکھُن یُتھ زن شرین تہٕ فکرٕ ترٕ۔" ریبنن دِیُت کنتھ زور۔

چوکہٕ دروازہ گوٚ یلہٕ تہٕ کُس تام ژاو اندر۔

"یہ ہا چھُ یفیم۔" چوکس کُن وُچھتھ دوٚپ ریبنن۔ "دوہ لا یفیم!

یہ چھُ یفیم تہٕ یہ گوٚ پاوِل۔ میہٕ اوس یمے نا یمی سُند دوٚنُت۔"

پاوِلس بُرونٹھ پیو ٹھڈٕ قدٕ۔ کاژرِ مستہٕ تہٕ زیٹھ بُتھ اکھ نوجوان واتِتھ۔ پوستینک تھود بہن کوٹھ لاگتھ۔ اَتھس منز ٹوٗپی رٹِتھ اوس سُہ اَچھ نومراوِتھ پاوِلس وُچھان۔ تَس کُن وُچھتھ اوس گمان یِوان زِ بڈٕ طاقت ور اِنسان چھُ۔

"ژہٕ وُچھتھ سپدُس بہٕ سیٹھا خوش!" تمہِ دوٚپ گمبیر آوازِ منز۔ تہٕ پاوِلس سیتی اَتھ واس کرِتھ پتہٕ ڈولُن سُتی اَتھ۔ سُہ لوگ کمرس نظراہ گذراوُنہٕ۔ تہٕ یلہٕ تَس کتابہٕ نظرِ گیہٕ۔ سُہ گوٚ قرارے توٗرِ کُن۔

"گیس نظرِ؟" اَچھوے سیتی اِشارٕ کرِتھ دوٚپ ریبنن یفیم پھیوٕ تَس کُن۔ تہٕ پتہٕ ہیوٚتھ کتابہٕ وُچھنہٕ۔

"پرنہٕ خاطرٕ کوتاہ چھُ یتر۔" تمہِ دوٚپ۔ "مگر تمہٕ باپتھ آسی نہٕ ژیٚ دکھتے میلان شاید۔ ہرگاہ گامہٕ روزان آسہٕ ہاکھ۔ دکھتے وکھت میلِہے۔"

"تہٕ پرنک مالہِ آسہٕ ہیم کم؟" پاوِلن پرژھنس۔

"نہٕ بلکل نہٕ۔ پرنس مالہِ تہٕ سیٹھاہ۔" لڑکہٕ دوٚپتھ ہیٚگنہٕ اَتھ ڈایِتھ۔

"مٔکِہ چھہ پننہ نٔمن کاڈِہن کاغٔم ہیٚرٕ ہرٕ ہینٛز۔ یہ "ارضیات" کیاہ گوٚو؟"

پاوٕلِن تور تَس فِکرِ۔

"اَسہِ کَھتھ لگِہ یہ" کِتاب اَلمارہ منٛز کٔھڑِتھ ووٚن اُحول لٔکن

"گرٕ پیٚسو تَس چھنا اکھ سیٹھاہ دلچسپی زٕ زمین بنٕنے یہ کِتھہ کَنہٕ؟"

زیٚوٹھ ووٚشا ترٕ اُوِتھ ووٚن رینین۔

"تَس چھہٕ یتھہ کتھہ سیٹھا دلچسپی زٕ زمینہٕ کتھہ کنہٕ آیہ چھیلہٕ نہٕ پھلہ کرنہٕ تہٕ بأگر نہٕ۔ تَس وپدمان کتھہ کنہٕ بنیہ زمیندار و زمین ٹھیپہٕ۔ اَمہٕ سیٹھو کوٚسہٕ فرکھ پیٚنیہ زٕ زمین چھا ترأمی کینہٕ نشان چھہ۔ بیٹیس کالس اَمہٕ منٛزٕ سون اوزکہٕ نیرہ۔ اَسہٕ کیاہ چھہ سَنہٕ نیٚو۔"

"غوٚلأمی ہُند توارِیخ۔" یفیمن پوٚر بنیہٕ "یہ چھا اَسہٕ پیٚتھ؟"

"نہٕ۔ مگر اَتھ منٛز چھہ اکھ جُز روٗسہ کِین گرٕ پیٚسو غوٚلامن بیچھٕ تہٕ۔"

پاوٕلِن پلہ نأو تَس بیاکھ کتاب نہٕ۔ یفیمن رُٹ کتاب۔ اُکھٕن منٛز اورٕ یور پھِرتھ ناوِتھ تھووٕسَن تہٕ واپس المارِہ منٛز تِرووٚن۔

"یمہٕ چھہٕ پرانہٕ زمانٕچ کتھہ۔"

"ژیٚہ چھیا پانس کینہہ زمین؟" پاوٕلن پرژھس۔

"آ۔ اَسہٕ ترین بأژن چھہ نو ایکڑ زمین۔ سأری سیٹھی کل۔ ترام ہانجہ نُس عالہٕ شاید۔ ذِیچھ کاشتکأری لایکھ چھصنہ۔"

گرٕاہ دَم دِتھ ووٚتھ سوٗ دُبارہ:۔

" میٚہ منٛساو زہِن۔ فائدٕ ے کیاہ چھُکھ امیٚکھ؟ کھیٚنہٕ خاطرٕ نہٕ ژوٚٹ وۄپداوان۔ بٔڈ انسانس ٹکلس گنٛڈِتھ تھوان۔ ژورِ وٕری وٲتِم کھاہ مۄزوٗر ہر کران۔ ہرد ہ کالس چھیٚم نوٚکرِچ نوکرِ سر پیوان کیٖنۍ۔ میخائیلو چھہ وَنان زہ ہیٚتھِس ہِر گرٛیٚتھ ڈیوٗٹی پیٚٹھ۔ اَۄ ہنٛدوستُن چھُ زہ فوج چھُ نکٕنٕ لتہ مونٛڈ کوٗنہٕ خاطرٕ استیمال کرنہٕ یوان۔ مگر یہ چھُس ڈپان زہ گرٛیٚتھ۔ فوجی اَسہ اسٹیٚشان داژن تہٕ یگاچوف بنٛدس وکھتس منٛز تہٕ نکٕن ؟ گالان۔ ووٚنۍ چھہ وکھ وۄتمت زہ یِم حالاتھ ین بدلاونہٕ۔ کیا سا؟"

پاوٕلس کُن وُچھتھ پرٛژھ تمۍ۔

" یقینن چھُ وکھ آمُت۔" پاوٕل وۄتھ اَسہٕ وِنہٕ چانہٕ۔ " ڈیہہ یہ کام چھِنہٕ سہٕل۔ گیہ ڈہ چھُ یہ وُچھُن زہ فوجی ین کیاہ تہٕ کیتھ کنۍ پرٛزہ ووٚنۍ"

" اسی ہیٚچھو" یفیم وۄتھ اورٕ۔

" ہرگاہ افسرس پیٚیٕ لوٗگ۔ گوٗلی چلاوِ نۍ!" اکھ وژھا ژھارہ وِنۍ ہش نظر کرِتھ وۄن پاوٕلس کُن:

" تمن نشہٕ عارج برانتھ تھوٚنۍ چھہ بیکار۔" سوکوٗنہٕ تہٕ سنجیدگی سان کوٚر تمۍ پاوٕل بنٛزہِ کیتھ سیٚتۍ اتفاق۔ تہٕ بنیہ بیٚہِتھ کتابن ژھانٛڈ دِنہٕ۔

" یفیم ولاچاے چو۔" ریٚبن وۄتھ " پتہٕ ہا گژھہ ژیر۔"

" گوٚ انقلاب چھہ بغاوتس وَنان؟"

آندرس ژاو کمرس منٛز۔ سرانہٕ سیٚتۍ اوس تَس بتھ ووزلیومت۔ تۄ بدنہٕ پیٚٹھ اوسُس بیہ وۄتھان۔ بُتھس اوسُس بوم ہیوٗ۔ تمۍ کوٚر

ووت پأٹھی یفیمس سیٹھے اُتھ واس۔ ریتھن وُچھتھ آس اُسن ہیوٗ تہٕ تسٕنٛد
نکھے بیٹھتھ۔

" زِہ کہوز ہِہ پیٹھے ہیوٗ ؟" کوٹھین مٔڑِ مٔڑِ دوان پرٛژھس ریتھن۔

"کینٛہہ تا خاص نا کینٛہہ ۔" خوخول ووٚنُھ درجواب۔

"گوٚ تہِنٛز چھیوہ موٚزوٗر ؟" آندری ہٕس نظر تراوِتھ ووٚن یفیمن۔

"آ" آندری ین ووٚن۔ " یہ سوال کیٚتہٕ پیٹھ ؟"

" اُمی نا اُسی تہٕ اُز تام زانیٛہہ تہٕ کارخانکیو موٚزوٗر وُچھمٕتی۔"

ریتھن توٚرس فِکرِہ " یمن لکن منٛز چھ اُمس کیٛہہ تام خاص کیتھ بوزنہٕ پیوان۔"

"کیہ لحاظ ؟" پادلین پرٛژھس۔

"تہنٛزِ اُڈری چھ پیٚمے نوکل ہشہ آسان۔" یفیمن ووٚن آندری ہٕس کُن وارٕ نظر تراوِتھ۔ "تہٕ گرٛیسی سنٛزہ اُڈرِ چھ گول گول آسان۔"

"گریٛوس چھ زیادہ پرٛژھ سان پینہٕ زمین کوٹھن پیٹھ کھڑا روزان۔"

ریتھن لوگ وننہٕ۔ " پینہٕ زمین قدمن تل چھ زمین موحسوس کران۔ اَدٕ سو زمین مٔتہٕ اُسی تن تہِنٛز پننی۔ سو چھ توٚتہٕ تتھ موحسوس کران۔ مگر کارخانک موٚزوٗر چھ اُکس جاناوارٕ سنٛدی پأٹھی۔ نہ گرٕ تہٕ نہ بار۔ از یِیتہٕ پگاہ ہیتہٕ ۔ زنانہٕ تہٕ چھنہٕ اُمس اُکس جایہ گنڈِتھ ہیکان تھٲوِتھ۔ ییٚتہِ ہیوٗر بون گژھی تیٚس تس تہٕ ذکہ کران۔ تہٕ بییہ کنہٕ بہتر چیز بس ژھانڈِ نیران۔ مگر گریٛوس چھ کھور ٹھیکہ راوِتھ پرٛیتھ چیز زانان۔ وُچھ سأمانٛح تہٕ بیہ دأرتھ۔"

"ہیٚہ ہیکہ کھ ژٕ پننہٕ اَکھ کتاب دِتھ؟" پاولس نکھہ پیٹھ وۄن اُفیمن

"دۄ کیا زِ نہٕ!" پاوِلن وۄنُس۔

اُکاکہ سینزٕ اَچھ ہیرِژن پرینزلینہٕ۔

"بہ کرے واپس۔" پاولس یقین دِتھ دۄہٕ تھ سوٚ دٕلی دٕلی: "مائنز

نفر چھ اکثر تارکول ہیتھ یور ییوان گژھان۔ بہ سوزے تمہ نِے اَتھہ۔"

"اَسہ ییزٕ وۄہ نی نیرِن۔" ریبنن وۄن۔ تمو اَس پوستین لاگیمُت

تہٕ کمر بند اوس زورٕ چاران۔

"مزٕ ییہ کتاب پرِٕ نَس۔" اَسہ وِنہٕ ہیہ نِجہ وۄن یُفیمن کتابہ کُن

ہاگ دِتھ۔

رتہندِ نیرنہٕ پتہٕ وۄنتھ پاوِل آندری ہیس کُن بڈٕ جذباتی اندازس منز

"کہو باسیوو ژیٚہ پہندہ؟" تمو پرِژھ۔

"ہوٚں۔" لفظن ژاپ دِتھ وۄن خوخولن۔ "زَن تہٕ زٕ طوفانی

اوٚبرِ لنگ۔"

"میخائیلو؟" ماجہ وۄن۔ "زن تہٕ اُمی زانہہ تہٕ چھینہٕ کارخانس منز

کام کرمژ۔ بلکل گریوس باسان۔ کھوژن چھ ییوان اَمس کُن وُچھتھ!"

"ناکارٕ گو۔ ژٕ اوسکھہ نہٕ گوڈٕ پیٹھے ییتھی۔" پاوِل وۄنتھ آندری ہیس

کُن۔ آندری اوس میجس پیٹھ بیہتھ ینہٕ نِس چایہ گلاسس مُدے گنڈتھ

وُچھان۔ "ژٕ وُچھہ ہاکھ ہنا زٕ اُمی سِندس دِلس کیاہ چھ گُدران۔ ژٕ چھکھہ نا

وۄہے انسانی دِرِچھ کتھ آسان کران۔ ریبنن وُنہٕ ترژھ زور دار کتھ زٕ بہ گوس

رُوزِتھ - اَکھ لفظ تہٕ ہیوٚکُم نہٕ اَسِتھ کَڈِتھ - انسانن ہیٚتھ کاٲژاہ کٔم پٔرِتھ یِتھ اَمِس - تہٕ تِمَن کاٲژاہ کم قدر چھ کران یہٕ ! مٲج اَمِس پوٚز وَنان زِ اَمِس ہیٚتھ چھ کٕس تام خوفناکھ قہہ وِتھ سوار !"

" مے تۄگ بوزُن " خوخولن وۄن تہِتھے دِل موٚلۄ لہ پٲٹھۍ وۄ حاکموچھ لُکن ہندِ ذہن زہرہ سیٚتھ بٔری متھ - عوام ییلہِ اکہ لٹہِ ووتھ - پرٕتھ کُنہِ چیزس نن ڈٲہہ ڈٲس کرِتھ - تِمن گرِتھ خٲلی زہن - تہٕ تم کرن اکھ پزی نشنہ تہٕ چھنہ پرِتھ اکھ چیزن اَمہِ منزہ مُلہ مہ نجہ کَڈِتھ !"

سُہ اوس آہستہ آہستہ بولان - تہٕ ٹماکارہ اوس باسان زِ ذہنس پیٚٹھ چھس بدٕلکس تام خیال سوار - اَکھ پلہِ ناؤِتھ لٕج مٲج اَمِس بڑہ آما پٲٹھۍ منہٕ منہٕ دِنہٕ -

" آندریوشا - پنُن پان سنداروٗ !"

" میانی مٲجی ذرا ٹھہری !" خاموش مایہ سان ووٚتھ سُہ - پیٚتہٕ زن آس ہنگہِ تہٕ منگہ وُرہ ناوٕ تہٕ میجس مُکھاٲلی لٲیِتھ ووٚنُن -

" پاوِل ! بل کُل پوٚز ہا چھُ ! اگر یوٚس ہر گاہ اکہِ لٹہِ ووتھ - پانہٕ استیمال کرٕنہٕ باپتھ مٲدہ سُہ زمینہِ پیٚٹھُک اَکھ ! اکھ عینزا پرٕتھ کُنہِ چیزس دِیہ زوٚنگ - یتھ کنہٕ طو عونہ بہارہ پیٚتہٕ پرِتھ کانٛہہ چیز زالان چھُ - سُہ کرِ تِمن سارِنٕی یادگارن سۄر - ییمۆ تسُس دوکھ دانہٕ نوو مُتھ چھُ !"

" تہٕ پیٚتہٕ روزِہ سانہٕ وِتہٕ ٹھرِ !" پاوِل دوٚپتھ قرار ہے -

" تِمیکھ دارِہ مدارِہ چھُ اَسہٕ ہیٚتھ زِ اُسی دِموٚنہٕ تہٕ سَیدنہٕ - اَسی

ہیکون یہ خدرہ رٹِتھ۔ بێیو کھۄتہٕ چھہ اَسہ اَمِس نزدیک۔ سۄ کرِہ اَسہ پرٛتھ۔ تہٕ اَسہ پتہٕ پتہٕ پکہٕ !"

"ریبن اوس دنان زہ اَسہ پزِہ اَخبارہ کڈُن۔ گامو خاطرہٕ" پاولِن وۄن۔

"نہٕ چھہ سیٹھاہ منوّر وۄری"

"غلطی گو۔ یہ کوٚر نہٕ تس سیتی بحث" پاولِن وۄن اَمِس کرُتھ "وُنہٕ چھہ وکھ" خوخولن وۄن بڈِہ سنجیدگی سان مُتس اَتھ دِتھ۔

"اَسہ دیو اَتھو تالہٕ وۄج وۄج۔ تہٕ یمن ہندی کھۄتہٕ زمینہٕ سیتھ گنڈِتھ آسن نہٕ۔ تم نیرِن اَتھو تالہٕ پیٹھ۔ ریبن اوس پوز ونان۔ نہٕ اَسہ چھینہٕ کھۄتہٕ تل زمین باسان۔ دراصل پزِہ نہٕ اَسہ باسنی۔ تکیازِ سانی کام چھہ زمینہ زبردس اَرہ کرُن۔ اَکہ لٹہٕ ارہ کرِنہٕ سیتی گژھن لکن ہندین کھۄتہٕ ہنزِہ بڈِہ کمزور۔ تہٕ بێیہ اَرہ سیتی گژھن تم آزاد !"

"آندریوشا۔ ژیہٕ چھےٚ سورُے سہلے تہٕ سیوٚد باسان" ماج وۄزِتھ اَسان اَسان۔

"بلکل" خوخولن وۄن۔ "تیتھے سیوٚد پرٛتھ زندگی چھہ !"

برٛینز کھنڈ گژھتھ وۄن تمہٕ:

"اَدہ بابہ گژھے کھۄن کُنہٕ گردشاہ کرِنہٕ"

"سٕران کرِتھ؛ وُچھو ہواہ کوٚت تیز چھہ چلان۔ ژھٹہٕ لگی" سۄ کوٚر ماجہ خبردار۔

"میٚہ ہے چھُ ہوہِ میٚکے صنوٚرُوٗر لگھ" سُہ وۄنُکھ توٚرہ۔

"یُتھ نا نزٕل کرٕہی" پاوٕل وۄنُکھ لولہٕ سان "جان گیوو اگر آرام کرِکھ"۔

" نہ سا بہٕ دراسے۔"

تمہِ لاگی صنوٚرُوٚی پلو۔ تہٕ کیٚتھہ وۄنہٕ بٕتہٕ کرہِ نے دراو۔

"یہ ہا چھُ بڈٕہ اضطرابس منٛز" وۄش تراوِتھ وۄن ماجہ۔

"بہ ہے چھس خوش زِہ اَمہٕ قصہ پتہٕ گئے یہ ژیٚہ اَہنٛز زیادٕے شفقت" پاوٕلن وۄن۔

ماجہ تیٚج تہٕ جبہٕ سان کاٗر تھوٚد تہٕ لیٚج تس وُچھنہٕ۔

"پزی ہا؟ میٚہ تہٕ چھُ تی باسان۔ میٚہ چھہ اوٚ ہند تیٚو لگھ سرہیہ زِہ بٲو تھے ہیکہٕ نہٕ"

"ژیٚہ ہے چھے بڈٕہ لولہٕ ہوت دِل ماجی" پاوٕلن وۄن نرمی سان۔

"کاش! بہ ہیکہ ہا ژیٚہ نہٕ چانین باجن رُژھ کھنڈ تہٕ مدُتھ کرِتھ! کاش! میٚہ آسہٕ ہے خبر کیٚتھ کٕنۍ ہیٚمہ مدُتھ کرٕ نہٕ!"

"یِتھے ہشس مے گژھہ ماجی۔ نہ ہیٚچھکھ ہے۔"

وۄ ہے ییٚتہٕ گژھس نہ ہیٚچھنو زِہ کھوژان کیٚتھ کٕنۍ چھینہٕ" سُہ وۄدُھ اَسان اَسان۔

"اَدہٕ بی ماجی تراو یہ کتھ۔ مگر اکھ کتھ تھو ہٕ زِہ ژیٚ تس۔ بہ ہے چھس چون حدہٕ روٚس شُکر گذار۔"

سہ ژاپہ چوکس ۔ یُتھہ نہٕ تُس تمہٕ سُند اوٗش بوزنہٕ پیہِ ہے۔
شامس باگی آو خوخول ژھپری گرُہ ۔ تہٕ پیوان پیٲنی ژاوِ بسترس منٛز تہٕ ووٚنُن
"قریب شہتھ میل گدٕ یتھ ہا آس۔"

"کینٛہہ قرار اوٚیا تمہ سیٹھو؟" پاولِن پرٛژھس۔

"تیٚج مہ کرٕ کتھ ۔ بہٕ شعہ نگے ووٚنی۔"

اُمہ پتہٕ ووٚن نہٕ تمہٕ پانہٕ اکھ لفظ تہٕ۔

کینٛہہ کال گژھتھ ہیٚوٚ وسوف شیکوف دٲرتھ بل گُل ژھیتھے
ٲلہ منٛز کرٕ تہٕ بیقرار ہیوٚ۔

"بوزوا کینٛہہ ایسٲی کمہٕ گول؟" بڈٕ وُریہہ پٲٹھی کمرس گردِش کرٕتھ
پرٛیژھ تمہٕ پاولِنس۔

"تان؟" پاولِن دیت ژھوٚٹ پٲٹھی جواب۔

"اُخر تہٕ دراوِے کُس تام نفراہ یُس نہٕ نوزک مزاژہ تہٕ موحتاط
اوس۔ تُس کھش کرٕ نہٕ بایتھ اوسُس بہٕ تہٕ تیار گومُت۔ تہٕ پیٚزی کرٕہا تہٕ
بہٕ پہ کام ۔ یکیازہ پژھ کامہ بایتھ اوسُس بہٕ سارِوے منٛزٕ زیادہ لاک
کار موہ مینیوٚ۔"

"نکولائی ۔ بکواس کرُو بند۔" پاولِن ووٚن یارز ورتاوتھ زنٛ۔

"اڈٕ باتہٕ اکھ کتھ کُس کرٕ پرژھ؟" مٲج وُژھ شفقتٕ سان۔

"دِل چھے موم ہیوٚ ۔ تہٕ بلٕ چھکھ یہہ سِندی پٲٹھو گرہزان آسان۔
اُخر وجہ؟"

اَمہِ وِزہٕ گَیہٕ سُہ نِکولائی وُچھِتھ خوش۔ تَمہِ سٕنٛدِس شُتلہٕ مُسرِس

ہُتھِس پیٹھ اوس کیا ہَتام گُشِش ہش باسان۔

" یِتھہٕ کارہٕ وراے چھُس نہٕ بہٕ بیٚہِتھ کُنہِ کامہِ لایکھ "۔ پھیٖکِن دِرِ باہ

دِتھ وۄنُن نِکولائی ۔ " بہٕ چھُس پنُن پانہٕ جایہٕ سوچان زِ اَمہ میانِ جاے کَتہٕ چھے؟

میانِ جاے چھےنہٕ کُنہِ ۔ لیکن سیٖتھاہ کتھہٕ کرٕنۍ کرادِنۍ چھےٚ ضروٗرٕری ۔ یِنہٕ میٚہ چھےنہٕ

کہنٛہہ تنگان کرٕنۍ ۔ میٚہ چھُ پریتھہٕ کانٛہہ چیز فِکرِ تران ۔ سارے نا انصافی چھےٚ

بوزنہٕ یِوان ۔ مگر لفظَن منٛز چھُس نہٕ بانٛوِتھ ہیکان ۔ بِلکُل ییٚنہٕ بانۍ جانور

ہیو چھُس بہٕ ۔"

پاوِلس کوٚر گۄڈٕ مِتھ ترٛاوِ تَمہِ چشمہٕ بون کُن ۔ یہٕ میچس تھِچھان

تِچھان لوگ شُرین ہنٛدی پانٹھی فِکرِ یاد کرنہٕ یِنہٕ وَنہٕ نہٕ ۔ اتھ اندازس منٛز اوس

نہٕ تِہنٛدِ وۄنہٕ دِشِکہ لِہجس اَکھ ذرہٕ تہٕ موجود ۔

" بابا۔ میٚہ تھوٚسا کانٛہہ مُشکِل کاراہ مَنٛز۔ آخر بہٕ کیٚتِس کالس روزہٕ

کُنہِ مقصدٕ وراے زِندٕ؟ تہِ سارۍ چھِو کامہِ سیٖتھاہ لگیتھ آسان ۔ میٚہ

چھُ وارٕ پانٛٹھی فِکرِ تران زِ کام چھُ وۄنہٕ بہٕ بوٗلبان ۔ بہٕ چھُس دوٗرے

وُچھان ۔ لگہٕ یتہٕ پیچہ سارنہٕ سیٖتہٕ ماگو زِندگی ہُند مقصد پورٕ؟ میٚہ دِیو کانٛہہ

مُشکِل کام اَہ!"

پاوِلین رُٹ تَمِس اَتھہٕ ۔ یہٕ پانَس کُن لومہٕ نَس ۔

" اَدٕ بَا ۔"

پرٛدہٕ پتہٕ کِنہٕ ووٚتھلے بیہہ خوخو لِنہٕ آواز ۔

"بہٕ ہا لاگہ تہٕ ژٕ ہ ییٚنہٕ رِس چھاپہٕ خانٕس منٛز ٹائپ جماوُنہٕ چھہ کامہِ پیٚٹھ ۔ رِکھو نکولائیُ ؟"

نکولائیٚ گوٚ تٔس نِش۔

"اگر ژٕ ہ میٚیہٕ تہٕ ہیٚچھہ ناوکھ ۔ بہٕ دِمہٕ ژیٚیہٕ پٔنٛن شراکہٕ پُیٚچ ۔" سُو ووٚتھ۔

"بلایہٕ چھاٖئِس شراکہٕ پُیٚچس !" خوٚخوٚلس ژُوٚل ٹھاہ ٹھاہ کرٕ تھ اَسُن کھنگالہِ نیٚبر تھ ۔

"بڈٕ ہ جان شراکہٕ پیٚچ ہا چھےٚ ۔" نکولائیُ لوٚگ اُمتھ پتے ہیٚیہٕ۔ پاوٕلس تہٕ ژوٚل اَسُن نیٚبر تھ۔

"میٚیہٕ چھُکھاہ اَسان زٕ ہ ؟" کمرس منٛز بیٚٹھ ووٚن نکولائیُ یَن۔

"اَدٕ ہ کیاہ ۔" پسترہ منٛزٕ ہ نیٚبر تھ ووٚتھ خوٚخوٚل ۔" اچھا یِیوٚ زٕ ہ ۔ ولا کھٔہس کُن ہا دِمُو چکراہ ۔ اَز ہا چھہ وہ دِہش زوٚن چھوٚ جمرٕ ش ۔ رِیکھاہ ؟"

"اچھا ۔" پاوٕلن ووٚن۔

"بہٕ تہٕ ییمہٕ تھ ہِ سیٚتھ ۔" نکولائیُ یَن کوٚر اِیلانہٕ ۔" میٚیہٕ چھُ خوٚخوٚلُن اَسُن تیٚیوٚ تھ خوٚش کران ۔"

"تہٕ میٚیہٕ چھُن شراکہٕ پیٚچ دِنگ وعدٕ ہ خوٚش کران ۔"

اندرٕ ی اَسُن کرٕ تھ ووٚن خوٚخوٚلن۔

سُو ژاوُ چوکس منٛز پلوٚ بدلاوُنہٕ ۔

"ہتا کینٛژھا گرم ہا لاگی زٕ ہ ۔" ماجہ کرٕ س عاجزی ہِش۔

یَیلہِ تِم ترٛیشوٗرے زٕنی درٛایہٕ ۔ سہ بیٚٹھ تِمن دارِ کِنۍ وُچھنہٕ۔

پَتہٕ کُرٕ تِمہٕ پاک تصویرس کُنُن نظر۔ تہٕ لٔدہٕ تہٕ وٕدُن:

” یا اللہ! یِمن کرٕنُن عنایَتھ! یِمَن کرٕ اَتھہٕ روٗٹ!“



# ٢٦

دمہ ہینتن تیوٚتھ وٕلی وٕلی معہ کلینز نہ ماجہ رٔود تہٕ پٔنٕنی یوٚتام زٕن یوٚم مئی وأتتھ ہیوٚتُن پیوٚن۔ مگر ییٚلہ سعہ ژھکہ ہنگامہ شورہٕ تہٕ فکرہ یتہ تھکتھ ژھینتھ بسترس منٛز وسان اُس، تٔمس اوس دِلس یہوے دود میوٚ باسان۔

"دمہ ہے ییہ ہا یہ دمہ وٕلی تہٕ معہ کلہ ہا وٕلی وٕلی!"

صُبحن سکلی اُس کارخانچ سیٹی وزان۔ توٚہند نیچوٚ تہٕ آندری اُسی وٕلی وٕلی حاضری کھیتھ نیران۔ تہٕ ماجہ اُسی درجن واد کامہ منٛز تھوان۔ ژھٕپس منٛز بند بٔدرہ توجہ ہندی پأٹھی اُس سعہ دوٚیے دوہس اورہ یور کران۔ کھین تیار کران۔ اشتہارن ہندہ بابتھ مایہ تہٕ ارغوانی رنگہ میل بناوان۔ ازأنی اکٔن سمکھان۔ یم زٕن بٔڈہ بیرہ سأری اندازس منٛز پوان اُسی۔ پاول سندہ بابتھ اُسی چھیٹہ تراوان۔ تہٕ اُمی اندازہ اُسی پوٚت پھیران۔ تہٕ پٔنٕنہٕ جوشک تہٕ وُرہ تاوک اثر تٔمس پیٹھ تراوِتھ نیران۔ مزدورن یوم مئی کِس مظاہرس منٛز شرکت کرنچ اپیل ہیوتھ

اِشتہار اُسِس قریب پٔریٖتھ رائژ حاطہٕ کِین دیوارَن، تہٕ پُلیسہٕ چوکہٕ ہِندِن
درواژَن مَنٛز ہِیوان ۔ تہٕ پٔریٖتھ دوہ اُسِس یِم اِشتہار کارخانس مَنٛز تہٕ
نظرِ گژھان ۔ جِیٚچھِن اُسِ پُلیسہٕ وٲلۍ موزوٗر بستی مَنٛز اَژِتھ یِم اِشتہار وٲلۍ
وٲلۍ ژٕٹان ۔ مگر کھینہٕ کِہ موقہٕ اوس واد یِمَن اِشتہارَن ووٚڈِ ناوِتھ وَتہٕ گتَن
ہِندِین کھعرَن نِکھہ بَرِتھ دِوان ۔ شہرِ پیٚٹھ آیہٕ خُفیہ پُلِسکو نفر سوزنہٕ ۔
پٔریٖتھ گلِس پیٚٹھ دوہ دنہٕ رٲوٕنِتھ ہیٚنٛز تِمو تِمَن موزوٗرَن ہنہ ہِن مُتھِن سام ہیٚنہٕ ۔
یِم کھینہٕ چھنہٕ وِزِ آسان گنِدان ۔ کتھہ کراں کارخانس مَنٛز اَژان نیران
اُسِس ۔ اَتھ حالژ پیٚٹھ اُسِس تہٕ تِم قوبٕ ہیکان لبِتھ ۔ تہٕ پٔریٖتھ اَکھاہ اوس
پُلیسہٕ والین ہنٛزِ بیے بستی ہند پوٗرِ پوٗرِ لطف تُلان ۔ تہٕ بڈِ تام اُسِس
دوٗڈِ گمہٕ ناوِتھ وَتان ۔

” وِچھان چھِوا یِہَنٛز ژھرٕٹہٕ ژھرِ بٹہٕ ! “

موزوٗرَن ہنٛزِ ڈٕفرِ آسہٕ پٔریٖتھ طرفہٕ دوہ دنہٕ رٲوٕنِتھ بڈہٕ زورِ
شورِ سان اپیلہٕ پیٚٹھ بحث کران ۔ زندگی مَنٛز اوس اَکھ تژر آمُتھ تہٕ اَتھ
اُس گرِ یِکھ ہشس لَج ہَرِ ۔ اَمہٕ سوٗنتہٕ کالہٕ اُس گٕکَن زندگی زیادٕے شولہٕ رٕنی
تہٕ لوٚبہٕ وِنی باسان ۔ تیٚکیازِ اَتھ سیٚتھ اوس کُس تام نوٚو چیراہ رلیومُت ۔ تہٕ
کینٛہہ گُکھ اُسو برٛونٛٹھ مہ کھوتہٕ زیادٕے وُرِ ناوس آمِتو ۔ تہٕ تِم اُسِس
باغیٚن نِنے نِنے لِکہ ژاران تہٕ دوہ ہوان ۔ بِیِین ہندِین دِلَن مَنٛز اوس آشہٕ
تہٕ خوف اَکھ گوٚبٹ احساس ہیو وۆتل بجہ کران ۔ کیٚنژَن بِیِین نفرَن یِم
زَن گرینٛز کٕنی کم اُسی، اُس یِمہٕ کتھہ ہنٛز جاگی نِزِ تِموے اُسی گُکھ

وُزِہ ناوٕ کر مِتھ۔

پادل تہٕ آندری اَسہٕ قریب راتٕ رٕ اَتھس ہُشارٕ رُوزان۔ صُبحن اَسہٕ گاش پھولنے گژھٕ پران۔ لیدرس بُتھہٕ، ٹھکرِ متھہٕ، زٕھینی مِتھ تہٕ ہٲرٕ چہٕ زٕگہٕ بہتھ —— ماجہٕ اوس پیٚٹہٕ زٕہ ہیم چھ ژُمبِلہ لکھ تہٕ جنگلن منٛز میٹنگ کران۔ تَس اُس پتہٕ خبر زٕ رسالہٕ پُلِسکو نفر اَسہٕ سیتی ژھٕ پاسے رومس نیران۔ تہٕ پتہٕ زٕ خفیہ پُلِسکی نفر چھ پرٕ بتھ جایہ لوٗتٕ پاٹھہٕ گِندِتھ دوان۔ تِم چھ متوٗزوٗرن اَگٕکیٚ اَکٕکیٚ ژٕھان۔ تِہنٛز تلاشی کران۔ تہٕ باقی کیفرٛشن نفرن ژٕھٹھہٕ تہٕ نوان۔ تَس اوس احساس زٕ تسُندِ نتیجہٕ تہٕ آندری ممکن گژھن تہٕ وزٕ گرفتار سپدِتھ۔ تہٕ سہٕ اُس قریب ژٕھان تہٕ یِی ٹِکِیا زٕ تِہنٛدی کِنہٕ اوس تِہنٛدِ خاطرٕ یی جان۔

ٹایِم کیپر اِپسائی سِندِ قتل گژھنٕکٕ قصہ آو کمہ تام نامعلوم سببہٕ رکِنہٕ دباونہٕ۔ اَرتیکہٕ پُلیس رُود دوان دوہس تفتیش کران۔ مگر قرِیبن اَکھ درجن لُکن ہِندی بیانہٕ رٹِتھ پتہٕ گیہٕ اَتھ قتلس منٛز تِہنٛز دلچسپی مَعہ کلِتھ۔ ماجہ سیتی کتھ کران باوٕ ماریا کارسو نووا پہٕ پُلِسہ والین ہُنٛز راے تراے۔ سہٕ اُس تِمن سیتہٕ تھکے کنہٕ وہ تھان بہوان یتھہٕ کنہٕ زٕ ن اَکِس بییس سیتی اَس۔

" اوہ روٹنکٕ کیا بن قاتِل ! تِمہ دوہہ صُبحن وُچھ ہتن شتن نفرن اِپسائی۔ ہِموٗ منٛزہ بوزِتھ کم سے کم تِمہٕ تِتھہ ہیم تَس ہوٗٹ چیرِتھ گژھہ ہان۔ تِمہ ہے ستن وریرین لکھ کانیہ ناوٕ کرہ مِتھ اَسہٕ تہٕ "

خوخول اوس نٕہ وانہٕ بدلیومُت۔ تسُند ژھَتھ اوس وارٕے ترکرٕ گومُت۔ اُچھن اُسس ژھپکھ کھَتھ ہیتھ۔ یتھٕ کنہٕ تمہِ سینٕزہ وٕنچھ وٕنچھ چشمہ اُڈہٕ وژھ باسان آسہٕ۔ نکہٕ وارٕ پیٹھ پراژن تام آسس نیچھ گیٹنہٕ ووتلے مژہٕ۔ دوہ دِش کین ہاملن پیٹھ اوس نہٕ سُہ دوہ نی زیادہ بولان۔ اَد دوہ نی گو تیتھ موقہٕ ہیتن وِزہٕ وِزہٕ یِنہٕ۔ یُلہٕ تُس پننہٕ جذبات زیادہ شدید نٕہ تکھ باسان آسہٕ۔ اَمہِ وِزہٕ اوس سُہ آیندٕ کالکی خاب باگرِتھ بوزن والین ہنزن اَگن منز جوشہ ملر دورہٕ ناوان۔ تمہِ آیندہ کالکی خاب۔ یتھ عقلہٕ تٕہ آزادی ہنز حکمرانی آسہٕ۔

ایسائی سِندہِ قتلچ کتھ آیہٕ گیہٕ۔

"یم گکھ کیاہ بڑن عوامک وانہٕ۔ یم چھِنہٕ تمن ہندٕ تٕہ پرولے کران۔ یم زَن اَسہٕ پتہٕ ژھکاری ہیٔونی ہاوی ٹھوی میتر چھکھ۔ پنہٕ من کرایہ ٹٹین ہندٕ مرنک چھُنہٕ یمن کانہہ غم۔ غم چھکھ یُتے یوت زِہ پنُن پونسہ چھکھ حنایہ گژھان۔"

کریتھ پژھرٕ سان اُشن گرِتھ ووُن تمہِ۔

"آندری ژھٹہ ساکتھ دوہ نی۔ دوہ نی بیُزز واریاہ۔" یادٕ ملِن ووُن تیزی سان۔

"یمن چیزن زرٕ آسہٕ ژامِتھ۔ تم چھ اَتھ لاگنہٕ سیتی چھلہٕ چھلہٕ وسہٕ پیوان۔ اَدہ کیاہ!" ماجہ ووُن۔

"گتھ چھ پزٕ ڈیٹھ اَمہٕ سیتہٕ چھُنہٕ دل تسلاہ سپدان۔"

خوخولن ووّن دِل موّلوٗلہ اندازس منٛز یہِ کنھ اوس سۄ پھیرہ پھیرہ وَنان۔ تہٕ یِلہِ وَنان اوس لفظ اُسہ وُسہ جار لَبھتھ جرٛس کُل بناوٕنچ نٕہج رٕٹان۔ یِمتھ منٛز تُندی اُس۔ ٹیٖچر اوس۔

اٰخرس ووت سۄ دوہ تہٕ۔ یِمتھ تِم پیٖٹرس کالس پراران اُسہ۔ یُکم مئی۔

کارخانٕچ سِیٹی لَج تِمی حُکم دِنہٕ والہِ اندازہٕ وَزہ ہٕ۔ ماجہ اُمس ہٕ راٗتی راتس اُچھ بیٖھ اُچھ تہٕ گاٗمرٕ۔ مگر سہ وَژھ بسترہٕ منٛزہٕ جلدے تھوَد۔ تہٕ کالے تیار تھوٚوٕ مُتس سماوارس تروُوٚن وُلی وٕلی تیوٗنگُل۔ دٕہکی پاٹھی تہٕ ہمہ لَڈکُن ہندِس کمرس ٹُھک ٹُھک کرُن۔ مگر سۄ نٕچُن زٕہ ہنا پزہٕ قرار کرُن۔ سہ بیٖھ دارہ نکھہ۔ تہٕ اَکھ روٗٹُن مُچھِس سیٖتی تِمہ آیہ۔ زٕن تہٕ دندس سکھ دِگ اُسِس۔

ہلکہٕ نیٖلِس نَبس پیٖھ اُسہ گہ لاٗجِ تہٕ سفید اوٚبرہٕ لوٚنگو تِتھہ کُنہ ژھرا تِھ دایان۔ زٕن تہٕ کارخانہٕ کہ سٹیمک سِی سِی بوٗزِتھ جاناوار کھیٚول اَکھ دمہ تھ کھِیتھ وُڈان اوس۔ خابن ہندِس دُنی یہِس منٛز بوٚوٗڈتھ بیٖھ ماٗج اوٚبرس وُچھنہٕ۔ راٗژن ہشارے روز نہ کِنہ اوس تس کلہ گہ بیوٗمت ہیوٗ۔ اُچھ آسس خوشک تہٕ ہنے مَزہ۔ اَکی عجیبہٕ۔ غریب قرارن ووّل تس نال زٕن۔ دِل اوٚسُس دوہ دِشکو پاٹھی دُب دُب کران تہٕ ذہنس منٛز اُسِس شیدہ تہٕ عام خیالاتھ۔۔۔۔

"میٖہ لوگ سماوار جلدے۔ آب لگہ ہِرنی گرہکہ ہٕ۔ تہٕ ژٕلہٕ نیٖرتھ

یِم وونہ شوے چھِ خدٕ رٲچھ ٹھکو ہتھ۔ اَز ہرگاہ ژیر تام شونگن جاے گو۔"

آفتابچ اکھ ساگر دواد پژہ رنگ دارہ بیٹھ ہہتھ نژہ نہٕ۔ تمہ پتہ نو پریوہ کُن اَتھ۔ تہٕ بیٹھ سعہ پتوہ تستہ بن اَکس پیچھ گنہ نہٕ رنگ تس بابیتھ اَکس پیٹھ اکھ گاشر دُوشہ نیریہ۔ تمہ تُل دوییم اَتھ تہٕ ہتھ اَکس بیچھ مُنہٕ مُنہٕ دِنہٕ۔ اَمہ وِنہٕ اوس اَمی سینہٕ بِن وُٹھن پیٹھ غورہ فکرک اکھ سٹھے موضوٗع اُسُن۔ سعہ وُژھ ٹھوٚد تہٕ سماوارس کُن پاٹھی۔ اَمہ پتہ اَتھ بتھ چھٹلتھ بیٹھ عبادتھ کرٕ نہٕ۔ سعہ اُس بڈٕ یُتھ تہٕ پرٕھ تہٕ شوقہٕ سان پانس بیچھ صلیبک نشانہ بناوِتھ بیرحداہ کینہ وُٹھن تلہٕ ترا کران۔ تستہ بتھہ اوس شوٗلان۔ تہٕ دٕرچھ بتم اُسس چھوران۔

کارخانہ چہ دوٚیمہ سیٹی منز اوس نہ سُو گہ ڈنیکھ ہیوٗ ہکم تہٕ زور۔ اَمہ چہ معہ چہ تہٕ اَدرٕ آوازہ منز اُسس بڑکہ اکھ نُٹھٕ ہِش۔ ماجہ باسیوٗ زَن تہٕ اَز یہ سیٹی دیکہ کھعہ تہٕ زیادٕ کالس وزان روز۔

دوٚیمہ کمرٕ بیٹھ آیہ خوخولیز گوب آواز وارہ بوزنہٕ۔

"پاوِل۔ بوزان چھکھا؟"

کُس تام لوگ ننہ دورے فرشس پکہ نہٕ۔ تہٕ دعہ یوٚ منزٕ کرٕ اکھ نہ بیٹھ ژامناہ۔

"سماوار چھُو گرِیکان۔" ماجہ وون ٹھدرٕ ہتھ۔

"بیتہٕ کیٚہ وِتھی ہے۔" پاوِلن وون خوش تہٕ خوشحال پاٹھی۔

"اکھا بہ ہا چھُہ کھسان" خوخولن وۆن "تہٕ اسانس پیٹھ چھُہ

اڈیٖمہٕ۔ اَزتے اوٚبرٕ آبہٕ ہے جانٕہ گژھِ یِوان"

سہٕ ژاوٕ چوکس منٛز۔ اَچھن اوس نِندرِ ہُند خُمار ڈٔنہ تہٕ موجود

گرموٚدٕ اوسُس جان۔

"ننکو آداب، کرٕتھے نِندراہ؟"

ژٕ ج گیہِ قَس نکھہٕ تہٕ وۆن نَس۔

"آندریوشا اَمس سیٹھہٕ سیٹھی ہا رٕنز بِرٕ۔"

"یقین؟" خوخولن وۆن لۆہتہٕ "ننکو! ژٕ چھوی پینہٕ نہٕ جاپہ

یقین۔ پیتیس کالس اکھ اکس سیتہٕ چھِہ۔ اکھ اکس سیتی پکو تہٕ۔"

"رکھو شسرٕ گسرٕ چھوتہٕ کران؟" پاولن پرٕژھک۔

"پاشا۔ کینہہ نا۔"

"یہ ژٕ چھُم ژٕنان ذرا واتھ پنہٕ نہٕ شکلہٕ۔ از نیرسۂ ژیہ کورِ وچھنہٕ

بُتھ چھٔلنہٕ کِہ فرصتھ دراو سو نیبر تہٕ وۆنُن۔

"وٕتھو موژوژو! جیدہ جہد با پچھ وٕتھو!"

پاول لوگ گُنگہ رائے کرنہٕ۔

ہُر

دوہ کھسہ قس سیتی گو موسم تہٕ ٹھیک۔ واوُن چھکہ رووانو

اورہ یور۔ میجس پیٹھ حاضری لاگِتھ وِژ ماجہ کلس دِژن۔ تہٕ سوچنہٕ پیٹھ زہ

یہ سوۆرے چھُہ کیاہ تام عجیبے۔ ییم چھِہ از صُبحن یتہٕ قس آسان تہٕ خوش گپ

کران۔ کس چھِہ خبر زہٕ اَزی کیہ یورکُن کیاہ چھُہ ڈیشُن۔ تہٕ خبر کیاہ زہٕ تہٕ کمہ وجہ کنہٕ

سپُد تس تسکین ہیوٗ۔ بلکہ سپیز بس خوشی ہش تہٕ۔

تیمہٕ لوگ حاضری کھینس واریاہ کال۔ یُتھ زن پرارہٕ ہمک بار کم سپدہٕ۔ عاز تہٕ موجوب ہیوت پاولن پننس گلاسس منز وارہٕ وارہٕ دُر ترٕ دلاوُن (تس آسہ کرکرٕ کرہٕ وینہٕ ژہ چ سیٹھاہ پسند) تہٕ امہٕ وزہٕ چھو کُن ڈیو احتیاط سان ژہ چن نوٗن۔ خوبل بیوٗٹھ میچہ تلی کھوٗر ہگلہٕ ناوینہٕ۔ (سو اوس تہٕ زانہہ تہٕ پینچ کھوٗر ارامہ سان تھوان) تہٕ اکس پریوہ کُن لوگ وُچھنہٕ۔ یہ سہ زن چارہٕ بیہِتھ ڈاف ترأوِتھ لبہٕ تہٕ تاوس بیہِتھ زشان اُسِ

"یُلہٕ بہ دہ وُہُر اوسُس۔ میہ کٔڈ دوہہ اکہ دِلن ودوٗتھ ژٕہ اَفتا بیچ پروہ کرہ ہأن گلاسس منز بند" تیمہٕ ووٗن: "میہ تُل اکھ گلاس تہٕ وارہٕ وارہٕ وٗتس اکس تاپہ ٹیکس نش۔ تہٕ کرِیٹھ کٔرِتھ تھوٗوُم اتھ بیٹھ گلاسہ ڈبر۔ اتھس تہٕ لگ تہٕ بیٹھ پیوم شالکہ تہٕ۔ شالکہ کھیتھ دراسس بہ حاطس کُن۔ تہٕ یُلہٕ میہ اکس نالس منز اکتابر ڈُچھ۔ میہ ترأو بڈہٕ ووٗتاولی سان اتھ بیٹھ وودوٗٹھ۔ ظاہر چھ کہ بیٹھ تمس تام گو میہ دیر گوو تہٕ۔ یمہ کنہ میہ دُبارہ شالکہ پیوٗو۔ اتھ ہیکہٕ بہ اکی طریقہ آنیچ ہوٹھ زیوٗ کدِتھ لوگ میہ اکتابس تہٕ ووٗنمس: 'ہا ووزلہ شیطانہٕ! میہ لوگے عذبل کُل تہٕ، امہ سیتی گو میہ تسکین ہیوٗ۔"

"ووزلہ شیطانہٕ کیا زہ ووٗنتھس؟" پاولن ترووُمُس

"سانہٕ سرٕ کہٕ ہمہ طرفہ اوس ووزُل بُتھ کرِتھ اکھ کھاماہ۔ تس اوس ریشس تہٕ ووزُل یَبڈہٕ رُت، خوش باشن تہٕ رحمی

انسان اوس۔ تہٕ میٚہ اوس باسان زِ اَکھتابہ تہٕ چھُ اُمہِ سیٚے ہیوٚ۔"

ماجہ نہٕ ییٚلہِ ییمہِ کتھہِ برداش سپٔز۔ تمہِ دوٚن۔

" یہ کوناہ چھوہ وَنان تہٕ اَز کتھہِ کُنہٕ ییکو جوٚلوٗسس منٛز؟"

" ییمہِ کتھہِ ہنٛد اَکھ لٔٹہٕ فأصلہٕ آسہِ کرِتہٕ آمُت تتھہ زنٛگ زنٛگ دیٚنہٕ سپنٕتو کھرٛیٚ یِوان۔" خوخولن دوٚن نرمی سان ؛ ننکو ! ہرگاہ اُسہِ مارِنیٚ رٕٹِتھ نِنہٕ۔ تیٚلہِ وَنی ژٕیہٕ نکولائی ایوانووِچ پانسےٚ زِ کرُن کیاہ چھُہ۔"

" اَدہ کیاہ" ژٕرُن وہ شاہ کھٔالتھ دوٚن ماجہ۔

" کرُو نا چکہٕ آہنا؟" پاوٚلن دوٚن زِن تہٕ خابہ منٛزی۔

" ییتھس حالس منٛز گوگرِ بہنیٚ جان" آہدری دوٚلتھ درجواب " برونٛٹھے کتھہِ چھُہ پلسہ والین ہنٛدِ پانتھ اَچھ کٹرٕ بنِن۔ تِم زانِنےٚ ژٕیہٕ برونٛٹھے وارِ پانٛژھ۔"

فیدور مازِن آوٕ دداش تہٕ دوران تِمس اوس بُتھہِ پریشان تہٕ گُکہ آسس شولان۔ پھٕٹہٕ نِس زِن آمُت اُمی سیٚندِ اضطرابن کوٚر پرارہٕ نٕکھہ تکلیفہٕ کم۔

" ہیا مالہ ہا گوٚ شوٗرُو؟" تمہٕ وَوٚن " کمہ ہا وٕتھو۔ سرٹکن ییٚچھٕ درّایہ۔ تہٕ بُتھو چیکھہِ دراَگی ہیوہ گامتی۔ وسوف شیکوف واسیاگوسیف تہٕ سموٗلوف چھہ کارخانہٕ پھاٹکہٕ بیٚٹھ کھرٛاہ روٗزِتھ تقریر کران۔ واریاہ موٗزوٗر پھیرِ واپس گرٕن کُن۔"

" وُچھتو وۆ ! نیٚبر نکھ وُکھ ہا آو ! داہ ہا بجے پیٚہ کرتام ! "

" بہ تہٕ دزاس ! " فاصلہٕ کُن اندازس منز ہوٚتھ پاوٕلن۔

" وُچھان گژھی وۆ ! " فیدورن ووٚن " کھینہٕ چہ چھُٹی وزہ آمہٕ
کارخانکہٕ کارخانے نیٚبرہٕ کنہٕ ! "

دوان دورائی گو سوٗ واپس۔

" دزان چھُ پیتھ کنہٕ زَن تہٕ واوس منز شمع " ماجہ ووٚن۔ پتہٕ وُژھ
تھوٚد تہٕ پلوٚ بدلاونہٕ ژایہ چوکس منز۔

" ننکو ! ژٕ کوتے ؟ "

" قہ بہٕ سیٚتو ! " تمہٕ ووٚن

آندری لوٚگ گوٚنڈ ھن پھش دِنہٕ۔ تہٕ پادٕلس کُن وُچھنہٕ، پیٚنہٕ نیو
اوٚنگجو سیٚتو مس شیران آو پاوٕل تس نکھہ۔

" ماجی۔ ژٕیہٕ ٹھاکھ کرٕنہٕ باپتھ ہیکہ نہ بہ اکھ لفظ تہٕ وٕنِتھ پیٚتھ
نے ژٕ تہٕ کینہہ وُنکھ۔ بوزتھے ؟ "

" ٹھیکھ چھُ ! خودا کرٕنے پنُن راچھ ! "

سو وُژھ تہٕ ہیٚنڈ۔

# ۲۷

سعویٚلہٕ نیٖبر دراییہ تہٕ فِتنہٕ ہٲس منٛز پٲژن جوشہٕ ہٕنٛزن تہٕ آیشہ برٕژن آوازن ہُند گرٕز۔ تہٕ ییٚلہٕ تِمہٕ وُچھ زٕ ژکہ اُسہ دارِ دروازن الٲندر گژھی گژھی تسندرِ نیٖچھوٕ بِس تہٕ آندرہی ہٕس کوٚن سارہٕ وٕتھو نظرِ وُچھان تس باسیوٚ اُچھن بٕروٚنٛہہ کنہٕ پرٕیتھ کینٛہہ چیز گیران ہیوٚ۔ کاژرہ تہٕ نیلہٕ رنگہ چہ اُڈٕلہٕ روٗس آو نہٕ تس بٔتیہ کینٛہہ تہٕ لبہ نہٕ۔

ژکھ گٔیہٕ تِمَن سلامہ کرٕان۔ اَمہِ وِزِ اوس تہندِس لفظن منٛزٕ اکھ خاص مانہٕ مطلب تہٕ اہمیتھ ژھایہ گتھ کران۔ سوٗت سوٗت آوازٕ منٛز یہ کینٛژھا ونُنہ اوس پِوان۔ تہٕ بُوزٕ تِمہٕ تہٕ۔

"ییٚنکہو دراییہ لیڈر تہٕ۔"

"یہ وٕنِنۍ چھا ضروٗری زٕ اُسہ زانو کھ لیڈر تہٕ؟"

"میٚہ وٕدٕن یِمَن کانٛہہ نقصان واتہٕ ناو نِکہٕ خیالہٕ؟"

بٔتیہ اکہٕ حاطہٕ منٛزی لاٚسے کٕمہ تام ژکھہٕ سان کرٕنکھ۔

"پُلِسہٕ رٹِکھ تہٕ سورُے مامِلہٕ گژھِ ختٕم۔"

"یا گوٚ برٛونٛہہ نیکھ نہٕ اَکہِ لٹہِ ؟"

اَکس زنانہٕ ہِندِ وُدِنہ رُوٗد رَنٛج آواز آیہِ داریہِ منٛزٕ تہٕ سرٛکہِ پیٹھہ پینیہِ وٲتھ۔

"ہتا ذرا سونچو کٔران کیاہ چھکھ ژٕ ؟ ژٕ ہا چھکھ وۄنی شُری وول بنیومُتھ ۔"

رٕتم درٛایہِ زنگہ ژٔرِٹس رویسموف نہٕ گرِ کُنہ۔ رویسموفس اوس کارخانہٕ منٛزِ رہتٕ پتہ رہتہ وظیفہ تران۔ تکیازِ تمِس آسہ کام کرنہٕ وزِ زنگہ ژھینہِ مژٕ۔

"یادلِلا !" دارِ کُنہ کلہ کڈتھ دژ تمہِ کرٛیکھ "کولاگنڈا ! کلہ ہیر ہا پھاڑٕنا وَنے ! یپلہٕ ٹاس وَسی اَتی دُچھکھ مزٕ پانے !"

ماجہ گیہٕ پانس درٛنٛ۔ تہٕ راوزِتھ گیہٕ۔ شرارتہٕ سیتی لج نٔٹہِ نہٕ تمِہ کرٛ اَمِس لنگو چوٹہ ہندِس مۆنٹس تہٕ ہُنمے ہِتس بِچھس دَر نظر۔ تمِ ؤتھ تورِ لیکھ تہٕ ژاوٕ اندر۔ ویلی ویلی قدم تُلِتھ وٲژ ماجہ نیبہٕ وس نکھہ۔ تہٕ لج تس پتہ پتہٕ پکہ نہٕ۔ سو اَمِس کوٗشش کران زِ سو گژھہ نہٕ تس زیادہ پتھ گژھہ نہٕ۔

باسان اوس زن نہٕ پاولِ تہٕ آندری کُنہ چیزک خیالے اَسی نہٕ کران۔ نہٕ نہٕ اَسی تمن کتھن ہند وایہ بران۔ یم زن یہندِ پکہ نہٕ وکھتہ لگھ کران اَسی۔ رٕتم پکھو وادِ وادِ تہٕ ہِدِ قرارہٕ سان برونٛہہ۔ اَکہِ لٹہِ رٕکاوٕ رٕتم مرونوفن۔ یُس زن بڈِ حلیم مزازُک اَڈ ور موٚہنیو اوس۔ تہٕ یمہ سنزِ

ایمان دأرۍ تہٕ اعتدال پسندی کِنۍ آسس سأری یِنہٕ تھأسہ کران۔

" دانیلو ایوانووچ - ژٕ ہٕ نہٕ گوکھنا کامہٕ؟" پاوٕلن پرٛژھ تس۔

" میٚہ ہا چھہٕ زنانہٕ پرٛیسن واجنو۔ بیٚیہِ کُس اکھاہ کرِزِن شوٗپیس

از قرارٕ بیٚہہٕ؟" تٔمۍ ترٲو پنہٕ نِمن سیٚتۍ باجن دٕر نظر۔ تہٕ پتہٕ ووتھ وٲتھ پاٹھۍ:

" لکھ ہا ونان زہ تہٕ ہۍ اُنۍ ووٚن از ڈائریکٹرٕ پیسرٕ۔ دارٕ دروازٕ

پھُڈٕ راونکھ ما چھُہ خیالاہ - کیہو؟"

" اَسہٕ کیاہ شہراب چھا چومُتھ۔" پاوٕل ووٚتھس۔

" اَسہ چھ صرف میٚتۍ اوت یِژھان زہ سرکٕ بیٚہٕ ہنیرٕ جنٛدٕ

ہیٚتھ تہٕ بٲتھ گیوان۔" خوخولن ووٚن۔ "سأنۍ بٲتھ ہا بوٗزٕ زہ۔ یِمن منٛز

چھے سانہٕ پرٛژھ تہٕ اعتقادٕک ایلانہٕ۔"

" میٚہ ہا چھہٕ تہٕندٕ اعتقادٕچ سأرٕے خبر۔" کیاہتام سونٛچھ

کرِتھ ووٚتھ مرونوف "بہٕ ہا چھُس تُہٕند اخبارٕ پران۔ اوہو پلاگیا نلووٗنا۔

پٔنٕنہٕ نیٛو تیز تہٕ اَسہٕ نیٛو پچھمو کرٕ تٔمۍ ماجہٕ نظر۔" ژٕ تہٕ ژاییہ کھٔے

بغاوتس منٛز؟"

" دُیان چھِس مرٕنہٕ برونٛٹھ تلہٕ ہا اکہٕ لٹہٕ عدلس تہٕ انصافس

سیٚتۍ قدم!"

" زَبرٕ جان گو!" مرونوفن ووٚن۔ " باسان چھُم تُہٕمۍ آسہ اَدٕ پوٚژٕ

ونان زہ کارخانس منٛز آسکھ ژٕے اشتہار وا تہٕ ناوان۔"

" کُسو اوس ونان زہ؟" پاوٕلن پرٛژھس۔

"ہوٚں۔ یتھے اُسہِ وَنان۔ خأر۔ خدایَس حوالہ۔ پانَس ہا
کُرُکھ زِیوٚ پؠٹھ چیسہ۔"

ہاجہ کوٗر اَشناہ۔ مُکھ اُسہِ تَس مُتعلق پرٛژھ کتھ کران۔ تہٕ
بوزٕتھ گیہِ سہ خوش۔

"ہاجی۔ وونی لگی تہٕ جیل گژھنَس تار۔" اَسُن کرِتھ وَوٚن پاوٕ ملہٕ
اَکھتابہٕ گوٚو پھَٹان۔ تہٕ دِلَس شیٖہجار پھرِن واجِنہ سونتہٕ رِچہ
تازگی منٛز کوٗر تمہٕ پنُن وُشنہ نیرشأمِل۔ اَڈٕبرٕ اوس وونی اورٕ یور کیٚہ پیٚٹھ
نژان۔ تہٕ اَچھ ژھاپہٕ آسہ وارٕے تنہٕ تہٕ صافہ بنے مرژہ۔ اَڈٕبرہ ژھلۍ
اُمس گراہ سرٕکہ پیٹھٕ پکان تہٕ گراہ پشوٗ رکنہ ژھانٹھ وأپھ نیران۔ تہٕ
گراہ مُکن پننِس دامنس تَل رٹان۔ یاسان اوس وُن تہٕ یہہ ژھاپہٕ سأری
سِہے ہوزوٗر بستی چھلان چھوکان آسہ۔ دہ سہ تہٕ پشوٗر پیپھٕ، میٖژہ تہٕ کٕژھ
تہٕ مُکن ہندیہ بُتھیو پیپھٕ تھکن وہ تھرأوتھ نوان آسہ۔ پرپتھ کانٛہہ
چیز اوس وہیرٕان۔ آوازٕ ہیرٕژن وارٕے ھٕتہٕ۔ تہٕ اَمہٕ کنہ اُمس دوٗرہ
مشینن ہنٛز گنگہ رارٕ تَل پٕشہ گامژ۔

بَنیہِ اَکہِ لَٹہِ ہیرٕژن کتھ داریوٚ تہٕ حاطو منٛزہ گیہے وُپھہ تُلتھ تہٕ
گیہے کھکھرِ نیرِتھ حاجہ ہندین کنن گژھنہ۔ لفظ یمن منٛز کمینہ گی تہٕ خوف
اوس۔ پریشأنی تہٕ زِندہ دِلی اُمس۔ مگر وونی اُمس سعہ بُتھم لاگِتھ کرٕنی پرٕژھان۔ کَن پاوٕی پاوٕ یہ
بوزہ ناوَن پرٕژھان۔ تہٕ پننہِ نہٕ احسان مندی ہند احساس باوُن پرٕژھان۔ غرض
بوٗزِو سہ اُمس ازی چہ یتھ حالتن منٛز تراوُن واجہ نہٕ رنگ برنگی زندگی منٛز

پۆرٕ پاٹھٕ اَژن یژھان۔

اَکِس لٮ۪کٕٹِس کوچہ گٕکِس پیٹھ اُسہٕ کینٛہہ شُنٛہہ ٹِکِہ جماہ۔ وسوف شیکوفینٛہ آواز اُسی اَتہٕ پیٹھٕ وۄتلان۔

"ٹم چھہ سانہٕ مَرٕ شہو مَنٛزٕ ژِتٕھ کٔنٛز رَتہٕ نٔوان ژٕہیتھ۔ یتھ کٔنٛز رٕس بٔری منٛزٕ رٕس چھہ ژٕہان۔" اُمہٕ سٕنٛدٕ لفظ اُسی بٔڈرٕ وۄریبہٕ پاٹھٕ لُکن ہنٛدین کنَن پیٹھ وسان۔

"ربل گٕلہٕ پوٗز چھُ!" واریاہ پھُہرٕ آوازٕ وۄتلہٕ یرِ یکہٕ وٕسٕٹہٕ۔

"کوشِشہ ہا چھُ پننہٕ کٔنٛز کران۔" خوخول وۄنُتھ "میہٕ چھُ باسان اُمِس پننہِ مَدقٕس گژھن۔"

اَمہٕ بُرونٛہہ ٹھٕ زٕ پادٕلہٕ رٕکاوٕ ہاتُسی۔ سۄ ژاوُ بوتلہٕ ہِنٛدٕ کاکہٕ مَنٛزِ بیچ کٕشکہ پاٹھٕ پننِس لقدٕس اُوہِ لِسہ تہٕ زاوِہ لِس بدٕنِس وٕر دوان دِوان گُکن منٛز۔

"سیتھہ باجو!"

تمہٕ وژ پننہٕ نٕہ باگرٕ بٔرژٕ آوازٕ منٛز کرِکھ۔

"لُکھ وَنان دُنیَہس منٛز چھِ رنگہٕ رنگہٕ قوم روزان۔ یہوٗدی تہٕ جرمن۔ انگریز تہٕ تاتاری۔ مگر بہٕ چھُس نہٕ یہ ماننہٕ خاطرٕ تیار۔ قوم چھِ صرف زٕ اَکھ اَکِس ٹھُعلہٕ زٕ قوم۔ ژٕم گیہٕ امیر تہٕ غریب۔ لُکن ہُنٛد رٕنٛگ چھُ بیون بیون آسان۔ زبان چھِ الگ الگ آسان۔ مگر تہٕ بہ پزٕ وُچھُن زٕ پونٛسہ وول فرانسیسی، مال دار جرمن تہٕ امیر انگریز کُس وۄتاو چھُ کامگارَن سیتھہ کران

اَتی ترٛہ تھہٕ ہٕہ فِکرٕ زِ اَسہِ موٗزوٗرن ہِنٛدٕ بایتھ چھہ تِم سٲری ہیٚوۍ رذیلہ تہٕ بد
ذاتھ۔ اُسہٕ چھہ تِمن لانتھ سوزان!"

لُکو منٛزٕ ترٛوو کُنہِ تام اَشُن۔

"تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ وُچھو تہٕ تھٲوِہٕ باسہٕ زِ فرانسکو، تاتارَو تہٕ ترٕکی
موٗزوٗر چھہ سٲری سٲنی پاٹھۍ ہیوٚمن ہنٛز ہِش زندگی گُذران۔"

کوچہ گٔلِس منٛز اُسہٕ کُنہِ کھیٚتو کھیٚتو پوان تہٕ ٹُنڈِین پیٚٹھ وُوٗنہٕ
رٕوزِتھ تہٕ کلہ تھوٚد رٕٹِتھ رٕٹِتھ ہیٚو دہٕ پیٚٹھ کرِتھ بوزان۔

آندری وۄتھ تھدٕ ہِٹہٕ۔

"بیٚیہِ مُلکو ہِنٛدۍ موٗزوٗر چھہٕ پیٚہ سیٚٹھہٕ سادٕ پُزٕر زونمُت۔ تہٕ اَز
گژھہِ ڈٕکہٕ مِیٚنۍ۔"

"پولیس!" کُنہِ تام وۄڈ کرِکھ۔

رِسالہٕ پولیسکو ژور نفر ژاپہٕ کوچس منٛز۔ تِموٕ ہِس منٛز کُنہِ ژگیہ
نٲوتھ اُسہٕ تِم کرِکہ لایان۔

"ہیٹھ کرِو ختم!"

گۄکن کھۄرٕنِس تالہِ پیٚٹھ تہٕ بدٕلی سان ترٛاوِکھ گرٕین برٛونٛہہ
پکہٕ نہٕ بایتھ جاے۔ کیٚنٛہہ نفر کھتو حاطرٕ چھہ دوہٕ ہیٚہ۔

"دُچھ وۄڈکھ! سورہٕ نَسل۔ گرٕین کھسُتھ چھم پوان تہٕ دوران

کپتان بہودُرس ترٛاوِو وُنتھ۔ "کُنہِ تام وۄڈ بیہِ خوف پاٹھۍ کرِکھ۔

خوشحال رٕوِدسہِ منٛز سرٛاکہٕ وو دیٚنہٕ۔ زِہ گرٕی اُسہٕ کلہٕ ڈنان ڈنان

قٕسۍ کُن پکان۔ سٕہ رٕوٚد اُتھۍ طرف۔ تہٕ اَمی وِزِ وٕرٕ قسمتہٕ ٹاریہ اُتھۍ

تھپہ تہٕ اُوٚنُن پانٕس کُن نِتھ۔

" ژٕ چھےٚ اوشِہ دٕدرٕ کوٗرمُتھ نہٕ ژٕ رُوزکھ پادشاہ سٕنٛز تہٕ

وُنی شکایت کرنٕچ اندازٕس منٛز۔ " تہٕ پانہٕ چھکھ بیتہٕ گٔژھنٕۍ زوٗن مصیبتس

منٛز پان ترٛاوان۔"

" اَدٕ بی مأجی " اُسہٕ وِنہٕ ٹُھتِہ وُنی خوٗخولن۔

پلاگیاہ ہندیس نارس نارس گوٗدگ تُلٕمٕن وٕول تہٕ بیم ناکھ دوٗد ژھٕنٛتھ

یہٕ دوٗد اوس تہٕنٛدرٕ وُچھوٚدکھ سرنٛدٕ منٛزٕ وقتلان۔ یٕمہ کنہٕ تٕمی کلس گیوٚدلن

اوس پوان۔ سہٕ اُمی اَندرٕ ہۍ اَندری ہیے گیے رٕوان تہٕ ہیے گیے رٕوان۔ تَسی کوٗرٕ

نہٕ کھانہٕ کھینچ سِپٹھ گرٛٹھ وُلی وُلی وَزنی۔

تِم وأتی چوکسٕ منٛز گرجس نکھہٕ۔ قریب قریب پانٛژٕھ ہتھ جوشیلہ

نوجوان کھوٚکنٕہ اُسی گرجکِس حاطس منٛز جماہ۔ تکہ ہتہٕ جوٚمہٕ اوسی گراہ

بُرونٛہہ پکان۔ تہٕ گراہ پتہٕ ہیوٚتٕ ژٔلان۔ تکہ اُسی بیقرأری سان کلہ تھوٚد

تُلٕۍ تُلٕۍ دوٗرکُن وُچھان۔ زن تہٕ کنتھہٕ تام چیزس بڈٕ بیقرأری سان پرٛاران

اُسی۔ فِضاہس منٛز اُسی جوشہٕ ہشٕر کُنتھہ مُتھ۔ تکہ اُسی رتہٕ کنہٕ وُچھان زٕ

تہٕ پیی اوشِکہ نہٕ زٕہ گرٛن کیاہ چھُہ۔ کینہہ اُسی پینٛنٕ بہو دٕرٕی ہتھپکان۔

زنانٕ ہنٛزٕ نارٕ پارٕ چہ لہہ ژٕہ لہہ ژٕہ آوازہٕ آسہٕ کنن گژھان۔ تہٕ مردٕ اُسی

ژکھٕ سان پیٚموٚ نشہٕ ژلان۔ منٛزٕ منٛزٕ اُسی لوٗرٕ لوٗرٕ ییکھاہ تہٕ کنن گژھان

اَتھہٕ شتہٕ ساسٕ ونگہ کِس تکہ ارساتَس منٛز اُسی دُشمنٕ ہنٛز گنگہ راےٚ

ہِشَو وۄتھلاں۔

"منِنکا!" اَکِس زنانہِ ہٕنٛز نرم تہٕ نٔرِ آواز آیہٕ "پانس پیٹھ کر تاو رحم!"

"تمہِ کٔن چھہ کُڈ!" تورٕ آو جواب۔

سیِرۄف پٕہ ووبِ دار آوازہِ ہٕنٛز ادس قرار تہٕ تہٕ پۄرہ پڈھ تہٕ۔

"نہ اَسہِ دمہٕ تہٕ ہِمَن نوجوانَن قوربان کٔرِتھ بۄنہٕ نہ۔ یِمَن ہٕنٛز چھہ سانہِ کھۄتہٕ زیادٕ بوزشوز تہٕ تٔرہ سمجھ تہٕ۔ نمبلہ کوٚ پیکہ باپتھ کٔس وۄتھ؟ تِم تہٕ اَسہِ یِمے لکھ تہٕ اَسہِ یِزہ نہٕ مُشہ راوٕن نہٕ اوہ باپتھ بُرکھہٕ یِم جیل تہٕ اَسہِ سارنے ووت فائدہٕ؟"

سیٹھی ہٕنٛز آواز لَج گرزنہٕ۔ تہٕ پٔنہٕ نس سیاہ شورس ہٕنٛز نیِتھ ٹکن ہٕنٛز آواز منگلاوِتھ۔ سارنے وُژھ تقعتہ رارسے ہش۔ یِم بہتھ اَسہِ تِم گٔیہ ھوٚد وٕتھ۔ تہٕ برنٛزِس کھنڈِس گوٚ پیٹھ اکھاہ روزتھ ہیٚو۔ واریاہَن پھیر پُھٹِن زردی۔

"سیتو باجوا!" پاوٕل سیٹھس سُنزٕ تہٕ گوب آواز وُژھ۔ ماجہ ہیٚتھ کرِم اوٚش دانہِ سیتی اَچھن تُرٕ ووٚتھن۔ تہٕ گۄنٛیِ قدم تُلِتھ دٔرٕ سۄتس نشِ۔ لکو ہیٚوت پیٚتھ طرفہ پاوٕلس یِکہ جماہ گرٕژھن پیٹھ کنٛز زَن مقناطیس شُستٕرس پانس کُن مٔلان چھہ۔

ماجہ ترأو تِمِس پُھٹِس کُن نظر۔ تَس آیہ تِمِس سنٛزہ نغارت بنہ جورت دار تہٕ نارہ برہہ ژھٹن واجہ نہ اَچھی یاژ بوزنہ۔

"سپنتو باجو! اسہ چھُ فاصلہٕ کوٗر مُتہ زہ از کرو اسہ نِشہٕ وانہٕ ایلانہٕ زہ اسہ چھہ کیاہ۔ اسہ تلوٗ از پنُن جنڈہٕ، عقلہٕ، عدلک، انصافک تہٕ آزادی ہُند جنڈہٕ!"

اکھ زیٚوٗٹھ سفید رنگہ لوٚر لج ہیوٚہس منز زھیٹہٕ مارنہٕ۔ تہٕ آمہ پتہٕ وائرِ پہ ٹکن منز۔ ٹکن دعون جھنن منز باگرِ بتھ ڈُج پہ نظرِ نِشہ۔ اکھ بۄنٛیُر گرٚھتھ وۄتھ موٚزدوٗر طبقُک عالی شان دعہ زُل جنڈہٕ ٹکن ہندِ بۄ تھدہٕ کلوٚ تہٕ تھوٚد۔ زن تہٕ کانٛہہ بوڈ بارہٕ دعہ زُل جاناوار پتہٕ پہ پکھ وہرٲوِتھ اوس۔

پاویلن تیج نرٕ تھوٚد۔ تہٕ جنڈہٕ لوٚگ لہرٕ مارنہٕ۔ ییٚہ اُٹھوٗ کر جنڈہ چہ سفید لورِ اکی آنہٕ تھٚپھ۔ یمن اتھن منز اوس ماچہ ہُند اکھ تہٕ۔

"موٚزدوٗر طبقہ زندہ باد!" پاویلن دیت نارہٕ۔

امہ کِس جوابس منز آیہ ہتہٕ بدٕ آوازہٕ۔

"ساٲنٛز سوشل ڈیموکریٹک موٚزدور پارٹی زندہ باد! ساٲنٛز پارٹی ٹ۪ہتھ باجو! ساٲنین تصوٗرن ہُند آگرہٕ!"

ٹکہ ہیتِن گرمیُن۔ یِم جنڈٕچ قدر زانان آسہ۔ تِم سیدِ پہ اُتھو کُن۔ تہٕ وُچھان وُچھان واتی مازِن، سموٗلوف تہٕ دعہ شوٗرے گوسیف بارنٛز پاویلس نِش۔ نکولائی آوٕ کلہٕ نوٚمراوِتھ ٹکو منزِ اُژِتھ برونٛہہ کُن۔ تہٕ ماجہ باسیوٚ زہ پرپہزلونہٕ اچھہ کرٕ کرٕ کینٛزٕ شُو ازاٹنٛز نوجوانو کدٕ سعہ دکہٕ دکہٕ منز اکِھتھ کُن۔

"دنٛی ییٚہکہٕ موٚزدوٗر زندہ باد!" پاویلن دیت نارہٕ۔

اَمہِ کِس جوابَس منٛز دوٚہ ٹلیو وُساسہ واد ہٹیو منٛزہ درامتۍ تہٕ رحس وُزہ ناوٕن وول شور۔ یُس زن خوٚشی، مسرت، پزرہ تہٕ طاقتہٕ کہ کھَسہِ وِینہ طُفانکۍ پٲٹھۍ اوس۔

ماجہ روٗٹ نکولائیَ تہٕ بنیہِ تہٕ کیٚمن تام سُند اَتھ۔ تَس ہیٚتِنہ اوٚش ٹکہٕ پینہٕ۔ مگر اوٚش ہوٗرن نہٕ۔ کیٚنہ ٹیٚین ژایَس ہَترٕ ہَترٕ تہٕ نٹہ لدٕ ڈھوٚے روٗز سعہ وٚنان۔

"میانیو ماٹھیو!"

نکولائی ہِندِس مُیرس بُتھِس پیٹھ اوس کھُلہ ڈٲلہِ اُسُن۔ جَنٛدٕ لس کٔن نظر کرٕتھ پلہ نوو تمۍ اَتھ کنۍ اَتھ۔ تہٕ اَندرۍ اَندرۍ لوٚگ خبر کیاہ وَنہٕ نہٕ تہٕ سعہ کھہِ معہ آلوین ماجہ ژرہ۔ تہٕ تَس کوٚژن رمیوٚٹھ۔ تہٕ سِتی اوسُن۔

"سِتھ باجوٚ!" شورس منٛز ہیٚنہ میٹھ نہٕ لوٚژ آواز دمہ تلاوِتھ لوٚگ خوخول تقریر کرہٕ نہٕ۔

"اَسہِ چھہ اَکِس لوٗس خوٚدایہ سِندِس ناوس پیٹھ جہاد شوٚروٗ کوٚرمُت۔ نوٚوُک، عقلہِ ہِند، نیکی تہٕ پزرُک خوٚداہ، سون منٛزِل چھہ سیٹھا دوٗر۔ مگر کنڈٕ تاج چھہ نکھے۔ یُس اَکِس نہٕ پزرچہ کامیابی پیٹھ پزٕ چھوٚرہ۔ یُس اَکھ نہٕ اَتھ پنٕنِس پٔتھ پیٚتھ رٔو دِنہٕ باپتھ حوصلہ کرِنس تیار چھوٚرہ، تہٕ یُس اَکھ مُشکلن کھوژان چھُہ۔ سو ہیٚنِن لوٗب! اسانِن صفن منٛز گژھن تِمے یانی اَسۍ دِمن ساتھ زینہ تس پیٹھ پزٕ اَسہِ چھن پٔنٛز بولہٕ لبنہ پیوان چھُہ۔ تِمن بُرہٕ نہٕ اَسہِ سِتی یکن تہٕ کیانہٕ تِمن پھیرٕ۔ سِتی باجوٚ، یِمن صفن منٛز اَژیو! آزاد انسانن ہِند جشنہ زندہ باد! یکم مئی زندہ باد!"

ہیژ جامہ ہیوتن وارے گنن۔ پاولین تل جندڑہ۔ تہٕ ٹیلہٕ سعٕ پہ
ہیمتھ دراو۔ جندٕ لوگ ہوہ ہس منز ژھنٹہٕ ماریہٕ تہٕ ٹیلہٕ اکھ پیچھہ تا پچھ پیوہ۔
باسیوو زن تہٕ پہٕ کھلہ دلہٕ پاٹھو تہٕ شولہ وٕن اُسن اوس کران۔

فیدور مازن لوگ گیونہٕ۔

"پہ اُنس دُنی ہس ہر ہمیشہ خاطرٕ لتھ دتھ؛

دوٕیم مصرع گیوو ورجن واد لکو؛

"اُسہ چھِ کھورو پیٹھ اُنچ گرٕ دتان!"

ماج اُس مازنس پتہٕ پتہٕ پکان۔ تسندِ چن وُٹھن پیٹھ اوس
نورہ بوٗرُتھ اُسن۔ تہٕ تسنزٕ چشمہ آسہ فیدورنہ کلہ پیٹھ جندس تہٕ نیچو وس
کن لگتھ۔ اُمس ژُپاسے اُسہ اَسہ وِنی بُتھتمہ تہٕ اُسہ وُنہٕ چشمہ تہٕ بُتھ
اوس تسند نیچوُ تہٕ آندری پُروتھ پروتھ پکان۔ تہن دوشوٕنی ہندہ
گیونچ آواز اُس تس نش واتان۔ آندری سنز شاف دار آواز اُس پاو ہل
سنزہ گمہ بہ مُدرہ آوازہ سیتہ گنز گژھان۔

"وُچھو موزورو۔ جدوجہد باپتھ وُچھو!"

"تُہی وُچھو۔ تُہی ہیم ہمنتہ چھ کران۔ تہٕ فاقہ پھرہ چھ دزان۔"
وُنکہ اُسہ وۄہ زُل جندٕ مژچھنہ باپتھ لاران۔ دوران تہٕ دوان
اُسہ تم کریکہ لایان۔ مگر تہند شور اوس بائتہٕ چھ آوازہ منز ہیچتہ گژھان۔
یہ اوس سُے بائتھ۔ یُس ماجہ ہندہ گرہ بیتین بائتن مقابلس زیادہ نرمی تہٕ
خوش ساں گیونہ یوان اوس۔ مگر یہ بائتھ اوس وۄہنی ساری زدلانہٕ ژُپت

اَکہٕ عظیم الشان طاقتہٕ سان سڑکن پیٚٹھ گژھان ۔ اَتھ منٛز اوس پانہٕ
نہٕ سپدن وألہ جُرأتُک گژھز ۔ اَکہٕ طرفہٕ اوس یہِ باعث تِمن آیندٕہ کالس
کُن گژھن واجِنہِ زیٚچھِ وَتھ پانٕہ ناونُک سال کران ۔ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ اوس
تِمَن یہِ پزر تہٕ پوٚرہ پأٹھۍ باوان زِ اَتھ وَتہِ منٛز کاتیاہ مُشکل تہٕ تکلیفہٕ آسہٕ
اَمہٕ باپتہٕ چھ سوم دٔزن واجِنہِ نارہ برٕہہ کوٚر سارےنۍ زایِدُل میاد چیزن ہِنْدۍ سبا
رکہ ہہٕنس تہٕ تمکیس کلس تہٕ سارےنۍ ریوأیتی جذبن ہِنْدِین کھٕنیہ لدٕ انبارن
سوٚر ۔ تہٕ نۄو زندگی ہٕنزِ وَتہٕ پیٚٹھ تراونُک خوف گو اَتھ منٛز دٔزِتھ سوٗرتہٕ
کُنس تام شند شوقہٕ ہیوٚت تہٕ خۄشی دار بُتھ آو ماجہِ نکہٕ تہٕ کانیہ
ویٚنہ آوازہٕ منٛز ووٚنُن ۔

"میتیا ! کوٗت تہٕ چُھکھ گژھان ؟"

" گژھنہٕ دِس بہٕ ۔ " ٹھہراؤ کرنے ووٚن ماجہ " اوٚہند غم مہ
برٕ ۔ گوڈٕ گوڈٕ آسِس بہٕ نہٕ کھوژان ۔ میون لٔڑکہ چھ ہکیاہ سارےنۍ
برٕونہہ ٹہرٕونیہ ۔ ہکیاہ تمس اَکھس منٛز جندٕ چھےُ !

" ہتا چارٕ کوٗت تہٕ چھوٚہ دوران ؟ بُتھہِ ہا چھوٚہ فوجی ! "

سہ کھ مہ کھ روٗٹ تمہٕ زاوی جیٚتہٕ زیچھ زنانہٕ پیٚنہٕ نس
ہوٚکھ میتس اَکھس منٛز ماجہ ہُند اَتھ تہٕ لیج ژٔٹنہٕ ۔

" بوزی بیٚنی پیٚنْہند گیوٗن بوزی ۔ تہٕ میون میتیا تہٕ ہیٚے گیوان !

" کھوژن مگو بیٚنی " ماجہ توٚرس فکرٕ ۔ " یہٕنزٕ زندگی ہُند
مقصد چھُ پاک ۔ پانے سوچی ۔ ہرگاہ نہٕ تکہ عیسا سندٕ باپتھ پنُن زوٗ دِیہ ہن ۔

پانہٕ عیسا کتہٕ آسہٕ ہے ؟"

یہٕ خیال ووہ پدیوو تسندس ذہنس منٛز ہنگہ تہٕ منگے ۔ تہٕ وُزہٕ کلہٕ ہندی پاٹھی نینس زٕھنٛڈ کڈٕتھ ۔ اَمہٕ خیالکو سٕیدی تہٕ سادہ پزرن وول ماجہ ہندس دِلس تہٕ دِماغس نال ۔ تمہٕ ترٲو تمٕس زنانہٕ کُن نظر ۔ ییمہ تسُنٛد اَتھہٕ روٚٹمُت اوس ۔

" ہرگاہ نہٕ تکہٕ تسندہٕ باپتھ ، خدایہٕ سٕندہٕ باپتھ پننہِ نین ژُون رگندٕ ہٲن ۔ عیسا کتہٕ آسہٕ ہے ؟"

سیرزوف پئیوو تسٕ نش وٲتتھ ۔

" ماجی از ہے چھ تکھ نبٕہ وانہ جلوٗسس منٛز گژھان ۔" ٹاپی وٲلِتھ تہٕ اَتھہٕ وٲپتھ دِژ تمہٕ باتس نال " گیوٗن چھُ چلان ۔ تہٕ گیوٗن تہٕ کٔیتھ ہیوٚ ماجی ؟"

" زارِ چھ لامہٕ باپتھ سیاہ منگان ۔ تہٕ کرِو تمٕس پننِس شُرِس حوالہٕ ۔"

" کُنہٕ تہٕ چھینہٕ کھوژان ۔" سیرزوف ووٚلتھ " تہٕ میانی ینٛچوِس بچارِس ترٲو قبرہٕ منٛز ڈاپھ ۔"

ماجہ اوس پھوٗر وٕھتی وُتھی گژھان ۔ تہٕ اَمی کنہٕ گیہٕ سو پتھ ۔ اَکھ دٕکہٕ آو تہٕ یہٕ لٔج اَکِس طرفس کُن ۔ دٕکہٕ دٕکہٕ سیتی وٲژ سو حاطِکِس دیوارس نکھہٕ ۔ تہٕ ہوٚچو مہٕ دراوٕ اَکہٕ بڈہٕ ملہٕ رکی پاٹھی اَمس برونٛہٹھ رکنہٕ ۔ تکھ اُسہٕ اُنتہٕ رُسی ۔ اَمہٕ سیتی پیپر سو خوش ۔

"وُچھو موٗزوٗرو۔ جَدٕ جہدٕ باپتھ وُچھو۔!"

باسانٕ اوس زِ اَکھ بوٚڈ بارٕ سرتلہٕ تِتہٕ نور چھُ بأتِس نیوٚن ہٲ منز چھکہ راوان۔ بأتھ اوس ٹکن وُزٕ ناوان۔ کأنسہ جنگہ ہٕ معہ کھہن دِوان، تہٕ کأنسہ اَکس تہٕ ننگل تُتِس ژھانڈوس منز تراوِتھ۔ خوٚشی ہُند اَکھ انزأنی اِحساس بخشِتھ تہٕ کمہٕ تام نوٚوٕ چیزٕ مک گوٚٹ گوٚٹ خاب ہأوِتھ بروٚنٹھ بروٚنٹھ پکان۔ کُنہٕ اوس یہ بأتھ کھوژٕ ونین آتشَن تہٕ ہمارَن ہِشن اَکھ نوکیٹ ہرو شتلاوان تہٕ کُنہٕ تمہٕ ژکھہٕ طُفانکی بَر وُچھو تراوان یُس واریاہ کالہٕ پیٹھ اوٗرِی جماہ گژھان اوس گومُتھ۔ پرپہتھ اَکھ نظر اُس ہیوٚ ہأس منز لہر ترأوِن دأرِس ووزلِس جنڈس کُن دَرٕ بجیٚرِش۔

"ہکیاہ دٕرایہٕ ؟ کمٕ تام دِژ کرکھ۔ آوازٕ منز اوس وجدنہٕ خوٚشی لبولَب بٔرِتھ" شاباش دوستو!"

تہٕ چونکہ یہ نفر اوس کمہٕ تام بَڈ بارٕ کھتھ ونیٖن یِژھان یوسہٕ نہٕ سیدِین سادِن لفظن منز وُبستھ ہیٚکہ ہے۔ اُوٚسے نیہٕ اُمی اَکھ وِنیٚٹھ پوٚہٹھ لیکھاہ ژأرِتھ۔ مگر کینہٕ، اَکس غوٗلامہٕ سُند گھُل تہٕ اوٚن کینہٕ اوس اَکس تِتھِس سوٗرِچھ سِندِ پأٹھو چھکارٕ ماران۔ یُس پیٚٹھ اَکھ تاپہٕ زِژ سپےٚ ہِژ آسہٕ رِیہٕ کینہ اوس ٹیٚٹھین تہٕ تُند لفظن ہُند روٗپ رٹان۔

"کأرِز!" دارٕ کُنی مُشِن گلہٕ نأوِتھ دِژ کمی تام کریٚکھ۔

"ملکہ معظمس خلاف، ملکہ معظم زادس خلاف وۄتھان اِنقلاب!"

ییٚمِس کِنۍ تمام سٕنٛز وۄدہ وۄنۍ ہش آواز آیہٕ۔

مرد تہٕ زنانہٕ گٔیہٕ تٔمِس بُرونٛہہ کنۍ یکان۔ تہٕ تِمہٕ وُچھِتھ ہیٚنٛدین ہُنٛدین پیٚٹھ پریشٲنی ژھایہٕ گٔیہٕ کران۔ ہتہ ہتہٕ اوس وُپہ وانٛکھ پٲٹھۍ برونٛٹھ برونٛٹھ لمان۔ باقہٕ اوس بُتھہٕ پیٚتہٕ واٲلِس پیٚٹھہٕ چیٖزس ڈُوٚکھ نِوان تہٕ حَصہٕ پیٚنہٕ پہٕ طاقتہٕ کہ ذرہٕ وَتھ صاف کٔرِتھ گٔژھن برونٛٹھ برونٛٹھ یکہ ناوان۔ مارچ یِیلہِ دوٗرہٕ ہیوٚہ ہیٚس منٛز وۄتھ زٕل جنٛدٕ لہرہٕ ماران۔ وُچھِتھ تٔمِس ہیٚنٛدین ذہنہٕ چھُن اَچھن برونٛٹھ کینٛہ وۄتھ تلیوو تِمی سنٛدِس نیٚچوِس سُنٛد بُتھہٕ تِمی سنٛدِس دوہ تلے پیٚتِس ہُنٛدِس تہٕ ہیٚنٛدین اَچھن منٛز اوس اعتقادُک نوٗر پیٚرلان۔

اتفاق اوس سعد جُولہ سِس منٛز سارہٕ دوٚپتھ گٔیہ مرٛتہ تِہُنٛدین گٔژھن منٛز اَس ہیٚم مزس منٛز بانبرہٕ ورائی یکان اَسی۔ تہٕ تِہُنٛدین تماشہ گرن ہیٚنٛدی پٲٹھۍ اَسی بٔڈ پہے دلی تہٕ بے غرض پٲٹھۍ پیٚتہٕ چیٖزس وُچھان۔ یِمہٕ تماشُک اَند تِمن برونٛہہ ژھیٚٹہ وِیُد آسہٕ۔ تِم اَسی جنٛد باقہٕ دراٚسے تہٕ یُقینہ سان بولان۔

"اَکھ کُمیٖتی چھُہ مدرسس رٕنشہٕ تہٕ بیاکھ کارخانس نِہِم لگیتہٕ۔"

"گوٗدُر آوٕ۔"

"پزی ہا!"

---

٥ وُپہ ووٗنۍ – لادا، یُس وُپہ بالہٕ منٛزہ نیران چھُ۔ م ک ت۔

" میہٕ ہاوُچھ پانہٕ ۔ پتےٚ رٲژھ کھنڈٕ گنیس آمتیس !"

" اَکھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ یِم لُکھ کیاہ ہیتھ آسہٕ کھوژنی ۔ ذرا سٔنو وۄ ۔ فوج تہٕ گورنر !"

بولن والی رنیہ اطمینانہٕ سان لیکھاہ ژٲرِتھ ۔

" ہا پچھٕ وانگہٕ نو " ماجہ سوٚنچھ پانس سیتی ۔

مگر یِم لفظ تس کنن گیہِ تِم اُسی معٕ رِدہٕ نتہٕ ہندرِ ہی ہِوی ۔ یِمن مُکمن نِشہِ دُور گژھنہٕ معٕ کھ پیچ سعہ وُلہ وُلی ۔ یِم لُکھ اُسی وارٕ وارٕ ماشہ ماَرِ ہے ماَرِ ہے پکان ۔ تہٕ یِم پتھ کرنی اُسس نہ خاص کینٛہہ مشکل کتھا ۔

یکایک زن تہٕ جوٗلوشک گوڈنیکُھ اَند کتھ تمام چیزن سیتی عتِس چھاونہٕ آو ۔ تہٕ جوٗلوسہٕ آو اَکھ کھوژہٕ مژ کہِ یکھ دبتھ پتھ کُن لاسنہٕ ۔ بأتس تہٕ ژایہ نظ پش ۔ پتے تیز یوو تہٕ لے تہٕ ٹھدےپہٕ ۔ مگر اُمی ہیبوت بنیہٕ اَکہٕ اَکہٕ دبین اَکہٕ اَکہٕ کوٗر لکو گیوٗن بند ۔ صرف آسہٕ کینٛہہ بیون بیون آوازٕ کنن گژھان ۔ یِمہ آوازٕ آسہٕ بأتس بُرونٛظیم ہیوٚ ٹھدرٕ تہٕ ووٚمتھ بوٚ دِیُن یژھان ۔

" دٕ ٹھو موٗز ورٕ ! جدٕ جہدٕ یا بیٹھ دٕ اَتھو !"

" دٕ ٹھو تہی یِم ممنتھ چھ گران تہٕ فاقہٕ پھرہ چھم روزان !"

مگر اَتھ کوٗشش منٛز اوس نہ سوٗ گوڈنیکُھ ہیوٚ کُن پیادہٕ تہٕ پوختہ پژھ ۔ آوازن منٛز اُس ووٚنی خوژٕ تہٕ کھوژہ نیچ اُدارن ہِشن پتھ آسہٕ تہٕ کہنہ اوس تہٕ ماجہ جوٗلوشکہ برونٛہیم اَند بوزنہ

یوان تِہٕ نہ تۄرُس فِکری زِ تِتہٕ سَپُد کیاہ۔ اوٚسے ہیوٚت تِمہٕ بُرونٛٹھ واتِتھ نہٕ
مۄکھ ٹکن دٕکہ دی دی بُرونٛٹھ بُرونٛٹھ پکُن۔ بُرونٛٹھ پکان پکان آیہ
سۄ تِمن ٹکن سیٖٹھاہ وُرِہ کاڈنہٕ پیٚم پوٚتھ آسی ہیوان۔ کینٛژن اُسن
ڈکس دِرہ کھۄٹہٕ مرٕ۔ تہٕ کاٹہٕ اُسکھ بوان کنُن۔ کینٛہہ اُسی بانبرتھ وُٹھ
گمہٕ جار کران۔ تہٕ کینٛہہ اُسی ہزٕل ژٕلی ژٕلی شُرنہٕ وایان۔ سۄ لٔج تِہندین
بُھچھین پیٚٹھ کیاہ ہتام ژھانڈنہٕ۔ تِہنٛزن چشمن منٛز اُسی سوال، زارہٕ
پارہٕ تہٕ التجا۔

"سیٖٹھاہ باجوٗ!"

پاوٕل سِنٛز آواز آیہ۔

"فوجی نہٕ چھہٕ تِتھی انسان یِتھہ اسی چھہ۔ تِم لاگن تہٕ اسہٕ اکھ
تہٕ لاگن تکیاہ زٕ؟ اوٚہ مۄکھ ہاز اُسی چھہ تِمہٕ بزرگ ایلانہٕ کران یِمہٕ
زِنشہ پریتھ اکھ باخبر گژھہ روزُن؟ تِمن تہٕ چھُ امہٕ بزرگ تیوٚتے
حنوٗ زوٗرتھ یوٗ تاہ اسہٕ چھہ۔ مُمکن چھُ یِمن ما آسہٕ نہٕ وُنہٕ امیک احساس
مگر سۄ وِز چھنہٕ دوٗر یٔلہٕ قتل تہٕ تباہی ہِندس جنتٕ ہس تَل یِم ٹکھ اسہٕ
بُھچھہ پینہٕ بدلہٕ آزادی ہِندس جنڈس تَل اسہٕ سیٖٹھاہ اکھ واس کران۔ پنٕنس
پیٚٹھ پیٚٹھ بوز شوز وُلی وُلی پوٚتھ راوٕنہٕ مۄکھ پزہٕ اسہٕ بُرونٛٹھ کُن پکُن۔
بُرونٛٹھ پکو سیٖٹھاہ باجوٗ! بُرونٛٹھ پکو!"

پاوٕل سِنٛزِ آوازِ منٛز اوس دربہٕ۔ تِہندی لفظ اُسی ٹماکارہٕ نہٕ صاف
مگر ٹکن ہیٚژن چھگ لگنہٕ۔ اکہٕ اکہٕ ہیوٚت تِمو جولو سہٕ چوٗ صفو منٛزہٕ نیرتھ

پٔتھ روزٕن۔ کینٛہہ دراےٚ گٔرٕن کُن۔ تہٕ اَڈُے رۄدی جنگلس سیٖتۍ ڈۄکھ دِتھ ووٚدنہٕ
جۄلۄسَن رٔٹ ووٚنی آکہ دُشاخل کاوٕج شکل ہش۔ یِمہٕ کیٚس وٕنُس نکہ پاوٕل
اوس۔ تہٕ مۄزوٗرن ہُند ووٚ زُل جَنڈٕہ اوس تِمی سٕندہ کلہٕ پیٚٹھی نیٚپہ نیٚپہ کران۔ یا
شاید اوس جۄلۄسہ آکیس کٔرِمِنٕس جاناوارس ہیوٗ۔ یُس زٕن پکھن واشس
کَڈِتھ وُچھنکُک شوٚق اوس کران۔ تہٕ پاوٕل اوس اُمِس جاناوارٕ سٕنزٕ
تونتہٕ ہنٛزہٕ جاےٚ ووٚدنہٕ......

# ۲۸

سرٛکہ ہنٛدِس اندس پیٹھ گیہِ ماجہ اَکھ سوٗرۍ رنگہ بےٚ جنتھواں ژَن ہِنٛزٕ؛ دوٚہ ساہ نظرٕ۔ یِمہ سہٕ زان چوٚکہ چہ سرٛکہ دولہ روٗزِتھ اُس۔ یِموٚ ہِنٛزٕ آسہٕ پرٕ پھتھ اَکۍ سِہٕ بَس نٔکھس پیٹھ سنٛگیپنہ بٔڈہ بےٚ رحمی سان پھیرٕ ژان تہٕ اَمہِ خاموش تہٕ بےٚ حرکتھ دوٚہ سہ ہِنٛزٕ اوس ژٕوٚن شیٖن ہیوٚ شاہ نیرانہٕ یِمو موزوٗرٕن نال وۄل تہٕ ماجہ ہِنٛدِس دِلَس لرزہ ژٔدن۔

ماجِ دُزایہ ہوٚتہ جومہ ہِنٛزہِ تہٕ گٔکن دِکہ دِہی دِہی لٔیج وۄتھ کٔڈِتھ یِتھ زن سعہ تھتھ جایہِ واتہِ ہےٚ یِتہ نٔس تکھ جنٛدس اَنٛدی جماع اُسی تِموٚ ہِنٛزٕ ذاتہِ ہےٚ سو کینٛژن تہٕ کینہہ باسیس ازاُکی۔ تِمس باسیوٚ زِ تھنٛد دوس اُسی یِمن ازاُکی گٔکن ہِنٛدہ مدٕ گھی تہٕ تاُییٖدکی وۄمیدوار۔ سعہ آیہ اَکِس تھدس مس کاسی کاُنس سیتہ ورِ کاوٕنہ۔

"کوٚسے چھکھ ژٕ؟" کاُر دولہ پہن رٕٹھتھ تہٕ تَس وۄچھنچ کوشش کرِتھ پریشٲن تِموٚ۔

"بہٕ چھس پاوٕل ولاسوفنٕ ماجِ۔" تِمہِ وۄن۔ تَس اوس باسان

زٕ کوٗ ٹھۍ ہیٚتھ نیبر تھٲلِتھ۔ تہٕ دوٗرٕ ژایس نٮ۪ن۔

"اوہ!" کاتیٚن وۅن۔

"سیٚٹھاہ باجو!" پاویلن وۅن "اسہِ پزِ سادٕ زندگی برونٹھ پکُن۔ اَمہِ وغارٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہِ واتھ۔"

کُنکَہ کٔرٕ ژھعبہ پہٕ تہٕ توٗقواہ سان لگو بوزنہ۔ جنڈٕ ووتھ ٹھٔپ دِتھ۔ پرٛٮ۪ن کھنڈس لوٚگ نٔرٕ پنہٕ۔ تہٕ امہِ پتہٕ دراو لکن ہندِ کِلو پٮ۪ٹھ ژھاٹھ دٲیان دٲیان برونٹھ کُن۔ لُکہ اَسہِ اَتھہ جنڈس فوجی یٮ۪ن ہنٛزٕ سٔدرٕ رنگ دوسہِ کُن پکہ ناوان۔ امہِ کِنہِ گیہِ ہاجہ واہ وسٮ۪تھ تہِمس لوٚگ ہیٚکھ تہٕ اٚچھ وٚچھِن۔ صرف ژور انسان۔ پاویل، آندری سموئلوف تہٕ مازن دراہِ ہتو جومہ منٛزٕ برونٹھ کُن۔

فیدرمازن ہنٛزٕ آواز اَس فضاہَس منٛز ٹاکارٕ پاٹھۍ نیران۔

"تُہہِ گوٚو شہید
اَکھ عالی شان قربٲنی دِتھ۔"

تہٕ لُکہ تِمن سعدن منٛز آو اَتھ تِتھہ کُنی جواب دِنہٕ تہٕ کانٛہہ زیاد وہش تراوان اوس۔

"اَتھ نابرابر جنگس منٛز"

رِتھ دراہِ گیوٗنس وۅج دِوان دِوان برونٹھ کُن۔

فیدورنی آواز گیہِ اَکہِ پرِزلوٗنہٕ فیٖتکہِ پاٹھۍ یِلہ۔ اَتھ منٛز اوس پوٗرٕ پوٗرٕ پرٛتھ تہِ یہِ اَس ایلانہٕ کران۔

"تۄہہ دِیت وہ تہٕ سوٗرُے چھُپہٕ

پہٕ تۄہہ نِشہٕ اوس۔"

تہٕ تہند پوسٹ باجوٗ تُل دؤیُم مصرہٕ۔

"آزادی ہنٛد ہا پچھ!"

"واہ!" کوٗتہٕ ہنٛزہٕ کَس کَس تام نَفرس گَیہٕ شادمرگی ہِش۔

"حرامزادہٕ چھہٕ مرنٕی پران!"

"ہیا کڈو اُمس ٹاس!" ژرکھ ہِش اکھ آواز آیہٕ۔

ماچہٕ کُٔر دوہ یَو اَکھو زورہٕ پیٚنٛس وَچھس تھَپہٕ۔ تہٕ ژُٔ طرفانہٕ ترٲوِن نظر تَمہٕ وُچھ۔ ژہٕ لکہ ہوجو مہ یُس ؤرنی ؤنی ساٹھ ہے سرٹکہٕ وہراؤتھ اوس، سُہ اوسُن وۄہنی یِمَن ژٕون نفرن جَنٛڈہ بُموٗنہٹ یکہٕ ناوِتھ وُچھتھ نرین تہٕ ترواہِمَن منٛز گومتھ۔ جِرلوٗسہٕ منٛزہٕ پکو درجن کھنڈ نفر تِمَن پیٚتہٕ۔ نگہ پیٚتھہ قدمُس پیٚچھ اوس کانٛہہ نہٕ تہٕ کانٛہہ منٛز سے ڈوہ کان۔ زِن تہٕ سرکہٕ ہنٛزہٕ کنہٕ تہندین کھوٚرن زالان آسہٕ۔

"تشدد مہ کَلہٕ!"

فیدور ہیوٚتھ پائغمبرانہٕ آیہٕ گیوٚنہٕ۔ تہٕ پوٗرہ پوٗرہ آوازن ہِندین گوٗمتن کوٗر اَمہٕ کِس جوابس منٛز آوارہ ہوٗت ایلانہٕ:

"دمکہ گُرشِھن بیدار!"

مگر کھوٗژہ مژہ ہاش شُسرِ گُسرِ آیہٕ گیوٚنس منٛز ژامژہ۔

"ؤنی پیہٕ حکُم دِنہٕ!"

تہٕ اَمی وِزِ آیہِ بُتھہٕ اَکھ تیز آواز:

"بندوکھ سیٖتۍ راچھو!"

سنگینہٕ دٔرایہِ ژھالیہِ ماران ماران۔ یُتھ تام تِمو برونٹھ پکُن پاولس جنڈس پیٚٹھ نہٕ مکارتہٕ فولادی اَسنہٕ سیٖتۍ استقبال کرُن ہیوت

"برونٹھ پکو!"

"آیہِ ہا!" چندسس ہٕنز اَتھہٕ ترٲوِتھ تہٕ اَکِس طرفس کُن نیرِتھ ووٗن کٲنۍ۔

مٲج اَمس اَچھ وہراوِتھ پٕہ سوٗرسے وُچھان۔ فوجین ہٕنز سوٗری رنگہٕ لہرایہِ سارۍ سیے شر کہ پیٚٹھ وہراونہٕ۔ تہٕ بڈہ بجے رحمی سان کھوٗرہٕ ٹھیکہ راوِتھ تِم برونٹھ پکہ نہٕ۔ سنگینن ہٕنزِ ردہ پہ ہٕنزہ مٔدہ لہ آسہٕ بُتھہٕ ناپان۔ تیز تیز قدم تُلِتھ واتہٕ سعہ نیٚچو وِسن ترش۔ تِمہٕ وُچھ آندری اوس پینُن زیو لٹھ بدن ہیتھ پاولس راچھ کرہ نہٕ باپتھ تَس برونٹھ کنہٕ ووٗدُر روٗزِتھ۔

"کامریڈ۔ پیٚٹھہٕ نہٕ جایہِ گژھہ!" پاویلن ووٗن تیزی سان۔

آندری اوس کٲر تھٕزٕ ژٕھٹِتھ تہٕ اَتھہٕ پیٚتھ کُن تھوٗوِتھ گیوان۔ پاویلن دیُت تَس پھیٚکہ سیٖتۍ دَکہٕ۔ تہٕ بیٚیہِ اَکہ لٹہٕ دِژن کرٕکھ۔

"پیٚتھ روزو! ژٕیہِ چھےٚ نہٕ پہ کرٕنکھ کانہہ تہٕ حق! گوڈہ گژھہ جنڈہ برونٹھ کُن نیرُن!"

"پیٚٹھ کٲسو!" تلوار ژٕلہ ناوِتھ دیُتھ اَکھ ژھوٹۍ افسرن

"تمِس بُرونٛہہ کنہٕ پیانوٗ ہائیُن کوٗتاہ خوش اوس میٚیہ کران۔ کوٗتاہ جساس اوس سوٗ۔ پرٛیتھ کانٛہہ چیز اوس موٗحسوٗس کران۔ باسان اوس ژُرنی گرٛھنس دِلس کھنجہِ!"

"یہِ آسہِ شاید یِیِہٕ نسِ رہنہٕ تُند سوٗچان"۔ ماچہ ووٗن دِلہٕ مُنٛزی۔ "تہٕ تہٕ وُٹھ گمہٕ نادِتھ۔"

"تمہٕ کاژاہ خوٗشی دِژ میٚیہ!" صوٗفیا گیِہ وارہٕ وارہٕ وَنان۔ "نہٕ بسیتھ سپٕتی گیِہ پیانوٗ ہَس پیہہٕ تہٕ بُلہِ پیٚٹھ پیٚٹھ نغمہ شیران یُرتَس اوس پوٗرہ پتاہ زِہ زندگی رٕکتھ کُنہٕ گرٛھ کڈنی۔"

"آ!" پنٕنزِ نسِ ریشَمِس پٕھشِ دِتھ کوٗر نکولائی ین آنکار۔

"تُشند رُح اوس ہمیشہ گیوان۔"

صوٗفیا پیِس سگریٹھ وزِنی وزِنی زوٗلمُتھ اوس سوٗ تراوِتھ وژھ سعہ ماچہ کُن۔

"شاید آسی تہٕ ژٕبیہِ میاٗنی آواز کھرٕ ہرٛش۔"

پنٕنہٕ زبردَس موٗیوٗسی ہیٚنچہِ بہِ ماچہ کھٹِتھ۔

"میوٗن مہٕ کر پرواہ سٕئی۔ میٚیہ چھُنہٕ پلی بہوان کینٛہہ۔ بہ چھُس بوزان مگر سوٗچان چھُس خبر کیاہ کیاہ۔"

"مگر بہ چھُس یِژھان ژٕبیہِ گرٛھی فِکرہٕ ترٛاوُن۔ زنانہٕ رہیکہٕ موٗسیقی فِکرہٕ ترٛیتھ۔ خاص کرٛیتھ پیٚلہِ سعہ غمَن مُنٛز بوٗدیمرٛش آسہِ۔"

تمہٕ ڈول تیٖزی سان سازہٕ کِین پردٕن اَتھ۔ تہٕ پیانو مُنٛزہٕ دراویہ

زِنٛژھ آواز۔ زَن تہٕ کانٛہہ ژُلیٚڈ خبر بوزٕ نوٗکھ۔ پیانوٚ منٛزٕ آسہٕ تیٚلی یہٕ حِس تہٕ ہوش ڈالَن واجِنہٕ آواز درآمٕژ۔ ییٚلہٕ زَن اَمہٕ کیٚن دِلہ چیٚن تارَن زیر آسہ دِنہٕ آمٕژ۔ اَمہٕ کِس جوابس منٛز دراےٚ خوفہٕ ہٕرٕژ تہٕ سرتازٕ آوازٕ نبٕر۔ تہٕ سیٚتی گیہ گاٸب تہٕ۔ ییٚلہٕ اکہٕ لٹہٕ ووٚتہٕ لے یہٕ سوٚے زوردار تہٕ ژٕکھ ہُژ کمہٕ پِٹھ تہٕ اَتھ منٛز زَن تہٕ سوٗرُے کیٛنہہ چھٕٹِتھ گو۔ زن تہٕ کُس تام بوٚڈ مُصیبتھ تہٕ بلاے آمٕژ اُسہٕ دٕپھ اَمہٕ سیٚتی اوس عادہ بدلہٕ غمہٕ ہُنٛک جذبہ ووٚتھ یدان۔ اَمہٕ پتہٕ ووٚتلے یہ اکھ شپہٕ مٕژ پیہہ مٕژ، نٕفٕتہٕ آواز، یُس سیٚزٕ سادٕ لیہ منٛز سحرہ کرَن والس اندازس منٛز گوٚ نہٕ لج۔

مانچہ کوٚر بیہ واپہٕ پانٛٹھو دِلَن زِ سُہ کرٕ ہے تمَن سیٚتی دٔزٕ لولہٕ ہُرزٕ کتھ۔ سُہ اُس موسیقی ہنٛدِ ستٕروٗرَن آوٕرمٕژ۔ تمہٕ کوٚر وُٹھ گمہٕ جار۔ تس اوس پینہٕ نہٕ جاپہٕ بہہتھ زِ سُہ ہیٚکہٕ یمَن باگے بارٕ منٛ اُلتہٕ روٗٹ کٔرِتھ۔

تمہٕ ترٲو ژٕ پاسے نظر۔ سُہ کیاہ سُنا ہیٚکہہ کٔرِتھ؟ سُہ وٕزِتھ لوٚت پانٛٹھی تہٕ چوکس منٛز اَژِتھ لوگُن سماوار۔ مگر تمَن ہنٛدِ خاطرٕ کیٛنہہ کرُن تھ امار ہیٛمیوٗ تہٕ اَمہٕ سیٚتی۔ چاےٚ پھِرِ نہٕ دِزٕ کوٚر تمہٕ بانٛبرٕ۔ بوٚزُتھ اُشُن تہٕ ہیٚشٕن کتھ کرِنہٕ۔ باسان اوس زِ سُہ اُس نہٕ یِم لفظ صرف تمہٕ ہنے اوت بوزٕ ناوان۔ بٔلکہ اُسی تمو سیٚتی پینہٕ نٕسی دِلس تہٕ تسلاہ دِوان۔

" اَسہٕ یمَن زَن یِمہٕ اَنہٕ گُنٛڈ زندگی ہشٕنٛز حال چھ گامٕژ۔ چھ پرہٕ ہیتھ کانٛہہ چیز مَحسوس کران۔ دٕپھ پھرُن چھُنہٕ تگان۔ تہٕ اَمہٕ سیٚتی چھ اُسہ کیٛتھ تام ہیوٚکہ گرِدھان ییٚکیازِ۔ زانان تہٕ چھ۔ دٕپھ باگُرتھ چھنہٕ ہیکان۔ تہٕ

اکثر چھہٕ اَسہِ شرہٕ سیٹھاہ پانٕٹ پانٕس گمہٕ سران گژھان۔ اَسہِ چھہٕ پننٮ نٮن خیالن پیٹھ ژرٕ کھسان۔ پرٕ بیٚیہ طرفہٕ چھہٕ زندگی ٹھونکرٕ لایان۔ اَسہِ چھہٕ آرام ژھانڈان
دَپِہ خیال چھُ یِہ آرام تہٕ دِوان کرِتھ۔"

پتہٕ اَکھ وۄہتھ راوِتھ اوس نکولائی بوزان۔ تہٕ صوفیا پٮ۪ہ رتہٕ وٕچھ
چشمہٕ پٮ۪ارہٕ پاٹھ ہراوِتھ تس کُن کُن ٹھوٚتھ۔ تس گو سُو سگریٹ چوٚنٕے مُشتھ
یُس زَن وۄہٕ نی معہ کلنش ہٕ ونمُتھ اوس۔ سہٕ اُس وُنہٕ تہٕ پیانو ہس نکہ ہناتس
کُن پھیرِتھ بیٹھتھ۔ تہٕ مُتر نتر بہٕ اُس پیانو کس کُنہٕ پرُس دچھنہٕ اَتھہٕ سیٹھاہ
زیر زیر دِوان۔ تاڑن ہنز گنگ وارے رلے تہٕ ماچھ ہندِ ین تمن سیدِ ین ساد ن
تہٕ اثردار لفظن سیتھ۔ یمو سیتھ سہٕ پننین جذبن ہنز وۄہ کھنے کران اُس

"وۄہٕ نی ہیکہٕ بہٕ پانس تہٕ بیٚین لُکن پیٹھ تہٕ کینہہ وَنِتھ۔ یٮ۪یہ
چھہٕ وۄہٕ نی کیتھ فکرہٕ تران۔ گمہٕ ہٕ اوس تہٕ کیاہ پمہٕ کھاوُنہٕ یا بیٚیتھ پسانہٕ زندگی
منز چھہٕ پرٕ بیتھ اکہاہ کٔنی طریقہٕ لسان بسان۔ مگر وۄہٕ نی زون میٚہ نہٕ باقی لکھ
رکھتھ کُنہ چھہٕ روزان۔ تہٕ یٮ۪یلہِ ژٕ تس چھُم پیوان نہٕ بہٕ کہتھ کُنہٕ اَسہِ روزان
میٚہ چھُم سیٹھاہ دۄکھ واتان۔"

تمہٕ کرہٕ آواز بٮ۪یہ تہٕ ہناوٕت۔ تہٕ کلامہٕ ٹھووُن چلہٕ وُن۔ بنان چھُم
میانہٕ وٕنہٕ نکُہ انداز آسہِ نہٕ جان۔ یٮ۪ہ تہٕ چھُم بنان نہٕ میانین کتھن آسہِ نہٕ کانہہ
ہسر تکمیازہٕ تہی چھیوہٕ پانہٕ زانہٕ دِفی۔"

تمی سنزٕ آوازہٕ منز اوس وۄدہٕ نک گو بہر ہیٚؤ۔ مگر تمن کُن وُچھنہٕ
وِزہٕ اوس تمی سنزن اَچھن منز اُسن چھوٚ لُمت۔

"مگر بہٕ چھس تہٕ ہیہ بُروٚنٛہہ کنہٕ پٔنٕنۍ دِل مُرشِدس ہتھ حقوٗن یٔژھان
بہٕ چھس باوُن یٔژھان زِ تُہندِ پانٕ پرٕچھاگی تہٕ شادہِ ہندِ آثار کیتھ کنۍ چھ
میأنِس دِلس منٛز۔"

"اَسہِ چھہٕ خبر" نکولائی یُن ووٚن لِہٕ تہٕ ۂنٛٹہِ۔

باسان اوس زِ تَس تہٕ سۄہ پٔنٕنۍ آثار تہٕ تمنا کُنہٕ تِتہِ رنگہٕ باوُل اُس تہٕ
ہیکان اُسُتھ۔ تہٕ تِمہ کر تِمَن سارِنٕے چیزَن ہُنٛز کتھ۔ یِمہ تِمہ سِنٛدِ خاطرہ
نوٚ تہٕ عدِ رِدِس عمل دار آسہِ۔ تِمہ باوٕ تِمَن پٔنٕنۍ کرہِ پٔھٹی تہٕ جاگیرن پیٚٹھ وانہ ناو
والین مصیبتن ہنٛزِ زندگی ہُنٛز کتھ۔ سۄہ اُس نہٕ بُعض غیض یا شِشترٛاز ورتاوان
مگر دوٚنٛھ اُسِس ہیزل کرُنکہِ آیہ ہیوَر کُن پھیریتھ۔ تِمہ ہیٚنٛژ تِمَن بیٚیہِ رنگ تہٕ
سادہ روٗس وۄہ ہٕ ہنٛز یینٛہ پینہِ پینہٕ مُژراوُنۍ۔ ییٚتھ منٛز تہُنٛز پیٚتھ کالیٚچ زندگی
وۄنِتھ اُس۔ تِمہ بوو زِ تِمس کیتھ کنۍ اوس رٔفن چوب دِوان۔ تہٕ اکھ پیٚنٛڈ
کورُن تاجب زِ یِمَن چوبَن ہُند بہانہ اوس سیٚنٛٹھاہ معمولی آسان۔ تہٕ سۄہ
اُس نہٕ یِمو چوبو نِشہِ پٔنٕنۍ پان بچاوِتھ تہٕ ہیکان۔

تِم دۄہ نووے گیہِ خاموشی سان تِمہ سِنٛز کتھ بوزان۔ تِمَن اوس
یِمہ کتھ ہُند زبردس احساس زِ اَکِس تیٚژھہ شخصس بانیہ ہُنٛزِ سیٚٹھہ سادہ زندگی
ہنٛزہ کتھہ منٛز کیتہِ سنٛز خانہ مطلب اُسی کھٹتھ۔ سۄہ اکھ ہستی یُس تہٕ
اُز تام پوٚش سِنٛدہ کھعہ تہٕ زیادہ روچ تبہ دِنہٕ آو۔ تہٕ یِمہ پانہٕ تہٕ ژھعہ بہٕ دَم
کرِتھ بیٚنٛین ہنٛز راے تراے مانٛز بیٚژ اُس۔ باسان اوس زِ تَس تہٕ سایہ واد
زندگی ہنٛز داستان اُہنٛزہ زیٚوِ نیران اُس۔ یہ کینٛژھا تَس گدریومُتھ

اوس۔ تہٕ اوس نہٕ کینٛہہ تہٕ عوٗ جواب۔ تسٕنٛز زندگی اٲس تہٕ چھے عام تہٕ سیٚنٛز پرٛٹھ زن یتھ بُتراتھ پیٹھ روزن والین اکثر لُکن ہنٛز زندگی چھےٚ۔ تہٕ اُمہِ سٕنٛزٕ دہلیٖز لوٚب اکھ نمائندہ تہٕ علامٲتی درجہ۔ میچس کھٚسہٕ وٕکھٕ ڈُکھراوِتھ تہٕ بُچھتٕ اکھن منٛز رٔٹِتھ اوس نکولائی عانکہ یُتھ کٔنہ اُچھ زٕ مرادِتھ تس کُن وُچھان صوفیاہ رٔٹ کرسی ڈٲکھ۔ تس آسہٕ گٕنہٕ وزہ تیٖرہ پھٕٹان۔ تہٕ باقٕے اُس کلہٕ گلہ ناوان باسان اوس زن تہٕ تمی شُند بُچھ نکان تہٕ ندران اوس۔ تس اوس سگہٕ پیٹھ چھون تہٕ مُشِتھ گومُت۔

"اکھ وقتاہ اوس سُہ تہٕ یٮ۪لہٕ پننٕ پان بدقسمتھ زانان اٲسۍ صوفیا وٕژھ چشمہ نوٗمراوِتھ لوہ تہٕ ہُٹھ۔ "میہ اوس باسان زن تہٕ ہُنزِ یانس منٛز زندگی اٲسِس کڈان۔ یہ چھ تمن دوہن ہنٛز کتھ۔ یٮ۪لہ بہٕ اکِس لوکٹس قصبس منٛز جلاوطن اٲس ہٮ۪س کرمِژ۔ کٲماہ کاراہ تہٕ اوس نہٕ کانٛہہ۔ پانس ورائے اوس نہٕ بیٚیہ کانٛہہ چیزاہ یتھ پیٹھ انسان سوچہ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ دروس نہٕ آسنہٕ کنہ اٲسس بہٕ اموٗب پننہٕ بدقسمتی ہندیو واقہ ژٔھنسہ پادان۔ یہ اٲسس پننہٕ نس ماٲلس سیٚتھ ژُدان۔ میہ کوتاہ ٹُھنیٹھ اوس سُہ۔ یٮ۪لہ بہٕ مدرسہ منٛزٕ گرٕ ہاس لکن آو دنہٕ زہ تمن پٕزہ تہٕ میہ بے شرمہ ہنٛزہ دنہٕ پکن بہ واتہٕ ناوٕ ہس جیل۔ میانٮ۪ن اکی سیٚتر باج اوس پولیسس میون بے پتاہ دیتمُت۔ میوات خانہ دار آو رٕٹنہٕ۔ تمہ پتہٕ بیٚیہ سُے جیل تہٕ جلاوطنی۔ پتہٕ واتھ میہ رعنہٕ سندہ مرنیچ شیچھ۔ باسیوم میاٮ۪نی ہش تہٕ آسیا کانٛہہ دوہ کہ لد زندگی۔ مگر پلہ گیا نلوونا۔ میانہٕ زندگی ہندِ ساری مصیبتھ، بلکہ امہ کھوتہ دوہ گنہٕ مصیبتھ

ہیکن نہٕ چانہٕ زندگی ہندس اکس رتس ستہٕ تہٕ مقابلہ کٔرتھ۔ ژٕ یہٕ چھکھ دٕرکٕ پہٕ
وادن وَوہَس تہٕ رٲٹس مصیبتھ تُلِ میٚتی۔ یٖتھہٕ مصیبتھ ژٔالنہٕ خٕطر بتہٕ کتہٕ چھ انسانس
منز آسان؟"

" لُکن چھ وپنہٕ راوٕنس ہٕل گژھان۔" وۄش ترٲوِتھ وَنُتھ پلاگیا۔

" میٚ چھُ باسان میٚ چھ زندگی پوٚرہٕ پٲٹھی زانِتھ ہرٕش۔" نکولائی وۄدتھ بوزہٕ
شوٗزہ سان ہیٚو۔" مگر پیٚلہ کانہہ میٚ بٕنہِ سُیتھے ہیٚو گَژن بوزہٕ ناوان چھُ۔ یہٕ چھس
زندگی نکہہ پیٚتھ اکھ سام ہیکان ہیتھ۔ کتابہٕ سام ہٕز۔ تہٕ نہٕ میانین اورہٕ یورچھکون
آمتین توژن ہنزہٕ بُنیاز پیٚٹھ بناوِ ہرٕش کانہہ سام۔ امہٕ وزہٕ چھ میٚ اکھ اکھ نٕمہٕ
وال تام تھوٚد گژھان وِتھتھ۔ یمے لہ کچہ کھتے چھ تمہٕ۔ یمہٕ زن خدٕ روس
خوفناکھ آسان چھُ۔ تمہٕ نے موٗلی گرین تہٕ ژٕہین ہنزہٕ کتھ۔ یموٕ ستہٕ ریٚتھ
تہٕ وَری بنان چھ۔"

کتھ رٗوز چلہٕ وٕنی۔ اوٗتام زہٕ انہٕ گنڈ زندگی ہندس ساری گوشہ آیہٕ امہٕ
ستہٕ وٕلنہٕ۔ مٲج وَنُتھ ڈُنگ دِتھ بوٕن تام پننِس یادہٕ وٕترس۔ تہٕ دوہٕ دپیچ
بے عزتی تہٕ کریچھرِ زوالنہٕ انیخ بٕنتھ کالہٕ کہ گنڈ زولہٕ منزہٕ نیبرٕ کڈتھ۔ یموٗ زولانو
اُسو تمی سینس یادوٕنکی دوہ جہنم بناوِ رٔٹ۔ اخرس وَنُتھ سعہ:

" وٕچھو یہٕ رٔژھ چھس۔ کھتا کھتا گیس کراں تہٕ خیالے رٗودُم نہٕ
زہٕ یہٕ ماچھُ شونگناکھ دٕکھ۔ وٕنہٕ نہٕ خاطرہٕ رٹیوٚتھ زہٕ وٕنرہٕ دُمراتن ستیے باوٕو۔ توٕ تہٕ
سعہ کلینہٕ؟"

سعہ کرٕ بٲے بارنیوٗ لوٗت پٲٹھی رِوٚ خصنہٕ۔ تس پاسیوٗ زہٕ نکولائی چھُ

بُرونٛٹھ مہ کھوٚتہٕ زیادٕے نمیوٚمُت۔ نیرنہٕ وِزِ رۄٹ تمیٚ ماجہ ہُند اَتھ چیرٕ اَتھَن منٛز۔ صوفیا درٛایہ تٔس کمرس تام سیٚتۍ۔ تہٕ بَرس نکھہٕ وٲتِتھ دُژھن سۄہ پوٚت پھیرِتھ

"وارٕ ہٮ۪ے شونگِو زہ۔ خُداہ حافظ!"

تسنٛز آواز آس جذباتو سیٚتۍ بَرِتھ تہٕ تسنٛزٕ سۄری رنگہٕ چشمہٕ آسہ لوٚلہ سان ماجہ کُن وُچھان۔

پلاگیا رۄٹ صوفیایہ ہُند اَتھ دۄشوٕن اَتھن منٛز۔ تہٕ زورٕ دِیُتُنس چیر!

"شُکریہ!" تمہٕ وۄن۔

# ۴

کینہہ دوہ پتہٕ بیٚنیہ مأج تہٕ صوفیا قصبہ چھِ نیٚبر یأرِ ژھو ذنانِ ہندِس زٕخس منٛز نکولائی ہٕنس بُروٚنٛھ کنہِ ووٚتھتھ۔ تِمو اُسہٕ پرٲنۍ ھُنٛڈرٕ پلو تہٕ صندرٕ لٲگِتھ۔ پھِٹکِن پیٹھ اُسکھ ھٹیلہٕ الآنٛدی تہٕ اَتھن منٛز لورٕ۔ اَتھ پوشاکس منٛز اُسس صوفیا لوکٹ ہرٕ ہش باسان۔ تہٕ اُمی سُند لیوٚدرٕ بُتھ اوس بیٚنیہ ہیٚن تہٕ سنجیدٕ باسنہٕ لوگمُت۔

تِمو رود خصتھ کرنہٕ وزہ دِیت نکولائی ژٕ پتہٕ بیٚنہِ ہنٛدِس اَتھس زور چھپ۔ تہٕ مأج گیہ بیٚنیہ اکہ لٹہ اَمہِ رِشتہٕ کہ سوٚکوان دِنہٕ والہِ سیرٕ سیٹھا متأثر۔ ہیموٗ اُسے بار بار کرہی تہٕ اکھ اکس معہٕ تہٕ مینٹھی تہٕ نہ ہیوٗ تکھ ٹاٹھ نیارٕ سان اکھ اکی سُند ناو۔ مگر تم دوشوٕے اُسہٕ اکھ اکس سیدٕ پأنٛتھ دوہے پریشان تہٕ فکرن منٛز روزان۔ مأج یتہٕ پانہٕ روزان اُسی یتہٕ اُسہِ کیمھ پانہٕ وأنی ماہ تہٕ مینٹھو کران۔ ٹاٹھ نیارٕ سان ناو ہیوان۔ مگر نم ٹکھ اُسہٕ وقتہ کأرِ کُکھے میتین ہونین ہندکہ یأٹھو اکھ اکس ناٹِ تہٕ زٹمان۔ دوشوٕے زٕنہ درٲیہ ژھوہ یہ دَم کرِتھ ہیٚبر مئیہ سرٹکو کنہِ تہٕ واتہٕ

کھٔہن کُن۔ وٕڑہٕ بُرنزٕ کُلیو مَنٛز بنٲوٕ مُرٛژ کھجہ تہٕ اُگرٕ ہتھ گرٕ سرٛٹ کٔرِتھ آسہ تِمہ دوٕ شوٗرے اَکھ اَکِس نکھہٕ نکھہٕ پکان۔

"ژٕ سے تھمکِکھ؟" مٲج وُژھ صوفیا یہ کُن۔

"ژیرٕ کیاہ راے چھے۔ بہٕ چھسا یتھہ زندگی منٛز کینٛہہ کم یہٕن گَوھ کھٔلیو پیچ ہُرژ؟ میہ ہے چھہ یمن سارِنے کھتمن ہنٛز ہٲل"

اُسان اُسان بیہٕ صوفیاہٕ ہنزٕ یمن انقلاٰبی سرگرمیَن ہنٛز کتھ کرنہٕ۔ زِن تہٕ لوہ کہ چارچہ شُرہٕ لاٗزِس پھران اُس۔ سہ اُس پانس اَپزی ناو کٔرِتھ گرٕ تہٕ رہٕ اَرٕ ہندی جاٰلی کاگذ ہیتھ پھیران۔ رُکھ بدلاوِتھ اوسُن پننِس پانس خفیہ پُلسہ کین نفرن نِشہ کھوٗٹِتھ۔ بارواد کتاب آسن اَکہ شہرہ پیٹھ بییس شہرس تام واتنٲوِی مژ۔ جلاوطن کرنہٕ آمتین سیتھ باجن ہندرٕ ژلہٕ نکھہ بوٗندیس اوسُن کورمتھ۔ تہٕ تِم بیٚین مُلکن منٛز واتہٕ ناوِتھ اُس پوت پھیرٕ ژ۔ اکہ پھیرٕ اوس تِمہ پنٕنہٕ گرہ خلاف قونون چھاپہ خانہ ترومُت۔ پُلسس یئلہ اَمیکھ پیۓ لوٗگ۔ تِم پیٹھ واٗتِتھ۔ اَمہ وِزہٕ اوس تِمہ نوکرانہٕ ہُندٕ رکھ لو گمٕت۔ تہٕ پُلسس برٕ ونِتھ کٔنی اُس پھاٹکہ کِنہٕ ژٕ جمرٕ ژ۔ وندہ کال اوس بوٗرٕ اُس ہلکہ پہ شاکھ لاگتھ تہٕ کھسرٕ شُرہٕ کپرٕ دوراہ ڈٕلتھ ساری ہے شہرس ژھوٹہٕ کڈِتھ آمُرٛژ۔ اَتھس کیتھہ اوسُن زلہٕ بیپہ تُلمُت زَن تہٕ میٛٹرٕ تیل مُلہ ہینہٕ دراٰمرٛژ اُس۔

دوہ ہہ اَکہ پتیو اُمس اکس اِزاٰفی شہرس منٛز کیتنژن رفیقن سمکھنہٕ گژھن۔ یئلہ سہ تہندس گرس نکھہ واٗژ۔ اندرٕ اُسہ پُلسہ واٲلی تلاشی

کرَان۔ پۆت پھیرُن اوس مُشکل۔ اَوَہ کنِہ دٲسے اَمہِ بیٚیہ شوٗنکھو پاٹھو بۄنہٕ مکانیچ گاٹنٹھ۔ تہٕ زان پَچھان آسنہٕ کرنہٕ بنیدسے یہٕ اَتھ گرس منز۔ تِہمَن بنِتھ تھوٗدُن تہٕ کینٛہہ تہِ کھٹِتھ تہٕ ووٗنُن:!

"اگر تہِیُ یُتھ ہُو تہِیُ ہیٚکو میٚہ پولیٖسس حوالہ کرِتھ۔ مگر میوٗن خیال چھُ تہِیُ کرِو نہٕ تہِ ہرگز تہِ۔"

تِم لُکھ اُسِ نیٚہایت کھوٗژِ مِتہِ تہٕ راتس گرِتھ یِنہٕ اَکِس ڈَہِس تہٕ نِندرِ۔ باسان اوس تِمَن زہٕ وُنی نہٕ دِیہ کانٛہہ بِرس ڈکہ۔ مگر تِمو کُنہٕ سۭتۍ پولیٖسس حوالہ۔ تہٕ دۆہ مہ صُبحَن کور تِمو اَتھ دلچسپ واقعس پیٚٹھ دوٚرژھ وأنِج اُسناہ۔

بنیہ اَکہ لوگ تِمہ پادرِہ بایہ ہُندرکھ تہٕ خفیہ پولیسہ کِس تسۍ نفرس سۭتھی تہٕ تسند ہیسے ڈبس منز کوٚرُن سفر۔ یُس زن تَس ژھارنہٕ باپتھ مُقرر اوس آمُت کرنہٕ۔ تِمہ نفرن اوس بڈہ لاف دِیی دِیی تَس نِشہِ بوٗزمُت زہٕ سہٕ کیہٕ ہُشاری سان اوس تِمس زنانہِ پَتَس پَتہٕ ہَس روٗزِتھ۔ تِمو اوس پَتہٕ دوٗنمُت زہٕ یقیٖنن اُس سہٕ زنانہٕ اُتھی ریلہ منز سیکنڈ کلاسس منز سفر کران۔ یہٕ نفر اوس پرتھ سٹیشنس پیٚٹھ بوٚن وَسِتھ تسند پیے ہیوان کڈُن۔ تہٕ ڈبس منز واپس پِتھ اوس وَنان۔

"نظری چھُنہٕ کُنہِ گژھان۔ شاید آسہ شوٗنگِتھ۔ آخر چھِ یِم لُکھ یہ تھکاٚنی۔ تہٕ پَہنز زندگی چھِنہٕ سانہٕ کھوتہٕ کینٛہہ تہِ بہتر۔"

یِمہٕ کتھ بوٗزِتھ تروو ماجہ اُسُن۔ تہٕ بڈہ شفقتہٕ سان وُچھُن

صوفیایہ کُن۔ تھزنوزٕکھ صوفیا اُس پَتہٕ نیومارِی مندِیو کھہ رُوسیتۍ وُلِو وُلی یُکان۔ اُمہِنزٕ وۄنہ ہتھ بیٹھ، کیتھ باہتھ ہِنٛدہ اندازہ، میچھ گمہٕ آوازہ تہٕ سَنیدہ تہٕ شوٗب واد قدہ؛ موہ خصر پیٚٹھ چیرہٕ مَنزٕ اوس طاقت تہٕ جوارتھ پیدان۔ پیٚٹھ چیرِس نسبتھ تمہِ سُند رُوہ یہٕ اوس آسۍ بخشن وول سیٚھ یُتھ کُن تہٕ نظر کرہے۔ تتہٕ اوس کانہہ نَتہٕ کانٛہہ تیتھ چیز ضوٗدور آسان۔ یُمہ سیتۍ سعہ خوش اُس گژھان۔

"یہ صعہ نومبر کوٗ تاہ مارِی موٚنٛد چھُہ!"

اَکِس گُلِس کُن وُچھتھ وۄن صوفیایہ۔ ماجہ وُچھ قدم ٹھہرٲوِتھ یہ صعہ نومبر اوس تہٕ بیٚنیو گُلیو نِشہِ کینٛہہ تہٕ بیٚون ہیوٗ باسان۔

"آ۔ بڈٕ مارِی موٚنٛد چھُہ" ماجہ ترٛوو اُشُق۔ تہٕ صوفیایہ ہِنٛدِ چھوٗت گژھن والہِ مَنٛز پیچ کھیٚتشی لیٚجٕ وُچھنہِ۔ یُس زُن ہوٗ ہا سیتھ تیندِس کنس تَل نژان اوس۔

"وُچھی جل ہے!"

صوفیایہ ہنٛزٕ سوٗرِی رنگہٕ چشمہ لجہ لوٗلہ سیتۍ گاہ تراوِنہٕ۔ باسان اوس زُن تہٕ سعہ پَتہٕ نہٕ ساری بَدنہٕ سیتۍ اُتھ کھُلہ ڈُلہِ فضہ ہاس منٛز گرٛیزٕن واجنہٕ نادیدہ موسیقی بوزٕنی اُس یژھان۔ باسنی اُس سعہ پیٚن اُوِلی تہٕ ژاوِلی بدن نومرٲوِتھ کانٛہہ جنگلۍ پوٚشہ تُلان۔ اُمہِ کیٚن کانہہ وٚنین وُبھرن پَیٚنہٕ ژاوِی چہ نوٗک دار اوٚنگجہ پھیران۔ تہٕ کانٛہہ لے نستہٕ مَنٛزٕ بی گیوان۔
ہیمو نسارہ وپے کھتو سیتۍ نیٚو اُمہِ سوٗرِی رنگہٕ چشمہ واجنہٕ ژاپہٕ

ماجہ ہُند دِل مُہھتھ۔ تہٕ سہ لٔج تَس پلنگٕی نکھہ نکھہ پکنہٕ۔ تہٕ پیٚو کوٗشِش کرنہٕ زِ سہ گژھہ نہٕ تَس پتھ گرٕ چھنو۔ مگر باوٕنے اَمِس صوفیا بڈٕہ سختی سان کتھ کران۔

اَمہ وِزِ اوس ماجہ پھیران ہیوٚ تہٕ سہ اَمِس بےقرار گژھتھ دِلہٕ مَنٛز سوچان

" ریبنس کھسہ نہٕ یہ ٹارہ "

مگر سیٹھا اَمِس صوفیا بڈٕہ وژھہ وائج تہٕ سیٚزرہ سان بولان۔

تہٕ مٲج اَمِس اُشناہ کرتھ تَس کُن وُچھان۔

" ژٕہ کاژٕہ ہے لوکٹ چھکھ وُنہٕ ! " تمہٕ وون ووش ترٲوِتھ

" ترٕہ وَرِش ہے وٲژس " صوفیاہ وون۔

پلاگیاہ کمہٕ ناو وُٹھ۔

" نا ے تہٕ اوس نہٕ میون مطلب۔ بہتھ چھکھ ژٕہ اَمہ کھوتہٕ زیادٕہ وٲنسہٕ باسان۔ مگر یہ بیلہ چانہٕ کتھ چھس بوزان تہٕ چانین اَچھن کُن نظر چھس کران۔ یہ چھس حٲرت گژھان۔ بلکُل کورہ ہن چھکھ ژٕہ اَمہ وِزِ باسان۔ چانٛی زندگی چھےٚ کر ہیٹھ تہٕ خطرناکھ روٗزمژ۔ مگر چون دِل چھُ ہمیشہ اُسان آسان "۔

" میٚہ چھےٚ نہٕ کریچھرک احساسے گژھان۔ تہٕ باسان چھُم زِ میانہٕ کھوتہٕ ترٕژ تہٕ خوش کرہ وٕنی تہٕ آسیا بیٚنیہ کانسہٕ ہنز زندگی یہ ہے آسے ژٕیہ مٲلی ناوٕہ آلو دوان۔ یانے نلوونا۔ پلاگیا چھےٚ نہٕ ژٕیہ بجان۔"

" یہ خوش کری "۔ رٕژھا سوٗنچھتھ ووٚن ماجہ " یہ ژٕیہ دِل کری۔

یہ چھس ژٕیہ کُن وُچھان۔ چانہٕ کتھ بوزان۔ تہٕ کینٛژھا سونچان۔ یہ زانہٕ تھ

کاںژاہ فرحت چھ میٚیہ میلان ۔ زِہ ژٕیہ چھِکھ اِنسانہٕ ہیٚندِس دِلَس تام واتنہٕ نِیچ وَتھ لٔب مٕژ ۔ پٔریٚتھ اَکھاہ چھُ ژٕیہ سیٚٹھاہ کھُلہٕ دِلہٕ کتھ باوٕنہٕ کران تہٕ یہ ہیٚکان باوِتھ زِہ تِمو سِندِس دِلَس مَنٛز کَم کَم خیال چھِ وۄتھان ۔ شُر چھ پانے پیٚنہٕ نِہ مرضی پیٚنہٕ نِہ رٕژٕ جِکہٕ ٹھرِ تھوٚو دٔلان ۔ یہ خیال چھ میٚانِس ذہنس مَنٛز وِزہٕ وِزہٕ یِوان ۔ چانٛز سیٚٹھاہ باجٕ لٔبِن اَکھرِس زندگی ہِنٛزٕن خرابِیَن پیٚٹھ فتح ۔ یہ کتھ چھ بِلکُل سیٚکہٕ !"

"سانٛز فتح چھ اَمہٕ کِنہٕ یقینی زِہ کامگار چھ اَسہٕ سیٚٹھاہ !" صوفیایہ دوٚپ پۆرہٕ پٔژھ سان ۔" ہیمن مَنٛز چھُ بوٚڈ بارہٕ طاقتھ تہٕ ہیٚنہٕ ہیٚندہٕ خاطرٕ چھ پٔریٚتھ اَکھ چیز ممکن ! حنوٗر دٔرِتھ چھُ یُنیٚتھ اوت زِہ ہیمن گرٛٔژھ پیٚنہٕ قدرٕ نہٕ معمول فِکرِ ژٕرٕن ۔ یُتھ زن ہم آزادی سان ترقی کرٕن !"

اَہِنٛزٕ وِ کتھو سیٚٹھاہ ہیٚنِس ماجہ ہیٚندِس دِلَس مَنٛز زٕلرٕ رٕلہٕ جذبات ہووِ وۄزٕنی ۔ خبر کیا زِہ آو تَس صوفیایہ پیٚٹھ عار ۔ اَتھ مَنٛز اوس تِہ کانٛہہ وۄلیٚہ غائر دوستانہٕ جذبہٕ ۔ مگر تَس کوٚر دِلَن زِہ سۄ کرِہ ہا کانٛہہ سیٚٹھاہ سادٕہ کتھاہ ۔

" اَمیٚکھ ماوٕنہٕ نہٕ دِیا تعہ ہہ کانٛہہ زِہ ؟" سۄ وۄنٛژھ لۄت پٲٹھو درد بند لہجس مَنٛز ۔

" ماوٕنہٕ میٚول !" صوفیا وۄنٛژھ درجواب ۔ تہٕ ماجہ باسیوو زِہ یِمَن لفظَن مَنٛز اوس فخرٕچ رٕلہٕ مِش ۔" اَسہٕ چھ زندگی ہِنٛز سۄ وَتھ درینٛٹھ آمٕژ ۔ یۄسہ اَسہٕ شتھ چھ بخشان ۔ اَسہٕ چھ پیٚنہٕ نِہ رٕژٕ جِکہٕ سورُے قوت وۄتھ ورتاوِتھ زندگی کٔڈان ۔ اَمہٕ اور کیاہ گژھِ زندگی دِنی ؟"

ماجہ کرٕ تِمَس نظراہ۔ پتہٕ ترٲوِن اَچھ بٔدن کُن۔ تہٕ بٮ۪یہِ اکہٕ لٹہٕ کوٗرُن دِلہٕ منٛزی سوٚنٛچھ۔

"میخائیلو کرِہ نہٕ اَمِس پسند"

تِمہٕ دوٚہ شوے آسہٕ وُلی وُلی مگر باقیدہ دراَیی پکان۔ خوش پوٚنِس ہُوٚرٕ ہٮ۪س منٛز آسہٕ تِمہٕ زٕ ہٮ۪ٹھ زٕ ہٮ۪ٹھ شاہ ہیوان۔ ماجہ باسیوو زَن تہٕ تِمہٕ کٕنٛہ تام زیارَتَس کُن گژھان آسہٕ۔ تَس پٮ۪یہِ پَتہٕ نہٕ لٔو کہ چارچ سٕہ شادی ژٕتھَس میلہٕ سٕہ گامہٕ دوٗر اَکِس خانقاہَس منٛز عبادتھ کرِنہِ گیہِ۔ اَتھ خانقاہس مُتلق ادس وَنہٕ نہٕ یِوان۔ زِ اَتہٕ چھِ موجزہ ہاوَن واجِنہٕ اکھ ہوٚر ژ۔

صوفیاٲن باضے اسمانَس مُتلق یا عشقس مُتلق کانٛہہ توٗتھ باتھ بدٕہ میچھ لیہِ منٛز گیوان۔ یا اُمِس سٕہ کُنہٕ کُنہٕ کھٔہَن، وَنَن تہٕ والگا دٔری یاوِس مُتلق نظمہٕ بوزہٕ ناوان۔ تہٕ ماج اُمِس ہیمہٕ نظمہ بوزِتھ تبسم کران، تہٕ بیہِ پرادہٕ پأٹھی اُمِس نظمہ ہنٛزہٕ لیہِ سیتی پنٕنہٕ کلہٕ نژہٕ ناوان۔ تہٕ موسیقی ہنٛزن لہرن منٛز وَہتھ گژھان۔

تَس اندر ادس لو لکھ، سوکھ، نکھہٕ تہٕ خیالن ہنٛد احساس وُزان زَن تہٕ رٮ۪تہٕ کالہٕ کہ کُنہٕ شامہٕ سٕہ اَکِس باغہٕ ہٲژہٕ منٛز کُنہٕ کوٗتَس منٛز بہِتھ اُمِس

# ۵

ترٚیِو مٕہ دوہن واتٕہ تِمہٕ مٕنز لَس۔ کٔھہس مٔنز کام کرٚن وٲلِس اَکِس گرٚہستس پرٕژھ تِمَو نارکول کارخانُک پتاہ۔ تہٕ تِمَو دوشوٕے ہیوٚت جنگلہ منزٕ نیرٕن واجنہٕ ٹاسہٕ رٕہ سرٕٹکہٕ پٮ۪ٹھی پکُن۔ یَتھ زَن گٕژھ ہوٚوٚ سٟتی ہیرٕ پاٹھی ہیوٕ بنےٚ میتھ اٲسی۔ سرٕٹکہٕ ڈسان وسان واتٕہ تِمہٕ اَکِس کھلہٕ جایہِ نِشس۔ یٮ۪تہٕ ژھوٕ پاٹھی ژٕہنن، نِرِتھ ہچِھن تہٕ نارکولس ڈیرا اٲسی گامتھ

"آخرٕ تہٕ واتی!" رٕژھ کھنڈ پریشان گژھتھ ترٲو ماجہ ساٹھی سِے نظراہ۔

بٲشو تہٕ گُگ کنجوٗ سٟتی بناوِہ مٔرٕژہ اَکِس چھپَن جایہِ برٕونٛٹھ گٕنہ اوس اکھ میچ۔ زمینہٕ منز وٲلی میتین کوٚٹھن پیٹھ اسکھ ترٕیہ تختہ رکلیو سٟتی ٹھاسہٕ وٕلہ میچ بنومُت۔ اَتھ میچس پیٹھ اوس ریٖپبن بِھیم تہٕ دون نوجوان لڑکن سٟتی بہِتھ کھانہٕ کھیوان۔ تَس اُمی نارکولہ سٟتی ہیرٕ بون گژھتھ درامُژ۔ تہٕ گُرٕتنہٕ ہنٛزٕ تنہٕ آسَن وٕژھ تراوِہ مٔرٕژہ۔ سادٕہ نِے برٕونٛٹھ پیٹھی تَمی سِے ہیمن زٕہن کُن نظر۔ تہٕ اُچھَن پیٹھ اَتھک ٹھوٗر گرٕتھ

لوگ سُہ ژھعہ پہٕ ردم کرِتھ تہندِس واتہٕ نس پرارنہٕ۔

"میخائلو بابا آداب!" ماجہ وژ دوٗری کرنہٕ یکھہ۔

ٹھوٗدٕ دٕ کھتھ ہیوٗت تمیٚ دارہ دارہ تمِس کُن گژھن۔ تہٕ ییلہِ سعہ پرٕزہ ناوِن۔ ٹھہراو کرِتھ لوگ اَسنہٕ تہٕ پنہٕ نہٕ کرتیہنہ اتھ سینہٕ لشِس پھش دِنہٕ۔

"اَسہِ ہا اَسہِ زیارتس گژھان۔" بُرونٹھ کُن واتتھ دوٗپن ماجہ۔ "تہٕ دوٗپ دولا پنہٕ نس باجِس پرٕژھو خبراہ اَترٕ۔ یہ چھ میانٕی دِس آنا۔"

پنہٕ نہٕ کارِگری پیٹھ خوش گژھتھ تراو تمہِ صوفیایہ ہندِس سنجیدہ بُتھِس کُن تلہٕ تارہ نظر۔

"آداب!" بلہٕ اُسن کرِتھ دوٗتھہٕ ریبین۔ ماجہ سیتی کوٗرُن اتھہٕ واس۔ تہٕ صوفیایہ کوٗرُن تعظیم۔

"اَچھیٚ زسے وَن۔ تہنٛدِ نے چھپوہ شہرہ۔ ییٚتہٕ چھنہٕ اَپزٕ کُنٕ منوروٗر ہم ساری پنیٚ نی۔"

میجس نکہہ بہتھے لوگ یفیم پیمن زاگرن وُچھنہٕ۔ پتہٕ کرِ تمیٚ پنہٕ نین باجن سیتی کیاہ تام پھسہ رادٕسے۔ تہٕ ییلہِ تمہِ نکھہ واتژہ۔ سوٗ دوٗتھ رٕسے ٹھوٗد۔ تہٕ کوٗر نکھہ تعظیم۔ تہندی باجہِ رٕودِ کہ لوٗت پاٹھی بیہتھ زَن تہٕ پرٕژھو وُچھکھے نہٕ۔

"اَسہِ ہے چھ ییٚنہٕ بلکل پادرہِ ہوکہ روزان۔" پلاگیایہ ہندِس

پھیکس مَنٛز مَنٛز دِیتھ وۄن رینبن "کانٛہہ اَکھاہ تہٕ چھُنہٕ سمکھنہٕ یِوان۔ مأکھ چھُہ اوٚرے گوٚمُت۔ تِمہٕ سٕنٛز زنانہٕ چھہ شفاخانہٕ۔ وۄنی چھُس بہٕ تقریباً ساریٕے سپھےٚ وُچھان کران۔ بٕہوو قدم۔ کیٛنٛہہ چیٛنیو کرِو۔ یفیما۔ گژھو وۄنہٕ اَتھ"

یفیم ژاو سایہ بانٛس تَل۔ تہٕ زأیرو وأنی تمہٕ بیٛہہ ٹھیلہٕ اَکی اَکی تہٕ زأیرنی نوجوانن کوٚر تِمَن اَتھہٕ روٚٹ۔ مگر تِمو سٕند دوٚیُم ژھوٚٹ موٚٹ تہٕ جُرٛ دار بورج روٚد میچس کھوٚنہٕ وَٹھ دِتھ بیہتھیے۔ تہٕ یِتہٕ لوگ کیا ہتام گِنٛگہ رارسے کرِتھ ییمَن کُن وارہٕ پأٹھی وُچھنہٕ۔

تارکو تیز مُشکُ تہٕ وۄنہ دریمتین پَنٕنہٕ وُتھرَن ہٕنٛزہٕ بوہہ سیتھہٕ ہیٚتِن زنانَن کلہٕ گیرٕنی۔

"یہٕ گوٚ یاکوف" رینبن ووٚن تھدِس لُڑکس کُن ہاوِتھ۔ "دوٚیُم گوٚ اِگناٹ۔ اوہ بی ژہٕ وَن پَنٕنہٕ نسہٕ نیٚچوی سٕنٛز خبراہ اَتراہ؟"

"سُہ چھُہ جیلس مَنٛز" وۄنُس تراوِتھ ووٚن ماچہٕ۔

"گوٚ سُہ ووت بیتیہٕ جیلس مَنٛز؟" رینبن ووٚن "مےٚ چھُہ تران فکرہٕ تسُس چھُہ جیلی پسند آمُت۔"

اگناٹن کوٚر گیوٚن بَند۔ یاکوفن رٹ ماچہٕ نِشہٕ لوٚر تہٕ ووٚنُن "بیہو"

"وۄنہٕ دِیہِ کیٛہہ زہٕ چھکھ بیہی؟" رینبن ووٚن صوفیایہ کُن۔ سۄ بیٚٹھ اَکِس کُنٛگ گوٚڈس پیٚٹھ رَستے۔ تہٕ لٔج رینبس سام ہیٚنٛنہٕ

"کرِی روٚنگھ؟" ماچہٕ نکھہٕ بیہتھ تہٕ کلہٕ گلہٕ ناوِتھ پرٛژھ رینبن

"ژیٚہ ہے چھےٚ گوڈہ نصیبے یُتھےٚ۔"

"سوڑے گوژٕتےٚ" تمہ ووٚن۔

"گوٚ نا ہٲل گٔیہِ یمن کتھن؟"

"نا ہٲل گییم نہ۔ دٕپھ سوچان چھس زہ بچارہ؟"

"ہوٚں۔" رمیین ووٚنُتھ "اَدہٕ بی کتھ وَن ذرا واش گڈٕتھ۔"

یفیسم آو دودٕ بانہٕ ہیٚتھ۔ میچہ پیٹھٕ تُلن پیالہ تہٕ صاف کرِتھ پھرُن دود تہٕ پیالِس پٔتھ نوٚوُن صوفیاہس۔ اَتھ سأری ہیے کالس بوٗز تمۍ دِل دِتھ ہاچہ ہنٛز کتھ۔ تہٕ سأری کأم کرِن بڈٕہ ہوشہ سان تہٕ بانن کرِن نہ زَژھ نہ ٹاسہ رائے۔ مأج پیٚلہِ سأری کتھ وٕنِتھ موکلیہٕ۔ برتنس کھنڈس گٔیہِ ژھوپہٕ۔ تہٕ کأنسہ تہٕ تیٚج نہٕ اکھ اکس کُن اَچھ۔ اِگناٹ اوس میچہ بجِن پیٹھ تمہ سیٚتی کیا ہتام شکلہ بناوان۔ یفیسم اوس رمیین سِندین پھٹیکین سیٚتی کھونہٕ وَٹھ دِتھ ووٚدنہٕ۔ یاکوف اوس اکس کٔنس سیٚتی ڈاک دِتھ تہٕ سپنس پیٹھ اَتھہٕ گنڈِتھ کھڑا۔ تمۍ اُس کأر نوٚمرأو ہرشہ صوفیا اُس بہِتھ۔ گریسو تین وارہ بأٹھو وُچھان۔

"ہوٚں" رمیین ووٚنُتھ لعۂ تہٕ ہٹہٕ تہٕ آرہ کٔتِس اندازس منٛز "گو بیٚھے کنٛہ برمندہ ین!"

"اُسی تیٚیہ یُتھے جولوٗساہ کڈٕو"۔ زہر خندہ کرِتھ ووٚن یفیمن۔

"گریسو کرِن اَسہِ کھش۔"

"رِبل کٔل کھش کرِن۔" کلہٕ گلہٕ ناوِتھ کوٗر اِگناٹن تأئید۔

"بہ گژھ کارخانس منز کام کرنہ۔ تتہ چھہ رژھ کھنڈ حالتھ جانہٕ۔" "کیاہ اُسکھ وَنان پاوِلس چلہِ مقدمہ؟" ریبنن پرژھ۔ "تہ سزا کیاہ دِتس؟ تمیکھ کانہہ پیاہ؟"

"بامشقت قاد۔ نتہ وُمر قاد۔ سائبیریاہس منز تمہِ وون رِسے۔"

ترٛیشمہ ورے نوجوان زٕکو نزاگو بہ یکبار تس کنؐ نظر۔ کاٗرنوٕ مرادتھ لوٗگ ریبنن پرژھنہٕ۔

"یہ سورُے کرنہ بروٗنٹھ آسہ ہے تس سزِہ ہُک پتے تہ؟"

"آ۔ خبر اُسس۔ صوفیا وُژھ ٹھدہ ہٹہ۔"

پرتھ اکھاہ ہیوٚ ہٹ ژھعہ پہ دَم کرٛ تھ۔ زَن تہ اُمی خیالن تم ساری شیٹھ راٗوی۔

"ہوں۔" ریبن لوٗگ اتھ برہ گرہ برہ سان وَننہٕ۔ "بہ تہ چھس دپان تس آسہ ہا سارے خبر۔ سُہ کتہ گوٚو اُچھ وٕشتہ تھٕتھ پان لاینِ وول اَتھ مالس منز چھُ سُہ بڈہ سنجیدہ۔ بوزان چھوا؟ تس اُس خبر زِہ پلسہ والین ہندی نیزہ ہیکن تس ندرِس وَچھس گدر کرٕ تھ۔ یا سُہ ییہ سائبیریا سوزنہٕ۔ مگر تہ کرٕ تھ ٹھہرو وُنٕ تمہ پوٚد۔ ہرگاہ تس پنٕنہ ماجہ تہ بنتھ ییہ ہے سعہ نیرہٕ ہا تمی سندہ وَچھ پیٹھ بروٗنٹھ کنُ۔ رکھےنٕ لوونا؟"

"بال کل صحی۔" وعہ ہٹ ہش گدٕ تھ ووٚن ماجہ۔ تمہٕ ترٛوو وعہ وشس ترپانس اندی تکھ کرٕن نظر۔ تر صوفیا لگ لعہ تہ لعہ تہ تمی سندس اتھس

مَنٹہٕ مَنٹہٕ دِتہٕ۔ تہٕ ڈیکس درٕ کھاًلِتھ بیہِتھ ریبنس وُچھنہٕ۔

"یہِ گوٚو مرد آسُن !"

تِمو ترٲو پننہٕ نیوٚ کرٕ بھنیوا اَچھو سیتۍ تِمَن لُکَن کُن نظر۔ بییہِ اَکہ لَٹہِ کرٕ تِموٚ شِشنہٕ وِہے نفرٕ ژھعہِ پہٕ۔ اَفتابٕچ پرٕ یوٚ آسہِ ہَوہٕ مَس منٛز سعہٕ تہٕ ہٲرِ پِنِن ہِنٛدۍ پاٹھۍ جیلان۔ کتہٕ تام دوٗرٕ کوٗر کاوَن ٹاو ٹاو۔ یکم میٛۍ کیوٗ واقاتوٚ تہٕ پاوٕل تہٕ آندرِ سِنٛدۍ یادَن کوٗر ماجہٕ ہنٛدِ دِل ہنا اوزُردہ۔ تِمہ ترٲو ژٕ طرفانہٕ نظر۔ اَتھ لہٕ کِٹس ٹاداًنس منٛز اُسۍ تارکول پیپہٕ پہٕ سہ رٕ پیرٕ وہرٲوِتھ۔ تہٕ پرٕ بیٛتھ طرفہٕ اُسۍ مٲلہِ درامیتۍ گُلہٕ کُنٛٹہٕ چھکہٕ راوِتھ۔ ٹادان اندس بییٹھ اوس پھرٕ یس تہٕ برزہٕ گُلہٕ گنہٕ رَن ژھعہٕ پہٕ دَم کرِتھ زمینہٕ پیٹھ سوٚ کوٗنہٕ ہوٚت سایہٕ کوٗر مُتھ۔

یاکوف دِژاو یکایکھ گُلہٕ نِشہٕ اوٚکُت کُن۔

"گوٗنا فوجس منٛز جرن نِتھ کرن مینٛہ تہٕ یفیمس پیٛتھ نیٛ لُکَن خلاف استیمال؟" پننہٕ نِس کلَس زوٗرٕ سان پیٛتھ کُن دراہ دِتھ وۄن تِمو لھَدٕ ہٕنٛٹہٕ۔

"اَدٕ کمَن خلاف سوزہٕ نوٚہٕ؟" ریبن وۄنُتھ درجواب "تِم چھہٕ سانہٕ وِہے اَتھو سوٚن ہوٚٹ چیران۔ یہاًے تہٕ چھہٕ تِہنٛزٕ چالاًکی !"

"اَدٕ بہٕ بنہٕ توتہٕ سپاہ" یفیمن وۄن سختی سان۔

"آدٕ کاًفسہٕ ہنٛد ٹاکھ چھییہٕ؟" اگنانن وۄن لھَدٕ "فنوٗرٕ بنٛ ساًے۔ آ۔ وہِ ذٕ گوٚو" سوٚ وۄنُتھ لوٚت اَستاہ کرِتھ "یٛیلہِ مینٛہ گوٗلی

آسی لاینو۔ سیتو ڈُے لائے زِ م کلس۔ ہرگاہ کُنہِ ہورِ یور لائے ھُم نہ بہ گرٛھ وُمرِ باپتھ موزوٗر۔ گوٚلی لائے زِہ تمہِ آیہِ۔ زِ ہ بہٕ گرٛھ شہلِتھ پیوٚن۔"

"تھوٚو مےٚ چھُ یہِ کیٛرِ لبہٕ بوٚزمُت اَز تام۔" یِفِمس کھر ژکھ

"تلا دوستو۔ ہنا کرِو ٹھہرٛاو۔" اَکھ تھوٚد تُلِتھ ووٚن ریبنن۔"یہ زٕنی وُچھوٚن!" ماجہ کُن ہاوِتھ "یمۍ سُند نیٚچوٗ شاید ہمیشہ خاطرٕ موکلیوٗ۔"

"یہ کہو چُھکھ ونان؟" ماجہ ووٚن لمہِ تام ہیٚتھ۔

"وَنہٕ نےٚ چھُ پیوان۔" سوٗ وۄتھ سنجیدگی سان "ژیہ چھےٚ پیتھے مس چھتیومُت زِہ؟ تہ تہُند کیاہ خیال چھُ؟ یا یہ زِ ہ نیٚچوٗ وِس سیتھ یہ سورُے ورتاوِتھ کیاہ کرٕ تمو تسنز ماجِ نہٕ ختم؟ نلوۄنا اشتہار چھپتھے اُنی میتہ؟"

ماجہ کرٕ تس نظراہ۔

"آ" کینہہ برٛزۍ گرٛھِتھ ووٚن تمہ۔

"وُچھان چھوا!" میجس مُش لایِتھ ووٚن ریبنن۔ "مےٚ ہیے وُچھی پیتھے فِکرِ ترٛیوٚو۔ بتیہ کیاہ کرِ نہٕ پیہ ہیوٚ تہِ یور۔ رِکھو؟ نیٚچوٗ کوٗر ہس گرفتار۔ تہ ماجہ رُٹ تمۍ سنز جاے!"

ہوائس منز مُش رگِہ ناوِتھ ژاٛر تمۍ وینٹھ پوٚلھ لیکھا۔

اَمہ کرٕ نِکہِ سیتو وۄٹھ کدِتھ بیچھ ماجِ تسندِس بُتھس کُن وُچھنہٕ۔ تس باسیو زِہ سوٗ اوس کتہ کوٗر بدلیومُت۔ سُہ اوس تنیو مُتھ تہٕ ریشس اُسیس زٕٹھ گاٛمژ۔ ریشہِ تلی اُسی تمۍ سُند کرٕ خسار بوزنہ پوان۔ اکھ چھُن منز اُسس نیٚچہ نیچہ دوٚہ زچہ رگہ نبہٕ درامژٕ۔ زِن تہٕ واریاہ دوٚہ ہن نِندرِ ے

ٲسِتھ نہٕ کُہ مرٕ۔ شکارٕ‌ی جاناوارٕ سِندی پاٹھۍ ٲسِس تَس نیبرٕ نیرتھ کوٚدہِش بنیِ مرٕ۔ یِکلے نالہٕ مَتُر بہٕ، یُس زَن کرِتام وۄدٕ ژٕل آسہٕ ہیے تہٕ ووٚنی تارکھ لۄسِتھ کرٕ پھنیو مُنتھ اوسس، آسَس اٲہمہ رنجہ تہٕ سینکی کرِہنہٕ گُنہٕ دال بوزنہٕ یِوان۔ بُرونٹھ مہ کھہ تہٕ اوس تمیٚ اَز زیادَے سنجیدہ تہٕ دوٚہکھ لدٕ انداز ربہِ ٹُمتھ۔ ژکھ تہٕ شرارتکھ وُیہ بال اوسُس ہنینے مرٕن ٲچھن ٲندرِ ٲندرٕی نار ژٕھٹان۔ تہٕ ٲمی نارن اوس اوہِند بُتھ پرٕ ہِز لوو مُتھ۔ صوفیاٲس لیٖڈریمرٕ ژٕھعہ یہ دَم کرٕ ہتھ ہٕہتھ۔ تہٕ یمَو گریسی تِہو پیٹھ نظر ڈالنہٕ ٲس نہٕ تس ممکن باسان۔ اِگَنٹِ ٹرٕگہ نوو کلہٕ۔ تہٕ ٲچھ وُچھن۔ یاکوف گوٚ سایے باتھ نکھ تہٕ بِہُتھ کوٗٹھن دِلٕ تُلنہٕ۔ یقین اوس ماجہ پتھ کنہٕ میچس سِتی اودرٕ یورِچکر دِوان۔ رہبن گوٚ وَنان:

"کمے کال برُونٹھ ہیوٚس بہٕ ضلعہٕ افسرن ناد دِتھ۔ تہٕ ووٚنم:
"ہیا گنڈاژیہ رکھو اوسُتھ پادرِس ووٚنمُتھ، میہ زہٕ میہ کنہٕ پیٹھ چھکھ ژہٕ گنڈہٕ وَنان۔ بے خوٗن جگر کٔنی کرٕتھ اوزکرٕ چھُس کماوان۔ تہٕ کانسہ چھُس نہٕ دوارہ وابۍ ناوان۔ میون یُتے یوت وَنی زہٕ تمیٚ ہیوت وولِن تہٕ میہ کٔڈٕن دُدرٕ چپاتھاہ۔ تہٕ ترٕیِن دۄہن تھوونس جیلس منز۔ گوناعام مُلکن سٟتۍ چھُ یہوے ورتاو سپدان، میہ سوٚنچھ پانہٕ پے سِتۍ تیلہٕ گژھہ نہٕ یہ کنہٕ مُشوراونی حرام نسلو زہٕ آسہٕ کیاہ مَشہ یہ سورُے۔ بہٕ نے تہٕ بنیہ کانٹھہ ہنیہ تمہ یا تِہنٛدین اولادن ٲکھ بدلہٕ۔ یاد تھٲوِو زیوہ! پنزِ نیو فولادی پنجو سٟتۍ چھُورٕ تمہ پیٚہ مُلکن ہِندس وُچھس پرٕین کوٚر مُتھ۔

تہٕ نفرنٛک بیول وۄومُت ۔ تو ہیہِ ظالمَن تہٕ پزٕہ پٔزٕ رحمکھ تو قواہ تھٲوُن ۔ اصل کتھ چھہ یہاے !"

ژکہٕ سیٹھا اوس تَس بُتھ [illegible] زلیوٗمُت تہٕ آوازہ منٛز اوس تیٚمُت کانٛہہ چیز ژٕہ مانٛج کھۄوُر ۔

"تہٕ میٚہ وۄنُمُت کیاہ اوس پادرس ؟" تِمو تھوٚہنا قرارٕ ساپنے کتھ چلہٕ پٔرٕ ۔" گامس چکرٲہ دِتھ اوس سُہ کینٛژن گریسی تمن سیٹھا کتھ کران وُنان اوسکھ زہٕ عام تٔکھ بوٗزی توٚکھ تہنٛدی پےٚ تیٚمِ ہوی۔ تِمَن رٲچھ راوٕنھ کرتہٕ باپتھ گٔژھہ گبہ روٚچھ عتمرٚ وٗر پیٚہٕ آسُن۔ اَمہِ پتہٕ وۄتھ سُس بہٕ بٔلہٕ مذاق کران زہٕ ہرگاہ اُسہ اکہ لٹہٕ تہٕ شال بناوُن جانورَن ہُند جماداد۔ تیٚلہٕ گٔژھن تیٚرِ سے تیٚرٕ نظرٕ۔ تہٕ وۄڈٕہ وُن جاناوار اہ ہِنہ کانٛہہ تہٕ۔ بہٕ بۄزِتھ گیہِ تَس کَن کھۄڑا۔ تہٕ دُنیہِ ہِنہ لوٗگ زہٕ لکھ پٔزٕہ اُژتہٕ روس مصیبتن منٛز ہٲل کرُن۔ تہٕ خۄدایس پٔزِ کھہ ہمیشہ منگُن زہٕ خۄدایا اُسہ دِہ یِم مصیبتہ تہٕ آرہ برُہ ژالنکُھ طاقتھ۔ میٚہ وۄنُس زہٕ لُکھ چھہ برۄنٛہہ ٹھے دا منگان آسان۔ مگر باسان چھُم زہٕ خۄدا صاعبُس چھنہٕ تہٕ ہنز کتھ بوزنُس شمب ہیلے تکیا زہٕ کانٛسہ ہُند منگُن چھُنہٕ تۄ بوزُل سپدان۔ ہوٗن۔ اَمہِ پتہٕ پرِیژھ میٚہ تِمو زہٕ بہٕ تہٕ چھُسا دا منگان۔ میٚہ زہٕ آ۔ بہٕ تہٕ چھُس عام لُکن ہنٛدی پٲٹھی اَکےُ دا منگان۔ تہٕ گوٚ خۄدایا۔ میٚہ وَن سا بہٕ کیتھ کنۍ ژایہ کنہٕ۔ تہٕ گیل تراوہ اُسہ کنہٕ۔ تہٕ رٲٹسن ہندہ باپتھ بناوِ سیرِہ، مگر تِمو ژٕ نہٕ کتھ پوٗرہ کرنیچ موہلتھے۔"

سو کمہ موکھ پیٚوُر سُہ صوفیایہ کُن۔ تہٕ پرِیژھنس: "ژٕہ تہٕ

آسکھ رٹیپس نہٕ آدی ؟"

" میٚہ کیاہ واٹھ رٹیپسن سیٚتھ ؟ حاژتن گژھِتھ تہٕ ووہٹھ کنڈٕٹھ
وَژھ صوفیا درجواب۔

" اوہ کنہٕ " ریبن لوگ گنگہ راسے ہش کرنہٕ۔" اوہ کنہٕ زہٕ میانہٕ
رایہٕ چھکھ ژہٕ تہٕ تیمنے لکن منز زامژ۔ یرٛیتھ اَکس چھُہ لاٛئنس لیکھتھ آسان
زہٕ یتہٕ شہ زاو۔ تنہٕ سکےٕ رُود۔ ہوٚں۔ چون خیال چھا زہٕ اَتھ گاٛمی کلہٕ دٕجہ
تَل ہیککھ ژہٕ رٹیپسن ہندی گوناہ کھٹِتھ ؟ اُسی چھِن پادرہٕ اکی نظرہٕ پرزہٕ
ناوان۔ اَدہٕ سو اُسوتن بجہٕ ہرہٕ لدی تھے۔ ییٚمس اوس کیاہ نا متھ لاریوٚمتھ
ژیٚہ تھوٚوتھ اَلہٕ گاٛبرٕ اَتھ ییٚہہٕ کھوہٕ وٕٹھ تہٕ پانس گیٚیی دِنَن۔ ییٚہہٕ چھیٚے
ژیٚہ کمبرٕ تیوٚت سیٚود زہٕ ژہٕ ہیککھ نہٕ کامگارٕ منزہٕ اُسی تھے۔"

اَمہٕ خوفہٕ زہٕ سو گوٚژھ نہٕ پننہٕ نہٕ وٕریہ ہزلہٕ سیٚتھ صوفیاہ
رنج واتہٕ ناوُن۔ مأج وَژھ منز ــــــے :

" مہربانی ایوانووچ ! یہٕ ہا چھہٕ میانی وپس تہٕ سیٹھاہ رٕژ
زنانہٕ۔ سانی بایتھ کاٛم کرِی کرِی چھُنیوو اُمِس مُس تام۔ ژہٕ ہا چھکھ اُمِس
سیٚتھ رٕژھ کھنڈ زیادتی کران۔"

ریبنن ژُوو وشہٕ شُں۔

" مگر میٚہ ووٚن کیا زہٕ کاٛتِسہٕ لگہٕ دِلس ؟"

" میٚہ چھُہ باسان ژہٕ اوشکھ میٚہ کیا ہتام وَنُن یژھان" صوفیا
وَژھ خوشکھ اندازس منز۔

"با ؟" آ۔ یکے کال گو یور اوس اکھ نوٚو نفراہ آمُت۔ یاکوفُن پیٹرُ بوے۔ تس چھُہ سلہ بیمآرے۔ تس سوزانا د؟"

"کیا زِ نہِ" صوفیایہ دوٚپ۔

ریبنَن تراوُ اُچھ ژوٚمرأوِتھ تس نظر۔ تہٕ دوٚپتھ یفیمس کُن

"گژھو۔ تس ہا وَنِی زِ شامس باگی یور وانتُن"۔

یفیمن دِژ ٹوٗپی۔ کأنسہِ کُن وُچھنے کرنے دراو ژھوٚپہ دم کرِتھ۔ تہٕ جنگلس منز وأتِتھ ڈوٗل نظرِ۔ اَہندِ نیر نہٕ یتہ دِژ ریبنَن کلس دِنَن ہِش نہٕ دوٚنُن:

"اُمی سِنٛز زندگی چھِہ تاوَنس لٔج مرٕژ۔ یہ ییہِ جلدٕے بَرتی کرنہٕ یہ تہٕ یاکوف۔ یاکوف چھُنہٕ کینہہ نہٕ پتھ بروٗنٛہہ ٹھوان۔ تمسٕنٛد وَنُن چھُ زِ سُہ گژھِ نہٕ بَرتی۔ گژھُن اوس نہٕ ییتہِ یَژھان۔ مگر تو تہٕ گژھِ ضروٗر دَریان بہ تُلکھ فوٗجی۔ یہ وَنان زِ کلہ ٹھاسنہٕ سِہتو چھا دیوارِ وَسی یِٹیوان اَکِہ لٔبہِ ٹینلِہ ہیمَن تہٕ اَلقَن منز سنگینہ دِن۔ یم تہٕ پکَن سارِہ نٕے سِہتو۔ مگر یفیم چھُ سیٹھاہ پریشان۔ تہٕ اگناٹ چھُ تمس اکِے کتھ وَنِی وَنِی دِکھ کران بیہ فوٗضوٗل"۔

"بیہ فوٗضوٗل کتھ نا چھَنہٕ"۔ ریبنَس کُن ژٔکھِ سان وُچھتھ دوٚپ اگناٹن۔ "بَرتی گژھ نہٕ پَتے ہرگاہ نہٕ اُسو تہٕ آغُن ہندِس وَنہٕ نَس پیٹھ گوٗلی چلاوو۔ تیلِہ گژھِ میہ وَنُن"۔

"میہ چھُنہٕ پرٛژھ بہان" ہناسونٛچھ کرِتھ دوٚپ ریبنَن۔ "جان

گیوو ہرگاہ نہٕ گژھِہ ہی۔ رُوس چھُ یِہاتْ بوڈ۔ کتہِ کور ژھانڈ فس؟ جاپی رہٕ اَرِی کڈِ تن نہٕ گامہٕ گامہٕ پھیرِ کرتن۔"

"مینہٕ چھُ تی کرُن۔" کھوٕرس لورِ ٹاسپہٕ ہٕنہٕ کڈِتھ وُوٕنتھ الگاٹ "یٖیلہِ اَکہِ لٹہِ ییمن ٹھوٕلہِ ڈٕلتھ۔ تیٚلہِ گوٚو پُروٚنٹھ پکنٕ جان۔"

کینہہ لوکھ ژھین۔ ماچہ تُلِرہ تہٕ بوٚمبرُ لگو پیٚٹھ کنہٕ گیس گیس کرنہٕ۔ جاناوارو اوس چُرِ کریُش تُلمُتھ۔ تہٕ دُورِ اُس کھُھوُمنزِ کیوہ رنچھو آواز یوان۔ کینہہ کال گژھِتھ وُوٚن ریبنن:

"اَچھا وہ نی ووت کامہٕ ہُند وکھ۔ تہٕ تہٕ کرِو آرام۔ سایِے بانس تل چھوِہ کینہہ تختہٕ ترٲوِتھ۔ یا کوٗف گژھو ہوکھ پٕن اَنو تختو پایِتھ اَچھا مٲجی دی ووہ نی اشتہار۔"

ماجہ تہٕ صوفیاہٕ ہیٚتھ دَتہٕ مزراونی

"کٲتہٕ ہے اشتہار چھوِہ اَنی ہِتھ!" کتابن کُن نَمِتھ تہٕ خوش گژھِتھ وُوٚن ریبنن۔" وارِیاہ کال ووت ییٚہ یہ کٲم کران نہٕ؟ ہتے کیاہ چھے ژیِنَاو؟" تمہ پرٕزِ صوفیاہٕ۔

"آنا ایوانوونا۔" تمہٕ وُوٚنس "مینہٕ وٲتی باہ وُری یہ کٲم کران اُزِہ؟"

"کہیٚنہٕ نے رَیِٹھے۔ جیل نہٕ آسکھ گمُتِے؟"

"آ"

"وُچھان چھکھاہ۔" ماجہ کوٚرُس لان تان۔" تہٕ ژٕہ اوسکھ

اُمِس سیٖتۍ وُلٕنۍ دِگم کتھ کران۔

"ناراض مے گژِھو۔" کینژہہ کال گژھتھ تُل اُمہٕ اَسُن ترٛاوِتھ کتابن ہُند اکھ دٔتہٕ "رئیس تہٕ گریٖسۍ بوٗزی توٚکھ نارکول تہٕ آب۔ ییٚم زٕہ مارلن زانہہ تہٕ۔"

"مگر بہٕ چھُس نہٕ رئیس زادٕ۔ بہٕ چھُس اِنسان۔" لوٚت اُسناہ کٔرِتھ کوٚر صوفیایہ احتجاج۔

"بنان چھُہ؟" ریبن ووٚنُن۔ "دپان ہوٚنی تہٕ اَسۍ کرنام رامہ ہوٚنی اَچھابہٕ تھوٚوَے ییٚم اشتہار کھٔنٛڈِتھ۔"

زٕہ دأرِتھ آیہِ اگناٹ تہٕ یاکوف تس کُن۔

"تلاوُچھنہٕ دِہ گوڈٕ۔" اِگناٹن ووٚن۔

"سأری چھا ہوی زٕہ؟" ریبن پرٛیژھ صوفیایہ۔

"نہ۔ بیٚون بیٚون اشتہار تہٕ اخبارٕ تہٕ۔"

"پیٚزۍ پأٹھۍ ہیٚٔ!"

ترٛیش وٕے زٕنۍ سیٖدسے پیٚہ وٚلۍ وٕلی سایے بانسہ تل۔

"کمیٖل تہٕ ووٚنُتھ" ریبنس کُن وُچھتھ تہٕ ہنا سوچ کٔرِتھ ووٚن ماجہ لعہ تہٕ ہٹہ۔

"آ" صوفیا وٚرژھ درجواب "یِتھ معہ کُھے چھیٚنہ میٚیہ اَز تام وُچھمُت۔ اَکِس شہیدٕ سٕنٛد ماہ معہ کھ! یکی اوٚرہے ہِیَے گژھو۔ بہٕ ہِیے چھسکھ ییٚم وُچھنہٕ یٔژھان۔"

" یِمہٕ نے اُمو سِنٛزِ ڈولیٹِگی ہُند پیٚنتے ہیوٚ گژھی"، ماجہ ووٚن نرمی سان۔ صوفیا یہ نزدٕ اُسن کھنگالہٕ۔

" نلودنا۔ ژٕ کاژہ ہے پزٕ چھکھ۔"

بیلہٕ تِہنٛز دٕہ شوے برٕ ژایہٕ۔ اگناٹن ترٲو کاٗر تھوٚد تلتھ تِہنٛز کُن نظر۔ پتہٕ نس واٗنکی مُستِس ونن اوٚنگجو سیٚتی پھشاہ تہٕ کمہٕ کھٹین پیٚٹھ رٕوٚ ژُمِھ اخبارٕ لوٚگ پرٕ نہٕ۔ ریبن اوس دٕہ دٕنی اخبارٕ پران۔ تالوٕ کہ اکہٕ کھرٕیہِ منٛزٕ اُس اکھ پریوٕ اندر وُسِھ اخبارس پیٚٹھ پیٚمژ۔ پران پران اُسہ تٕس ڈِھ حرکتھ کران۔ یاکوف اوس تختس پیٚٹھ وہراوٕ مرٕن کتابن بروٚنٛھ کنہٕ کمہٕ کھٹین پیٚٹھ بیہِتھ۔

ٲج بیٚٹھ ساپے بانہ کس دٕوی مس کو ٹھکن منز۔ تہٕ صوفیا رٕوز اُمو سِنٛدین پھیکین پیٚٹھ اَتھ تھوٚوِتھ ووٚدنہٕ۔ تہٕ ہسے رٕوز تِہنٛز کُن وُچھان۔

" میخائلو چاچہ۔ یِم کتھا چھی اَسہ گریسکو تین کیہہ ٹ کڈان۔"

کلہٕ پھیرتھ ورٲئی ووٚن یاکوفن آہستہ پاٹھی۔ ریبنن ترٲوس نظراہ تہٕ اوٚسُن۔

" تکیاز ژٕ تِہنٛز چھُہ سون وُسہ" تمہٕ ووٚن۔

اِگناٹن کھول زیوٹھ شاہ۔ تہٕ کاٗرٕ تیجن تھوٚد۔

"یتیتھ ہا چھُہ لیکھتھ زہ گریوس چھُہ پتہٕ نہٕ سارنیے انسانن خوٚصوصِیژٕ راوٕ رتھ پھاگرٕ گو منہ ۔ آ۔ پوزُے چھُہ ۔ اُمی ہندٕ

سۄندِ سادٕ تہٕ کھُلہٕ بُتھ پؠٹھ پیٚچ اَکھ ژھاے ہیُش۔ زَن نہٕ تِمس یہِ کتھ وِلُس آس لَگِتھ مژ "میانہِ تِتھ منٛز اُژھتھ وُچھوٗ یاراہ۔ یتہٕ تٔری فکرِ نہٕ کُنہِ کینٛہہ چھُہ۔"

"اَدٕ بی بہٕ شونگے" مٲج وَنٛژھ صوفیایہِ "بہٕ ہا ہر چُھس ژھینٛتھ پییمٕژ۔ پیٹھ چھم یِیمہٕ مشکہٕ سیٚتی گیوٗرتہٕ یُوان۔ ژٕ یہٕ کیاہ چھُکھ کرَن؟"

"میہ نئے چھُنہٕ آرام کرُن کھُنٛتھ خاص کینٛہہ ضروٗروٗرتھاہ"

تختَس پیٹھ لَر تراوِتھ لَج مٲج زیٛہ کرنہٕ۔ صوفیا بیٹھ اُس نکھے تہٕ اخبارہٕ پرٕن والین کُن کرٕن نظراہ مۄچھاہ یا ٹُلراہ یوٗ دوَے اُمس بزرگ خوتوٗنہِ ہنٛدِس آرامس خلل کرنہٕ آس یِوان۔ صوفیا اُس بڑٕ حیسہِ سان تَس ژٕلہِ راوان۔ مٲج آس اَڈٕ وَنٛژھو چشمو تَس وُچھان۔ اَمہِ ہنٛدِ اَمہِ ہمدردی تہٕ خیالہٕ سیٚتی بیٚیِ مٲج سیٚٹھاہ خوش۔

رئیبن آو نزدیکھ تہٕ زورٕ کرٕن پھسہِ راسے۔

"شوٗنیجے؟"

"آ"

وۄں دِنہٕ روٗزِتھ رۄد سُہ کیشٕرس کالس مٲجہِ کُن وُچھان۔ یتہٕ تٔروُن وۄش تہٕ لۄتہٕ وۄنُن:

"شاید چھِہ یہِ گوڈنیچ زنانہٕ۔ یمہٕ سِہ یتھ وَتہٕ پیٹھ نیٚچو دِس یتہٕ دراہمژ چھہٕ۔"

"ییتھ ناوٕ نادٕ ہٲن۔ وۄلا نبرٕ ہا نیرو" صوفیایہِ وۄن۔

"وۄنۍ ووت کامہٕ ہُند وَکھ۔ ژیہ سپَنتھ چھُہ کیتہ کرُن نیے۔ مگر شامس باگ۔ وۄنۍ گوٚو دوستو۔ نیرو ہا۔"

صوفیایہ اُتھو پتھے نرأوِتھ دراییہ تِم سایے بانہٕ منزٕ نیبر۔ "شکر خدایہ سُند۔ یمن وۄن آیہٕ پانہٕ واُنۍ بروبری۔" ماجہ سوٚنچھ۔ اُمس اوس نستہٕ جنگلکھ تہٕ نار کولکھ تیز مُشک سیدیو مُشتھ۔ مگر سہ شوٚنیچ نوٚ تہٕ۔

# ۶

تارکولہ کارخانکۍ مۅزوٗر پھیرِکھ واپس۔ تِم اٲسۍ خوشی سٟتۍ ژٕ اَژٕ نِکۍ کامہٕ دوہہ ووت اَنٛد۔

تہنٛزٕ کتھ بوٗزِتھ گیہٕ مٲج ہشارٕ۔ تہٕ زامنہٕ کران تہٕ اٲسان اٲسان دزایہٕ مایے بانہٕ منزٕ۔

"تہنٛز اٲسۍ وٕرٕ پانٕ کامہٕ گٲمتۍ۔ تہٕ بہٕ اٲسس یِتہٕ شہزادیاہش شونگمِتۍ۔" تِہنٛزٕ کُنہٕ ماپہٕ سان وُچھتھ ووٚن مٲجہ۔

"چون کیاہ قوٚصوٗر چھُ اَتھ منٛز۔" رِیبن ووٚنُتھ درجواب۔ یتھکہٕ سستی اُس تہٕمس سارے تیہہ وٕرٕدھ ہرش۔ تہٕ سوٚ اوس وہہ نۍ برونٛٹھ مہٕ کھوتہٕ زیادٕے قرارٕ باسان۔

"اِگناٹ" تہٕمۍ ووٚن۔ "چایہٕ ہُند کھو سوٚ ناشچھُتھ بٕ پینٛٹھم کام چھےٚ پانٕے اٲسۍ وارِہ وارِہ کران۔ اَز چھ اِگناٹس وٲرۍ۔ اَز بناوِ سوٚ چائے کھانہٕ بیترٕ"

"میہٕ چھُ دِل کران زٕ اَز گژھہ بنیہٕ کُنسہٕ ہنٛز وٲرۍ آسنہٕ" اوٚگُن زالنہٕ مہٕ کھ کاٹھ بیترٕ سعٕ شیہ رٲوِتھ ووٚنُتھ اِگناٹ۔

"گونا ژرٕ بوت چھکھ پرٕھین نش بہُن پرٕھان۔" صوفیایہ نکھہ بہیتھ ووٚن یفیمن۔

"وٚلا اگناٹ۔ بہ ہا کرٕ مدتھ۔" یا کوفن ووٚن تہٕ تھوٚد وٕتھتھ ژاو سایہ بانس منٛز۔ تمہ اُنی اکھ ژوٚٹ۔ اَتھ کرِن کھنٛجہ تہٕ تھوٚوِن میجس پیٹھ۔

"بوزیو ووٚ!" یفیمن ووٚنتھ "کُس تام ہا چھُ ژاسس کران" ریبنن تہٕ کراوی کن۔ تہٕ کلس درٕژن بگلہ ناہ۔

"شے چھُ۔ اوَرِ چھُ زندٕ ژوٚ وٕتھ پکان۔" تمہ ووٚر صوفیایہ فکرٕ "میٚہ تام آسہ ہے۔ یہ ہینتھ پھیرِ ہا بہ شہرٕ شہرٕ۔ لکھ کرِ ہا تھ چوکس منٛز جماہ۔ تہٕ وَنہ ہا کھ زِ بوزِو اُمی سنٛز کتھ۔ یہ چھُ اموب کُنی کتھ ونان۔ مگر کتھ چھُ بوزنس لایکھ۔"

شامہ ژھنبرِ تہٕ خاموشی گنے یہ وارٕ۔ لُکن ہنٛز آواز ہیٚرِ ژن ہمہِ صوفیا تہٕ مارج امس گریستہ ہنٛد دارہ پاٹھ وُچھان۔ یمن سارٕ ہنے ہنٛزِ ووٚتھ بیہتھ تہٕ اندازس منٛز اوس گوہر، کہالیتھ تہٕ اکھ عجیب ژکھ نہٕ تھکن زن تہٕ ڈگر ڈگی برنہٕ آمتھ۔ تمہ تہٕ آسہ یمن زنانن کن غورٕ سان وُچھان۔

جنگلہٕ طرفہ اوس اکھ تھوٚد، کوٚب نفراہ لوٚر ڈکھراوِتھ پوان۔ پرٕنیہ کانہہ اوس بوزِتھ ہیکان زِ سُہ اوس بڈٕ مُشکلن شاہ کھاٚلیتھ واٚلیتھ ہیکان۔

"ووٚلہ با تہٕ آس بہ تہٕ۔" تمہ ووٚن۔ اَمِہ پتے آیس زبردس ژاس

تیمو اوس اکھ زیٹھ زیوٹھ پرٛون کوٹھاہ لوگمُت۔ یُس زن اُمی سِندِ ین کھوٚرَن

تام تان اوس۔ کلس پیٹھ ژ زورٕ ٹھاسہ مرٕژہ ہیٹھٕ منٛز کیٛ آس لیڈرٕ مس

کھیٛشہِ الأثرٕ گامرٕژہ۔ لیڈرس پتہ زفہ زریمتِس نُبٕتھس اُسِس سعہ نہٕ ہاری

دأر۔ وُٹھ اُسِس وٕتھی تہٕ اُچھ آسِس سِیاہ حلقن منٛز ورٕسِتھ گامرٕژہ۔

تہٕ ہیمہٕ آسہٕ تیپہٕ سِتی زوتان۔

"بوزُم تہٕ ہہ چھوٚرٕ کتابہٕ اَنہٕ مرٕژہ؟"

ریبنن ییلہِ تیمو سِنٛز زان پہچھان کرٕ نأوٕ۔ تیمو وون صوفیایہ۔

"آ" صوفیا وُژھس درجواب۔

"شکریہ۔ سارٕ نے لُکن ہندٕ طرفہ۔ وٕنہٕ تہٕ چھُنہٕ سارٕ وے پزٕر زونمُت۔ مگر بہ، یمی پزٕر زونمُت چھُ۔ چھُس تہند شکرگذار سارٕ نے ہندِ طرفہٕ؟

سٗ اوس وُلی وُلی شاہ کھالان۔ زن تہٕ اُنی کھلہِ ہوٚہ ننٛگلن اوس یٔژھان۔ اُہنٛزٕ آوازٕ ہُند پتھ اوس وٕزٕ وٕزٕ ژھینِتھ گژھان۔ جیرِ پتھ اوس سٗ پنہٕ نیو نحیف اَتھ چھُ ہیہ چھمرٕ ژو اونگو سِتو کوٹھکی بٹن بند کرنکھ جسٹہِ خازکران۔

"ژینہ پزٕری نہٕ پوٚت ژیر تام جنگلن اندر روزُن۔ گُلی آسہٕ کُنو چھ ہواہس منٛز نمی تہٕ گوب پاٚدٕ گژھان"۔ صوفیایہ وونُس۔

"میانہٕ بایتھ کیاہ چھُ وننی نہٕ رُت رٔود مُتُے؟" پاٹہ مُشکل سان شاہ کھالتھ وون تیمو" وننی ہینکہ مینہ موہتے مو کلاوتھ۔"

---

٥ ہیٹ - انگریزٕ ہند ٹوپی

اُہنٛز آواز بوٗزِتھ اوس کیاہ تانٛ گژھان۔ اوٚہند پان وُچِھتھ اوس شکھ عارٕکھ سوٗ جذبہ وۄتلان۔ یِتھ زن پنٕنہٕ بیکارٕ آسنُک احساس آسہٕ۔ تٕہٕ یُس اَکھ بیمار، دِل موٗلٕلہٕ کرٕن وول غم تہٕ ژارکھ باگہٕ چھُ اَتان۔ اَکِس بیپِس پیٹھ بیہنہٕ وِزِہ نوٗمرأوی تیمی پنٕنی کوٗٹھۍ تیمہٕ اندازٕ زن تہٕ یہندِ پُھسیٹِ نکھ خوف اوُسُس۔ اَمہٕ پتہٕ ووٚتھ رُوو اُمرٕ ڈاکِس عاگرکھ ڈاکِس پیٹھ اوس خمہٕ شِکھ تہٕ موٗمتھ ہیوٗ مَس وہراگرِتھ۔

اَلاوٕ لوٗگ جمکہٕ جمکہٕ کرٕنہٕ۔ تہٕ پرٛیتھ اَکھ چیز لوٗگ نیٚرٕنہٕ تہٕ ہارِ مارٕنہٕ۔ وزِہ مَرِتھ ژھایہٕ آسہٕ کھرٕ بکھ کھیٚتھ وُفس کنُ لاران۔ اَلاوٕ پیٹھ اوس اِگناٹ سُند گول تہٕ بوٗرُت بوٗرُت بُتھ بوزٕنہٕ یِوان۔ پتہٕ گوٗ نارٕ ژھیٚتہٕ تہٕ ڈیٖہہ مُشکھ ووٚتھ، تہٕ ہُداتُس مَنٛز پھیلے یہٕ بتییہٕ سعوے اَنہٕ گٔژھِتہٕ تہٕ خاموشی زن تہٕ اُمِس بیمارہٕ سیٖنٛز کتھ بوزٕنٕچ حدِ رووٚس کوشِش اُسس کران۔

"بہٕ ہیکہٕ وِرنہٕ تہٕ عام لُکن اَکار بکارِ پتھ۔ بہٕ ہیکہٕ اَکہٕ بڈِہ بارِہ جگرٕچ زندٕ شہادتھ دِنٕچ کام کٔرِتھ۔ میٖہ کُن وُچھو۔ بہٕ چھُس اَٹھوٗوہ وُہرِس مَران۔ داہ وٕری برونٛہہ اوسُس بہٕ باہ پوٗڈ[۵] وزنس نکھ دِوان۔ تہٕ ڈاکِس اُسیم نہٕ گیٚنٛزٕ تہٕ کھٔسان۔ پَنُن صحتھ وُچھِتھ اوس میٖہ باسان زِ بہٕ ہیکہٕ شیتھ وٕری زندٕ روٗزِتھ۔ مگر روٗدُس اَمہٕ اورٕ صرف وُہے وٕری زندٕ۔ تہٕ ووٚنی۔ وُکھ ہیٚوتُن معہٕ کلُن۔ میٖہ کوٗز پنٕنہٕ نیٚو آغو لوٗٹھ۔ میانہٕ دُمرٕ ہنٛدۍ ژِتجہہ وٕری نیکھ تھٔپھ۔ ژِتجہہ وٕری!"

---

[۵] پوٗڈ۔ ۳۶ پونڈن برابر وَزن۔

"اَموب چھُ یہوٗرے گیوٗناہ کران"۔ ریٖبن وۅٚنُتھ گسہٕ پہٕ ہیٚٹِھ۔

رٔیہہ وُژھ بۆنیہِ اَکہٕ لٔبٕٹ۔ گسہٕ ڈٕنکہٕ کھسہٕ تہٕ زیادہ شولہٕ وٕنی تہٕ تھٔز

تہٕ بۆنیہِ اَکہٕ پھِرہٕ دوورے پہٕ ژھاے وُنس کُن تہٕ پوٚت کھوری آیہٕ واپس۔ ژھاے

لٔجٕ بڈٕ دُشمنی سان تِمَن اَندی اَندی گٔتھہٕ دِنہٕ۔ اۆڈُر کاٹھ لوٚگ گریچہ نہٕ۔

تہٕ پٔتہٕ وُژھ اَکھ ژٕسہٕ راے۔ گرم واوہٕ دُکوٗسیٖتو وُژھ کٔلِ ییٚنہٕ وَتھرَن بیہ

قرار گژھِتھ سپیسہٕ راے۔ وہٕ زِچہٕ تہٕ لیٚدرہٕ، وُتھو وُتھی گژھَن تہٕ رقص

کرَن واجِنہٕ نارہٕ برٔیہہ آسہٕ بٔڈٕ مَزٔس منز اَکھ اَکِس نالہٕ مَتہٕ رٔٹان۔ تہٕ ہیوٚر

کھٔسِتھ تیٚنبرہٕ وَرشُن کران۔ اَکھ ییٚنہٕ وُتھروۅٚتھ دَزان دَزان تھوٚد۔ تہٕ

کرٕہینہٕ نبہٕ کیو تارکوٗ کوٚر تبسم کرِتھ یِمَن وُڈہٕ وٕنین تیٚنبہ رِن پنُن گرہٕ

پینکھ سال۔

"یہٕ نا چھُنہٕ میون گیوٗن۔ یہٕ چھُ سوٗ بٲتھ یُس ساسہ واد کھ

یہٕ زانہٕ تہٕ ورائی گیوان چھِ۔ زہٕ تہٕ ہشرٕ و دہٕ کھ لٔدٕ زندگیو سیٖتی کیٚنہہ انسان چھِ

سبق لبان۔ کیٚنہہ انسان چھِ یِم زُو جان ژٔرِتھ ناکارہٕ چھِ گژھان۔ فاقہٕ

پھِرہٕ چھِ ژھسہٕ پہٕ دم کرِتھ مَران"۔ سوٗ گوٗ ژاس پینہٕ کِنہٕ دوٚگُن۔

یاکوفن تھوٚو اَکِس بانس منز کواسٗ تہٕ سونتہٕ گندٕان ہیٚتر اَکھ

گیڈا میچس پیٚنٹھ۔

"سویلی وہٕ لایٔری۔ یہٕ ہا چھُمے دہٕ د اۆنمت" تِمو وۅٚن تہٕ

سویلی ہِنَن کوٚر اِنکار۔ مگر یاکوفن اۆن سوٗ تھٔپھ کرِتھ میچس نِش۔

---

٥ کواس۔ اَکہٕ قسمِچ رٗوسی بیٖر۔

"تُہہ چھہ کیازہ اَوٚن وَن یہِ یور؟" صوفیایہ کرٕ ریبنس مُلامتھ۔

"یہِ زِچھوٗر ہا گژھہ کۄنہِ تہٕ وُکھتہٕ مرِتھ۔"

"میٚہ چھہ خبر" ریبن دوٚپھ "مگر یوٗت کال بۄ لیتھ ہیکہِ بٕ لن۔ اُمہ دُژیٚہ کۄنہِ جان مقصدٕ باپتھ پننہِ زندگی چھپہ۔ وۄنۍ اگر کۄنہِ رِتہٕ مقصدٕ باپتھ ییرٕ ژَھن کرٕنہٕ دمُوس۔ ہرجہ کیاہ چھُ۔ ٹھیکھ چھُ۔ ژٕہ ہہ بر غم۔"

"باسان چھُ زَن تہٕ ژٕہ اَتھ لُطف چھکھ تُلان" صوفیاوُژ ریبنن ترأونس نظر تہٕ بُتھ ژٕکہ رأوِتھ دوٚپنُن۔

"تم گیہٕ چاٹی رہنس مُکھہ ییم عیساہس صلیبس کھاڑِتھ مزٕ چھ تُلان۔ مگر اُسہِ چھہ تِمو سٕنٛزٕ زندگی منٛزٕ سبق ہیچھُن پیٚوان۔ تہٕ پژھان چھہ زٕ ژٕہ تہٕ ہیچھکھ۔"

خوفہ سیتی لوٗگ ماجہ بُتھہ ہیوٗر کُن دژھہ تہٕ دوٚپنُن؛

"ٹھوٚو دوٚنۍ"

اُمہ بیمارن پُس دوٚنۍ میجس نکھہ بِہِتھ اوس، ہیوٚت بنینہِ وَنُن۔ "ییم کیازِ چھہ لکن کام ہیتے ہیتے گالان؟ ییم کیازِ چھہ انسانن ہُنٛزن زندگی ین لوٗٹھ کران؟ بہ اوسُس نفیدوف فیکٹری منٛز کام کران۔ میأنۍ مأل کنۍ دژ اَکس اکرڈینسہ بُتھ چھلنہٕ باپتھ سوٗنرِ شرِ ترش ڈالہ۔ تہٕ بسترس تلہٕ کنہ ٹھونہٕ باپتھ دیتُن سو نہٕ شند بانہٕ۔ میأنۍ سأرے زندگی، میون سورُے قدوتھ لوٗگ اُمتو بانس چھپہ۔ اَکہ انسانن مورُس

بہٕ محض اَمہِ سبب مہِ ہیمنتھ کرناوۍ کرناوۍ نہٕ تَس اُس پننہِ پرزنہ میانہ خوٚرنیچ ڈٲلۍ دِنۍ! مِیون رٔتھ کینتھ اوٚسُس تَس کیٚنژھ سہٕ تہٕ سُند باپتھ ہلرانَن۔"

"آدم آیوٚ خداین سٕنزہِ شکلہِ پیٹھ تھٔوِتھ۔ خداین سٕندی صِفتھ ہیٚتھ چھُ تھٔنہ نہٕ پیٚوان۔" یفیمَن کوٗر ہزل "اَدہٕ وُچھتو کُس کترِ بَتہٕ چھِس کران۔"

"یہٕ کُنھہ گژھہِ پرٚیتھ اَکِس باوٕنۍ۔" منز اَلھہ سیتو میچس ٹاس کڈِتھ وژن ریبنن۔

"یہٕ ناسا برداشت کرنۍ!" یاکوف دۆپھ لعوَتہٕ ہیٚتھ۔

اگنا ٹن کوٗر اُشناہ۔ ماجہ وُچھ۔ ییم ترٚیشہ وۆے لڑکہ اُسی سارِنۍ کیتہِ تمہ اندازہ بوزان۔ زن تہٕ یِہندہ رُحٕک دٔسہ زانہِہ تہٕ ہیمتھ ہینکہِ نہٕ۔ ریبن یٔلہِ یٔلہِ بولان اوس۔ تم اُسی تَس کُن وارہ پاٹھو وُچھان۔ سویلی سٕندو لفظو اوس تِہندین بُتھین پیٚٹھ اَکھ وِکھٕت ہزل دار انداز پادٕ کوٗرمُت۔ تہٕ باسان اوس زِ یمن چھُنہ اُمیس بیمارہ سٕند رٔژھہ تہٕ عار گژھان۔

"یہٕ اُمو وَن۔ نہٕ آسیٚیے پوٗزَے؟" صوفیایہ کُن رٔژھہ کھنڈ نمتھ پرٚیژھ ماجہ رَسہٕ۔

"پل کل پوٗز" صوفیا وۆٚژھ نقدہِ ہیٚتھ "ماسکو کین اخبارَن منز آسہ اَمہِ قسمچہ خبرہ تہٕ دَرامژہ۔"

"مگر اَتہٕ کَرن واٲلس آوٕ نہٕ زانہِہ تہٕ سزا دِنہٕ۔" ریبن وۆتھ گوہٕ

ہٮ۪تھ: "تَس گوٚژھ سزاہ دِیُن۔ سُہ گوٚژھ لُکَن برٛونٛٹھ کُن اَنُن۔ تِمَس گٔژھَن

فِتنہٕ کَرٕنی۔ تہٕ تِمو شُند موٚکُر ماز ہوٚنِن دِیُن۔ لُکھ ییٚلہٕ وۄہ پھٔٹن تِم گونٛہ

گُذٲرٕ سزاہ دِن! یِم مُصیبتہٕ تِمو تُلی مِتہٕ چھِہ۔ تِم چھلنہٕ باپتھ کوتاہ

رٔتھ پیٚیہٕ پٔتھرِس چھکنہٕ۔ یہِ رٔتھ تہٕ آسہٕ تِہِندُے۔ سُے رٔتھ یُس پیٚٹھ زیور گوٚو

مٔنزٕ ژٕہِتھ چھکھ کوڈمُت۔ اَتھ پیٚٹھ چھہ تِہُند حق۔ یہِ خوش گٔژھِکھ

تہٕ کٔرِتھ"

"میٚیہٕ ہالِج تیر"۔ بِہارَن وۆن۔

یا کوٚفن واتہٕ نوو یِہ تھپھر کٔرِتھ الاوس نِتھ۔

نار اوس وۄہ نی جَمکہ جَمکہ کَران۔ مُبہم ژھایہٕ ہِشہٕ آسہٕ اَتھ اَندٕ

اَندٕ ہو نَژان۔ تہٕ ڈیشنہٕ کِنہٕ نارٕ الاوک خوش کرٕ ون گندٕ باش وۄچھان

سوٚلی ہیوٚتھ اَکس گَگ گٔہ ڈٲنس پیٚٹھ تہٕ بَنیہِ ہوکھ مِتہٕ تہٕ زاڈلی اَتھ لوگ

وُشناوُنہٕ۔ اَمس کُن وُچھتھ رِگلہ نوو ریبِن کلہٕ۔ تہٕ صوفیایہٕ وۆنُن۔

"یِمہٕ کتھہٕ یہِ کتھ یو مٔنزٕ فکرٕ چھہ ترٲن۔ تِمہٕ چھُہ یہِ فکرٕ تاران۔ ہرگاہ

کانٛہہ موٚزوٗر مشینہٕ منٛز بٔچھِتھ موٚد یا اَتھ ژھیونس۔ وَنہٕ تہٕ چھُہ یوان زہ

پانَس اوسُس خطاہ۔ مگر ییٚلہٕ کانٛہہ اَکِس سوٚرُے رٔتھ چیٚنتھ ژایہٕ مَرِتھ

اَڈلی چھہ ہِشر پاٹھو دامِتھ چھہ دوان۔ اما اَتھ کیاہ شناوٕنی زہ؟ کانٛہہ کرِہ

سیٚدہٕ سیٚود قتلاہ۔ کتھ چھہ تہٕ تہٕ فکرٕ ترٲن۔ مگر یہِ کتھ چھنہٕ فکرٕ ترٲن

زہ محض مَرِتھ تُلنہٕ باپتھ کیا زہ چھُہ لُکَن اِذاہ دِتھ ماران۔ صرف مرنہٕ تُلنہٕ باپتھ

اَتھ منٛز چھکھ لُطف یوان۔ یِمہٕ زن زندگی منٛز لُطفاہ تُلن۔ یِمہٕ زن انسانی

دِتہٕ بدٕلہٕ یہٕ خوش کرکھ تہٕ مُلی ہین ۔ بہترین گیوان واجنہٕ ۔ ریسہٕ گرِہی ، رنگہٕ پہٕ بینژرہٕ شۆراکہ ، سوہ تہٕ سینزرہٕ طشتہٕ ، شرین ہنزِ خاطرٕ موللی تماشہٕ ۔ تُہی کرِو کام ۔ ذرا ہمتہٕ سان ، سیٹھاہ ہمت سان ۔ یتھہٕ زَن بہ زیٗوٗتھ پوشہٕ جماہ ہینکہٕ کرِتھ نہٕ پتہٕ نہٕ پرٕ زنہٕ کیٚتھہ ہیکہٕ سوہ تہٕ شُند متٕرہٕ بانہٕ تلی ہیٚتھ ۔"

ہاج اُس وُچھان تہٕ بوزان ۔ تہٕ بٔیہ اکہٕ لٹہٕ لگ پادٕلی تہٕ تمی سِندِین سینو باجنہٕ ہیٚتھ دِتھ راتھ ہندِس اتہٕ گٹس منز تیشزن چشمن بروٗنٹھ کنہٕ نِیہٕ نِیہٕ کرُن ۔

کال کھسِتھ بیٹھو رُتم سارِنی الاوس نکھ ۔ نارہٕ برنہہ ہاہ آسہٕ زیوٗ کٔڈی کٔڈی منزین لبوان ۔ الاوہٕ پتہٕ کنہٕ اوس اکہٕ گٹہٕ ہُند پردٕ تھوٗدٕ وُتھ وُنس تہٕ بنس دوہٕ شوٗنی ہُٹرہٕ روزٕتھ ۔ ہمار اوس اچھ پوٗرہٕ پاٹھی وہرأوِتھ نارس کُن مُدٕ یہٕ وُچھان ۔ تس اُس لگاتار ژاس یوان ۔ زَن تہٕ تیمزٕ باقی پچیمزٕ زندگی امہٕ ہمار تہٕ کمزور بدنہٕ منزٕ ہیر نیر نہٕ باپتھ بڈٕ بیے تاب سان جستہٕ خانز کران اُس ۔ نارہٕ گاشہٕ سیتی آیہٕ تہٕ امہٕ سینزٕ مۆہرہٕ ژ مہ پیٹھ رژھ تہٕ بُچھ صرف آسہٕ امس اچھن اندر ژھیتہٕ گرٕتھ وُنہٕ نارچہٕ تینبرہٕ روٗشن ۔

" سوٗیلی ۔ میانی کنہ اژھ ژٕ وہ نی سایے باتس تل " تس کُن بُتھ کرِتھ وَون یا کوفن ۔

" کوہ باپتھ ؟ " کوشش کرِتھ وَون ہمازن ۔ " یہ ہیہہ بیٚتھ مینہٕ کوتاہ کال چھ نتہٕ لوکن خبر وہ تھُن یہن وہ نی ۔"

کینژسس کالس کرٕ امہٕ اورٕ یور نظراہ ۔ پتہٕ ہنا ٹھہرِتھ تہٕ وُبُٹھ

گگہ ناوِتھ وَدَنۍ۔

"تمہٕ پیٹھ نکھہ بہٕنۍ چھُہ میٚنہ خوش کَران۔ نظر چھم تمہٕ کُن تہٕ سونچان چھُس زِ خبر تتھ ہاوَرہ تمۍ سارِ نیٚبہٕ ہُند آنچھ۔ ییٚم لۄکٕٹ بِنہٕ چھُہ آمُت ییمۍ لالچہ مۄکھ کٔھش آوکَرنہٕ۔"

کأنسہِ اکہِ دِیت نہٕ اَتھ کُنہ جواب۔ سینٛس پیٹھ کلہٕ تھٔوِتھ شونگ سُو جلدے۔ تس کُن وُچھِتھ وَنۍ ریبن لوٗ تسے؛

"یہٕ تختہٕ پیٹھ چھُہ بہان۔ تہٕ اَتھی اَکِس کُنہِ چھُہ وۄنۍ ج وۄہ ج دوان۔ زِ انسان سیٹھہ کیٛتہ کُنہ چھہ دونکھہ پیوان کرُنہٕ۔ اُمہِ پیٹھ یُس وُچھس مُنز چھیہ کہنہ سٕنیتہ گأمُت۔ زن تہٕ یہ کُنہ اُمی سینٛزن اُچھن پیٹھ مُہوٚتہ چھکہ آمُت۔ تہٕ اُمِس چھُنہٕ اَمہِ علاوہ بێیہ کینٛہہ بوزنے پیوان۔"

"بێیہ وُچھ تہٕ کیاہ؟" ہَناہ وُچھِتھ وُٹھہ ہٲرِ ج "ہرگاہ میٚنہ میچھنتھ کرُنہٕ سیٹھہ پرٛیتھ دوہہ سایہ بۄڈی انسان گۄلان چھہ۔ تہٕ تہنٛدِ ہٲکھہ چھہ پرٛیتھ فۄضوٗل چیزس پیٹھ پوٗنسہ وُڈاوان۔ یتہٕ کیاہ روٗد اَدہٕ باقے؟

"اُمی سنٛزہ کُنہ، بوٗزی بوٗزی آیہٕ اُمی ہیٚنہٕ۔" اَگسٹن وۄن۔ "اَکی لَٹہٕ بوٗزِتھ چھہ یہ کُنہ ہرہمیشہ یاد روزان۔ مگر تُوتہٕ چھہ یہ پرٛیتھ وِزہ پہاسے کُنہ واسے ۔ وَنان۔"

"اُمی سنٛزہ اَتھ داگہِ مُنز چھیہ زندگی ہُنہ پرٛیتھ کانٛہہ چیز ژٕ سیتھ آمُت!" ریبن وۄنۍ سنجیدہ پأٹھۍ "بوزشوز ج کُنہ چھہ۔ میٚنہ چھہ

ہَتہ لَٹہٕ اُمی سیٹھن پہٕ کٔھ بڑٕ زمرٕ - مگر اُمہٕ پتہٕ تہٕ چھُس بہ شکن گژھان - باسنے
چھہٕ زنتھ ژٕہہ تہٕ پوان زٕہ دِل چھنہ پژھ کرنی یژھان - زٕہ انسان کیاہ ہیکہ
یژ تاہ ذلیل تہٕ کمینہٕ اُسِتھ - اَمہ دِزٕہ چھہٕ ساری امیر کہو غریب رنی باسان
امیر تہٕ چکھ وِتہٕ ڈاکہٕ ہتہ - کینشژن لُکن چھہٕ پننی مَتہ حاجی اوّن ژھنان
تہٕ کینشژن پنن لانچ - اعمال کُنہ چھپہٕ سعوے - اَمہ دِزٕہ چھہٕ اُسو بانہِ سے
سیتو وَنان ؛ کانٛتیاہ رنی مَتہ ہنوی چھہٕ ! ساری چھہٕ بائے بائے - اَچھہ مُژرٕو
ایمان داری سان کرو غور - بانس ہیٹھ عار آنِہ نہ وراٹی سوٗچھو !

بہار گمر بوز ہیتھ - اَچھہ مژہ راوِن تہٕ یُتھرِس ہیٹھ ترٛاوِن لَرٕ - یاکوف
وِنٛتھ لوٗتی تھوٗد تہٕ سیٚدیوٗ ساپے بانس تَل - تہٕ اورہٕ ڈراد پوستینیاہ
ہیتھ تہٕ - یہ ترٛاوِن پیٚنہٕ نِس پترِس بانِس ہیٹھ - اَمہ پتہٕ بیوٹھ سُہ بیبیہ
صوفیایہٕ نِشہ .

اَتہ گٔژھس منٛز وٕلیہ شہ اَمرٕ شکلہٕ گاشہ نادہ الاوکی ژٕمژٕل اُسِہٕ غُن
لُکن ہِشرٕہ اَداژٕ آسیہ نادٕ چھہٕ ٹُسیہ دارِ سیتہ کُنُو گژھتھ اَکھ عجیب
ماحول بناوان .

صوفیایہ بوو تِمن زٕہ دُنی یِہکٕ موٗزٕور کِتہ کُنہ چھہٕ زندہ روزنچہ
پنُن حق منگنہ باپتھ جدوجہد کران - جرمنی گریستو کِتہ کُنہ کرٕ بغاوتھ -
آزادی باپتھ اَژھینو جدوجہد کران کران کِتہ کُنی چھہٕ آئرستانکی موٗزٕوراً ہیستھ
تُلان - تہٕ فرانسکی موٗزٕور کُمہ جبرٕونہ سان چھہٕ جنگان .

یُتہٕ — واژٕ ہند قملو پوشاکہ لاگِتھ یِتھ وَنس منٛز - یتھ لومہ کیٹس

مُدانس منز، یتھ کنُہو ژۄہ پارٕ نال چھُ وۄلمُت، تہٕ یتھ پیٹھ کنہٕ کیٚنہہ نیبُک پٔنٔس چھُ دِتھ۔ یُتھنہٕ الاؤک گاش چھُ، تہٕ حارن ہشہ گامژنو ژھاتہٕ ژۄ شونی طرفن نژان چھ ــ ییتہٕ ــ آ ــ اُکھو جایہ آسہٕ تہمن واقاتن ہنزہ دلیلہ باوہٕنہٕ یوان۔ یہمو واقاتو یُژہٕ بڈین لالچی انسانن ہندِس دُنیٔ یہِنس اَلہٕ اوس ژونمت۔ پزرٕ چھ تہٕ آزادی ہندہٕ معرکہ جنگن والین ہندی ناو اُسہٕ یوان ہینہ تہٕ اکہ اکہ اُسہٕ تِمہٕ بُتراژ ہندی ساری قوم رٕتہٕ سٔران کرٔتھ اُچھو برونٹھو کنہ ژن نیران۔

صوفیا اُس یُنہٕ گمہٕ آوازہ منز وارہ وارہ بولان۔ سعہ اُس یتھ کالج ہِش اکھ آواز باسان ــ تہٕ امہٕ آوازہ سیٚتھ پھاٹھیلے یہ تہہنزہ آشہٕ۔ تہمن منز کٔرن پٔرتھ پادٕ۔ تہٕ یم معہ ہنو رٔودی ژھعہ یہ دم کرٔتھ بیٚین مُلکن منز روزن والین پننہ نین باین ہنزہ دلیلہ بوزان۔ تہٕ ییلہ تہمو اُمس زنانہٕ ہندس زاوییس تہٕ لیڈرس بُتھس کُن وُچھ۔ تمہٕ وزہ بنیوہ سُہ مقصد تہہنزن نظرن منز زیادہ نون تہٕ مانہٕ دار، یتمہٕ پاک مقصدہ خاطرہ سارہ بُتراژ ہندی انسان جنگان تہٕ آزادی ہنز اکھ ازھیتو جدوجہد کران اُسہٕ ــ وادیاہ دوٗر یمیتس یتھ کالہ کین بیتون بیتون نسلہ کین تہمن انساکن منز آو تہمن پننہ نینے خیالن تہٕ آثارن ہُنُد عکس لبہٕنہٕ۔ یم انسان توار پخکو کرٔہنو رٕتہٕ دیوارن از کالہ نشہ ژھینہ اُسہٕ کرٔہ متو۔ تہمو ڈالی یتھ ساری سے پھلے مرژہ بُتراژ پیٹھ پننہ نین دِلن تہٕ دیماغن ہندی اکھ۔ تہٕ اکھ سیٚتو کوژکھ پٔتُن رشتہ وُستہ دار۔ اکہ آیہ تہمن تتھو ہوی سیٚتو باجہ

دٕرینٛٹھۍ۔ یِم کُنہٕ گژھن صحتھ اَکھ ہُترٲژ بیٚنھ عدکٕت تہٕ انصافٕک راج قایِم کرنہٕ
مۄکھ کمر گنٛڈِتھ دۆرٲمتۍ آسہِ۔ تہٕ یِمَو زَن اَکِھ پراوس دریٖیِ تہٕ شوٗزٕر دِتھ
تہٕ اَکھ نۆو تہٕ بیٚہتَر زندگی پراونہٕ خٲطرٕ ساسہٕ بَدۍ مصیبتہٕ ژٲلِمژٕ تہٕ یِم
زٕہ وٕتن چھُو کمہِ اوسکھ۔ سارِنٕے انسانن سیٚتۍ رُوحٲنی بنٛدھٕ آنکھ
شمع گٕو یِہنٛدین دِلَن منٛز روشن۔ تہٕ دُنی یِہِس منٛز یِیِو اَکھ نۆو دِل کھٕمُنٕہ
اَکھ سوٗدٕل یُس پریٚتھ چیٖزس سمجنہٕ تہٕ کھمہٕ زٕٹہٕ تہٕ بایِتھ بےٚ قرٲری سان
ڈُب ڈُب اوس کران۔

"شوٗ دشہٕ تہٕ وانہٕ۔ یٔیلہِ سارِنٕے مُلکن ہنٛدکہ موٗزٕ دٕر وۄ کھٕتمن تہٕ
ونن۔ بس وۄنی گو عدا! آسہِ آیہِ اَمہِ زندگی نِشہٕ تنگ۔"

صوفیاہٕ وۆن پٔتٕرہٕ پَرتھ تہٕ پرٔتھ سان۔ "تِمہٕ ژٕنہٕ نیرہٕ تِمَن اَکن
ہنٛدٕ خیالی طاقتکھ زٕچہ پُرٕہ نون۔ یِم زٕن صرف پننٕس لالچکِس خدس
تانی زورٕ اوارچھ آسان۔ تِہنٛز ژٕلہٕ کھوٗرٕ تہٕ تلہٕ زمین نیرِتھ۔ تہٕ کانٛہہ بیٚین
براتھچھے روز یِکھ نہٕ۔"

"سوٗ سے چھُہ اَصیل کتھ۔" کٲرِ زٕمرآدِتھ وۆن ریشن۔ "ہرگاہ
آسہِ پۆرہ زور لٲگِتھ تہٕ پانیو پانیو کرٕنہٕ وزٲیی کاٗم کرو۔ تیلہِ کیاہ ہیکو نہٕ
آسہِ کٔرِتھ۔"

مٲرِج آسہِ ٹمب چاپٕرِتھ سوٗرٕ سےٚ کینٛہہ بوزان۔ تہٕ تِہنٛدین دُتھن
پیٹھ اوس حٲرتُک تہٕ شادمانہٕ ہُند اَثر پھوٗلمُت۔ تِمہٕ دُچھ صوفیا سنٛدین
طور طریقن منٛز یُس صفوٗرٕ تہٕ کھمہٕ تہٕ زیادٕہ ژھوچ چھُنٛد آواز تہٕ سادٕگی بےٚ

"کیازِ نہٕ؟"

"اَزِ چھِہ لٔٹہٕ رٔنزٕ گۄمُت گاڑِتھ نہٕ بیٚیہِ ؤتہٕ گژھٕ۔ نکولسَس کوٚتِ عٔقٕل وٕکِنہِ۔ "نکولائی یِتھ وِہُنتہٕ مشورٕ۔ سوٚ اوس ڈیکس وٕرِتہٕ لٔدِتھ ژٕکھ بٔرُتھ ہیٚیہِ پٔہمِتھ۔ یہِ انداز اوس نہٕ تَس شوٚبان۔ نہٕ آمہِ سیٚتہٕ اوس تٔمِس رٔنزٕ حلیمی زبردس ژٕکھ واتان۔

"نکولس کوتِ رٕکنہِ ہیٚ واریاہ دوٗر گژھٕ ہ؟" ماجہِ ووٚن۔ "پیٚٹھ گژھٕ گاڑکِس نہٕ ڈرٕوج؟"

"پنُن چھُ یہِ زٕ بہٕ چھُس نہٕ اَزِ کیٚہ تور چانہٕ گژھنکہِ حقہٕ۔ تٔتہٕ چھینہٕ حالاتھ ڈانچہِ۔ لُکن چھُکھ زٕ گژ گوٚو مُتھ۔ کُس تام ماسٹر چھُکھ روٗٹمُتھ۔ اَتہٕ چھہٕ بڈٕ جیس کرنکھ ضروٗرتھ۔ کینٹرشَن دوٕہن پرارہٕ نِسے گوٚجان۔"

"رتمن لُکن تانی کتابہٕ، اشتہار بیتر واتہٕ ناوٕنی چھ سٕکھ ضروٗرت" اوٚنگو سیٚتہٕ میچ وایان ووٚن صوفیایہِ۔ "ژٕ چھکھے گژھنہٕ کھوژان زٕ؟" ہنگہٕ منگہٕ وٕژھ سعہ ماجہِ کُن۔

ماجہِ لوٗگ ولسٕ سٕکھ۔

"بہٕ کیاہ زانہٕ چھسہ کھوٗژمرش؟ گوڈٕ نیچہٕ لٔٹہٕ گٔیس۔ کھوژس نہٕ۔ نہٕ دوٕنی یکدم۔" کتھ پوٗرہ کرتھ نہٕ ورائی ترٕوو تٔمہِ کلہٕ بوٚن کُن۔ تَس ییٚلہِ وَنان اُسو زٕ کھوژاں مے چھُکھ۔ نہٕ اَتھ کامہِ منز سے واتی نِکلیپھ۔ یہِ کام ہیکہٕ کٔھے سہل یاٹھو نکھ وألِتھ۔ تَس اوس آمہِ وِژہٕ باسان زٕ نہٕ تم تَس کانہہ سعہ چھہ کرنکھ درخاس اُسو کران۔ آمہ کِنہِ اوس تَس باسان زٕ تم اُسو

تمِس اَکِس بیٚیِس نِشہِ بدٕلن زانِتھ بدلے قسمکھ دیوٕہ ہار کرٲن۔

"ژیٚ یہ کہے زہ پرژھتھ زہ کھوژہ ما ؟" تس اُس آواز بیگرِ گأمژ۔

"تہٕ کیا زہ چھوہ نہ پانہ واٹنی ییٚتھ سوال پرژھان کران ؟"

باشیرِ یتھ وول نکولائی ییٚن عانکھ۔ تہ پتہ لوٚگُن بیٚنیہ۔ تہ لوٚگ بڈٕہ غورٕ سان پننیٚن بیٚنین کُن وُچھنہ۔ وأرِنج پھاٹ وَن واجینہ آمہ۔ خاموشی سیٚتھ پیٚنز ہأج نہ پریشان ہشن۔ سہ وُژھ میٚچھ پیٚٹھ ھتوٚد قوٚ صوٚروارن ہیٚندِ پأٹھی تہ کیاہ تانی اُس وَنُن یژھان۔ زِہ صوفیایہ روٚٹ لولہ سان تمہِ سُند اتھہ تہ نرمی سان وونُن۔

"میٚیہ دِیو ماًفی۔ آیندہ سنے وَنہ نہ بہ زانہہ تہ یہ"۔

آمہ کتھہ سیٚتھ پھوٚل ماجہ اَسُن۔ کیٚنہہ کالہ پتہ ۔ لگہ تِم تمہِ سِندِس کامِ گژھنِکس سوالس پیٚٹھ سنجیدگی سان غور کرنہ۔



# ۱۵

مٲج پیٛز صُبحن سکلی اَکِس گُرِس گاڑہ سوار۔ ہردِکی رۄدن اُس سرٹاک آبہٕ آب بناوِمُت۔ ہواہ اوس تیٚز ییوٚمُت تہٕ ژۄ طرفاہ اُس ٹَپہٕ ٹَپ۔ پیٚنہٕ نہٕ جایہٕ پیٚٹھے پتہٕ کُن پھیرِتھ لوٚگ گاڑہ وول گنگہٕ سِندی پاٹھی داد کانگرِ باوُنہٕ۔

"اَدہٕ کیاہ میٚہٕ ووٚنُس۔ بانے بٲیِس ووٚنُم زِ کرسا حِصہ باگے۔ تہٕ پتہٕ گیہٕ حِصہ باگے شوٚرُو۔"

یکایکھ کوٚڈ تٕمی کھووُرِ طرفہٕ کِس گُرِس ؑگنے چھانٹہٕ ٹاس۔ تہٕ ژکھ سان دِژن کرٕکھ۔

"ہیا وُچھتھ پکو، ڈایہٕ نِسلاہ!"

ژھرِ نے کھاہن منز اُسی کاہ وۄہ ژۄ ٹُلہٕ ٹُلی یِکان۔ تِمن ہواہ اوس ژۄ طرفاہ شی شی کران۔ کاہ اُسی ہوٕہَس سیٚنہٕ داران تہٕ تیٚرِ آسکھ تھوٚد تھوٚد وۄہ تھقان۔ تہٕ زمینہٕ پیٚٹھ اُسی اورِ یور لاینہٕ پوان۔ تہٕ یِم اُسی بڈہ کھاژ سان پکھن ٹاس گڈی گڈی بیٚیِس جایہ بیہنس پیٚٹھ مجبوٗر

گرٕژھان۔

"خبر چھےٚ کوٚرٕن کیاہ؟ میون حصہ تہٕ نٮ۪نگوٚوُن۔ اکھ تہٕ چیز ژٕووُن تہٕ تُس بہٕ نیتھ ہیکہ ہا"

گاڈہٕ وٲلۍ ہتھوٚ کتھ چلہٕ وٕنۍ۔

مٲج اُس اہشرٕ کتھ زَن تہٕ خابہٕ مُنزٕ بوزان۔ اُمی سِنٛدِس ذیہنس منٛز اُسہِ پتہٕ بین کینٛہ شُرٕن وٕرِ ین ہنٛدۍ واقات وۄتلان۔ اُمہٕ وُچھ زِ سہٕ سپیز پرٛیتھ اکِس واقس منٛز جان پاٹھۍ شریک تس اوس گمہ ڈٕ گمہ ڈٕ باسان زِ زندگی ہنٛدۍ حالاتھ چھہٕ خبر کتہٕ تام دٔرہٕ سیٚتھاہ دوٗرٕ لٚرٕنہٕ آمتۍ۔ خبر کمۍ بناوی یتھ تہٕ خبر کیازِ۔ مگر وۄنۍ اوس یمن ہٕنٛد اکھ بوڈ حِصہ تمۍ سُنٛزٕن چشمن برٛونٛہہ کنہٕ ہتھنہٕ پیوان۔ تہٕ سہٕ اُس پانہٕ تہٕ اتھ منٛز شریک۔ اُمی سِنٛدِس دِلس منٛز پوٛٹھیوو اکھ عجیب خوٚشی ہنٛد احساس مگر سیٚنۍ اوس اتھ احساسس منٛز بینہٕ نس قہٕ وتس بیپھڈ پژھ نہٕ آسنک پرتوٚ تہٕ۔ سہٕ اُس حاۓان تہٕ گرٕژھان تہٕ اکھ سوٚت سوٚت غم تہٕ اوسُس دِلس پیٚٹھ بہیتھ۔

اَندۍ پکھ اوس سوٗرے کینٛہہ وارٕ وارٕ تس سیٚتۍ پکان۔ رٲوِ دہٕ اوٚبرِکۍ لنگ اُسہِ زن تہٕ فکرن منٛز سنیتھ اکھ اکِس پتہٕ لاران۔ سرٛاکہِ اَندن ہنٛدۍ اۄدرۍ گُلہٕ اُسہِ پتہٕ تہٕ ننگہ تہٕ ننہٕ لَنجہ گلہ ناوان۔ کھاہ معہ کلے یہٕ تہٕ مُنجھ آیہ لہٕ کِٹہٕ لہٕ کِٹہٕ بال۔ تہٕ پتہٕ ڈٲلۍ تمہ تہٕ نظرٕ۔

گاڈہٕ وٲلۍ سُنزٕ کھٕنکھ کتھ، گرٕن نالۍ تراوِ مُژن روہٕنین ہنٛد

شور، ٹھنڈ ژ تہٕ نم دار ہوٚ ہیچہ شُرۍ بنہٕ تہٕ سۄ سہ راے، یم ساری بدلے پہ
اکِس گرہژ وینہٕ کوٚ لہ منز۔ یوسہ کٲہو منزٕ وسان اُس۔

" امیرٕ سِندۍ باپتھ چھ جنتھ تہٕ ناکافی۔" گاڑہ وول اوس
بینہٕ جایہ بیٹھ چھو کہ وینہٕ ہیتھ ونان " اَوے ہیوتکھ اَسہ ہیوٚن غریبن
ہُندٕ رَتھ تہٕ چوٚن۔ حاکم لکھ بوٚزی تو کہ یھندی طرفدار"۔

گارڈ وٲلۍ مُژ راوی سٹیشنس بیٹھ وٲتھ گٔری تہٕ فرۍ یاد
کرینہٕ کہ آیہ دوٚتن ناچہ۔

" ہرگاہ ژٕ میہ شوٚ رابہ، باپتھ پانژہ کو پیک دِکھ۔ کیاہ ژٹ
گژھہا"۔

تہٕ بیلہ تمہ پۄنسہ دِتس تم رٹِتھ دوٚ لتھ سوٚا می آیہ۔

" ترین وۄ دکا تہٕ دوٚن ژوٹ"۔

پٹینس باگ وٲڈ ماج ٹھکتھ ژھینتھ نکولس کوے کِس
نوکٹس قصبس منز۔ چاے چیتھ واژ سو سٹیشن۔ تتہٕ بیٹھ اکس دارہ
نکھ تہٕ صوٚ بدوق ٹھوٚ ون بینچس تل۔ دارہ کنہ اوس اکھ لوکُٹ ماداں
تہٕ سوٚری رنگہ بوٚن پٹس کرِتھ اکھ مکانہ۔ مادانکھ گاسہ اوس موٚتھیتھ
موند مُتھ۔ اکھ مکانس منز اوس اتہ کہ [illegible] دفتر۔ اکھ کھور تہٕ
داریل گریوٚس اوسس ورنڈس منز بہتھ تماکہ پاپ ژ ژ دوان۔ مادا
منز اُس سوٚرہ ہٕنا اکھ رب کھوان۔ باقی اوس پہ سور پینہٕ نین کنن جایہ
دارے تلان تہٕ زمینہٕ پینہٕ نس ٹھکان۔

تہٕ یہ تہٕ کرٕہِن اَدبُر اوس ڈٲلان۔ پَتہٕ پَتھ چیز اوس خاموشس
کرٕہن تہٕ ہیم ناکھ۔ زِن تہٕ زندگی کِنہ تام چیزس پٔژاران اُس۔

یکایک گو اکھ جُلوس سارجنٹ گُر دورہ ناوِتھ نادانس منز
ظاہر۔ تہٕ دفترٕ کِس دروازس نِکھ وٲتِتھ رُکوون گُر۔ ہَیَہِس منز چھانٹہ
یکلہ ناوِتھ وِژ تھو گرپسہ تس کُنی کرٕنِکھ۔ تھوٗ سپنز آواز آیہ دارٕ سیتھ
چھادِتھ۔ یوٗدوے ماجہ تَمہ سِنز کِنہ فِکرٕ ترٕ نہٕ۔ گرٕیس ووٚتھ ٹھوٚد
تہٕ اُتھ سیتھ ہُوٗن دور کُن۔ سارجنٹ ووٚتھ گُرہ پیٹھ۔ گرپسہ پیٹھ
اُکھس منز لاکم دِتھ لٲگ سُہ گیران گیران ہیرِن کھسہٕ نہٕ۔ پَتہ وِژ تھوٗ
ہیرِ ہندین سیکن کھسپہ ترٕ قدم ٹھیکہ راوِنی۔ تہٕ دروازہ منز گو گاب

بَنیہ اکھ لَڑ گو پرتھ کانہہ چیز خاموش۔ گُرٕ وٲسے دوٚہ
لَڑ نرم زمینہ پیٹھ پٔدر۔ وٲری یہ ژھ داہ مرٕ اکھ کوٗراہ آیہ کمرس منز۔ تمہ
اوس لیندریرٕ سان پنُن مُس اکس لٹس منز بند کورمُتھ۔ بُتھ اوسس
گول گول تہٕ اچھن منز اوسس نرمی۔ پِچھہ مرٕ ترِیلہ منز برپتھ رکابہ ہینتھ
ژاپہ سعد دُمہٹ ژاپان تہٕ کلہ یکہ نادان اندر۔

"سلام ہے ٹٲٹھی" ماجہ ووٚن۔

"سلام"

میجس پیٹھ رکابہ لٲگِتھ ووٚن تمہ کورِ یکایکھ جوشہ تہٕ

ہیجانہٕ سان :

"وِنی وِنی ہے چھکہ اکھ ڈاکو، روٗٹھمُتھ تس چھ یُوری یکہ نادان"

"کُس سَنا چھُہ ؟"

"خبر کیاہ چھم"

"سُہ کُس چھُہ چھوٚر مُتھ ؟"

"خُدا زانہٕ" کورٕ دیُت نکارٕ سۭے مٔنز جواب۔ "میٚہ بوٗز یُتے اوت زہ سُہ چھُکھ ژٕٹھتھ اوٚنمُتھ۔ دفترُک چوٗکی دٔر چھُہ پُلسہ افسرس نادِس گومُت۔"

ماجہ وُچھ دارٕ کنی۔ گرٕ پسہ اُسی ماڈانس منٛز جماہ گرٛ دھان کیٚنٛہہ اُسی دارٕ دارٕ تہٕ سنجیدگی سان پِوان۔ کیٚنٛہہ اُسی دوان دوران تہٕ کیٚہ ژٔھٹن بٹن وٕوان پِوان؟ پکان۔ ساڑی لکھ گژھہ مکانٕ کٕس درنٛدس بُروٚنٛہہ کنہٕ جماہ۔ تہٕ تِم لگی پانس کھوورٕ رکنہٕ وُچھنہٕ۔

کورِ دِژ دارٕ کنہ نظر تہٕ پتہٕ مُژ رووٚن ٹاس دِتھ بَر تہٕ دٕراییہٕ ماجہ دِیُتھ باتھیرِتھ پُٹھ بکسہٕ بٔنٛدٕ تہٕ بینیچس اندر کُن دارِتھ۔ پتہٕ دوٚل تِمہ شال تہٕ دٕراییہٕ دَروازٕ کنہٕ۔ دِل اوس تسُنٛد کرزان نہٕ دُوہ ہیتھ نیرہٕ۔ مگر تِمہ دباو پیٚہ خاموشی۔

سُہ دٲرِ دراںدس منز۔ تس باسیوو زٕن تہٕ تٔرُن تہِ کھ ہیٚوٚہ ہوا تِمہ سُنٛزن اٮ۪چھن تہٕ وُچھس گٕدہم پٔرِین گوٚرتھ اڈان اوس۔ تس گودم ہیوٚ تہٕ سہ لٔج اُس مرٕ نہٕ راوِتھ شاہ کھالنہٕ والنہٕ۔ تس گو بیمیہ کوٚ لھُتھ۔ ماڈانہٕ کہ دوٚیو مۍ اندہٕ اوس ربیبن پِوان۔ تس اٮ۪کھ اَتھ پتھ کُن پھیرِ مُتھ۔ دوٚیو طرفو اُبس پُلسہٕ وٲلۍ نہٕ زمینس لورِ ٹھکہٕ ماوِتھ پکان۔ لکھ رُو دِیہ دفترِ چہ لرِ

نیبرٕ کینہ ژھسمہٕ پیٹھ دَم کرِتھ پٔرارِیہٕ۔

ماجہ اُس وُپٹِھ گرٕ ژھیتھ ہش یہ تماشہ وُچھان۔ ربین اوس کیا ہتھام وُنان۔ تٔمۍ سِنٛزٕ آواز۔ اُس ماجہ ہندِین کنَن گژھان۔ مگر ماجہ ہندِس دانا کھٕرنٕہ وٕتھٕ داٚسی دِلس منٛز داٚریتھ اُسی ربین سِنٛدی لفظ داوان۔

زیوٚٹھ ووٚتھ شا ہیتھ سنبول تھٔمہٕ دَم۔ وراندٕس نکھٕ اوس اکھ گرٕ پوٚس وٕتھٕ دنہٕ۔ تٔمۍ سُنٛزٕ اٚچھ آسہٕ ہیجرٕ سان۔ تہٕ دٲر اُسیس زیٹھ تہٕ سعہٕ نہٕ ہٲرِہ ننگہٕ۔ سُہ اوس ماجہ ٹھَلہٕ ٹھَلہٕ وُچھان۔ ماجہ کوٚر ژاسہ ٹھکہاہ تہٕ کھوٚژِتھ دِتن نٕٹنہٕ لد اتھو ہٹس پھش۔

"کیاہ بادلیل؟" کوٚشش کرِتھ پرٛژھ ماجہ۔

"پانے وُچھہِ ہیز" سُہ ووٚتھ تورٕ۔ تہٕ بُتھ پھیرِن ہور کُن۔

بیا کھہ اکھ گرٕ پوٚس آو تہٕ روٚد اُمہِ سٕے نکھہ وٕتھٕ دنہٕ۔

ربینس یہِ پلسہ داٚلی بکرٕ نادان اُسی۔ تِم ٹھہرِ سے یہ اُکن بُمہِ وٕتھ کینہ۔ گکھ گیہِ جماہ۔ مگر تِم روٚدی ژھعہٕ یہ کرِتھ۔ یکایکھ دِژ ربینن کرٛتھکھ:

"ایمان والیو! توہہ آسہٕ وہٕ تِمَن اشتہارن ہند بوز متھ۔ یِمن منٛز اسہِ گر پیسو تین متعلق پرٛزٕ کتھ لیکھنہٕ آسہٕ آمژٕ؟ بہ روٚوٕس یِمو تِمہ ورے اشتہار وبایتھ۔ میٛنے بٲگراوی تِم اشتہار کُکن!"

کتھ آیہ ربینس وارٕ نکھہ۔ تٔمۍ سِنٛزٕ آوازٕ منٛز اوس قرار تہٕ سکون۔ اَمہ سیتۍ کھٕژ ماجہ تہٕ واٚرنج بوٚڈ۔

"بۆزِتھا؟" دۆیمو گرٛیسِس دِژ نِیجہِ اُچھ وٲلِس گرٛیسِس تَس کھنہٕ
رکُل۔ نِیجہِ اُچھ وٲلِہ تیجُ کاُرِتھوٚد۔ تہٕ جواب دِتُے لوٗگ بٔنیہِ آکہ لٔٹہ ماجہ وُچھنہٕ
دۆیمو گرٛیسِس تہٕ ہیوٗت تِمَس کُن وُچھُن۔ سُہ اوس گۄڈٕنکو سِنٛدہ کھوتہٕ وارٕ
لوکُٹ۔ تَس اوس توٚن کٔرِتھ ہُن ریش۔ زٲوِجِ لِس بُتھس آسس مِچھ ٹیٚچھ۔ رتم
دوہ شدے دِژاہٕ۔

"کھوٗژِتھ ہیتھ آسُن" ماجہ سوٗنچھ۔

سُہ رۄز زیادٕ ہۆشاری سان وُچھنہٕ۔ یِتہٕ تَس سُہ دراندٕس
پٔنٛیٖٹھ دوہ دِنہٕ اُس۔ تِتہٕ پٔنٛیٖٹھ اوٗس میٖنٛاُلو ایوانو درج شُند کٔرِتھ ہُن چھوکہٕ لد
بُتھ تہٕ بیقرار چشمہ صاف بوزِتہٕ یوان۔ سُہ اُس یٔژھان زہِ سُہ تہٕ گۄژھ تَس
کُن وُچھُن۔ اوٚے کِنہٕ وِژھ سُہ ہیٚچن پٔنیٖٹھ تھوٚد تہٕ گردن تہٕ رٔٹِن تھوٚد
لکھ اُسی رِیبنس کُن یہوٚے ٹنگہ ڈِجہ مژہ بیے اعتبٲری
سان وُچھان۔ تہٕ کیٚنٛہہ تہٕ اُسو نہٕ وَنان۔ لکہٕ یِتہٕ کِنہٕ اُس وارٕ وارٕ کینٛہہ کینٛہہ
ہِش گژھان۔

"گرٛیسِس تُہۍ! تقدِہ بِگرٕ آوازہ منٛز وۆن رِیبنن۔" یِمَن
اشتہارن منٛز یہِ کینٛہہ شاہ لیکھت چھُ۔ تہٕ چھُ بالکُل پوٗز۔ ممکن چھُ مے یِمہ
یِمو اشتہارو سببہٕ زۆدٕ نِشہٕ اَلگ چھِلُن۔ مے آوٚ شُکھ کرنہٕ۔ اِذاہ دِیتہٕ
تمہٕ یہِ زانہ نیچہ تُچھ تہٕ آیہ کرنہٕ۔ زٕہ یِم اشتہار کٕتہٕ پٔنیٖٹھ وٲتی مے نِشس
مے چھہ پتاہ۔ مے ہیٚن بٔنیہِ تہٕ چوب۔ مگر بہٕ چھُس پٔریتھ چیزہ باپتھ تیار
تِکیازِ اشتہارن منٛز یہِ کینٛہہ شاہ تہٕ باوِنہٕ چھُ آمُت۔ تہٕ چھُ پوٗز۔ تہٕ اَسہ

چھُ پۆز ژۄچہ کھوتہٕ ٹوٹھ ! اصٕل کتھ چھ سوے۔"

" یہ وَنہٕ نیچ کیاہ سُنا ضۆرۆرتھ اُس ؟"

وراںڈس نکھے ووٚدنہٕ اکی گرٟیسہ وۆن۔

" ووٚنی کمہِ سۭر فرق بنیِیہ اَمہٕ سیتی ۔" نیچہ اُچھ واٗلی گرٟیسہ وۆن۔

" انسان چھُ صرف اَکہ لٹہٕ مَران ۔"

ژکھ رٗوٗدی ییتھے کُنہٕ ژھۄمہٕ پہ دَم کرتھ ووٚدنہٕ۔ تہٕ بڈٕ اودزُرد انداز س منز لگی رینبس وُچھنہٕ۔ باسان اوس زَن تِم کمہٕ تام اژانی بارن تل اُسہ زٕتی ہیتی۔

پُلسہٕ سارجنٹ دژاو گیران گیران دفترٕ منزٕ ہ تہٕ ووت وراںڈس منز "کُس چھُ کتھ کران ؟" تمہٕ دِژ تیتھ کُنہٕ کرٛیکھ زَن تہٕ چیتھ اوس۔ یکایک گو شہ ہیرِو بوٗن وٚسیتھ تہٕ رینبن سُندِ مُس موٚچھ منز رٕٹیتھ لوٚگ اَتھ لمُنہٕ۔

" سورٕ نسلاہ ! یہ اوس کھا ژٕبے ووران ؟" تمہٕ دِژ کرٛیکھ۔ ہوٚجومَس گئہٕ حرکتھ ہش۔ تہٕ ژکھو ہیوٚت کیاہ تانی وَنُن۔ ماجہ ترووٚ ہٕ ییہ بَس گرٛژھتھ کلہٕ بوٗن کُنُ۔ رینبن پٔتہٕ آواز بیبرِ بنیِیہ اکہ لٹہٕ بلند۔

" دوستو۔ وُچھیو وُ !"

" خاموش !" سارجنٹن لاٗے تَس کنس ژکھا ٔلی۔ رینبس آو چکر ہیوٚ تہٕ تمہٕ تُلی پھیکو تھوٗد ہوٗے۔

" گوڈ چھ اَتھَن گنڈ تراوان - پَتہٕ پیٚ خوش کرِتھ ترٛاوان "

" سپاہی ! یہٕ ژٕ ساہ - ہے ٹہو تہٕ نیٚرِو سا ! "

سارجنٹ اوس رینس بُرونٹھ کنہٕ رتھتھ کنہٕ وۄہ تٕلان - یتھ کنہٕ

زَن ہانکلہِ گنڈِتھ ہٕنٛدن اَڑج ڈیشتھ تمبہ لہ چھ تُلان .

سارجنٹن چلاوِ رینَس بُتھس سپنَس تہٕ یَڈ مکھالہِ -

" ہے اَمس مَسا لاے "

لُکہٕ منٛزٕ دِژ کمیٚ تام کرٛیکھ -

" یتھ کنہٕ کیازِ چھہَس لایان ؟ " کمیٚ تام کوٗر تائید -

" پچھ نیرَو ہا "

نیچہٕ اَچھ کرِتھ گرِپسی چلاوٕ بٔنہٕ نسس بأرجس کھنٛو کُل تہٕ

وۄن نسَس - رتم وۄہ شوٚے دژایہ رُسے دفترٕ چھ لدٕ کُن - تہٕ مأج لِج تمس

کُن مایہ سان وُچھنہٕ - ماجہ ترٛوو پھرٕکھ ہیوٚ - ییٚلہِ تمہٕ سارجنٹ ورانٛدہ

چہ ہیرِ کنہٕ کھ پأٹھو کھسان وُچھ -

" اَکہ وۄنو یورہ - بہٕ ہا کھیاوَن یہ "

شو لوٚگ تتہٕ بیٹھہٕ مُشتہ ہاوی ہاوی وَنہٕ نہٕ -

" یُتھ نا اور فی وۄن ! " لکہٕ منٛزٕ آیہِ اکھ روبہ دار آواز -

ماجہ پرٛزٕ ناوٕ یہ آواز - یہٕ اُسس اَمی سے نیچہٕ اَچھ وأرلس گرِپسی شٮ٘رٕ آواز -

" دوستو ! یم رُکاوٕ کو دِو کھ ! ہرگاہ یمو یہ اندر نیٚو - یم کڈن

اَمس مارِ دِی جان - تیٚ پَتہٕ وَنَن اَسی لُکو ہے مور - یُتھ نا اَمس اندر

نِنہٕ وٕزٕ !

"گریسو تیو !" میخائلو سِنٛز آواز آیہ "تۄہیہ چھا خبر زِ تہٕنٛز زندگی کٔرِتھ چھہٕ ؟ تۄہیہ خبر زِ تۄہیہ کیٛتہ کٔنۍ چھہٕ لوٗٹھ سپدان ؟ کیٛتہ کٔنۍ مارنہٕ یِوان تہٕ تہند رَتھ چَنہٕ یِوان ؟ پرٛتھ اَکھ چیز چھہٕ تہند ! تہۍ چھوہ یِمہ بُنہٕ اَژ ہیند سارہ وِیے کھوٗتہٕ بوٚڈ طاقتھ ۔ تہٕ تۄہیہ کمۍ حۄق چھوہ ؟ صرف فاقہ چھرہٕ مرنُکھ حق !"

گریسو تیو لوٗگ یکایکھ کڑیکہ نادٕ تہٕ اَکھ اَکی سِنٛز کتھ دِژکھ نہٕ وارہ بوزنہٕ ۔

"ہُل کُل پوٗز چھہٕ وَنان ؟"

"پُلِسہٕ اَفسر اُدٕ وٕوٚن ! کتہٕ چھہٕ پُلِسہٕ اَفسر ؟"

"سارجنٹ گوس نادٕس ۔"

"کُس سُہ شوہرأبی ہا ؟"

"اُسہ کیازِ کرو اَفسرس آلو ؟"

کڑیکہ نادٕ تیز یوو ۔

"ہے زِہ گرِتھ ساوُنان ۔ مجال چھا ژیٚہ لاگی کانٛہہ اَتھ !"

"ہیا اُہس مُرِتھ رأوی وٕو اَتھن گنڈ !"

"یُتھ نا ژیٚہ رٹہ نٔے ؟"

"مے چھہٕ رزِہ اَتھن سنان ۔" رینبن لوٗگ سو کونہٕ سان وَنٕنہٕ ۔ مگر آواز اُسہٕس پیٚرِتھ گوب زِ ساری اُسی بوزٕتھ ہیکان !

"گریسی تیو! بہ ناٹزٕ لہٕ نہٕ! بہٕ نا ہیمہ نہٕ پژرٕہ بنشہ پوت! پژرٕہا
چھُ میہ اندر رٗوزِتھ!"

کینٛہہ نفر ذرایہ ہتو جوٗمہ منزٕ ۵ اڈ کُھتھ کنٕہ تہٕ لگو کلہ گلہ ناوِتھ کتھ کرنہٕ۔
مگر یمن لُکن زچہ لاگِتھ آسہ۔ تم ہیٚتِنو وارٕے سیمنو۔ پژرِتھ اَکھاہ اوس
وُرِ تاوس منز۔ یمو لُکو روٗٹ رییبن پانس منز باگ۔ سۆ اوس تِمن منزٕ باگ
ترِتھیُ باسان۔ یِتھٕ زَن کُنہٕ جنگلس منزٕ باگ کانٛہہ مندر ووِ دِنہٕ چھُ آسان۔
تہٕ سۆ اوس اَتھ زورٕ زورٕ گِلہٕ ناوِتھ وَنان۔

"شُکریہ ٹاٹھیو یارو! شکریہ! اَسہ نے پانے پانہٕ اَکھ اَکی
سِنٛدٕ اَتھ یلہٕ کرو۔ اَدٕ کُس کرِہ؟"

پیٚترِ نِس ریشِنس اَتھ ڈاٹ لِتھ تُل تِمو دُبارٕ پننِ کھونٛہ بوٗرت
اَتھ تھوٗو۔

"یہ چھُ میون رُتھ! یُس پژرٕ باپتھ دِنہٕ آو!"

مانٛج وَڈُھ ہیرٕ بوٚن۔ مگر لُکن منز واتِتھ ہیٚو کینہٕ تِمہٕ میخانُکو
دُ چھیتھ۔ اَدٕے کھڑٕ سہٕ دُبارٕ ہیرٕ پیٚٹھ۔ کوہ سیہ تانی ازٕ ئی نشادٕ کرِ لج
تمو سِندِس پینٛس اندر لرٕ پھیرِنی دِنہٕ۔

"گریسی تیو! یم اِشتہار ژھانڈِو تہٕ ضنوٗرٕ ورٕ پیٚرٕو۔ ہرگاہ پادرِ کرٕ
تہٕ حاکم وَنہٕ نوہ زِہ پژرٕ پھیلاون وٲلی چھِ لامذہب تہٕ باغی یِمتھ نہٕ تِہندِس
وَنہٕ نِس پرژھ کرِو۔ پژرٕ چھُ ژوٗرٕ ژھیٚپہ یتھ بتراڑ پیٚٹھ پھیران تہٕ لُکن
ہندین دِلن منز پننہ جاے ژھانڈان۔ حاکمن ہندِ خاطرٕ گوٚ پژرٕ نار تہٕ

تلوار۔ حاکم کرن نہٕ اَکھہ زانٛہہ تہٕ قوٗبوٗل۔ دَپھ پٔزٕ رکٔترا وٕہ تیمَن تہٕ زاٗلِتھ کرٕ بکھ ستور۔ پٔزٕ رچھُ تہنٛد بہترین دوس۔ تہٕ ہُمَن ہندٕ خاطرٕ بدترین دُشمَن۔ اَدے چھُ پٔزٕ ژوٗرٕ پاٗٹھو ساریسے بُتراتھ پیٚٹھ پھیران۔"

ہُکوَ ہیٚژٕ بٔنیہٕ اَکھ لَٹہٕ کتھ کرٕنہٕ۔

" ایمان والیو! بوٗزیو وُو!"

" بایا ژیٚہٕ آسی انجام بد!"

" ژیٚہٕ رَکمیو کرَیسے مُخبری؟"

" پادری " اَکٕ مُلسہٕ واٗلی دیُت جواب۔

دوہ یوٗ گریسی تیوٗ نیہٕ بیے شوٗکھر پاٗٹھی لیکھاہ ژاٗرِتھ۔

" وُچھان گژھو وُو بابو!"

رتم کرٕی کمٕ تام خبردار۔



# ۱۶

پلٹسک زینٹھ اَفسر اوس لکن کٕن پیوان۔ تھوٚد قد، وییُٹھ بوٚڈ بَدَن تہٕ گول بُتھ کرٕتھ اُمس اَفسرس اُس اَجی مینگہ ٹوٗپی دِتھ۔ گونٛژھ آسس اَکہِ طرفہٕ وٕدِنہٕ تہٕ دوٚیمہِ اَندٕ بوٚن کُن۔ باسان اوس زَن تہٕ اَکی بےٚ جان تہٕ ہوٚکھ تبسٕمن تَس بُتھس تہٕ ہوٚل اوس کوٚر مُتھ تہٕ سیتی اُسنس مَسمغہٕ صوٗرتھ تہٕ کرٕمژ۔ تمہٕ اُس کھوورس اَتھس منٛز تلوار رٹٕمژ تہٕ دچھِن اَتھ اوسس زورٕ زورٕ رگہ ناوان۔ تمہٕ سندِین وزن دار قدمن ہند صداہ بوز پیٚوان اَکی۔ لکھ تراٗو تَس وَتھ۔ تہٕ بُتھین پیٚٹھ اُکھ اکھ غم ناکھ منظلو میٚتھ ژھایہٕ گژھ کرٕنہٕ۔ تہتھرٕ کتھ ہیے یہٕ زَن تہٕ زمینس اندر وسِتھ گیہٕ۔ ماچہ اُسہ ٹاٹرِ وُہان تہٕ ڈیکہِ ناٹر وٕہِ کڈان باسان۔ تَس گُڈ بتیہٕ اکِہ لَنہٕ ڈلِن وٕہٕ ژٕ سعہ اُژٕ ہا ہتو جوٗمس منٛز۔ سعہ نمے یہٕ بُروٗنٛہ ٹھ کُن تہٕ شاہ بند کرِتھ ژوز وٕہ دِنہٕ۔

"رِکھو دٕلیل ہیا؟" ریبنس مدے گنڈتھ وون تمہٕ "ہیا یمس کونا ژھوہ اَتھن گنڈ پھیرِ مُتھ پتھ کُن؟ سپاہی۔ پھِروٕ یمِس گنڈ!"

اُمہٕ سٕنٛز آواز اٲس ہیٚژن۔ گرہن وٕنۍ مگہ بیٚیہ مٔزہ۔

"اَچھِہ جناب اَسہِ بنیٚہِ۔ ژکو مُڑہ راٲوس" اَکو سِپٲہِن

وَون۔

"کیاہ مطلب؟ ژکھ؟ کم سناژکھ؟"

پُلسہ افسرَن نَزراو ژکَن کُن نظر۔ یم تَس بُروٚنٛہہٕ کنہٕ اَکِس نیم

دٲیرِ چِہ شکلہِ منٛز ووہ دِنہٕ اَسہِ۔

"تم کمَ ژکھ چِھہ؟" یُنہٕ بیٚیہ مٔزہ آوازہ منٛز کانٛہہ ہیٚوور بعدن

کرنہٕ ورٲیی پرٛیژھ تمہِ۔ پتہٕ دِژن نیچہ اَچھ کرِتھ گریسو تَس تلوارہ دِنہٕ سِتھ

رکل "تہِہ چھِوہ شاید۔ کہو چوہا کوف؟ تہٕ بٔنیہ کُس سنا؟ تہٕ مشین ژَتیا؟"

یمو منٛزہ رَٹ اُمہِ دِچھنہٕ اَتھ اَکِس سٕنٛز واَر۔

"حرامزادو! دفاہ گژھو دوٚیِتہ۔ نَتہٕ ہا پھُٹہ راوو وہ بہ چوب

دی دی تَل نکھہ!"

تُہندہ بُجتہ تلہ اوس نشان زِہ تَس تہٕ اوس غوطہ کھوتمِتھ تہٕ

اوس ہَھکی دِوان۔ آوازہ مَنٛز اوسُس قرار۔ تہٕ سُہ اوس یُنہٕ نیو زیچھو

نریو سِتھ ژکن پیتھ کُنہ لایان۔ زَن تہٕ اُمِس اَتھ ہٲلے اَس۔ کاٚر بوٚن کُن

تراوِتھ تہٕ نظرہ ڈٲلِتھ ہیوٚت ژکو تَس بُروٚنٛہہٕ کنہٕ ہوکُن ڈٲلُن۔

"تہٕ تہِہ کمہ مرِضکی یلاج چھِوہ؟" سُہ پھیوٚر سِپٲہن کُن۔ "بہ

چھُسوہ دِیان یمِس پھرِد نرِن گنڈ۔"

لیکہ پھاشا پرِتھ دِژ تمہِ بٔنیہ اَکہ لٹہ ریبنس کُن نظر۔

"ہیا اَکھ لٹھاے وٲو پتھ کُن !" تمہ وَون ٹھدٕ ہنٛزٕ

"بہٕ دِموٚوٕ نہٕ اَتھن گنڈٕ پھِرنہٕ" رییبنن وَون ! "بہٕ نہٕ چھُس ژٕلُن تہٕ نہٕ کانٛہہ مُجادلہٕ کرُن یژھان۔ پتھ کوٚرٕ باپتھ پھِرو میٛہ اَتھن گنڈٕ؟"

"کیاہ وَونُتھ ؟" تَس بروٚنٛہہ کُن پتھ پریٖژھ اَفسرن۔

"وحشیو ! بس وونی مہ کرِو کُنہ بییہ لیتہٕ مونٛڈ !" رییبنن ٹھوٚو ٹھدِ ہنٛزٕ کلامہ جاری۔ "وونی ہا ہیٚوتُن تُہُند وَکھ نہٕ واتُن !"

پُلیسہ اَفسر رُود وونہٕ اَمہ سِندِس بُتھِس کُن وُچھان۔ تِمس آسہ گوٚنٛژھ نوٚے نوٚے کران۔ اَمہ پتہٕ تُل تمہ اکھ قدم پتھ کُن۔ تہٕ جلوٗنی اندازس منٛز لوٗگ وولنہٕ۔

"ہوٗنی نسلاہ ژہٕ کیٛہو وَوران؟"

یاشاہ کرِتھ لٲے تمہٕ رییبنس دوٚرہ چپاٹھ۔

"تُہہِ ہیٚکو نہٕ مُکھالیو تہٕ چپاٹو سیتی پزر گالِتھ !" تَس نکھہ پتھ وَون رییبنن کرِیکھ لٲیتھ "مُکرو رہ ہونہٕ۔ ژےٚ چھُے نہٕ میٛہ لایکھ کانٛہہ حق !"

"میٛہ چھُنا حق ؟ کُس میٛہ چھُنا حق ؟" پُلیسہ اَفسر لوٚگ گرٛزنہٕ۔ رییبنس کلہ دٕگنہٕ معہ کھہ تُل تمہٕ دوبارٕ اَتھ۔ رییبن نمیوو۔ اَفسر ڈٲل نِشانہٕ۔ تہٕ سُہ آو پتھر وُرکادنہٕ۔ گکو منٛزہ ژوٚل کَس تام اَمِس نیٚرِتھ تہٕ رییبن سِنٛز غضبناکھ آواز لَج دوبارٕ ییٚنہٕ۔

"خبردار چھُے۔ پتھ نہٕ اَتھ تُلکھ میٛہ پیٚٹھ !"

پُلسہٕ اَفسرن تہٕ اُو ژُھرفانہٕ نظر۔ تہٕ باسیوس زِ ژکھ اُسو تس اُندٕ اُندٕ دائیرٕ تنگہٕ ناوِتھ غضبناکھ آمِتس مشرٕ بُروٗنٛہ بُروٗنٛہ پکان۔

"نکیتا!" اَفسرن وِژ کرٕژکھ "ہیا نکیتا!"

چرٕ صدرٕ لاگِتھ اکھ ژھوٗٹ تہٕ موٗٹ گریوٗس دراو نکوٗ منزٕ بُروٗنٛہ کُن۔ تس اوس مستی زنٛہ گاٹہٕ۔ تہٕ کلہٕ اوس تسُند بعن کُن۔

"نکیتا!" گونزٕ ژُھن قرارٕ سان وَردِتھ ووٗن اَفسرن! "تلا یٔمس وال ژٕنکھاوٕ لیاہ! زورٕ پہن ہا!"

گریوٗس پوٗکھ بُروٗنٛہ۔ ریبنس نکھ واتِتھ نیج تمو کاٹ تھوٗد۔ اورٕ ووٗتس ریبنن ہینٛتھ تواِلتھ یم لفظ ہُرِتھ:

"نکوٗ پانے وُچھو وۄ۔ یم وحشی کِتھ کنٛہ چھ سانہٕ وِسے اَتھو سیتو سوٗن ہوٗٹ چیران! ذرا وُچھو تہٕ پانے سُنو وۄ!"

گریسو تراو ریبنس سیٹھاہ لعتہٕ کلس ژنجہٕ ہنا۔

"سورٕ بچا! یتھے کنٛہ چھالایان؟" اَفسرو ولیو۔

"ہیا نکیتا!" نکوٗ منزٕ آیہ آواز: "یتھ ناخہ داہ مشی:"

کلہٕ بعن کُن تراوِتھ دراو گریوٗس اکس طرفس کُن۔

"بس وۄنی گوٗ حد!" تمہِ ووٗن سیٹھاہ لعتہٕ۔

"کیاہ؟"

پُلسہٕ اَفسرس گو اکہٕ ژنگہٕ بیاکھ رنگ۔ زمینس لَتہٕ چلاوان تہٕ لیکہ ژاران ژاران سیدیوو سوٗ ریبنس کُن۔ ژٕنکھالہٕ ہٕشہٕ صداہ گوٗ۔ تہٕ ریبنس

آو رٚگیوٚر۔ تِمو تُل اَتھ ٹھوٚد مگر دوٚرِ مہ مُکھالہ سیٚتھ آو سُہ پتھر ٹھاسہٕ تہٕ پُلسہ افسر لوگ تِمس سیٚنس لَرِ کانٛہہ تہٕ کاسن لتہٕ رٚکٕہ ہم کرنہٕ۔

لگھ آیہِ اشتعالس لاینہٕ۔ تِمو ہیوٚت افسرس خلاف برونٛٹھ پکُن۔ مگر تِمس گو اَمیُکھ احساس تہٕ پتھ رُوٚز ہتھ کٔڈِتھ "تلوار" اَمیُکھ مطلب کیاہ چھُ؟ بغاوت؟ اچھا۔ گو اوٚت پیٚٹھ واٲرِ دارِ!"

تَس ژایہِ آوازہ کھترِ کھترِ۔ سُہ بیوٚٹھ وُٹھن منٛزٕ بے خبر کیاہ ونہِ نہٕ۔ آوازہ سیٚتی گو ہنگہ تہٕ منگہ تِمہٕ سُند طاقتھ تہٕ موٚکلیو۔ سُہ ڈیلیوو ہیوٚ تہٕ کلہِ تروٗن بون کُن۔ تہٕ اَچھ ژوٚمراوِتھ تہٕ کھور ٹھیکہ راوِتھ ہیوٚت تِمو پتھ ہیوٚن۔

"اَوِہ جان گو" بگرِ آوازہ منٛز دِژ تِمہِ کرٛیکھ: "نی وٲن یہٕ! بہ ژراس۔ پانسے سوٚنچو۔ حرامزادو تہٕ چھنا خبر یہٕ چھُوٚہ سیاسی مجرم؟ توٚہہ چھُنا پئے یہ چھُ نزارس خلاف لُکن وزِ ناوان۔ ہس ژوان؟ تہٕ تُہہ چھوا اَمی سے پکھ کران؟ رکھو تُہہ چھوا باغی؟ گو نا اوٚت پیٚٹھ واٲرِ دارِی۔"

ماگرچ اُمس شاہ ژٕ ٹھتھ تہٕ اَچھ وہراوِتھ وُچھان۔ نفٕ او سٕس زَن تہٕ دراحت تہٕ اَتھو سیٚتی اوسُس سُہ چینکھ زانہ نکھ قہوٕ دتھ تہٕ موکلیو چھُنِتھ پتھ کنہٕ زانہہ وُلہٕ خاب وُچھنہٕ وزِ گرٛتہ عان چھُہ۔ تِمس اوس خونن تہٕ رچکی جذبن دِلس نال وَدٕ ملت۔ لکن ہنزِ وولے مزٕ، غضبناکھ کرٛیکہ، پُلسہ افسرِ شیٚنزِ ہیٚنہٕ ہش آرٕژ آواز تہٕ تمِس تام شخصہ شیٚنزِ پھسہ رارٕ سے اُمس تِمو سِندین کنَن ماچھ تکرین ہندہ باٹھو بہن بہن کران۔

"ہرگاہ آمہِ کانٛہہ اَتھ کوٚر مُتھ چھُ - عدالتس نی وَنِن !"

"حضور - اَمِس پیٚٹھ کرِو رحم !"

"بل کُل پوٚز چھُ - کانٛہہ تہٕ قونوٗن چھُنہٕ چوبَن ہُند اِجازتھ دِوان -"

"بل کُل اجازتھ نہٕ - ہرگاہ چوب دِنی جائز آسہ ہے - نیٚلہٕ ہے پرٛتھ اَکھاہ اَسہِ ہوٚین گُلکَن شلکھاہ کرِتھ گژھہ ہے - تہٕ تہندِ کینژ چھاسانہٕ باپتھ یہِ جان کتھا زہٕ ؟"

گُلکن گیہٕ زٕہ دَرِی - اَکھ دَرِی رووٚٹ پُلسہ اَغسہ منز س - اَمہِ دَرہٕ منزٕ اُسی کیٚنہہ گُلکھ کرِتھ لایان تہٕ اَڈٕی زارہٕ پارہٕ کران - تہٕ لوکٕٹہٕ دَرِکی گُلکھ اُسی پتھر پیمتس ریبنس اَندی اَندی وۄدِنہٕ - تہٕ یہٕ دوٗر اوس سکھ اشتعالس منز - اَمہِ دَرہٕ منزہٕ ٹُل کیٚنژو نفرو ریبن تھوٚد - تہٕ یَلہٕ سیپہ ہوٚتمس اَلقن گنڈ پھرِن ہیٚوت - تمو کوٚر گریز - "کمینو ! ییٚژھ وُتا ولی کتھو پیٚٹھ چھوٚرہٕ کَران ؟"

میتھائیلوہَن وۄتھ رووٚ بُتھہٕ تہٕ ریشہٕ پیٚٹھ خوٗن تہٕ لَژھہ - تہٕ پاتس اَندی پکھو لوٗگ خاموشی سان وُچھنہٕ - تَس پتیہٕ ماجہ کُن نظر - تمہِ کَڈ وۄتھ تہٕ ہنا تمے یہِ ہش تس کُن تہٕ بے پرادے لُجس اَتھ سیتہٕ اشارٕ کرِنہٕ - مگر ہتمو ڈائج نظر - کیٚنہہ کال گژھتھ آسہ تمہِ سِنٛزٕ نظرہ ماجہ ہندِس بُتھِس ژھاران - ماجہ باسیوٚ زَن تہٕ سیتو وۄدِنہٕ روٗزتھ تمو کار تھوٚدتھوٚ نہٕ رَتہٕ داوی بُتھِس ژایس نَٹھ ہش -

تس کُن وُچھتھ ہوو ماجہ کلہ سیتو اشارٕ - خبر کمہٕ زبردس

خاہشہِ ہندِس اَثرِس تَل اُس سعہ تالہِ پیٹھ کھوٗرِن تانٛی نٔژان۔ دوٚیہ ہیٚمیے ژٕہِس منٛز وُچھ تمہِ زِ یِیہ اُچھ کٔرِتھ گرٛیوٗس اوس تَس نکھے ووٚدنہِ تہٕ سوٚ اوس تَسو کٔنۍ مُدٕرے گنٛڈِتھ وُچھان۔ اُمی سٕنزِ ونٛظرٕ وسیتی تھا نُتھ رِسے پہ ماج ژٕہِس کھنٛڈس۔

" بہٕ کیاہ چھُس یہِ کران ؟ ہیٚتہِ کرٕن گرفتار !"

اُمی گرٛیسو وَون ریبنس خبر کیاہ۔ تمی کوٚرُس نورٕ کلہِ سیتی آنکار۔

" پوٗزٕ چھُ !" تمی وَون ترٛٹھ آوازِ منٛز۔ یُس یہِ نٔژان تہٕ اُس مگر یِتھ منٛز ہاہمتھ تہٕ اُس !" یِتھ دُنی یِہِس منٛز چھُس نہٕ بہٕ کٔنۍ ! سوٗرُے پزٕر پیہِ تہٕ گرفتار کرٕنہٕ ! بہٕ یٔنہِ یِتہِ تہٕ رٔود مُتھ چھُس۔ تمی کُنھ کرٕن میہ یاد۔ اگر سوٗرُے گرہ بار تہٕ موہ کلو وُکھ۔ سأری سیتی باجہ تہٕ یکہ ناگہ وُکھ ...."

" ہیوٗن وَنان "۔ ماجہ سوٗنچھ

" مگر سعہ وِز چھہ یِنہٕ واجبنہٕ۔ یِیلہِ زن شہبازٕ پکھن واش کٔڈِتھ وُڈو کرٕن تہٕ لکھہ ژٔٹن زولانہِ تہٕ زنجورٕ !"

اکہِ زنانہِ اوٚن آبرٕ ژوٚڈاہ تہٕ وَدان وَدان ہیوٗتُن ریبنس مُنھ چھلُن۔ اُمی سٕنزِ تھزرٕ تہٕ دوہ کھر لد آوازِ اوٚن ریبن سٕنزن کنھن کھرِ ہیوٗ تہٕ ماجہ توگ نہٕ بوزنے زِ کتہِ پیہ آواز کمی سٕنز چھہ۔ کیشہہ گرٛیسو آیہ پلسہ افسرس پتہٕ پتہٕ تہٕ کمی تام درِشکرِ پھد :

" قیدکو سیندہ باپتھ اٚنۍ ووٚ گاڈی ! ہیا وُکھی کٔین کھنزرٕ وأرہ

چھوٚرٕ ؟"

اَمہِ پتہٕ ووتھ تلے پٮ۪ٹھٕ پُلیسہٕ افسرٕ سٕنٛز آواز۔ تٔمۍ سٕند لہجہ اوس بدلیوٚمُت۔ اُتھ منٛز اٙسۍ بہاۓ خفگی ہٮ۪شس۔

" بہٕ ہیکہ زِیٕہ شٲکھ کٔرِتھ۔ مگر ژٕ ہیکھ نہٕ ! بدماشہ ژٕ کیتہٕ کٔرکھ سوٗ جوٗرِتھ !"

" اَچھا گوٚ یہٕ دٔلیل چھہ ؟ ژٕ رٔکھو چھکھ پٔنُن پان زانان ؟ خودایہ تالاہا ؟" ریبٕن وٕڈ کٔرِتھ۔

یکبارگیہٕ سٔمرٕ گسرٕ ہٮ۪شہ تہٕ اٙمۍ سٕنٛز آواز گیہٕ اُتھی منٛز بٔڈِتھ۔

" بابا ژٕ کیازِ بٔشا بٔشی بٔلی کران۔ آخر چھہٕ یہٕ حاضِرے ؟"

" حوٚضوٗر۔ تُہۍ کیازِ چھوٚوٕ اٙمِس ناراض گژھان۔ یہٕ چھا ہوشس منٛز زِ ؟"

" ژھوٚہٕ یہٕ ہا ارچاکیا !"

" ژِیٕہ ہا نِنے ووٚنی شہر ۔"

" تتہِ وٕرِش چھہٕ قونوٗنس رٔژھ کھنڈ بٔزِتھ ۔"

لٮ۪کِن ہندِس لہجس منٛز اوس زارٕ پارٕک تہٕ کینژھاہ ماملہ رفاہ دفاہ کرنٕکھ جذبہ تہٕ۔ ہیمہٕ ساریے آوازٕ آسہٕ رٔلِتھ مِیلِتھ عجیبے گٔنگہ رایے ووتلاوان۔ یٮ۪تھ منٛز نہٕ کانٛہہ تہٕ ووہ میداہ یا آشناہ نظرٕ اٙس گژھان۔ رٮ۪یہ تُل ریبٕن تہٕ یکہ نوٚوٗکھ دفترس کُن۔ اَتہٕ ژایہ تٔم دروازٕ کِنۍ تہٕ نظرٕ دٲلی۔ کٔکوٗ ہیتوت وارٕ وارٕ گژھن۔ مگر ماجہ وُچھ زِ نیٚبہ اُچھ کٔرِتھ گریٖس اوس

تِمہ بوٚن کُن کرِتھ تس کُن وُچھان۔ تہٕ تِمۍ سےٚ کُن پکان۔ ماجہ زَن آیہ کھٹِن نورہ ژٕنڈاہ شس۔ دِل گوس وُسِتھ زَن۔ تس ہیوٚتُن گیوٚرِ بُن تہٕ ہُن ڈالُن۔

" ژالُن تہٕ گژھہ نہٕ جان " تِمہ سوٚنچھ " ژالُن پیزِہ نہٕ "

تِمہ کرٕ ہیرِہ ہندِ بِن سیکھن نورہ تھپھ۔ تہٕ روٗز پرارنہٕ۔

پُلسہ اَفسرہ اوس دفترہٕ کِہ وراندس پیٹھے اکھ رگلہ ناوِتھ رگلہ ناوٕک تُکن ملامتھ کران۔ تِمۍ سُنزہ آوازہ منز اُس بیٚیہ سوٚے گوڈنیُک خوشکی تہٕ بدمزہ گی آمُت۔

" سورِہ بچو! تُہہ چھوٚرہ چاٗرِ نسُل۔ ماٗلِچ خبرنہٕ اتھ۔ بلی زہربادس زنگ ژھنان۔ وَنِہ وُنتھ منٚہو! یہ گوٚ حوٚ کوٗ منتکھ مالہِ۔ میٚہ کرٕو دایہ خار۔ بلی کہ رٔنڈ ووٚم کھور۔ بچاوی مۆہ! نتّے بہٕ پیژھہ ہا۔ ساری ٹھکہٕ ناوہ ہو وہ جیل

کینژھہ تکھ اُسی ٹوپہ وٲلِتھ تِمۍ سُنزِہ کتھ بوزان ہُسیاریس ووٚلُن اَسمان وارٕس۔ تہٕ اَنِہ گیہٕ ڈگیہٕ۔ نیرِتھ اُچھ کرِتھ گریوٚس دوٚتھ ورانڈ نکھ۔ یِیتہٕ تس زَن ماٗج دوہ دنہٕ اُس۔

" وُچھان چھکھے کیاہ چھہ بنان۔"

" آ " ماجہ ووٚن لعہ ژہ آوازہ منز۔

" ژہ رکھتے کُنہ یور لیچ مرث؟ " اُچھن کُن وُچھتھ پرٚیژھ تِمۍ۔

" گریسی بایِن نشن اکھ کامہ ہندی جالہٕ تہٕ کڈ ایہ کامہ ہندر چیز بیترِہ ہیسنہٕ بایِتھ۔ ژادرہ غلافہٕ بیترہ نا۔"

گریسی دیت ریشس پھشاہ۔

"سانہٕ زنہٕ چھَنہٕ ہیم چیز بناوان"

سُہ ووتھ یہوے ژھیتہ ہیوٗ گامتس اندازس منز۔ تہٕ پتہٕ بیوٚٹھ دفترچ لرِ کُن وُچھنہٕ۔

ماجہ کرٕ تمِس دٕر نظراہ۔ تہٕ اندر اژنہٕ باپتھ لجٕ دار وِستار وُچھنہٕ گرٕ پیسہ سندِس خوبصورتھ بُتھِس پیٹھ اُسی پریشٲنی ہندی آثار۔ تہٕ اُچھ آسِس غمگین۔ تس اوس تقویٚد قد تہٕ کھد چھاتی۔ تمہِ اوس ڈَجہ دار کفتان سرد کپرِ صاف کٔرتھ تہٕ گرٕگلی خاکی کپرُک پتلون لوگمُت۔ سونہ وراے کھورن اوسُن ژھیوٗ نمُت بوٗٹھ لوگمُت۔

خبر کمہِ وجہہ تہٕ ووٚد ماجہ پھِریہٕ ہیوٗ۔ تمہِ سیٚند یوٚ پریشان خیالو کھوتہٕ زیادہ وٚلی وٚلی باوُنس پننیو دِلن اکھ کتھ۔ تہٕ سعہ وٚژھ گرٕ پیسہ ترٕس کُن :

"بہٕ ہیکا راتس چانہٕ گرٕ روزِتھ؟"

یہ سوال اوس پانہٕ تمہِ سندِہ باپتھ تہٕ خلاف توقواہ۔ تہٕ امہِ سوالہ سیتہٕ گیہٕ تس رُمہِ وال تانی کھرٕ تاہ۔ سیٹھاہ وہ دِنہٕ روزِتھ کرٕ امہِ امِس کُن نظر۔ تہٕ کُمہٕ تام گنڈی دار خیال ژنگس ذہنس ترٕ سو دِنہٕ۔

زمینس کُن وُچھتھ تہٕ کفتانس بوٗٹن دِتھ ووٚن گرٕپیسہ باہرہ ورائیی۔

"راتہٕ ہیے ٹھہر کھےٗ؟ کیازہ نہٕ۔ دپھ میانی پہَر چھیٗ لوسکٹ۔"

"میٚہ چھ تمتھ ہالے" ماجہ ووٚن۔

"زُت گو"۔ رگر پیسو کوٚر آنکار۔ تہٕ پٔچشمہ تُلِتھ لوٗگ بڑیپہ اکہٕ لٔٹہ نس وُچھنہٕ۔

اَتہٕ گیٚژھ اُس وارٕ سے گنے ہیٚرٕ۔ سورٕ پٕرٕنس گاشُس منٛز اُس تمٕ سُنٛدن اُچھن ہنٛز چمکتھ ۂندرٕ تہٕ بُتھ لیٚوٗدُر باسان۔

"تہٕ تٔیلہٕ ہیمہٕ بہٕ ژٕ یہٕ سِپہتی۔ رِیون یکسہٕ تُلہٕ کھاہ؟" تمہٕ ووٚن نرمی سان تہٕ باسیوس زِ نہٕ تہٕ سعہ کمہٕ تانٛ بالہٕ پیٚٹھ ڈُلہ گژھتھ بون بون وَسان اُس۔

"اَچھا۔"

شانہٕ ٹھوٚد رٔژتھ شیوٗر تمہٕ کفنان۔

"یکیاہ گاڑی پٔنیہ واتتھ۔"

ریتبن گو دفترٕ کِس دروازس منٛز نوٗمدار۔ تس اُس بُتھِس تہٕ گلس سوٗرہی رنگہٕ دُجاہ گنٛڈِتھ تہٕ اَتھ اُسِس پیٚتھ کُن پھِرِتھ۔

"ٹاٹھیو یارو۔ خداحافظ!" سورٕ پٕرٕنس گاشُس گدی کُنہٕ وعتلے پہ تمہٕ سُنٛز آواز۔ "پرٕز رٔژھ اَنٛدٕ ی ووٚن۔ تہٕ سوٗ ٹھوٚی ووٚن وُچھس تُل۔ تہٕمن ممکن کرِو پٔژھ ییم تعہ بہٕ نِش پرٕزہ کیتھ واتہٕ ناوٕن۔ پرٕز رٔچھ کرٕنس منٛز یُتھ نہ کانٛہہ کمی کرِو۔"

"بند کرِو بکواس!" پُلسہٕ اَفسرن دِژ کرٕ کھ۔ "ہیا چاڑی پُلسہٕ والیا! کڈٕو گٔرین چھانٹہٕ دَب!"

"نعرہ بہٕ نا راوِہ یٔژ کینہہ تہٕ۔ پٔنٛنہٕ زندگی کُن ژٕ اوی ووٚ نظر!"

گاڑِھو ڈرایہِ ۔ دۄشوٕن سیٖٹھاہ منز باگ وۄن رٲوِتھن ۔

" فاقہٕ پھیرہ کھۄژ ژھۄوہ مُران ؟ اَکہ لٹہٕ کرِکو دۄہ آزادی حاصِل پیتہ بنہٕ تۄہہ دۄہ تھوٚسے چیز ۔ ژۄٹ نہٕ تہٕ انصاف تہٕ ۔ اصل کتھ چھےٚ سوٚسے ٹاٹھیو یارہ ۔ خُدایس حوالہٕ ! "

تمہِ سِتھنز آواز گیہٕ ہگہٕ زن ہندس گرِ گرِس ، گرِتھ شمن ہندس حداً ہس تہٕ افسرہ سِندِس گژھکہ نادس منز گاٮٔب ۔

" آیہٕ گیہٕ کھتاہ " کلس رگن دِتھ وۄن گرِپیو ۔ تہٕ پتہٕ پھیوٚرا چھ کِنُ ۔ تہٕ لوہ تہٕ پاٹھو وۄتھ :

" ژہ ہیٚے پرأرہو زہ میہٕ سٹیشنس پیٚٹھ ۔ بہٕ آسے ! "

حاجہ ژایہ اندر تہٕ سماوارس نکھے بیٚہِتھ میچس نِش ۔ ژہ چھ کھنڈ ژلیتھ ریٚژ اَتھہ وادِہ پاٹھو وچھنہٕ ۔ تہٕ پتہٕ تھوٚوِن رُسیٚ رکابہ منز ۔ اَمس ہیتوٚن بنیہٕ اَکہ لٹہٕ چکرین ۔ تہٕ اَمہٕ سببہٕ ہیوٚکنہٕ اَمہٕ کینٛہہ تہٕ کھیتھ چیتھ ۔ تس اوشن سأری سیٚے بدنس جلاو گوٚڈ مُتھ ۔ تہٕ اَمہٕ کنہٕ باہرے یہٕ سعہ ۔ سعہ زن پتیہٕ ژھینِتھ ہشس ۔ زن تہٕ سورُسے دَتھ ژٕہتھ اوسِہ ہَس کوٚڈ متھ ۔ تس آو رگیوار ۔ اُچھن بُرونٛہہ کنہٕ لوٚگُس سُے نیٚچہ اُچھہ کرِتھ گرِیاس ژٕہ نہٕ ہیوٚ ۔ اَمس گرِپیتِس اوس مجبیہٕ اَڈٕہ لیوٚکھ بُتھ ہیوٚ ۔ پتہٕ کنُ وچھتھ تہٕ تمس پیٚٹھ پرٕدہ کرِنی مُشکل اوس بامان ۔ خبر کیاژہ اَمس نہٕ سعہ یہٕ سوچُن پزھان زہ یہٕ شخص پتِکہٕ تس پُلسس حوالہٕ کرِتھ ۔ مگر یہٕ خیال اوس تسِندِس ذہنس سیٖٹھاہ زن بیہِتھ ۔ تہٕ دِلس پیٚٹھ اوسنس بار ہیوٚ ترٛاو متھ ۔

"تمۍ ووچھنس بہٕ" یہوٚسے ٹھکۍ ہیتس اندازس منٛز سوٗچھ تمہٕ

"ژٕ چھہٕ نس نہٕ تہٕ فکرہٕ پتہٕ تورُس۔"

آمہٕ بروٗنہہ پٔتھ کُنہٕ تہٕ خیال کیٛنہہ نہٕ۔ تکیازِ یہٕ گوٚ ناوِ ہیدی تہٕ ائکس گپرس منٛز ہیوٚ بوٚدٕ دٕ ٹھہ۔

نیٛبرِ یمہٕ رکنۍ اُس وہٕ ڈیٚ کرٕشچکہٕ نادہٕ بدلہٕ خاموشی وہٕ تلے منٛز۔ تہٕ باسان اوس زٕ ن تہٕ ظُلمُک تہٕ خوفُک احساس گامہٕ بیٚٹھو ژٕ ثان چھہٕ۔ آمہٕ بکنہٕ ہیوٚتُن تس پیٛنہٕ نہٕ کُنہٕ آسنُک احساس ہیوٚ گنُن۔ تہٕ رحس پیٹھ ہیوٚ تمنس زرم تہٕ سوٚری رنگہٕ سوٚت گاش ہیوٚ دِشُن۔ کوٗر آیہٕ بٔیہہ اکہٕ لٹہٕ برس نِشس۔

"تۆ ہیوٚ ٹھوٗل مے کھیوٚکھ؟" تمہٕ پرٕ ژھ۔

"ناسے ژٕ مے کرتکلیف۔ میٛہٕ نےٚ چھُنہٕ مالے۔ یمن گکن پنُدٕ کرٕشچکہٕ نادہٕ تہٕ شورہٕ سیٹھو ہیے کانپہٕ نے یس بہٕ۔"

یمچس نکھہٕ پیٹھ دوٚن آمہٕ کورہٕ بڈٕ لمہٕ تہٕ مگر پریشان کرن وٲلس اندازس منٛز۔

"یاگوٚ وچھ ہاگکہٕ اُمی پُلسہٕ افسرن کیٛنہہ دورشالکھ کوٗر ائمس بہٕ اُسس تتھے وہٕ دِیٛہٕ۔ دَنٛد پھدڑہٕ رائوی نس۔ میٛہٕ ووچھ سوٚ خوٚنہٕ تھوٗکہٕ ترٲوان۔ وہٕ زُل تہٕ موٗٹ گژھان۔ اُچھ آسُس پھُٹتھ دٕ ڈامرژہٕ۔ یہٕ ہیے چھُے تارکولہٕ کارخانس منٛز کام کران۔ پُلسہٕ سارجنٹ چھُ پانہٕ ہیٚرہٕ پیٹھ شعورابہٕ سیٹھو مہٕ کلیو منتھ۔ مگر تو تہٕ دِپان بٔیہہ شعورابہٕ دی وۄم۔ دِپان ہیے یہٕ چھُ اکھ بڈٕ کھینچ۔ تہٕ یہٕ دارِل چھُ امیک زیٹھ۔ یمتھ کنۍ ہیے سرِ ہنج

آسان چھُہ۔ ترِیہ رٲژھ مگر اَکھ ہٕوٚد دَگ۔ آمہِ کھیٚنجہِ منٛز چھِکہٕ اَکھ ماشٹر تہٕ رٲوٚ ٹمُٹھ۔ دٕیان ہیٚ ۔ یِہمَن چھِنہٕ خود ایَس پیٚیٹھ پرٕچھے۔ تہٕ کٕکن تہٕ وٕتھ ڈالان۔ یُتھ زِنٛدٕ نِم رٕٹِتھ میلہتھ گرجَن لوٗٹھا کرٕتھ رٕنیہ ہٕنٕ۔ یِم ہیٚ چھِ خبر کٕتھی! کینژن گرِیسَن آوٕ اُمرٕ سُند عار۔ مگر باقی اَسی وٕنان زِ یہ گژھہ ختم کرٕتھ نیٚن۔ تتھی ہوٕ کمیٖنہ گرِیسو تہٕ چھِ اَسہ منٛز داریاہ!"

آشہ تہٕ خوفکہٕ جذبہ دبأوِتھ بیہٕ ماج رِدل دِتھ اَمِس کورِ ہٕنٛزٕ تیز تیز مگر ہیٚ گنٛڈ کتھ بوزنہٕ۔ کوٗر تہٕ اَمِس پیٚنٕنہٕ جایہِ خموش زٕ کاتہہ چھُ تہٕنزٕ کتھ بوزان۔ تہٕ گرِس لابنہٕ پِتھ گیٚیہ سعہ رٕسہ رٕسہ وٕنان۔

"میانِس بَبہٕ سُند گُف چھُ زٕ یہ سورُے چھُ فعیٖل خراب نیٖرِنہٕ موہ کھ سٕپدان۔ زٕ وَری داتی کینٛہہ بوہ نَیے۔ زمیٖن چھِ بِل کُل بنجر بنیٚمٕژ۔ اَوے تہٕ گربیہِ سائین گرِیسی اَتھہٕ حدَس تانی! گامہٕ جلسَن منٛز چھِ یِم خبر کیاہ چھکہٕ رِچھ تہٕ لڑایہ کران آسان۔ دمہِ ہہ اَکِہ بیٚیلہ واسی کوٗفُن ساماںہٕ قرضہ نکھ نہٕ واللہ ببہٕ لیلام اوس سٕپدان۔ تمی کٕڈ پٕنٛجس دٕدرٕ چھاپہتھ! وون نسَن یہ قرضہ تہٕ اوسُم نکھ والہ نیٚ!"

برٕ نیٚبرٕ گوٚ گوٚب گوٚب پٕکُن ہیٚجس ہٕچھ کرٕتھ سنٛبول ماجہ پٕنٛنہٕ پان۔ یٕہجہِ اُچھ کرٕتھ گرِیوس ژاو اندر تہٕ ڈٲبہِ والہِ نیٚ ووٚنُن:

"کتی چھُے بکِس؟"

تمیٚ تُل بکسہ ہٕوٚد تہٕ وَزن کرِتھ ووٚنُن۔

"ژھوٚرُے — مارکا یہ واتہٕ ناونی میون گرٕ"

پوٚت نظر دِتھ کرٕنۍ دٔراو سُہ نیبر۔

"رانس روزکھ ییتی؟" کوٗرِ پرٛژھس۔

"اَہن، جالہٕ تہٕ کشیدہٕ پنُن آسس آرشہٕ۔ بہٕ چھس تِتی ہیوان۔"

"ییتہٕ کتہٕ چھہ سہٕ کام کران۔ تِنکو وا تہٕ دریپنا گامہٕ چھہ سہٕ کام سپدان۔" کوٗرِ توٗرس فِکرِ

"پگاہ گژھہ تیلہٕ توٗرے۔"

چایہٕ ہنٛدۍ پوٗنسہٕ دِتہٕ پتہٕ دِتھی ماچہ اُمس کوٗرِ تہٕ یہٕ کہ بیکھ پیٹھو۔ کوٗر گیہٕ خوش۔ دوہ شوٗسے وٗرایہٕ نیبر۔ کوٗر اُس نتہٕ وأرِے اکِدرس زمینس پیٹھ وٗلی وٗلی پکان۔

"اگر ژٕ وَنکھ۔ بہٕ گژھے دریپنا تہٕ تتہٕ چھن زنانن وَنہٕ ژہ جالہٕ بیترِ ہیٚتھ بِن یوٗرے۔" سہٕ وٗنُھ "تمن پانسۍ یِیٛہ رِہی۔ تہٕ ژٕ بچکھ تور گژھنہٕ نشہٕ۔ سیٹھاہ دوٗر چھہ تور۔ باہ وٗرشہ[5]۔"

"ژٕ مے بر تیچ فکر۔" تس سیتھ سیتھ پکنہٕ باپتھ تُل ماجہ تہٕ وٗلی وٗلی قدم۔ ٹھنڈہٕ ہواہ سیتھ ہیچ تس فرحتہٕ ہیش تہٕ تمہٕ سنٛدِس دِلس منز ہیوتُن اکھ مبہم یرادہ ٹھکنہٕ پیوٚن۔ یہ یرادہ ہیوٚتُن وارہٕ وارہٕ تہٕ اکِس بیے پرٛژھہ آیس منز پوٚختُن تہٕ اکھ وارِے پوچھر دِنہٕ باپتھ

---

5 ورسہٹھ ۔ اکہ میلکھ ۲/۱ حصہ۔

لگۍ پأنۍ پانہٕ سے پرژھنہٕ :

" وۅنی کیاہ پزِہ کرُن۔ ہرگاہ بہ سیٚود سیٚودُے سورُے وَنہٕ تیٚلہٕ ؟"

اَنہٕ گٹہٕ اُس گامژ تہٕ تیٚز اُس۔ بہرِ ہنٛزِ دارہٕ آسہٕ وۅزلہٕ گاشہٕ سیٚٹھا ژوتان۔ خاموشی منز آسہٕ باضے کینٛژہ کرٛکہ نہٕ گاوَن ہُنٛد شور کنَن گژھان۔ سورُے گام اوس خبر کمۍ ہیمنا کھ نہٕ تکلیپھ وانہٕ ناوَن وألی سعہ پٔڈِن نِل روٚٹمُت۔

" تیکیاہ وأتی اُسرتہٕ۔" کورہٕ وۅن: " راتھ کڈ ٹہٕ باپتھ ژأرِتھ ژیٛرٕ خراب جاے۔ یہ بچورِ چھُ بڈٕ غریب گریوٚس۔"

سعہ لَگۍ دروازَس سارنہٕ۔ برمژ رِتھ تہٕ کلہٕ برٕ اندر ژأنِتھ دِژن تمہٕ کرٛکھ۔

" تانیا نا ہیچہ نی !"

یہ وۅنِتھ دژاپہ سعہ۔

" خودا حأفظ !" اَنہٕ گٹہٕ منزٕ آیہ تمہٕ سنٛز آواز۔

# ١٧

بَرِ اُژِتھ تُل ماجہ اَتھ تہٕ ژھوٚوُن اَچھَن مٔنٛز یُتھ زَن سہ وارہ پأٹھۍ بیٛرِ ہٮ۪ند حال وُچھتھ ہیٚکہِ ہٮ۪ے۔ پَتہٕ آس لَسہٕ کیٛٹ مگر سہ سیٛرز اَمیکہ شوٗژر تہٕ صفأیی وُچھتھ اَژان اَژأنی متأثر۔ دانہِ پٮ۪ٹھ کٔنہ ژٲو اَکہ نوجوان زنانہِ نظر تہٕ ژھعہ پیہِ۔ کرِتھ کوٗرُن تَس کلہٕ سیتۍ آداب تہٕ بیٚیہ گیہ دانس پتھ کُن گأب۔ بیجس پیٚٹھ اوس ژوٗنگ دزان۔

گرٕوک خانہٕ دار اوس بیجس نکھہ بیہتھ بےقرأری سان اوٗنجو سیتۍ بیٚج وایان تہٕ نظرو سیتۍ اوس ماجہ ہٕشرن چشمن منز خبر کیاہ ژھاران۔

"اَژی اندر"۔ زٕژھا ٹھہرِتھ دوٚپ تٔمۍ "تاتیانا اِتلے پیٚتر اَتھ ناد دِتھ۔ مگر وُنی وُنی ہیٚے۔"

ماجہ کُن وُچھنہٕ کرنے وَژا یہ نوجوان زنانہٕ۔ مأج آس دوٚنی بیٚنچن پیٚٹھ اَمس مردسے مُقابلہٕ بیہتھ ہورِ یور نظر گذر دِوان۔ تِمو سند سوٗلہٕ کیس اوس تہٕ کُنہ نوٚنۍ۔ پَتہٕ منز آس عجیب خاموشی۔ یعہ سہ مُنزی مُنزی ژانگہٕ چہ ٹَسہ رادیہ سیتۍ ختم آس گژھان۔ اَمس گرِیس سند

بُتھ اوس پریشان تہٕ ڈیکہِ دژہ لدٕتھ۔ یہِ بُتھ اوس گراہ ماجہِ ہشرٕن نظرن منز دوہ تلان گراہ گوٚٹ گژھان۔ تہٕ اَمہِ کنہٕ اُس سعہ یہاَے بانبرِ سے مژ ہمش۔

" میون سوٗٹھ کیس کتہِ چھُ؟" ہنگہ تہٕ منگہِ ژوٗل تس لھدہِ ہمٹہِ نیبرِ تھ۔ تہٕ تس سُپد اَتھ پیٹھ پانس تہٕ تاجُب۔

رِگرِ پسو دِژ پھیکِپن دژسہِ ہناہ۔

" راوِ سنےٚ کنُ۔" تمہٕ دیُت جواب تہٕ پتہٕ لوٗگ لہہ ژرہ آوازہ منز وَننہِ " سٹیشنس پیٹھ ہےٚ دوٚن میٚیہ نا اُنتھ مأرِنتھ زِ سوٗٹھ کیس چھ ژھوٗرُسے۔ یُھتھ زَن سعہ کوٗرٕ بوزِ ہے۔ مگر سوٗٹھ کیس سنے چھُپنہِ ژھوٗر۔ سوٗ ہےٚ چھُ سیٹھاہ گوٚب۔"

" اَدِ توٚہ پتہ کیاہ گوٚو؟" ماجہِ پرٛیژھ۔
سوٗ وَوِتھ لھوٚد تہٕ ووت تس نش۔

" ژِہ زانہِ ہأسنےٚ سوٗ نفر؟"
یہٕ ن کُن نیٚمتھ بوٗ تمہٕ کنس تل۔

" آ " ماجہِ دیُت بیہے وایہ پأٹھو جواب۔ حالان کہِ اَمہِ سیتو اُس سوہ بدٕہ حأرأنی منز پیمژ۔ باسان اوس زَن تہٕ اُمو لہہ کیٚنٛژو لفظن اُندرِیمو پرٛیتھ اَکہ چیز گاشہِ نوٗ۔ تہٕ پژہِتھ کاشہ کنھ زَن تہٕ صاف سپز۔ تمہٕ ترٛوو پھرِ ہ کھاہ۔ تہٕ وارِ پأٹھو بیہہِ بیٚنچس پیٹھ۔ رِگرِ پسو گمہ نأوی وٗلٹہ۔

" میٚیہ توٚر تمی ورزہ فکرِہ یُلہِ ژِیہ تس اِشارہ ہووُتھ تہٕ تمی ہوو توٚرہ میٚیہ پرٛیژھ تس لہہ تی زِ کہو ہعہ زنانہِ زانہِ ہأمہِ۔ یہ میٚیہ ہیٚتو فس ودانٹس

پینٹھ ووٕدِنہٕ چھہٕ۔"

" تورٕ کیاہ ووٚن نے تمۍ ؟" ماجہ پرٕیرٕ ژھس وٕلی وٕلی۔

" تمۍ ہا ؟ تمۍ ووٚن زِ اَسہِ چھہ داریاہ نفر۔ خدٕیہٕ روٚسے !"

کیاہ تام پرٕژھنہٕ کہ اندازٕ تراو گریسی پنٕنس پرٕژھس کُن نظر۔

"بڑٕ دلہٕ دۄر موہنیوٚ چھُ !" اَسُن چھۄکرٕ اۆوِتھ ووٚن تمۍ "پتھ

برٕونٹھ ٹھوٚوِ نےٚ موٚنُ آبہ چھس۔ تس پہ کیٚنژھا ووٚنُ چھُ آسان بیٚیے

شوٚانکھ پاٹھی چھُ وٕنِتھ نوان۔ اَدٕ تم وٕلی تنس مُسلےٚ۔"

تمۍ سِنٕزِ کمزور تہٕ رُکی رُکی گژھن واجنہٕ آوازٕ ' اَڈٕ لیکھ

بُتھی تہٕ زرد تہٕ صاف دِل چشمو سیٚتۍ کھرٕ ماجہ وارٕ وارٕ وانٕج بوٚتھ۔ تہٕ وارٕ

وارٕ سے بدلیوٚ تمۍ سُند کھوژُن تہٕ مودِہاسی ریبین سِندِ خاطرٕ اَکس بیٚیہِ پناہ

خوٚلُہٕسس تہٕ ہمدردی منز۔

" کمینہ ! وحشی !! " تمہِ ووٚن زبردس ژکھ سان تہٕ لٕگ اۄوش ہارنہٕ۔

رگہ یوٚس دژاو اوکُت کُن۔ تہٕ غمگین اندازس منز لۆوگ تکلہ

نژٕ ناونہٕ۔

" وُچھوٚ ساینٕ حالکی مَن ہندی مددگار کیٚتھی وٕریہ گِکھ چھہٕ !

سۆ چھیوٚر بیٚیہ اَکہِ لٹہِ ماجہ کُن تہٕ لعہ تہٕ ووٚنُن۔

" باسان چھُم سۆ ہٕٹھ کیٚسس منز آسُن اخبارٕ بیترِ منور وٕر۔

رکنہ نہٕ ؟"

" آ " اۄوش ووٕتھ راٹھ دِتِت ماجہ سِنزٕ سے جواب۔ "مِیہ

اُسہِ اُمی سِندی باپتھ اُنی میتھ۔"

گرِ پیٹھ تس آیہٕ تٕہندِ چارٕ پیٖہ۔ تہٕ کوٚنٛچس کُنُ نظر ترٲوِتھ رُوٗٹ اُمی پننِ ریشس مؤ چھ منٛز۔ اُتھرس وۄتھ سوٗ۔

"تِم ساری اخبارٕ تہٕ کتابہٕ واڑاِیہٕ اُسہِ تٲنی تہٕ۔ تہٕ اُسہِ زانون پیٚٹھ نفر۔ سوٗ اوس اُسہِ سمکھان کران"۔

تٕمۍ کٔڈ ژھۄپہٕ۔ تہٕ برٛنٛزس کھنڈس گوٚ خبر کمن کوٚچھن۔

" وونی کیاہ کرکھ ژٕ یمن چیزن؟ اَتھ نا سوٗتھ کیٚس؟" تٕمۍ پیٚٹھ ژھۄپہٕ۔ ماجہِ ترٲو تس کُنُ نظر۔ زن تہٕ اَزماوُن اُسس یِرٕژھان تہٕ ووٚنُن:

"یِتھو تراوہٕ۔ ژٕ یہٕ نِش!"

تٕمۍ نہٕ کوٚر تورٕ کانٛہہ احتجاج تہٕ نہٕ بیٚیِس کانٛہہ جارٲنی۔ کلہٕ سیٖتۍ پتھٕ رضامندی باوِتھ ہیوٚتھ سوٗ میچس بیٚہنٛھ۔ تہٕ اوٚنٛگجو سیٖتۍ ریشس کنٛگو کران کران ووٚتھ۔

" اَدٕ رُت گو "

ریہن شُندرٕ تہٕ دادی تہٕ چوبٕ بُزی گو مُتھ تصوُرٕ ہیوتن بڈٕ بدٕ روٗدی سان ماجہِ ہندِس ذہنس منٛز ووتلُن۔ تہٕ اُمی تصورن دِژ تٕمۍ سِندین باقی سارٕ نیٚ خیالن چھنٛگ ہش۔ دِلکو دادی تہٕ بیہ یزتی ہندۍ احساسن کٔرۍ باقی ساری خیال غرق۔ تہٕ تس رُودنہٕ سوٗتھ کینٛہ یا بیٚیہٕ کنہٕ چیز کھ کانٛہہ خیال۔ تس اوس دِکنہٕ اوٚش وسان مگر بُتھ اوسس شکھ۔ تہٕ یِمہٕ وِزہٕ تٕمہ کتھ کرٕ تٕمۍ سٕنٛز آواز اُس بڈٕ مضبوط۔

"خوداہ کرِن نکھہ پنُن قہر نازِل۔ تم چھِہ تُکھنُ لٹاوان تہٕ بیہ یِزہتھ بناوان۔"

"تم ہیٚ چھِہ بڑٕ مضبوط۔" گرپسو وۄن آہستہ پانٕہٕ "سیٹھاہ مضبوط!"

"نہٕ یہِ مضبوطی کتہٕ چھِہ تیمن اَتھہٕ یِوان؟" ماجہ ووٚنُن ژکہٕ سان کرِتھ

"یہِ طاقت چھِہ تیمن اَسہٕ نِشہٕ میلان۔ عام لُکن نِشہٕ۔ آسو رٕے کینٛہہ چھُہ اَسی نِشہٕ میلان!"

لولہٕ بورُت مگر سہٕ رسأوی بُتھ کرِتھ اُمس گرپسی تس پیٹھ اُس سخہٕ ناراض ہِش گأمژ۔

"آ" زِیونہ ووٚش ژأرِتھ وۄن تیمو! "ہگرُ"

یکایک نیمیو سُہ برس کُن تہٕ کُن کرِن کھڑاہ۔

"ییکیاہ آیہٕ پم تہٕ" سُہ ووٚنِتھ سیٹھاہ لوہتہٕ۔

"کم؟"

"ووس۔ ژ چھُم باسان۔"

اورٕ ژایہٕ تیمو سینزہ آشینو تہٕ تس پتہٕ اکھ گریوس۔ اُمو ووٚنُن ٹوپی کوٗنجس منز دأرِتھ۔ تہٕ ماکہ پکِتھ ووت یپارٕ ہنِدِس مألکس نِشہٕ۔

"رکھو دِلیل؟" تیمو ووٚن۔

گوڈٕنکو گرپسو رگہٕ نوو کلہٕ۔

"ستپیان!" دانس نکھہ ووٚدیہٕ روٗزِتھ ووٚنُن تیمو سینزٕ آشنہٕ کرِتھ

"اُمس پرٔژھی بابہٕ پرٔژھہ زہ ژہ کھینہٕ کرٕ ماکینٛہہ۔"

"نامے بٔینی - مہربأنی۔" ماجہ وۄن۔

دۄیِم گرٕ یُس آو ماجہ نٕشِس تہٕ وٕلی وٕلی وۄتھ بیگرٕ ہٹہٕ۔

"بہٕ تہٕ کرٕ ناوٕ پنٕنۍ تورُف۔ میٚہ چھہ پیٹر یگور وف ریا بٔنِنۍ ناو۔ مگر ٹُکو چھم رٕیِز ٕھ گنٛڈ مرٕشٕ اُر[۵]۔ تہٕنزٕ کامہٕ ہٕشنز چھہ میٚہ کم کاس خبر اتہٕ نہٕ۔ پٔرٕن لیکھٕن تہٕ چھم تنگان۔ تہٕ زیادٕ چور تہٕ چھُس نہٕ۔"

تٔمۍ کوٗر ماجہ سۭتؠ اَتھہ واس تہٕ پٕرٕژھ وأرِس کٔنۍ پھیوٗر۔

"بوزٕ ستیپان!" تٔمۍ وۄن۔ "میأنۍ رٕنہ چھہ واردارا نکولایی وِنا بڈٕ درد بند زنانہ۔ مگر تٔمۍ سٕنٛدگٕنۍ چھٕ زٕ تہٕ کأم چھہ منٛز پر واتہٕ ناوُن واجنٕ تہٕ احمقانہٕ۔ سہ چھہ وٕنان زِ نوجوان کٕنٛٹھ تہٕ مدرس شرٕ چھہ گُکٕن ہہٕ ندٕ بن کاڈٕ بن منٛز چأرِ گی بران۔ مگر اَسہ وُچھ از زِ یُس گرٕ یُس تٔمۍ روٗٹ سُہ چھہ خأکِس کأمی۔ تہٕ ومہٕ نۍ تراوٕ تہٕ یور کُنۍ نظر۔ اَکھ اَڈٕ ورٕ زنانہ، یوسہ نہٕ پنٕنہٕ کٔنۍ ڈٕیکھو جٕل گرٕ چ تہٕ باسان چھہ۔ میٚہ گژھہ مأنۍ دِنۍ ہرگاہ بہٕ پٕرٕژھے زٕ ژٕ کمہٕ طأیفچ چھکھ؟"

سُہ اوس دٔم ہہٕ نے وٕلی وٕلی تہٕ صفأیی سان بولان۔ تٔمۍ سٕنٛد ریش اوس پریشأنی منٛز ادرٕ یور لایہٕ نہٕ یوان تہٕ تٔمۍ اُس ماجہ مٕدے گنٛڈ مرٕش۔ تٔمِس آسہ زٕ چہ لارے مرٕژہ تہٕ مستن اوسُس یہوٕ ے وٕگوٕ ہیوٗ گومتھ۔ زٕن تہٕ وٕنۍ وٕنۍ کأنسہِ دشمنس سۭتؠ جنٛگ تھ آمُت اوس تہٕ پننہٕ کامیأبی بیٹھ اوسُس

---

۵ اُر۔ پأنٛژاز سۄرٕ ہٕنٛج اُر۔

دبڑان گِنہٕ ۔ ماجہ کھوٗت تِمو سُند انداز پسند تہٕ یِکیا زِ سُہ اوس بڈِ صفائی تہٕ سادگی سان پننہٕ دِلُک حال باوان ۔ ماجِ لجِ تس کُن وُچھ گژھنہٕ تہٕ پتہٕ وُچھن تہٕ یێلہٕ تمہٕ تمو سِندِس سوالُک جواب دیُتھ ۔ تمو دیُتھ بێیہٕ اکہ لٹہٕ تمی سِندِس اَتھس زورٕ چیر تہٕ پہوٚے خوشکھ تہٕ مورِہ اُسناہ کوٚرُن ۔

" ستیپان ! یہ ہا چھِ سیٹھاہ تہٕ شوٚنژ کام ۔" سُہ ووٚتھ " سیٹھاہ رژ کام ۔ بہٕ اوس تِتے ناوتان ۔ زِ یہ کام چھےٚ لُکو چلاوٕ مژ ؟ مگر سعہ باگہٕ وان زنانہٕ سوٗ چھا کانسہٕ نِش یوٗز باوان ۔ بادٕ ہے مگر تمہٕ سیٹھہٕ واتہس نا پانس نوقصان مگر اَتھہ منز چھُنہٕ کانہہ شکھ زِ بہٕ چھُس تمِس یزتھ کران ۔ سیٹھاہ رژ چھےٚ ۔ تہٕ پانس نوقصان واتہٕ ناوتے چھِ سعہ اُسہٕ اَتھہ روٚٹ تہٕ کرٕن یِتھان ۔ مگر عام لُکھ چھِ پتھہ بروٚنہہ وُچھنے اَتھہ کامہِ منز وۄتھ لایان ۔ کھوژانی نہ زِ دادارٕ ما واتہٕ ۔ ناکھتھ سُن ذرا ۔ تم کرِہن کینژھا تہٕ ۔ تِمن چھِ نونہٕ اموب دادارٕ واتان اَدٕ ریٚنہ کو سہ فرکھے بێنیہٕ تِمن ہرگاہ اَتھہ کامہِ منز تہٕ وۄتھ لایِن ۔ اَدٕ تم کُنہٕ تہٕ وتہٕ اُسی تن پکان ۔ اموب چھِ اکوے لفظ بوزان ' ٹھہرو ! '۔"

" ہوٚں " ستیپانن رُکہ ناوٕ کاژ تہٕ وٕلی وٕلی ووٚنُن " یِمس ہا چھ سوٗ وُچھ کیسیٚ فِکر ژامژ ۔"

بہ پتھرن ہوو زانتھ مانتھ ماجہ اُچھ سیٹھہٕ اشارٕ ۔

" ماجی ۔ غم سے بر ۔" تس تسلاہ دِتھ ووٚن تمو " سوڑہے ہے سیٹھہ ٹھیکھ ۔ چون سوٗ وُچھ کیس ہے چھِ میانہٕ گرِہ ۔ اَدی یێلہٕ یِتمو میہ چون ووٚن زِ ژرٕ تہٕ چھکھ اَتھہ کامہِ منز ژامژ ۔ تہٕ سوٗ نفر تہٕ زانہٕ ہُن ۔" بہٕ ووٚتھس

اُمس ستیپان - ذرا ہوشہٕ سان - یِتھس ہوس مانٛلس منٛز نا گژھہٕ کانٛہہ غلطی سپدٕنۍ۔ مگر باسان چھُم ژٕ یِمہٕ وِزِ اسو تیتہٕ تٕس ژٕ یہ نکھے وممہ دِنہٕ اسمہٕ ژٕ بہٕ تہٕ توٗرُے پتہٕ نہٕ جایہِ فِکرِ ژٕ اسو کمُ گژھو آسنہٕ - ایمان دار مونٛہینوٗ پرٛزٕ ناوُن چھُنہٕ مُشکل کام۔ تِکیازِ ایمان دار لُکھ چھِ خال خالے نظرِ گژھان۔ پٕنٕ زٕگوٗ نۍ - اَدٕ بی ژٕ مہٕ تٕر بر نہٕ سوٗ لھ کیٛشکھ ثُمٕ"۔

سوٗ بیوٗلھ تٕس نکھے تہٕ سوالیہ اندازس منٛز لوٗگ تٕس کنُ وُچھنہٕ۔

"ہرگاہ ژٕ اَمہٕ سوٗلھ کیسہٕ کیو سارِ وِے پیٛزٕ وٕنشہ پان موکلاوُن چھُکھ یژھان۔ ژٕ یہ اَکھ روٗٹ کرنس سپدِ اَسہٕ بٔڑ خوٗشی - اسو ہیکو یِمہٕ کِتابہٕ تہٕ کاگد وارِ وتہٕ لأگِتھ"۔

"یہ ہا چھ دٕپان یِم چیز ژٕ اوہ یِتھو" ستیپانن ووٗن۔

"اَدٕ رُت ہے گوٗ مأجی - اسو ہے کدٕوٗ پرِ یتھ پیٛزٕ باپتھ وٗتھ"۔

اسہٕ ہنا کرٕ لھ وۄلھ سوٗ تھوٗد تہٕ لوٗگ کرس چکھ دِنہٕ۔ "باسان چھُم قسمتن کرٕ یاوری۔ زیادِ عجیب کتھ چھ نہٕ چھنہٕ۔ تِکیازِ ہرگاہ ژٕنہٕ اَکس جایہِ ژھینٛنتھ آیہ تہٕ۔ بیٛیس جایہِ یِیہِ رٹنہٕ - اخبارِ چھِ بٔڑ جان۔ مأجی اَمہٕ ستۍ چھِ کام دارِ یاہ بروٗنٛہہ تہٕ پکان تہٕ مکن یِمہٕ یچہٕ اُچھن گنٛڈِ لھ چھکھ تھوٗدِ مرٕژہٕ رتمہٕ تہٕ چھ یِیلہٕ گژھان۔ اشراف چھُنہٕ اَسہٕ زیادِ مازان - یِمتہٕ پیٹھ ستھ ورستھ دوٗرِ روزن واجنہٕ اَکس خوتوٗ نہٕ ہندِ باپتھ چھس پُھآنہٕ کام کران۔ سعہ چھ رٕژ زنانہٕ۔ سعہ چھ پرٕ نہٕ باپتھ اسہٕ کِتابہٕ بیترِ دِوان۔ ہأضے چھ تتھو چیز تہٕ پرٛنۍ کتھو میلان۔ یِمو ستۍ پیٛزہٕ پأٹھو اچھ مُشرٕ نہٕ چھ

یوان - بہر حال اُسی چھ اُمی سندی شُکر گذار۔ مگر اَکہ لٹہ ہوومیتہ تمس یہ اخبارٕ۔ تہٕ یہ کتھ روزٕ تس دِلس منز بے۔ ب پیٹر۔ یتھ چیز نا اَزٕ نہٕ پران تمہٕ دوٗن۔ یم ہاچھی مدرسن ہندی کینہہ جاری لڑکہ لیکھان۔ تہٕ ہر گاہ ژٕ یم چیز پرٕکھ۔ تاوٗنس ہا لگکھ۔ جیل تہٕ سائبیریا۔"

تمو کرٕ بیٚیہ منٹس کھنڈس ژھعہ پرٕ۔

"ماجی۔ یہ اَدیکھ نفر چھیے ژٕ یہ رشتہ دار بیترِ کینہہ؟"

"نہ" ماج دُرژھ درجواب۔

بیہ آواز اُشناہ کرٕ تھ ژگہ نوو ب پیٹرن کلہٕ۔ زٕن تہٕ تس خبر کیہٕ چیز چ خوشی اُس۔

" اُشہ ناو مترٕ اُسو تن۔ مگر بہٕ زانہٕ سوٗواریاہ کالکھ۔ تہٕ بہ چھس تس ہٕدٕ س باُے سِندی پاٗ ٹھو ییٚرٕ تھ کران۔" ماجہ کوٗر دِلہ دِلی پینہٕ نیس نکارس منز یمن لفظن ہند ہرِ ہرِ۔ زٕن تہٕ ریبنس سیٚتی اُشہ ناوٕی نہ باوٕنہ کینہ تمہ کانہہ اَثر کوٗر مُتھ اوس۔

پٕتن اَندرِم جذبہ باوٕنہٕ باپتھ سعے یہ تہٕ تس لفظے۔ اَمہ سیٚتی دوٚ لتھ تس جیرہ ہیوٗ تہٕ تمہ ہیوٗت بیٚیہ اوٗش ہارُن۔ پہرٕ منز اُس اَکھ جیرٕ اَگن واجینہ تہٕ کیاہ شام تو قواہ کرٕن واجینہ ہش ژھعہ یہ پھیٚلے مرٕ بیترٕ اوس کاڑ نوو مراُو تھ استادٕ زٕن تہٕ خبر کیتھ کٕن ٹھوٗ تھ اوس۔ ستیپان اوس میجس سیٚتی کھعہ نہ وٕتھ ڈاکھر اُوٕتھ بیہتھ۔ تہٕ اضطرابہ سان اوس میج وایان۔ تمو سیٚتر اَشینہٕ اُس دانس سیٚتی ڈوٚکھ دِتھ بیہتھ تہٕ ماجہ ژیوان زہ سعہ

اُمِس تسُند کُن مُدٕسے گنڈِتھ وُچھان۔ ماجہ تراوٕ پانٕہ تہٕ تٔمۍ سندِس گیشا مُسوٗتِ ٹھاکر
پاٹھۍ گول بُتھِس کُن نظر۔ اُمِس اُمس نٔتھرٕ نٕس تہٕ مضبوٗط ہیٛو نگنیٛ تٔمۍ سٕنزٕ ن
سبز اُچھن اندر اُمِس عُضبِچ تیزی تہٕ چالاکی باسان۔

“گوسٕ چِھسے ژٕ بہٕ دوس” پیتر وَوٗنُھ آہستہ پاٹھۍ “سوٗ چھےٚ
پیٛنٕہ پنٕہ دیماغہ سوچان۔ کاڈلہ چھس پینٛخ۔ پانٕس مُتلق چھس نٔتھرٕ راے تہٕ
ٹھیکہ تہٕ چھےٚ۔ تاتیانا۔ ہے اُمِس ونان چھہ مرد! تہٕ ژٕہ اُسکھ وَنان۔”

“یہٕ کیاہ نیتھرٕ دِژاو چھا ژٕ؟” تانیانا وُژھ مٔنز۔ تہٕ پینٕہ پنٕہ لوکٕٹ
چانٹِکر وُلھُٹ ژوٗمراوِن اندر کُن۔

“زنانہٕ چھس موٗمِژ” ماجہ وَوٗن غمگین اندازس مَنز۔

“تۄہے تہٕ چھےٚ یُوہُتھ دِلہ دوٗر” تاتیانا وُژھ تھٔدِ ہِٹہ مگر مدرٕ
آوازٕ منز “اکھ نیتھرٕ دول موٗمِنیوٗ پیٛکہٕ نہٕ بِژھ وُچھ رُٹِتھ سوٗ کھوٗرٕ”

“تہٕ میون کیاہ چھکھ وَنان؟” پیتر ن پرٕژھ “بہٕ چھس نا کھاندرٕ
دول؟”

“چھہ چھہٕ ہمسایہ میانہ” چالبازی سان وُلھُٹ گٔرُ نامٔوِتھ تہٕ تٔمۍ سٕنزٕ ن
اُچھن کُن وُچھنہٕ ورائی وَوٗن آمہ زنانہٕ “ژٕہ کران تہٕ کیاہ چھکھ؟ حرف
کنہٕ کران تہٕ مٔنزی کتابہ بیترٕ پران۔ چانہٕ تہٕ سیتیہ پان نہٕ ہیتھ کنوٗانی کھوتِن
منز شسرٕ گُسرٕ کرُنہٕ سیٹھہ واتہٕ نہٕ عوامس کانہہ تہٕ فائیدہ۔”

“داریاہ لُکھ چھہ میون بوزان” گرِیشی کوٗر آہستہ پاٹھۍ اہنجاج
تس اوس اُمِس زنانہٕ ہُنٛد یہ وَنُن سکھ گوٗمُت “یُتہٕ نٕس ، وُزِتھ چھس

اَندرٕ اَندرٕ ژھٕمبرٕ ہندٕ پاٹھۍ پنٕنۍ کأم کران۔ کَم از کَم یِہ تہٕ ہیکَو وٕنِتھ۔ ژٕ یہ پزٕ تۍ یِہ وَنُن زٕ ...“

سٹیپانن کٔر زنانہٕ نظراہ۔ تہٕ پتہٕ لوٚ مردٕن کُن۔

”گرٕ وٕس کیازٕ چھہٕ کھاندر کران؟“ ناتیانایہ پٕرژھ۔ ”سوٚ چھہٕ اَدٕ سے کھاندر کران زِ زنانہٕ کرِیس کامہٕ کأمہٕ منٛز اَتھٕ رٹُن۔ مگر کأم کٲرتہٕ گوٚژھ کُنہٕ وِڈرُک آسُن؟“

”ژٕ یہٕ چھکھ ناوارہ کامہٕ آسان؟“ سٹیپان وُدٕ نیتھ بڑٕ بسے رسٕ لیجِس منٛز۔

”اَتھ کامہٕ منٛز چھا کانٛہہ عقلہٕ ہنٛز کتھاہ تہٕ آسان زٕ؟ دٕمرٕ دٕمرانٕ اَچھ یِیڈ اَکِس پتہٕ بیاکھ دوٚہ کڑان! ہرگاہ شرٕ مُرہ اَسہٕ انسان چھنہٕ تمن تہٕ واتان، تکیازٕ کامہٕ تلہٕ چھنہٕ مع ہیتھٕ میلان۔ یِتھہٕ کأم کارِتھ تہٕ چھنہٕ توتہٕ ژٕ دوٚرٹ بیٲنی۔“

سہ وُژھ داینٕ تلہٕ ژھٕوٚد تہٕ بیٹھ ماجہٕ نِشہِ۔ سہ رُوٚد برابر بولان۔ دِیہ تمہٕ سٕنٛزِ آوازِ منٛز اَسہٕ شکایژھ تہٕ نہٕ کانٛہہ دوٚہ بیکھ۔

”مینہٕ اَسو زٕ شُرٕ۔ اَکِس پتہٕ دُوہِرس گژھٕ ہیکہٕ وُن آب پیٹھ دوٚیمہٕ زاد منٛودٕ مُژِ۔ سوٚ گوٚم اَتھٕ۔ تیٚ پِہ سورٕ سے سٔدٕ حُکمن اَمی ذلیل کامہٕ ہنٛدِ کِنہٕ۔ اَمہٕ کامہٕ سٕیتھ ینیزامیہ زانٛہہ کالہٕ شادیاہ؟ بہٕ چھس پوز وَنان۔ نیمتھہٕ کَرِن چھہٕ گرٕ ہنٛز سٕیارِ خاطرِ بیکار۔ کھاندرٕ بغار ہیکہٕ گرٕ وٕس تفریقو تہٕ خدشہٕ ورأی دوہ دِین گژھتھ۔ سوٚ ہیکہٕ زندگی بہتر

بناوٕنہٕ بایہِ تہٕ حکومت جوٗرِ تھ۔ مگر سوٗ چھہٕ پانٕہ پانٕس زوالہٕ کران۔ ژوٗنٛی کینہ
ہیکہِ ہے اَمِس منٛز ہیٛوٗر سِندی پاٹھۍ پَزرٕچ ذٕتہٕ پیپٕ ٹائیکتھ۔ مأجی۔ کیہ
بہ چھیکس نۓ پوٗز وَنان؟"

"بلکُل پوٗز" ماجہ دوٗپ "پوٗز ہے چھکھ وَنان۔ نتہٕ کیا بی ہیکہٕ
بٕ یٕتھ زندگی منٛز کانٛہہ تہٕ تبدیلی یتھ؟"

"ژٕ یہِ چھکھے خانہ دار؟"

"سوٗ گٔژھ ژیوٕ۔ لڑکہ اکھ چھُم۔"

"ژٕ یہِ سیٹھی چھا وزان ژٕہ؟"

"سوٗ چھہٕ جیلس منٛز" ماجہ دوٗپ۔

یم لفظ وَنی تھے دوٗ گنہٕ یہِ تَس فخرہٕ سیٹھہ شایہٕ۔ اَز بروٗنٛہہ اوس
تَس یہوٗ سے خیال دِلَس ژٕ بر پھیران۔

"اَز نیوٗ کھ سوٗ دوٗکرہ لیڈ جیل۔ نکھس اَدہٕ کیٛرٕ تہٕ تمہٕ اوس
تکھس ہندی دِلَس منٛز خیوٗدا یہ سینٛہ بیٛنزکھ بیول دٕوٗ منتھ۔ سوٗ چھُم جب نہ
چھہ بتٕر۔ نشدہ یون تہٕ آکاش لڑکہ۔ تمہ سے پیٛود گوٗڈٕ تہندہ اخبارکھ ظعون۔
تہٕ تمی لوگ میٛنا ملو ایوانو دچ سٹیزہٕ ذٕتہٕ۔ حالانکہ میٛنا ملو چھہٕ تمس کھٹہٕ تہٕ
دِیہ گنٛ وانُنہ۔ مینٛا سُنٛی تینچو وِس یِیِہ جلدے مقدمہ چلادیٕہ۔ تہٕ تَس سوزُن
سائیبیریا۔" سوٗ یِیِہ توٗرٕ تہٕ ژٕ لھتھ۔ یُتھ زُن یُنٛس کام چلہٕ وِنی ہیکہ رٔوزِتھ
یوٗت یوٗت سے وَنان گٔیہ تیوٗت تیوٗت گوٗ تمہ سِندِس دِلَس
منٛز فخرُک احساس کاڈ کڈان تہٕ تمہ سِندِس ذہنس منٛز آکس ہیرو سُند

اَکھ واضح تصور بٲنتھ لاوان۔ یُس زَن منگ اوس کرٲن زِ اَمِس کرِو لفظن ہُند پاراو۔ اَمہ وقتہٕ اوس تِمہ سُند اندرٕ ژھٕٹھ ژھٕٹھ ییٚمکہٕ پتہٕ ناکھ احساس تہٕ شرمسارگی زیادٕ تی تسند یِس ذہنس نال وٕلِتھ اوس۔ اَتھ اَنہٕ رَس تن دِتھ یاپٹھ اوس وقتُک صنوبری زِ سہ یٮ۪نہٕ ہا پانس برونٹھ کنہٕ کانہہ سوال تہٕ کانہہ داد چھےٚ۔ یتہٕ نہٕ صحت بند روٗحہ چھہ مانگہ یتیٚنٹھ غارشعوری پاٹھٕ لبیک کرِتھ کرِو تِمہ سٲری چیز یکہ وٹہٕ۔ ییم تِمو سُندرِ رِکنو یاکھ تہٕ شوٗژ اوسو۔ یتہٕ کرِو تِمہ ییم سٲری چیز اکس عالی شان نارہ اَلاوس منز تبدیل، یِمہ کہ نوارِ سیٖتی تَس پانس تہٕ دِ گوش گو۔

"اَتھ بیٚے ہیٚوی چھہ وارِ یاہ نفر۔ تہٕ دہ ہہ یتھ دوہ ہہ چھہ تِم ہزارن پٮ۪ٹھ نہٕ زندگی ہندِس اَخری دوہس تام کرٕن تِم آزادی تہٕ پیٚزرہ یاپٹھ جنگ"

تَس روٗد نہٕ احتیاط مُلک کانہہ تہٕ ظونتھ۔ تہٕ یِو دوٚسے تِمہ کانسہ ہُند ناو زیوِ پیٚٹھ ہیوتہ نہٕ۔ مگر تِمہ بوٗز تِتھہ پوٗشیدٕ کامہ متعلق سوٗرسے۔ یِمہ سِہ زَن لُکھ ہیمہ تہٕ لالچہ چھُو بیدا ہو زنشہ سہ کلاو نہٕ یاپٹھ کرنہٕ آمِس یوان۔ یتہٕ نہٕ زُوِ کُنہ تہٕ کانٛسِن کُنہٕ ہشر کتھ تلہ نہٕ وزِہ کوٚر تِمہ لفظن ہُنز پٮ۪ٹھ نہٕ لولک تہٕ مایہ ہُند سوٗرسے نوٗ نہٕ زیتہ۔ سُہ لول یتھ زندگی ہشرِ رنگہ رنگہ کھرِ وٕسہ سیٖتی یوٚتہ زیٚرِ کیاہ من ذرا ہیتو اوسو۔ تِمو سُندِس ذہنہ کِس پردس پیٚٹھ وشہ تلن وٲلی لکھ باسے یہ تَس پانہٕ تہٕ یتیٚو نہٕ احساسہ سیٖتی شولان تہٕ آبد پراوان۔

"تہٕ یتھ کنہٕ چھہ یہ کانٛم سٲری سے دُنی یہس ہُنز سیدان۔ سارِ نی

شہرن اندر، پرٛیتھ نٮ۪تھ شایہ ییٚیتہٕ رتٕ لُکھ بسان چھہ۔ اَمہِ رتین لُکن ہنٛدٕ طاقتٕلُکھ چھُنہٕ کانٛہہ حد حساب۔ یہ چھُ دمہٕ ہہ کھٕمہٕ تہٕ دمہٕ ہہ بڈان تہٕ توٚتانی روزِ یہ پھٹان یوٚتانی زَن سانہِ کامیابی ہنٛز گرٕ وایہٕ۔"

تٔمی سٕنٛزِ آوازِ منٛزٕ اوس پوٚرٕ تسلسل۔ تٔمِس باسیو یہ ہر لفظ ژھارنَس منٛز کانٛہہ تہٕ دِقت۔ لفظ اسہِ تٔمی سٕنٛدِ چانٛٹہٕ منٛزٕ رنٛگہٕ دار پھوٚرتہٕ پھلیوٚ ہنٛدی پأٹھی نیران تہٕ تسنٛدین امارن ہنٛزٕ ممہٕ حصہٕ لَرِ منٛز وٕرنہٕ یوان۔ یہ امار زہٕ تٔمی سٕنٛدِس دِلَس منٛز گوٚزٕشتھ تہٕ آمہِ ڈیٚکہٕ خوانکھ تہٕ لرٕ شِتھ ہنٛد کانٛہہ نیب نشانہٕ باقے روزُن۔ تٔمہ ووٚچھ زہٕ گریسہٕ اسہِ تٔمی سٕنٛزٕ کتھو سیٹھاہ خدرٕ روٚس متأثر سپدان۔ تِم أسی خاموشی سان تس کُن ٹھَلہِ ٹھَلہِ وُچھان۔

تہٕ مٲج اٲس پانَس نکھہٕ بیٚہتھ زنانہٕ ہنٛدین شہتین مُتھ کھٕسن وُٹھن تمام بوزان۔ تہٕ یہ سورُے اوس تٔمِس عقیدس وارُے ذٕرہٕ دِوان۔ تٔمی چھ باوت سٕہ یتہٕ ہین لفظن تہٕ ییمن لُکن سیٹھا کرٕ میتین وادن منٛز کران اٲس۔

"تِم سأری لُکھ یِم مصیبتچ زندگی گذان چھ۔ یِم نہٕ آسنَس اَڈٕرہ مأری کرٕ متھ چھہ۔ تہٕ تِم سأری لُکھ یِم زَن امیرو تہٕ امیرن ہندو یوٚت پلوو قونوٗنَس لتہٕ متونڈ کرٕتھ لَرِشتھ تہٕ میٚزٕشہٕ کرٕ متہٕ چھہ۔ تیمن سارٕی نیے پٔرزہٕ جیلَن منٛز مرن دالِہِن تہٕ پنہٕ ہین بأے بنٛدن ہنٛدٕ بأپتھ عذاب ژٕلِن واہ لیش لُکن سیٹھا رُلُن۔ پنہٕ رنہٕ پانکھ وایہ برٕنے چھ تِم لُکھ سارِ نیے لُکن خوشی تہٕ شادِ ہنٛز دِتھ ہاوان۔ تِم چھ گنٕہ دمہٕ گل دوٗزی ورأی لُکن وُنان۔" وَتھ چھہ کرِیتھ۔ تہٕ کانٛہہ چھُنہٕ مجبور کرِتھ اَتھ وَتہٕ لاگان۔ مگر یُس اکھاہ اکہ

لسہ ژینس سیتی پکان چھہ۔ سُہ چھنہ اَدہ زانہہ تہ اَمہ وَتہ ڈلان۔ تکیازِ تَس چھُہ پانہٕ فکرہ تراں زِ یِہاسہ چھہ گژھُن وَتھ۔ تہ دوہم چھنہ کانہہ تہ۔

سہ اُس تہ ویژان گژھِ زِ سہ اُس اَز تھکتہٕ کامہ دِسس تلان۔

پیمسہ کُرہنیچ خاہش تَس واریاہ کالہ پیٹھہ اُس۔ سہ اُس پانسے گژھُن نِشس پزر باوان!

"تیٚہ منیکو وایہ برٚتے یِمَن لُکن سیتی تَیکیٚہ۔ تِم چھینہ مولکی فایدو سیتی قرار لبان۔ تِم گژھن نہ تَوتانٕی قرار یوتانٕی نہ ساریسے دُنیَہ دوزخس، لالچ تہ خرابی ختم گژھِ۔ تِم ٹھہراوَن نہ توتام قدم یوتام نہ ساری لُکھ ژھمن تہ اَکوسے آوازہ منز تُلن گمہ۔ بہ چھس پانہ پژن آگہ۔ بہ بناوہ پانے سُہ قونون یُس سارنے ہندہ خاطرہ ہیوسے آسہ۔"

یکدم باسیوو تَس تھکُن ہیوٚ۔ تہ کنہ مَہ کلا دِتھ لگ سہ یونن والپن کُن ژھینہ۔ سہ اُس یِنہ تہ جایہ خوشی زِ تمی سندہ وَنُن گومہ فضول گَیہ۔ روٚدسہ بڈہ توقواہ سان تَس کُن وُچھان۔ پتہ ژن گژھ سینس پیٹھ ژَرہ۔ تہ اَچھ ژِومرادِتھ لوٚگ وُٹھ گمہ نادُنہ۔

ستیپانن ڈکھراوِ کھہ تہ وُٹھ ہیچن تہ پیان نو مرووُن بَرِ تھ کُن۔ زُن تہ پیٹھ کیا ہتام بوزان اوس۔ تُسند بُتھ اوس ژھایہ تِلس کُن نہ اَوسے اوس شاید تمی سُند بُتھ بُرہ وُتھ مہ کھوہ تہ مکمل باسان۔ ماچہ نکھ بہیتھ اَمہ سُرتہ آشنہ اَسہ کھہ نہ وَٹھ کُنہ ٹھین بیہہِ ٹھوُمہتر۔ تہ پانہ اَمس بعہ ان کُن وُچھان۔

تقریرہ چھہ پانژھ ہیتھ کاگجن پیٹھ مشینہِ منٛز چھاپہ کرٛان۔ ییٚہ چھہ تیمہ۔ زیادہ خراب چھینہ - جوان، صاف تہٕ نفیس۔ تم چھہ ییمہ اند راتھ کینٛژھ شہرہ باگرنہ یژھان۔ مگر بہٕ چھُسکھ نہ مانان۔ مگر میون خیال چھُ زِ پیسہ ڈرامرن کاگجہ پیٹھ گژھن شہرہ باگرنہ یِنہ۔ ییتھ روزہ ییمہ کاگجہ پیٹھ۔ ییمہ گیہ بتیہ گنہ جاپہ سوزنہ۔"

"وۄلا دِیو ییمہ یۄرِی۔ یہ واتہٕ ناوکھ ییمہ تماشاہ نِش۔" ماجہ وۄژھ شوقہ سان۔ "انوٚ یۄرِی!"

تس آس بڑہ بیقراری زِ سوہ گژھہ یِیہ۔ یوٚت وتیوٚت ڈٔلی وٚلیمٕتہٕ نِس پادل سُند تقریر باگراوِتھ ہیکیو۔ تہٕ ساری سے دُنیہاس تام پیتہٕ نِس نتیجہ سُند باعام واتہٕ ناونی۔ تیمہ کرٕ کمو تمام چشمو ڈاکٹرس کُن نظر، تہٕ تمو سِندِس جوابس لۄگ پرٛارنہ۔

"مگر سوال چھُ زِ ژیبہ پِزیا وُنی کین کام ہۄنٛڈ ہیٚنیو؟" چندہ مِنزہ گئے کُڈتھ تہٕ ہناہ دَم دِتھ دوٚن تمو۔ "وُنی کین چھہ کاہ گژھُن کینہ تاجی منٛہٹ۔ پانژہ منٛٹ بیٚٹھی دوہ یہ بجہ چھہ اکھ گاڑی نیران۔ یہ سہ تمیہ سوادن پانژن گامن مندر واتہٕ ناوی۔ مطلب شام تہٕ گژھ مگر زیادہ ژیر گژھہ نہٕ۔ مگر دراصل چھینہ یہ ترٛژھ اہم کتھاہ۔"

"یہ چھینہ اہم کتھ؟" ڈاکٹرس ڈیٚرہ لُدِتھ وۄژھ لُڈ میلا۔

"اہم کتھ کوسہ چھ اَدہ؟" تمَن نکھ ییتھ پرٛژھ ماجہ "صرف یہ زِ کام گژھہ پتی پانٹھو سیدٕ نی۔"

لدمیلایہ ترٲو تٔمِس پٮ۪ٹھ ژھلہٕ چشمو نظر، تہٕ ڈیکہ دوٚہ تھٲو اَدٕ لٕج

وُژھنہٕ۔

"چانہٕ باپتھ چھُہ یہ کٲم خطرناکھ۔"

"کیازِ؟" پٮ۪تہٕ لگٮ۪تھ ہیوٚت پرژھن ماجہ بڑہٕ سختی سان۔

"وجہ چھےٚ معاف!" ڈاکٹر دوٚپ وٕلی وٕلی مگر ژھیٚٹہٕ پھرٲو لفظن منز۔
"نکولائی سِندہٕ گرفتار سپدنہٕ پتہٕ صرف اکھ کٲنٛہہ پٮ۪تہٕ دزٲبکھ ژٕ گرٕ۔ تتہٕ پٮ۪ٹھ گٮ۪کھ کارخانس منز۔ پٮ۪تہٕ ژٕیہ ماشٹر باپتھ ہشر پیچینہِ ونان بچھی۔ کیٚنٛہہ کال گژھو پھٕے دزایہ کارخانہٕ منزٕ غار قونوٗنی اشتہار نتہٕ۔ یِمہ سارٕے کتھہٕ بنن چانہٕ باپتھ والہٕ دٲشہ۔"

"تتہٕ وُچھ نہٕ میہ کانٛہہ بتہٕ" مٲج لٲج اِصرار کرنہٕ "ہر گاہ توہہٕ پھیرتھ میہ رٲژن تہٕ نہٕ پرنہٕ چھُنہٕ زٕ کوتے أسیکھ گٲمژٕ۔"

کینٛژس کالس گیہ تٔمِس یہاے گگرٕ زوٚہہِش۔ مگر پٮ۪تہٕ وژن کتھ کھ "یہ کینٛژھا تمَن وُنُن چھےٚ۔ نہٕ چھُم میہ پتاہ۔ تتہٕ پٮ۪ٹھ گژھ بہ سٮ۪یوٚدٕے موٗزوٗر بستی کُن۔ تتہٕ چھُہ میہ اکھ دوس سیزوف۔ بہ ونکھ زٕ عدالتہٕ پٮ۪ٹھ وٲژِس بہ سٮ۪یوٚدٕے تٔمۍ سندے گرٕ۔ یہوٚے نادلس تسکین دِنہٕ باپتھ۔ تسنٛدِس باپتھرِس چھکھ سزاہ دِتمٕژ۔"

"تہٕ یہ کینٛژھاہ دِنہٕ تھکہ کرِہ سعہ آنہٕ آنہٕ۔"

تٔمِس اوس پٮ۪تہٕ نہٕ جاپہٕ پھتھ زٕ ییم کرن اخرس تمہ ہنز خواہش پوٗرٕ تہٕ اَدٕے روز سعہ اصرار کران۔ چھیکرس مٲژ تھمو تمہ سنز کتھ۔

"اَدٕ بی چھُہ گژھان!" ڈاکٹر ووٚتھ بیدلی سان۔

لُدمیلایہ کرٕ نہٕ کیٛنٛہہ۔ صرف رٔژ سوچن منٛز لیٚن گیٚیہ ہتھ اوٚرٕ یور

چَکر دِوان۔ تٕمۍ سنٛدٕ بُتھہ پیٚٹھ اوس تھکن تہٕ کمزوری نشان۔ گَردنہٕ ہٮ۪نٛزٕ رگہٕ

آسٕس چھارنہٕ آمژٕ۔ اَمہٕ تلہٕ اوس باسان زٕ سُہ چھُہ بڑٕ مشکلی سان کاغذ تھوٚنٛد

وُٹھتھ۔ مٲجہ ژیوٚن یہ وارٕ پأٹھۍ۔

"تۄہہ چھِوٕ ساروٕے نیٚبیا گۆژ فکر۔" تٕمۍ کوٚر اَشن: "مگر بٔہ چھُس

نہٕ زانہہ تہٕ وانے یران۔"

"تہٕ چھُنہٕ پوٚز۔" ڈاکٹرن ووٚن۔ "اَسہِ چھُ پَنُن نہٕ فکر۔ آخر کیازِ

آسہٕ نہٕ۔ تٔمن کٔمن سیٚتھ چھُ بڑٕ وُلٹہٕ سوٚلوٚکھ پیوان کرُن۔ یِم بٔلۍ پَنٕنۍ زندٕرضایہ

کران چھِ۔ اَچھا سٹیشنس پیٚٹھ پیٚنٛہ ژیہ اشتہارچہ کاپی یہ حوالہ کرُن۔"

ڈاکٹرن تور فکرِ زِ اشتہار کیتھہ کٔنٛہ واتہٕ تَس تام۔ تَس کُن

نظر کٔرِتھ ووٚنُن سُہ پتو لاکن۔

"اَدٕ بی گژھان! کامیاب کرٕ نے!"

مگر نیرنہٕ وِزِ اوس سُہ ناراض ہیوٚ۔ لُدمیلا آیہ مٲجہ نِکھہ۔

"چھُنہٕ ہے نَزٕ میٚتے فکرِ؟" آہستہ پأٹھۍ اَشن کٔرِتھ ووٚن تٕمۍ تہٕ

مٲجہ ژٕھٹن نِرٕ۔ تہٕ بیٚتھ اَکہٕ لٹہٕ لُج چکر دِنہٕ۔

"میٚہ تہٕ چھُ اَکھ نیچُو۔ تِم واہ وُہر چھُ وَہ نی۔ مگر روزان ماری لیس

نِشہ۔ میوٚن خانہ دار چھُہ سرکارک نائب وکیل۔ تہٕ بچہ چھُ تٕمۍ نِش۔ سُہ

کیاہ بنہٕ؟ بہٕ چھُس اکثر سوچان آسان۔"

تٔس گوٚ گنٛڈ ہیوٚ۔ اَکہِ منٹہٕ پتہٕ ہیوٚت تمہِ سوٚنٛچ سوٚنٛچ لیوٚکھنہٕ لٲگتہٕ وُنُن۔

"تٔس چھُ تیُتھ اَکھ شخصاہ رٔچھان۔ یُس میانین تمن دوستن رفیقن ہُنٛد زونمُتھ مونمُتھ دُشمن چھُ۔ یِم میہ ٹاٹھِ چھِ۔ بہٕ چھُس کھ تِم یِمہ دُنیٚہِ ہٕکِہ بہترین لُکھ گٔنٛزران۔ ممکن چھُ میون نیچوٗ، تہٕ ماینہٕ میون دُشمن سوٚ ہیکہِ تہٕ میہ سیٹھہٕ روٗزِتھ۔ بہٕ چھُس اَکہِ بیٚیہِ ناوہٕ روزان۔ اٲٹھ وُری وٲتِم تمیٚ سُنٛد بُتھ وُچھنہٕ۔ اٲٹھ وُری! کوٗتاہ وُکھ گوٚیہٕ!"

دارہٕ نیٚکھہٕ وٲتِتھ روٗز سوٚ وۄدہٕ دِنہٕ۔ تہٕ نیبرکُن لٔجِ گٔنٛٹھس تہٕ وٲناکھ نبس کُن وُچھنہٕ۔

"اگہ میہ سیٹھہٕ روزِہے۔ میہ میلِہ ہے طاقتھ۔ دِلس واتہٕ ناوہٕ ہیم تہٕ یہِ نوسوٗر دوکھ۔ ہرگاہ مرہ ہے تہٕ۔ توٚ تہٕ روزہٕ ہیم سیٹھہٕ ہیش۔"

"واہ بیچارِ!" ماجہِ کھوٚت ہیکھ۔ لُدمیلا یہٕ ہندہٕ داوہٕ اٲس تٔس وٲنِچ پتٕچ ٹھکس آمٕژ۔

"ژٕہ چھکھ باگہٕ بٔرٕژ!" لُدمیلا وَنٕھ زہرخند کٔرِتھ۔ "کوتاہ رُت چھُ! مٲجِ تہٕ گوٚبرُ یکہ وُستٕۍ! یُتھ چھُ خال خالے سپدان۔"

"آ۔ سیٹھاہ رُت چھُ باسان۔" پلاگیا یہٕ ووٚن۔ تہٕ پانے لٔج تعجب کرنہٕ۔ پتہٕ وُنُن سوٚ وارہٕ وارہٕ زَن تہٕ کانٛہہ بیربا فکِس انداز بس منٛز۔ "تہٕ تُہیٚ سارِی۔ نکولائی ایوانووچ تہٕ تِم سارِی لُکھ یِم پزرس پتہٕ لاران چھِ۔ تُہیٚ سارِی چھوٚ اَکھ اَکِس سیٹھہٕ۔ وُچھان وُچھان ہینے یہٕ اَسہِ سارِی اَکھ

اَکھ اَکِس ہِندی پھٔٹھ

تہٕ بہٕ زانوو پتہٕ تہِہٕ سارِی ۔ مێہ چھیٚنہٕ لفظ فِکرِ تران ۔ مگر باقے سورُے چھُم تکان بوزُن ۔"

" آ - یہاے تہٕ چھِہ کتھ " لُڈمیلایہ دوٚن لوہ تہٕ ہنبہ " کتھ تہٕ چھِہ یہاے ۔"

لُڈمیلایہ ہیندس وُچھس سیتو اکھ کھُوٚتھ بیٚیہ مارِج لوہ تہٕ لوہ تہٕ کتھ کرِنہٕ ۔ زَن تہٕ پانے پیٚنہٕ ہُن لفظن ہند مانہٕ مطلب سوچان اُس ۔

" سانی شرٕ چھِہ یتھ بُتراتھ پیٹھ قدم ٹھیکہ راوِتھ بروٚنٹھہ بروٚنٹھ پکان ۔ مێہ چھُیہ فکرِ تران ۔ تِم چھِہ بروٚنٹھ بروٚنٹھ پکان ۔ سانِہ بیے بُتراتھ پیٹھ پرِ یتھ طرفہٕ ۔ اَکِہ بیے مُنزِ لُس کُن دوران ۔ تِمن ہندِ دِل چھِہ شوٗر ۔ ذہن نوٗرٕ بھرِت ۔ تہٕ تِم چھِہ بدی خلاف کھڑ ٹھیکہ راوِتھ تہٕ ایٚزِس لیتہٕ موٚنڈ کرِتھ بروٚنٹھ پکان ۔ تِم چھِہ جوٗان ۔ صحت مند ۔ طاقتہ والی تہٕ پننٕ سورُے طاقت چھِہ اَکھ مقصد حاصِل کرنہٕ موکھ خرچاوان ۔ سُہ مقصد گو انصاف ! تِم چھِہ بروٚنٹھ پکان ۔ یُتھ زَن انسان دوٚہ کھس پیٹھ فتح لبہ ۔ تِمو چھِہ صُبحٕ گنڈمِتھ ۔ یُتھ زَن ساری بدبختی ختم گژھِہ ۔ تِم تھوَن نہٕ بدصوٗرتی ہُند نیبے کُنہ یتھ دُنیہس منز ۔ تہٕ اَکھ منز چھا کانہہ شک زِہ فتح آسہ تہندی ؟ یمو منزٕ ووس مێہ اَکھ وونُمتھ زِہ اُسہ کاشہ راوون اَکھ نوو اَکھتابہٕ ۔ مێہ چھُ یقین تِم پرزالاوَن سُہ اکھتابہٕ منوٗر ۔ تِم چھِہ ونان زِہ سارِی پنٕنہٕ مِتھ دِل واٹھکہ ۔ تہٕ بہٕ چھُس وَنان زِہ تِم دِن یقینَن یہ کرِتھ !"

مُشی رادہِ مژہ عبادتچ لفظ ہیتھن تَس دُبارٕ ژھٹس پیٚیو۔ تہٕ تمہٕ برٕ تمن لفظن منٛز اَکھ نوٚو پرٕژھ، لفظ اُسی تمی سٕندہ دِلہٕ منٛزہٕ ووٚتھِ وِنن تیٚمبہٕ رِن ہندی پٲٹھۍ نیران۔

" سأنی شُری چھِ پزٕ چھِ تہٕ عقلہٕ منٛزٕ وَتہٕ پکان۔ انسان ہندِین وٕچھن لول بخشان۔ زمینہٕ پیٹھٕ اَکھ نوٚو اسمان بناوان۔ بتراٹھ اَکھ نوٚو جوش دِوان۔ پَنٕنہٕ من رُحن ہند سوٚ جوش یُس نہٕ زانہہ تہٕ ژھینہ گژھہ۔ یمہٕ کنارٕ نیٚبہ سیٚتۍ اَکھ نوٚو زندگی تھنہٕ پیٚیہ۔ سون محبتھ چھُ ساری انسٲنی ہستہ باپتھ اَمہٕ زندگی ہنٛز تخلیق کران تہٕ سوٚ کُس اَکھاہ اُکوزِین یُس اَکھ نارٕ الاوس ختم کرِ۔ یُس اَکھ بتھہ بیٚیہ؟ یہ الاوٕ چھُ پانہٕ بتراٹھ ہندٕ ڈٕنبہ درامتھ۔ تہٕ پانہٕ زندگی چھِ اَمہٕ کِس فتحس پژاران۔ خودہٕ زندگی چھِ پژاران!"

سہ آیہ پَنٕنہٕ ہنٛدِ جذباتن منٛز ہیٚنہٕ۔ تہٕ لُدمیلایہ نِشہٕ دوٗر گژھتھ بیٹھ پتھر۔ تمہٕ ہیٚتۍ زِیٹھو زِیٹھو شاہ کھالنہٕ والنہٕ۔ لُدمیلا تہٕ وُٹھ رُسے تہٕ جیسہٕ سال زن کھوژان اُسی تہٕ کانہہ چیز گوٚژھ نہٕ پھُٹُن۔ سہ رُچھ کمرس چکر دِنہٕ۔ بیہ نوٗر نظرہٕ آمُس برونٛہہ کُنتھ زن تہٕ دِرہٕ لچہ مژہٕ۔ تہٕ باسان اوس زن تہٕ سہ والے تھزٕ، سیٚنزٕ تہٕ نوزکھ چھِ بنٕنہٕ مژ، تمی سٕندس زاویس مگر سخت مچھس پیٹھ اُسی زبردس سوچکی آثار۔ تمہٕ اُسی وُٹھ جذباتی آیہ دباوتھ دُنی ہیتۍ۔ ژھوہ تہٕ سیٚتۍ آو ماجہ دِلس قرار ہیٚو۔ لُدمیلایہ ہنٛز حالتھ وُچھتھ پرٕژھ تمہٕ خطا کانٛہہ ہندی پٲٹھۍ۔

"شاید کرِہ میہٕ تمہٕ کُنتھ یمہٕ نہٕ میہٕ پزِہ ہاں کرِنہٕ۔"

لُدمیلایہ ڈِژ تَس کُن تَمہٕ آیہِ نظر۔ زَن تہٕ کھوژمژ آس۔ تَمہٕ پلہٕ نوو ماجہ کُن اَتھہٕ۔ زَن تہٕ کینٛہہ دِنُن آس یژھان۔ پَتہٕ وَژھ سعہ وٕلی وٕلی۔

"نامے بلکُل صحی ووٚنُتھ۔ بلکُل صحی۔ مگر وونی کَروٚ نہٕ اَسہِ اَتھ پیٹھ کتھ۔ یہِ کینژھا ژٕیہ ووٚنُتھ تہٕ چھُ سیٹھاہ۔" پَتہٕ وُژھ سعہ سیٹھاہ سوٚکوٚنہٕ سان۔ "ژٕہ نیری وونی جَل جَل۔ ژٕیہ ہیٚیٚ چھِے سیٹھاہ دٕیر واتُن۔"

"کاش! ژٕہ زانہٕ ہا کھ زہ بہٕ کوتاہ خوش چھُس! پَتہٕ نٕس تِچھہ سِندی لفظ، پَتہٕ بہٕ مازِ کہٕ تہٕ ژٕمہِ ہٕندی لفظ کَنَن تانی واتہٕ ناوُنی! زَن نا بہٕ کَنَن پٕنُن زُرح چھُس دِوان۔"

تَمہٕ کوٚر اَسُن۔ مگر لُدمیلایہ ہٕندِ بُتھہِ پیٹھ میوٚلُس نہٕ اَمِکُک کانٛہہ ٹاکارہٕ جواب۔ ماجہ باسیوٚ زہِ اَمِس زنانہِ ہٕندِ ضبط کُنہِ آس تیشتٕر شاُدی دَبہ دِنہٕ آمژ تہٕ یکایکھ گوٚ تَس مَتھ زہِ اَتھ سخت رٕوحَس مَنز برِہاہے پٕنُن سور ژُے وُشِنہ نیر۔ اَمِس زنانہِ ہٕندِس دِلَس تہٕ گرہ ہیٚے پَنٕنہ شادہ بُرِ کہٕ تہٕ دِلہِ چُو آشونٕس واقِف۔ لُدمیلایہ ہٕندِ اَتھَن چیر دِتھ ووٚن تَمہٕ۔

"میانی مٲٹھو! یہِ کَتھ زانِنہٕ کانٛژاہ جان چھہٕ زہ اَکھ تَوٲر چھہٕ سارنے دِتھ ہاوان۔ تہٕ سعہ وِز یِیٚلہٕ سارِی لگہ اَتھ نٕوٲرس وُچھتھ ہیکَن تہٕ دِنہٕ پَنہٕ پکَن اَتھ پَتہٕ۔"

ماجہ ہٕندِس کھلس بُتھِس گٕیہ دِنَن ہش۔ تَمہٕ سِنٛزہ چشمہ آسہ زوتان۔ تہٕ بُتمہٕ آسَس پیٚتھ کُنہٕ وونہٕ ٹکھوان۔ زَن تہٕ اَچھَن ہٕندِس زوتَنس وُتُش دِوان آسہ۔ پَتہٕ نیو تَمو عظیم خیالو، یِمو تَمہٕ سُند وۄجود مالامال کوٚر مُتھ

اوس، سیٚتھ اوس تس پانس گیوٗر آمُت ۔ تمہ بوٗر پیٚنہٕ نیٚن ٹیٚٹھن تہٕ سیتھ تجربن ہندس گاشس منٛز یِمن خیالن ہُند تہٕ لفظن ہندس دُرس تہٕ پٔرِہ لوٗہس شیٖشس منٛز۔ تہٕ امہِ شیٖشہ چہ کھنٛچہ گیٚیہٕ اَمہِ ہندس ہرود ڈیشہ میٚتس وُچھس اندر برونٛہہ بروٚنٛہہ ڈ یکان تہٕ سونتہٕ اختابہ کہِ طاقت بخشن وٲلِس گاشس اندر پٔرہٕ پٔرہٕ لے یہ۔ یِمن شیٖشہ کھنٛجن ہنٛز چمک تہٕ پٔرپٔرِ لُن ہیوتُن وارٕ ے تیز گُن ۔

" باسان چھُم زہ انسانہٕ سٕندہ بایٕتھ چھُ اَکھ نوٗ خوداہ لکھنہٕ یِوان۔ پٔرِ ہتھ کانٛہہ چیز سارِہ نہِ ہندہ بایٕتھ تہٕ سارِی پٔرِ ہتھ چیزہ بایٕتھ ! میٚہ چھُ یِی فکرہ تران زہ اُسہِ چھِ پرٛزی یا گِھتھ رفیق، ساٗنی رُح چھ گنٛڈ، اُسہِ سارِی چھِ اَکی سے ماجہ ہندی شُری ! یُمِس ماجہ ہُند ناو پرٛتھ چھُ ۔"

بٔنیہ اکہِ لٹہِ آیہ سعہ پیٚنہٕ ہِمن جذباتن تَل لاینہٕ ۔ ژھعہ یہِ کرِ تھ ترٛود تمہ زیوٚلٹھ ووٚش ۔ تہٕ کُس تانی زن تہٕ دعہ شوٗسے نِرہ آو تھ لج وَنٕہ نہ:-

" تہٕ ییٚلہِ بہٕ یہ لفظ کامریڈ زِبوٚہ پیٚہھ ہیٚوان چھُس ۔ میٚہ چھُم کنن تہندین قدمن ہُند صداہ گژھان ۔ زن تہٕ سارِی قدم رَلاوِ تھ میانہِ دلہٕ منٛز یِکان چھِ !"

تتمہ سُند مقصد اوس بامل آمُت ۔ لُدمیلا یہ ووٚہ شلیو وُتھتھ تہٕ وُٹھن ژایس تھرِ ہش تہٕ معہ ختہٕ ہیوٚ دیوٚلٹھ ویوٚلٹھ اوٚش لوٗگُس تُہتھو لبوٚ کنی وَسہٕ نہ ۔ ماجہ آو تس ترِہ ۔ تہٕ خاموشی سان اُسُن کرِ تھ لج یٕنہٕ نہ دلہٕ چہ کامیابی پیٚہھ شادہ کرِ نہ ۔

رفو خصتھ ہانہٕ ہِنہٕ ورِزہ وُچھ لُدمیلا یہ ماجہ کُن تہٕ ہلکہ لہجس منٛز ووٚنُن:

" ژیٚہ چھےٚ یہٕ خبر ژیٚہ سیٚتھ روزہٕ نِس کمہِ ژاہ فرحتھ چھ میلان ؟"

ذاتھ ہٕنہ سیچھہ مُش۔ تہٕ سعہ کتھہ ہاکھتہ تہٕ چھِم نہٕ خوش کران۔ یِمہٕ سیتہٕ کاتھہ تکلیفہ دانہٕ۔ میہ چھہ خبر زِہ یمَن سادہ وہے کھہ تہٕ ٹوٹھ جیل گژھینہ وزِہ گیاچھہ انسانس بنان۔ مگر یہ چھس ژانُن یژھان زِہ تیتھہ پنچوا سہ نِس بیپھ چھکھے تہٕ خوش؟"

"سیٹھاہ خوش!" ماجہ ووُن

"تہٕ کھوژان ما چھکھہ؟"

"وعہ نی نہٕ" سوُکُہ نہ سان اُتھن پھولراوِتھ وُژھ ماج درجواب۔

لُدمیلایہ دِیُتھ مُتس بشاہ۔ تہٕ دژایہ دارہ کُن۔ تمی سندس بُتھس پیپھ اُس اکھہ ہلکہ ژھاے گژایہ ماران۔ شاید زورہ پھتھہ رُٹہ مُتہ اسہ رنج ژھاے۔

"یہ ہے کھارہ وِنی ٹایپ۔ ژہٕ کر آرام۔ دوہس چھُھتھ ژیہ وادیاہ کام کرہ مژہ۔ پیتہٕ نس نژاوی بسترس پیپھہ لر۔ تہٕ ہرگاہ میہ ضرور رُتھ یِیوو۔ یہ ماوزِہ ناوُتھ مُدِنہ معہ کھہ۔ شعہ نگنہ پتے ہے کرِی زِہ ژونگ ژھیتہ۔"

داتس زِہ ہرِہ تراوتھ دژایہ سعہ تنگ برِہ رکنو نیبر۔ تہٕ برکوُرُن زورہ بند۔ ماج روُژ تس وچھان۔ تہٕ بیپھ یلو بُد لاونہ وزِہ تس مُتلق سونچان۔

"خبر کیاہ چھُن ہیو تمتھہ یانس سیتی۔"

تھکہ نہٕ سیتہٕ اوس ماجہ کلہ گیران ہیوٚ۔ مگر روح اوسُس قرارس منز۔ تہٕ تس اوس پژھتھ کاتھہ چیز اکہ تیتہ نرم تہٕ ہلکہ گاشہ سیتہٕ جیلان باسان۔ یُس رنبہ زنبہ تمی سندس روحس نال اوس وُلان۔ سعہ اُس امہ قرارہ نشہٕ باخبر۔ زبردس جذباتن ہندہ غلبہ گی پتہ اوس تس امہ آیک قرار یِوان گعہ ڈِٹہ اُس تس امہ کینی ماہر سیتہٕ پریشانی ہِش گژھان۔ مگہ دعہ نی اوس

تَسٕ اَمہِ سببہٕ رۄح واشس گَدٕ ژھہ زیادٕ ے فوژ کہا احساسو سیٖتھ مالامال سپدان۔ ژونگ ژھیٚوٕ راوٕ لِتھ ژاَیہِ سۄ تُرِنس بسترس منٛز۔ تہٕ کمل پیٚٹھ کاہ ہینہ پیٚتے پیٚنیہِ خۄفتہٕ۔

سۄ یٕمہِ وِزِ ہۄشارٕ گَیہ۔ کمرس اندر اوس وندٕ کہ صُبحُک ژُون نٕہ دۄد ہیو گاش وہراونہٕ آمُت۔ لُدمیلا اُس کتاب رٕٹِتھ تخت پوشس پیٹھ لَر ترٛاوِتھ۔ اَتہٕ پیٚٹھے ماجہ کُن وُچھتھ کوٗر تمہِ عجیب آیہِ اُسناہ۔

"اوہو!" باتھِر لٕتھ گَیہِ مأج بسترٕ منٛزٕ وُتھتھ۔ "وُچھ بہٕ کُٹھ چھُس۔ زیادٕ ے ژیر گوٚے زہ؟"

"آداب!" لُدمیلایہِ دیُت جواب۔ "داہ چھہ تیار بجہ نس۔ ژٕہ وۄتھِتھ نہٕ چاے چھُو؟"

"بہٕ کو نٕے وُزٕ ناوتھس؟"

"آیہ یُس وُزٕ ناونہٕ۔ مگر ژیہِ نِش وأژہس نہٕ ژٕہ وُچھمت کِھ نِندرِ منٛزے تمہِ ماہیہٕ نہٕ لولہٕ سان اُسن کران۔ زٕ میٚہ کوٗر نہٕ دِلن ژٕہ بیدار کرنٕے۔"

سۄ وُٹھ وُلی وُلی تخت پوشہ پیٚٹھ بہِ ن۔ تہٕ پلنگس نکھ گُژھتھ نِمے پیٚہ ماجہ کُن۔ اُمس نوجوان زنانہٕ ہشرٕن بیے ٹوٗر اَچھَن منٛز آو ماجہ سُنٛد اَکھ تاثیر لَبتہٕ۔ یُس تَس سیٹھاہ ٹوٗٹھ اوس۔ تہٕ یٕمہِ نِشہِ سۄ پۄرٕ پأٹھی باخبر اُس۔

"ژٕہ وِزِ ناونکھ خیال کرِتھ گوٚو میٚہ کیاہ تانی ہیو۔ شاید اکھ

ژٕہ کٔس تام رُت خاب وُچھان۔"

" نائے خاب تہٕ اُسہٕ ہس نہٕ وُچھان۔"

" خاٗر میہٕ کھوت چون اَسُن پسند۔ یہ اوس رتیوٗ لحہٕ خاموش، رتیوٗ لحہٕ جان۔ تہٕ سانٛہ ہہ بیہِ ہیچھڑ حاوٕ۔"

لدٕ میلایہ ترٛووٕ اَسُن کھنگالہِ۔ نرم تہٕ مخملی اَسُن۔

" اَمہٕ سیٹھی لجِس بہٕ چون سونچنہٕ۔ چانٛی زندگی چھا کرہیچھڑ؟"

ماجہ لجہٕ بُنمہٕ دوہہٕ کڈنہٕ۔ تہٕ تمہٕ ہیوت خاموشی سان سونچُن زہٕ کرہیچھڑ چھا کینہٕ نہٕ!

" ہاٗوِتھ باٗوِتھ کرہیچھڑ"۔ لدٕ میلایہ ووٗن

" بہٕ ہیکہ نہٕ یقینہٕ سان وٕنِتھ۔" ماٗج وُڑھ لوہہٕ تہٕ ہنٛرٕ۔" مُنزٕ ہہ مُنزٕ بہٕ چھس سیٹھاہ گُذٕرِ پاسان۔ مگر سیٹھی پوٗرٕ پوٗرٕ نہٕ۔ تہٕ زندگی منز چھِ پزٕ پیچھ اَکھ چیز یُس لہہ سنجیدٕ تہٕ حارتناکھ۔ تہٕ اَکھ اَکس پتہٕ چھِ اَکھ اَکھ چیز یوان تیزی سان بروٗنٛہہ کُن یوان۔"

جوٗرِ تیج سعہے پرانٛی لہرٕ ہیٛشرُن تمی ہندِس وُچھس منز ووتلنو۔ تہٕ تمی ہندِس ذہنس منز ہیٛتِن رنگہ رنگہ خیال تہٕ شکلہ پینہٕ۔ بسترس مُنز بیہِتھ ہیوٗت تمہٕ پینہٕ نِن خیالن لغطن ہند پاٗراو کرُن۔

" دوہہ دوہہ تہٕ چھُ نیرانٛی۔ کنٛمہِ پتہٕ مُنز کرِس کُن۔ مگر باضے چھِ کرہیٹھان تہٕ۔ گلہہ چھہٕ دوہہ کہ تلان۔ چوب کھیوان۔ تمن چھہٕ بڈہ بیہٕ دردی سان مار یوان دینہٕ۔ شادہ ہندر بہٕ چھہٕ تمن ہندہٕ خاطرہ بُنند

آہستہ کرِتھ۔ یہِ زندگی کٲژاہ سَکھ چھِ آسان!"

لُدمیلایہِ دِژ کلس ڈیٖنٛچ تہٕ لَج تَس وُچھنہٕ۔ تہٕ ووٚنُن۔

"مگر ژٕ نے چھکھ پنُن وناٗنی کیٚنٛہہ؟"

بسترِ منٛزٕ نیرِتھ ہیٚتھو ماجہ پِلوٗ لاگِنہٕ۔

"تِم گژھن پنٕنہِ زندگی نِشہٕ الگ کرٕنی چھُ نامُمکن۔ یِمن ہِندہٕ خاطرٕ دِلس اندر جاے آسہٕ۔ یِمن سیٚتی لول ییٚہ کرٕتھ۔ تہٕ یِموٕ منٛزٕ پرٛیتھ اکی سٕندہٕ بابتھ وٲنٛج اُڈرے آسہ روزان۔ سارٕنے ہِندہٕ خاطرٕ آسہ دِلس کیاہ تانی گژھان۔ یِم ساری ہیٚے دِلس منٛز جاے کرِتھ چھِم۔ بہٕ کیٚتھٕ ہیٚکہ یِم پانہٕ نِشہٕ ہیٚون کڈِتھ؟"

پِلوٗ لاگان روزسہ کینٛژس کالس سہٕ منٛز کمرس پنٕنین خیالن سیٚتی۔ تَس باسیوو زِ وونی اُس نہٕ گوڈنیچ ہِش زنانہٕ۔ یوسہٕ لرکہٕ کہِ سٕندہٕ بابتھ اڈری نہٕ پوٗرہٕ اُس آسان۔ پرٛیتھ وِزِ اُسس فکر روزان زِ تَس کِتھ کنۍ یِیہ رٲچھ راوِتھ کرِتھ۔ وونی اوس نہٕ اُمِس زنانہٕ ہِند ووجوٗد تہٕ کنہٕ سہٕ اُس دٕرامِژ۔ سِہٕ ٹھاہ دۄر کوٗت تام۔ نہٕ تہٕ ما اُس پنٕنین جذباتن ہِنٛدس تارٕ الاوس منٛزرے دٕرِتھ بیہِتھ۔ تہٕ اوسے اوس اُمہِ سٕنٛد روٗح لطیف تہٕ شوٗد بنیومُت۔ تہٕ تَس اندر اوس اکھ نوو طاقتھ آمُت۔ سہٕ روز پنٕنس دِلس ژھانٛڈ دِوان۔ اَرچ دُہراے لَج بوزنہٕ۔ تہٕ کھوٗژ زِ پتھ نہٕ تیٚمے پرانی وسواس بنیہ بیدار سپدِن۔

"ہیٚے چھکھ سوچان؟" لُدمیلایہِ پرٛژھ تَس نکھ پیٚتھ۔

"خبر کیاہ"، مأج وُژھ درجواب۔

اَکھ اَکس کُن خاموٗشی سان وُچھِتھ چھوٚرو دوشوے ژٕنیو اَسُن۔ اَمہِ پتہٕ وَژایہِ لدمیلایہِ وَنان وَنان۔

"خبر چھا سماوار کوٚت ووتھُم"۔

مأجہ دِژ دارِ کِنہِ نظر۔ نٕژُرن تاپہٕ دوہہ اوس۔ تِمو سُند دِل اوس تاپہ دار۔ تہٕ پیٚٹھ وُشُن بہٕ۔ سہ اُس پٔتھ چیزس پیٚٹھ بولُن یژھان تِمو سارِ ویسے چیز وِکِنہٕ اُمی سہ کٲنسہِ ہندِ باپتھ کمہ تام اَزٲنی شکہ انگھ اظہار کرِتھ واریاہس کالس شادہ تہٕ زِندہ دِلی سان کتھ کرٕنہٕ یژھان۔ یم چیز تِمو سندِس رُوحس منٛز جاے کرِتھ تہٕ شامرٕن کہِ خوش کرٕ چھِنہٕ نوٚارکی پأٹھو جیلان اُسی۔ تسس یوٚژھ دِلُک از۔ بٔنیہِ عبادتھ کرٕنی، حالان کہِ تِمس اوس دوہنی واریاہ کال عبادتھ کرنس گومُت۔ اُمی سِنٛزن نظرن برونہہٕ کِنہٕ لوٗگ اَکھ نوجوان روے گتہٕ گیوٗر کرنہٕ۔ تہٕ صاف لفظن منٛز باسےیس اَکھ آواز وَنان۔ یہِ گیہِ پاویل ولاسوفینو مأج۔ تِمہِ ڈیشہ ساشایہ ہنٛزہ اَدرہ تہٕ چمک دار اَچھ، ریبن سُند کرہُن بدن، پٔنہٕ نِس نیٚچوٕ سُند وشلیومُت تہٕ مضبوط بُتھ، نکولائی سِنٛزہ ٹیٹھ وار کرٕن واجینہ چشمہ۔ یم سأری چیز لگو اَکہ اَکہ تس اَچھن تَل وو تلنہٕ۔ تہٕ پتہٕ گیہِ ہنگہ تہٕ منگہ کُن گژھتھ سہ منٛز لٕہ رنگہ صاف اوبرس منٛز تبدیل، تہٕ یہِ اوبُر آو تِمہ سِندِین سارِنی خیالن اَلرٕ نہٕ تہٕ دِلہٕ بُہ۔ تہٕ تسس سُپد اطمینانکُھ احساس۔

"نکولائی ہے اوس پوٚزُے وَنان"، لدمیلایہِ ووٚن کمرس منٛز

اُژِتھ "سۄ ہے چھکھ رُٹِھتھ نیومُت۔ چانہِ وَنہٕ نہٕ مۄجوٗب اوسن میٚیہ لڑکہٕ تور سوزمُت۔ تَسنٛد وَنُن چھُ زِ ییٚبرٕ حاطس منٛز چھہٕ پُلسہٕ وٲلۍ تہٕ اکھ پُلسہٕ وول چھُ برس پتہٕ کنہٕ ژاگ ہیتھ وۄدنہٕ۔ تہٕ ژُ طرفانہٕ چھہٕ خفیہ پُلسکۍ مۄہنیوٗ۔ یہٕ لڑکہٕ چھُ تِمن سارِنٕے پرزناوان۔"

"واہ بچور!" کلہٕ ڈگہٕ ناوِتھ وۄن ماجہ۔

تِمہٕ ترٛاو ووش۔ مگر اَتھ منٛز اوس نہٕ دۄہ کُھکھ شائبہ تہٕ۔ تہٕ اَتھ پیٹھ سپٕز سۄہ پانہٕ تہٕ حٲران۔

"یمَن پتہٕ ہین دۄہن اوس سۄ مۄزوٗر پرزناونہٕ لوگمُت۔ میانۍ رکنہٕ اوس اَمہِ حالہٕ تسنٛد گرفتار گژھن سیٚکہٕ بنیومُت۔" لُدمیلاوِژھ سنجیدگی سان۔ "مگر تس آسہ ڈیکس پیٹھ گیٚنہٕ ووتلے مَژہٕ۔" باجوٗ ونیوس زِ ژٕ نیرُو کُن کُن ووٚنۍ۔ مگر تِمو ٲنۍ نہٕ کیتھے۔ "یِتھِس حالس منٛز گژھن میانۍ کُن تکھ سمجاوِتھ نہٕ بلکہِ زبردستی کڈِتھ نِنۍ۔"

اَمہِ ساتہٕ ژاو اکھ لڑکہٕ اندر۔ سۄ اوس کرٛہُن مُس، ووٚزُل بُتھ مارِہ منٛزٕ آرچہ چشمہِ تہٕ ہتھرِ نس کرِتھ۔

"آسنے سماوار؟" تِمو پرٛژھ۔

"اہنٛو سرگی۔ یوٚدوے ژٕیہٕ کانٛہہ تکلیف گژھی نہٕ۔" ماجہ کُن وُچھتھ وۄن تِمہٕ: "یہٕ چھُ میانہٕ نگرٲنی تَل۔"

ماجہ باسیوٚو زِ لُدمیلا آس اَز بدلے ہِش بوزنہٕ یِوان۔ تَس منٛز اوس زیادے سپٕزرتہٕ پانہٕ نیار آمُت۔ اُمہِ سنٛدِس بدنس مارہی منٛزَن تہٕ

لطیف حرکتن منز اُس زیادے دل پسندی تہٕ طاقتھ آسان۔ تہٕ اَمہ سببہٕ اوس اُمی سُند زرد تہٕ مضبوط بُتھ ہناہ زمیو منٛتھ ہیو باسان۔ راژٕ اُمس اُمی شِژن اَچھن ہندی حلقہ وارے سٕتھی بناوی مژتھ۔ تہٕ باسان اوس زہ رؤحس اندر چھُس زبردس تناوٗ۔

لُرکن اوٗن سماوار۔

" وچھتہٕ سرگی۔ ژہٕ کرنوو کھٕ نہٕ میٚہ تورُف۔ یہ گیہٕ پلاگیا نلووٗنا۔ واتھ یمِس موٚزوٗر بأرِجس بیپٹھ مقدمہ چلیوو۔ یہ گیہٕ تمہٕ سنٛزرے مٲج۔"

سرگی ین کرُ خاموٗشی سان ماجہ سلام۔ اَمہ پتہٕ کوٗرُن تَس سٕتھ اَتھہٕ واس۔ نہٕ کمرہٕ منزہٕ دژاو۔ کیٚنٛہہ کال گژھتھ اُنٛ تمہٕ ڈبل ژوٹ تہٕ بیوٗٹھ میزس پیٹھ۔ چاے چھرنہٕ وزِ ہٕ لگ لدمیلا تَس فکرہ تارنہٕ زہٕ تمہٕ سُند وفی گرہٕ گژھن اوس نہٕ جان۔ ہمکیا زہٕ پلسہ وأنی اُمسی تَس تتہٕ پیاران۔

" ہمکن چھُ پیاران ما آسہ نے۔ نی تتے پرٕژھہ گأرکرنہٕ باپتھ۔"

" نی تنَ۔ اَمہ سیٹھو کُس نقصان واتہٕ۔ او۔ وعدٕ نی گوٚ گنہ ڈٕہ میٚہ کلاوٕہ پاویل سُند تقریر بأگرأوِتھ۔"

" میٚہ چھُ ٹائپ جموٗ منٛتھ۔ پگاہ تانٛی نیرن شہرہٕ تہٕ موٚزوٗر بستی باپتھ واریاہ کاپی یہ۔ ژہٕ زانہٕ ہاٚنٛزے تماشا؟"

" اہن"

" ژہٕ دزہٕ ہیم اشتہار تسی۔"

ژدکہ اوس تمہ آیہ اخبارہٕ پران۔ ژن نہٕ کیٚنٛہہ بوزأنی اوس ہگر منز

مٲنزٕ اوس اخبارٕ پیٹھ نظر تُلتھ ماجہ کُن وُچھان۔ تہٕ ماجہ ییلہٕ تمہٕ سٕنزٕ اَچھ وُچھ، تَس باسیوو بُڈٕ جان تہٕ بُتھِس پھولُس اُسن۔ لُدمیلا چھ بیٚنہٕ نکولائی سٕنزٕ کتھہ کرٕنہٕ۔ مگر یمن کتھن منز اوس نہٕ افسوسکہٕ اظہار۔ تہٕ یہ اوس قُدرتی۔ اَز اوس وَکھ وُڈان زن۔ یمہٕ ییلہٕ حاضری کٔھتیہ۔ بیٚشن اوس گومُت

"اُف۔ وَکھ کیتھ کٕنز گوٚنیرِتھ!" لُدمیلایہ ووٚن۔

اَمی وِزہ کوٚر کمہٕ تام بَرس ٹھکہ ٹھک۔ اُڈکن تہٕ اَو، تھوٚد وٕ وَتھتھ پٔرٕ ژھلی چُشمو لُدمیلایہ کُن نظر۔

"سرگی۔ بوگدانو۔ اما کُس سنا گژھہ آسُن؟"

تمہٕ ژُدوو بُڈٕ اطمینانہٕ سان فراکہٕ کِس جندس اَکھ۔ تہٕ ماجہ ووٚنُن۔ "بلاگیا نلووُنا۔ اگر پولیسہٕ وٲلی آسہٕ۔ ژٕ روز زِ ہمتھ کٔرتھ۔ تَس منز وُوہ تہٕ سرگی ژٕ۔"

"میٚہ چھہ خبر۔" اِڈکن ووٚن ہیران ہیران۔

ماجہ کوٚر اُسُن۔ یِمو تیاری پَیِتھ اُسہٕ سہ ووہ فی پریشان گژھان۔ اُمی سٕندِس دِلس اندر اوس نہٕ کُنہٕ ییٚنہٕ وٲلی خطرُک وَسوسہٕ۔

مگر بہس نکھہ گو ڈاکٹر نظرِ۔

"گوڈنیچ کتھ چھہ یہ زِ نکولائی رنیو کھرابٹھتھ۔" تمہٕ ووٚن وٲلہٕ وٲلہٕ۔

"نلووُنا۔ گو ژٕ چھکھ ییٚتھ؟ گرفتاری وِزہ اَسکھ نہٕ گرٕہ؟"

"تمہٕ اُسِس نہٕ یوٚری سوز مٕرٕش۔"

"ہوٚن۔ اَمہٕ تلہٕ کیاہ نیرِ۔ تہٕ دوٚیِم کتھ چھہ یہ زِ دالتھ چھہ نوجوانو

# ۲۹

مأرج ییلہٕ سرٕ ٹکہٕ پیٹھ وٲتہٕ قسس آیہٕ ییتھہٕ ژھٹ۔ تس ہنٛدیس تہٕ برٛونٛہہ کنہٕ ڈنٛس ہیوٗک نہٕ تِمہِ شاہ تہٕ کھٲلتھ۔ دم دِتھ ژٲو تِمہٕ ژٕ طرفانہٕ نظرٕ اُکِس کوٗنس منٛز اوس گاڑہ وولاہ کلس جٔرِدار ٹوٗپیاہ دِتھ گاڑِ منٛز بیہتھ۔ تہٕ بٔتھ اوس اکہٕ شُمھاہ بون کُن نِمِتھ یکان۔ تمہٕ اوس کلہٕ تیوٗتھ بوٛن روٗمُتھ زِ یہ اوس دوٛن پھیکین منٛزس بوزنہٕ یوان۔ امِس دوٗرہ اوس سِپاہ اکہٕ کنس پھش پھش دِوان یکان۔

"سِپاہ آسِکھ کُنہِ کامہِ معہ کِہ واتس تام سوٗنٛزمُتھ۔" تمہٕ سوٗچھ تہٕ پیچ پانس۔ پکہٕ نہٕ سیٹھا اوس شیٖشس چرٛپ چرٛپ گژھان۔ تہٕ امہِ آوازہ سیٹھا اُسس ماجہٕ فرحت ہِش میلان۔ ریلہِ ہندِ دکھتہٕ برُونٛہہ ژھٹے وٲتہٕ سعہ سٹیشن۔ مگر تھاوٕ لہٕ کلاسہٕ کِس اکِس تہٕ غلیظ ویٹنگ روٗمس منٛز اُسس بہہ بہہ۔ ریلہِ ہنٛزہ پٔٹرہٕ پیٹھ کٲم کرن وٲلی موزوٗر، کینٛہہ گاڑہ وٲلی، واریاہ بیہ گرٕ نِکھ، تہٕ زٕ چہ لگہٕ متحانسن اُسہ تیرہ گنہٕ کارہ نِشہِ بچنہٕ باپتھ ویٹنگ روٗمس منٛز چھپنہٕ آمتہٕ۔ اُتہٕ اُسہ مُسافر تہٕ کینٛہہ گرٕ ہسی، اکھ دیوٗتھ پوٗلٹہٕ تاجر یمہٕ کِس تام جانورہٕ سِندہٕ مُلُک

کوٹھ لو گمُتھ اوس، اکھ پادرہ تہٕ تمۍ سٕنٛز مُسر کوٗر، پانٛژھ شیہ سپاہ تہٕ کینٛہہ بانٛبرے ہتہٕ ہوی شہر باش۔ ٹکھ اٗسۍ سگریٹ چوان تہٕ کتھ کران۔ چاے تہٕ ووڈکا تہٕ اوس چلان۔ کھانہٕ کمرٕکس کاونٹرس بٕرٛنٛہہٕ کنہٕ ترٛوو کمۍ تام ٹھاہ ٹھاہ کرٕتھ اٗسن کھنگالہٕ۔ ہیٚرہٕ اٗسۍ دٕہہ لمبکھ ژٕژان۔ دروازہٕ مُژرٕنہٕ سیتۍ اوس یرٕچرٕ میوٕ گژھان تہٕ دارِن ہٕندۍ شیشہ اٗسۍ اٗلان۔ کمرس منٛز اوس نمائیکھ تہٕ نٕنہٕ دار گاڈن ہُنٛد مُشکھ یوان۔

ماجٕ ریٛجٕ دروازس نکھہٕ بہہِتھ پرارنہٕ۔ دروازہٕ یٚنٛتُھے یِلہٕ گژھان اوس تس اٗس کھوٚرہٕ شورہٕ ہُرد واوہٕ دٕکہٕ سیتۍ ژھٹ نیران۔ تس اوس یہ خوش کران۔ تہٕ سۍ اٗس اٗمہٕ وزہٕ زیٛچھٕ زیٛچھٕ شاہ کھاران وۄلان۔ زیادٕ تر ٹکھ اٗسۍ سامانہٕ تہٕ مُنلین پلوٚن ہٕنٛد بور ہیٚتھ یِہٕ اٗژان۔ تہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ چیز اوس دروازس منٛز بند گژھان۔ یِکھا ژاٗرِتھ اٗسۍ یِم ٹکھ سامانہٕ پیٚتھرِس یا بٕنٛچس پیٚٹھ دٲرِتھ ڈوان تہٕ ڈُھکٕ مٕنٛزی کیاہ تام وُنۍ وُنۍ اٗسۍ ژٕرہو، کالرو ریشہٕ تہٕ گونٛژھو پیٚٹھہٕ شین صاف کران۔

چمرُو سوٗٹھ کیساہ ہیٚتھ ژاوٕ نوجوانا اکھ اندر۔ تہٕ ہورہٕ یور نظرا دِتھ ووت سیتو ڈُسے ماجہٕ نِش۔

"تعٕ ہیہ چھا ماسکو گژھن؟" تمۍ پٕژھ لوتی۔

"آ۔ تانیا یہٕ نِش۔" سۍ وُژھ درجواب۔

"یہٕ کیاہ؟"

تمۍ ترٛوو سوٗٹھ کیس ماجہٕ نکھے بٕنٛچس پیٚٹھ۔ سگریٹا زولُن تہٕ

وائِتھ دارِہ دِژِن پتھٕ ٹھاپہ چھیٖ۔ تہٕ وَدَوٕمہ کَرِہ رٔٹنہٕ وژاو نیبر۔ ماجہ دِژِہ سوٗنٹھ کیٚس رٕکس ترِٹس چمرس مَٹہ مَٹہ۔ اَکھ پیٚٹھ کھعہٕ وٕلھٹ ھتوٗھ نیٚرِ یہ بہان کُن۔ تہٕ ژِیٚچ بُڈِہ اطمینانہٕ سان ٹکن وُچھنہٕ۔ کیٚنہہ کال گژھتھ وُژھ سعہ بیٚنیس جایہ نشہٕ یِعہ سعہ زَن نیبرِمِیس بَرس نٕکھے اُس۔ اَمہ ویزِ اُس سعہ کاژٕ کھوٗدُ ٹٔھتھ ٹکن سیتو سیتھٕ ایکھتھ تیمَن کُن وُچھان۔ تَمہ اوس سوٗنٹھ کیٚس بُڈِہ اطمینانہٕ سان اَتھس کیٚنہہ ٹُلمُتھ سوٗنٹھ کیٚس اوس یہٕ زیادِہ گوٗب۔

اوٚرِہ آو اَکھ نوجوانان ژھوٗٹ کوٗٹھاہ لاگِتھ تہٕ کوٹھٔک کالر ہیٚور کھاٚرِتھ تہٕ لوٗگُس ماجہ سیٚتھ دَکہٕ۔ سوٗ وژاو رَسے اوٗکُت کُن تہٕ ٹاپہ کُن نیٚرِن اَچھ۔ ماجہ باسیوو زِہ اَکھ بُچھِس منٛز اوس کُس تام زونمُتھ مونمُتھ ہیٚو پھیٚراتھ تَمہ دِژ پوٗت نظر۔ تہٕ وُچھُن زِہ کالرو پیٚٹھ رٕٹنہٕ اُس اَکھ زرد اَچھ تُس تِژان۔ اُمہِ سیٖنہٕ بیوٗ مُدے گنڈِتھ وُچھُن زَن نہٕ شرٛاکہٕ ہُند کَھش اوس۔ یَتھ اَتھس منٛز ماجہ سوٗنٹھ کیٚس روٗٹمُتھ اوس۔ تَتھ زَن سَپُد راشہ۔ تہٕ یکایکھ باسیوٗ بور گمہٕ یِان زَن۔

"یہٕ چھُم ہیٚہ بَرو تنھٹ تہٕ کَتہٕ تانی وُچھمُتھ؟" ماجہ سوٗچھ دِلہٕ منٛزے۔ یہ وُلہٕ احساس وُچھِس منٛزے دَباوٕنیچ کرٕ تَمہ کوٗشِش۔ کُس تانی خیال اوس دائِتھ دارِہ تمہ یقینہ سان تَسنٛدِس دِلس نال وَلان۔ سعہ اُس یہٕ خیال مَنساوُن یژھان مگر یہٕ احساس گو بڈھان تہٕ تَس گو تال خوشکھ۔ تَس اوس سَکھ مُتھ گژھان زِہ پوٗت پھیٖرِتھ وُچھہے سعہ اُمِس شخصس دُبارِہ۔ تَمہ دِژ پوٗت نظر۔ سُہ اوس تِتھٕ سیٖتھے ووہ دِنہٕ۔ باسِتھے اُکس تہٕ بائَنے دوٚیمہ زنگہٕ پیٚٹھ جِسمکھ بار ترٛاوِتھ

رٲو د سہ تٕھتی پھٕے دمہ دِتہٕ ۔ زَن تہٕ کیاہ تام گٕرٕن اوسُس ۔ مگر وٕنہٕ اوسُن نہٕ پانس سیٖتھ اَمیُک فٲصلہ کوٚرمُت ۔ اَمہِ اوس کھوورٕ اَتھ چِندس منٛز تھوٚوِمُت ۔ یَمہٕ کِنۍ اَمہِ سُند دٔچھُن پھیوٚکھ کھووُرِ پھیٖکہٕ کھمہٕ تہٕ تھوٚو اوس باسان ۔

سہ سیٖدے یِہ بَنچس کُن ۔ تہٕ وارہ وارہ تہٕ جیسہٕ سان بیٖٹھ پھیٖر ۔ زَن تہٕ کھوژان اَصل زہ اَندری کِنۍ گوٚر ژھٔس نہٕ کانٛہہ چیز ، پھیٖٹھ گژھن یِشکُن تہٕ وسوائس منٛز شُنیتھ لیٚجِ سہ ژھٔہس پاوٕنہٕ زہ تَمہِ کتہٕ اوس یہ شیٚچھس وُچھمُت آخرس پیٚیہٕ تَس تَم زہ وِیلہٕ یاد ۔ یِیلہِ تَمہِ سُو وُچھمُت اوس ۔ اَکہِ وِزہ شہرہٕ اندہٕ کِس تہٕتھ مادانَس منٛز یِیلہِ رییَن ژھوو تہٕ دوٚی مہ پیٚرہ مُقدمَس منٛز ۔ سُو پُلسہِ وول یُمِس زَن رییِنس پَتہٕ لار پَتہٕ وِزہ ماچہ وَتھ اَمس ڈاٹھ چھ پرٛٮ۪ش ۔ اوسن وہ فی اَمس نفرٕ ـــــس رٕش دائتھ تَس سیٖتھ وہ دِتہٕ ۔ وہ فی ہاسیوٚو ماچہ زہ تَس چھ پَتہٕ لُگ مِتھ [illegible] اَ [illegible] باف ۔

" ژٕھ ہَس ما [illegible] " تَمہِ کوٚر پانَس سوال ۔ برژناہ گُرُ ھمتھ دِتن پانَنۍ نٲن نٲن جواب :

" مُمکن چھُ وِنہٕ رٕٹہٕ تَم نہٕ " ۔ مگر یکدَم وُن تَمہِ دِلہٕ منٛزی حوصلہ سان ۔

" ژٕھ ہَس ! "

تَمہِ ترٲو ژُ طرفانہٕ نظر ۔ مگر لَبنہٕ آس نہٕ کینٛہہ تہٕ ۔ خیالاتھ اَسہِ تَمہِ سِندِس ذہنَس منٛز تیٚشہ ریٚن ہشہٕ پاٹھو زدتان :

" سُو بٕدٕ کیس ثرٲ وِتھ نیرا ؟ "

مگر اَژنۍ جاے رٕٹ اَکھ زیادٕ ــــ پژھیر لوٚبنہٕ تیتھ بہٕ رٕ۔

"کیاہ پننہٕ ننس نٕچوِس شُند تقریر ترٲوتھ ژٕ لا؟ یِتھین اَتھن منٛز ترٲوِ ناپہ؟"

تمہٕ کرٕ سوٗلھٕ کیٚس زورٕ کتھ۔

"یہ ہُتھ میرا؟ یِتہٕ ژٕ لا؟"

یِمتھی خیال اُسی اَہندہِ خاطرٕ توٗی۔ زٕن تہٕ خبر کمیٚ زورٕ ذہنس ٹھکہ ہتو اُسی۔ یِم خیال ٲسی گوزٕ وِنہٕ ہِنکو پانٛھ تمۍ ہنٛدِس دِلس تہٕ دِماغس بخیہٕ کڈی کڈی زالہٕ بہٕ۔ اَمہٕ دادِ چہ غلبہ گی رنیہ سعہ بُتھ بہٕ پانٕ، پاوِلس نِشہٕ تہٕ پرٛتھ تمہٕ چیٚنٛزٕ نِشہٕ دوٗر گُڈٕ لھ۔ یِس تس ٹوٗٹھ اوس۔ تس باسیوو زٕ ن تہٕ کانٛہہ شُنٛسٕ تھو وُتھ تیٚندِن شانٕن تہٕ وِہھس پانٛسِ تَل دباوان اوس تہٕ سوٗرٕٹ اَکی زبردس خوفن ہیٚچن تَل۔ تس لجہ منگن ہنٛزہٕ اَگہٕ تھوٗد وُتھو وُتھو گژھنہٕ۔ تہٕ رٕمہٕ وال تانی لٕگس وُزٕ نہٕ۔

یکایک رٕنیہ تمہٕ اَکہ زبردس کوٗشش پتہٕ یِم خیال وتہٕ پانٛس نِشہٕ دوٗر گُڈٕ لھ۔ یِمہٕ ساریے اَپہ ، لوکچہ لوکچہ کمزور تیٚتھٕ بہٕ تیٚتھٕ رادِن تہٕ یِمن لیٚتہٕ موٗنٛڈ کٔرِتھ تہٕ بڈٕ حُکم کرٕ دِس انداز س منٛز ووٚنُن پانٛس:۔

"ژیٚ پٔزی مَنٛدٕ چھُن!"

یکایک سُپُد تس سوٗکون۔ ٲلی کہ دریوس دِل تہٕ پانے وُژھ:۔

"پننہٕ نِس نیٚچو وِس مے کرٕ ناو زٕٹ! ڈپی ژٕ کھوژٕ کھنہٕ!"

اُمی سٕنٛزہٕ اَچھ میچہ کُمس تانی ہنٛزٕن ہیے رونکھ تہٕ کھولٕ زٕ بڈٕ تیو

نظرِ سیٚتھ۔ تیٚمِس ذہنس منٛز ووتلیوو ریٖپن سٕنٛد بُتھ۔ کینٛشرٕن برژن ہنٛدِ ہراسن اُس سعہ وارٕے دوٗر نیٖۄ عزم واجینٛہ بنأوِمٕژ۔ تہٕ ڈٕلِکھ ڈُب ڈُب اوسُس قرارہ آمُت۔

"وۄنی کیاہ بنہِ؟" ژٕ شوٗنی طرفن کُن وُچھان سوٗنٛچھ تیٚمہِ۔

خفیہ پُلسکۍ سہ ہنِو اوٚن سٹیشنُک گارٕڈ ناد دِتھ۔ تہٕ اُچھو سیٖتھ ہوونُس ماجہ کُن۔ دوٚیُم گارڈ نیٖۄ اوٚ۔ تہٕ تمۍ ہشر کٔرتھ بوٗزِتھ کھأر تمۍ ڈبکس ژٔرِ۔ یہ گارٕڈ اوس مٔرِ دیاڈم۔ ٹھوٗد، چھوٚٹ مس تہٕ زیوٚٹھ ریشاہ کرِتھ۔ خفیہ پُلسہ کِس موہہنِس کُن وُچھت کٔر تمۍ پنہٕ نِس کلس دِنِہ ناہ۔ تہٕ سیٖدیوو تتھ بنٛچس کُن یتھ پیٚٹھ ماجہ بہان اوس۔ خفیہ پُلسُک موہہنو گو گاب۔

گارٕڈ لوٗگ رٔسہِ رٔسے پکنہِ۔ تہٕ ماجہ ہنٛدس بُتھس کُن لوٗگ بُتھ ژُکرأوِتھ وُچھنہِ۔ سوہ زن گیہٕ بنٛچس منٛز شرٛوپِتھ۔

"ہرگاہ لاین نہٕ۔ تیتہِ اوس غنیمت۔" تیٚمہِ سوٗنٛچھ۔

تس نکھہ وأتتھ گو سو وۄدنہِ روٗزِتھ۔ منٹس کھنٛڈس خاموش روٗزِتھ ووٚن تمۍ یکایک ژٔکہ سان۔

"کیتھ چھکھ پرٛاران؟"

"کُنہِ نہٕ"

"اچھا گوٚو یہ ڈیل چھا۔ ژٔرِ باسے۔ یُرِہ دأنِس منٛز چھا پرٛزہ حرکتھ کران؟"

اُمۍ سنٛدِ لفظ زن تہٕ ماجہ تھاپرِ آسہٕ پیوان۔ اکھ! نہٕ! اُمۍ

سِنٛدٕ ہٲہیٚچ ارچائی کمیٖنہٕ گی اُس یوٗہَے تکلیٖپھ دِنہٕ واجینہٕ زَن تہٕ ماچہ ژھتھو لیہ
زٕلیتھ نِیٖن تہٕ اُچھ نیٖرنس گُڈٕ یتھ۔

" با؟ بہٕ چھُس نہٕ ژوٗر! ژٕہ چھکھ ووران!"

تمہ دِژ زورٕ کرٛیکھ۔ ژکھ طوٗفانس منٛز تہٕ ہٕتکہ کرٕ کرٕچھرٕ سینٛتھ
باسیوو تس پرٛیتھ طرفہٕ پرٛیتھ اکھ پیٚز نژان ہیوٗ۔ کٔنی دِنہٕ نہٕ سیٚتھ مُژٕ رووتمہ
سوٗٹھ کیس۔

" رٔٹھِو نظر! وُچھ! سارِی وُچھو!" کرٛیکھ لٲیتھ ووٗن تمہ
پیتہٕ گٔیہ سہ تھوٗد وٕتھتھ۔ تہٕ کیٚنہہ اشتہار چھٔکرٕن ہیوٗر کرٕن۔ تس اوس
کنَن منٛز گیس گیس گژھان۔ مگر لُکَن ہنٛزٕ آوازٕ اُس بوزِتھ ہیکان۔ لُکھ
اُسہٕ پرٛیتھ طرفہٕ تس کُن دوان دوران لاران۔

" کیاہ دلیل؟"

" ہُو کیاہ ہُو خفیکُ نفر۔"

" دلیل کیاہ پیٚز؟"

" پیٚھنٛد وَنُن چھُ زِہ یہ چھُہ ژوٗر۔"

" پرٛژھہ شریف خوتو ناہ؟ اِنٛہہ اِنٛہہ!"

" بہٕ چھُس نہٕ ژوٗر!" سہ وُژھ تھٔدِرٕ ہیٚٹہِ۔ پانس اندی اندی
لُکھ وُچھتھ گوٚو تس حوصلہٕ ہیوٗ۔

" راتھ اوس سیاسی قیدِین ہُند مُقدمہٕ۔ تِمَن منٛز اوس
میون لٔڑکہٕ ولاسوف تہٕ۔ تِمو کٔر تتہٕ تقریر۔ یہ وُچھو! بہٕ چھُس سُے تقریر کرٕن

تانی وانہٕ ناوٕنہٕ آمژ۔ یِمَہ زَن گٔکھ پٔرن تہٕ پٔزر زانُن۔"

کٔمۍ تام نیوٚ بٔڑہٕ جیبہٕ سان اَکھ اشتہار تہٕ ہندہٕ اَکھ مٔنزٕ۔ ماجہ دِتۍ اشتہار ٹُکن ہندہٕ پوکلو پیٚٹھۍ دٲرِتھ۔

"ہیٚیے ہیم ہےٚ مارِنے!" کھوٗرِتھ ژٔج کٔس تانی کرٕ ہیچھ نیٚرِتھ۔

ماجہ وُچھ گٔکھ وٲلی وٲلی اشتہار ٹُلان تہٕ تِمَن کوٗٹھَن تہٕ چِنڈَن بَران۔ یہٕ وُچھتھ روٗز ماجہ بێنیہ اَکہٕ لٔٹہ کھورٕ ٹھٔکہ رٲوِتھ وودِنہٕ۔ تِمہٕ ہیٚوت زیادٕ سے سوٗکوانس منز تہٕ زوٚر دار اندازہٕ بولُن۔ تَس اوس احساس زِ تِمۍ سٕندِس دِلس اندر اوس فخرٕ کھ تہٕ شادٕ ہُند جذبہٕ ووتھلان۔ تقریر کران کران اُس سوٗٹھ کیسہٕ مٔنزٕ اشتہار کٔڈِتھ کٔڈِتھ باگہٕ راوان۔ سو اُس اَنتہٕ کٲ ہتھَن ٹُکن کُن اشتہار ہِلہٕ ناوان۔

"توٚہہ چھا خبر زِ میانِس لٔڑکس تہٕ بێین نفرَن پیٹھ کیازِ آو مُقدمہٕ چلاونہٕ۔ بہٕ دِنو وہ۔ تِہُنز ہیٚکو اَکس ماجہ ہندِس دِلس تہٕ تِمۍ سٕندِس حقیقتس موٗیِس پیٹھ پٔرچھ کرِتھ۔ تِمَن پیٹھ آو اَوہٕ بٲپتھ مقدمہٕ چلاونہٕ زِ تِم اُسۍ سارِنے ٹُکَن پٔزر باوان۔ تہٕ میٚہ توٚہہ راتھ فکرٕ زِ پٔزرس ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ تہٕ نکار کٔرِتھ! کہنۍ تہٕ نہٕ!"

ٹُکَن ہشِر بڈ بارہٕ ہٕرے پہ۔ پَتہٕ ہیتھ اکھاہ اوس خاموشی۔ اُمس زنانہٕ اُندۍ اُندۍ لوٗگ انسانن ہُند اَکھ گول دیوار ہیوٗ۔

"غوٗرِ ہیتھ، بہٕ چھس تہٕ بیمار۔ ٹُکن چھُ موٗزورِ ہُند پہ ماوحنہ میلان! پَتہٕ ہیتھ پیٚنز چھُ اَسہٕ خلاف! اَسۍ چھ ساری سے وٲنسہٕ خوانہٕ جنگ کُن کرِتھ ہس ووہ

وٲتِتھس جکھان ، ہمیشہ گنٛدہ گی منٛز دوہ کڈان ۔ اَسہِ چھہ دوہ ہیٚے چھپاڑی بُناوان ! اَسہِ چھہ تِمھیٚے کنٛہ تھوٚنہ یِوان ۔ یِتھہ کنٛہ زَن ہیوٚن رٕزہ گنٛدٕ ہتھ چھہ آسان تہٕ اَسہِ چھِہنہٕ کُنٛہِ سیٚٹھہ پیٚ پَتاہ روزان ! اَسہِ چھہ کھوژان ، پٔریشہِ چیٖزس کھوژان ! ساٰنِ زندگی چھہ اَکھ اِنسپکھ تہٕ اَنہٕ گٔنٛٹھ راتھ !

"بلکُل پَزَر !" کُمو تامہ وَوٚن لَسہ نہٕ ہٕٹہٕ ۔

"تِلا اَمِس پھِرِو چاٹھ گنٛڈ !"

ماجہ وُچھ زہ خُفیہ پُلسک نفراہ اوس زہ ہیاہ ہیتھ لُکن پیٚتہ کنہٕ وُشہ دِنہٕ ۔ تہٕ تِمہ ہیٚتھ باقی ہُرے ہیٚتھ اشتہار دٲلی دٲلی باگہ راوِنی ۔ مگر یِمھے تِمہٕ سوٚکھ کیتس منٛز اَلتَر تُرُوو ۔ اَتہٕ اوس بروٚنٹھے بیاکھ اَکھ اَفسر موٗجوٗد ۔

" رٔژو ! رٔژو !" بوٚن کُن نیٚمہ وَوٚن تِمہ

" ہیا ژٔلی وٚیتہٕ نٔس !" لُکن ڈَکہ دِتی وُتھو پُلسہٕ وٲلی ۔ لُکھ ہیٚنِن بَڈہ بِیہ دِلی سان نیرٕنی ۔ مگر شایَد اَلہٕ گٲبہٕ پاٹھو ہیٚتِک پُلسہ والیٚن ڈَکہٕ دِنی ۔ یِمہٕ کنٛہ نہٕ پُلسہٕ وٲلی بروٚنٹھ پٔکِتھ اَسہِ ہیکان ۔ لُکن زَن اَسہِ اَمہ زنانہ کِیاہ تام کوٚشش کرٕمژ ۔ تہٕ تِم اَسہِ تَس کُن یِوان ۔ چھوٚٹ ہَس کرٕتھ اَمِس زنانہ ہندِس مایہ بَرِ مو تِس سُتھِس پیٚٹھ آسہٕ بَچہ بَچہ سبزرہ دار تہٕ لاتماہ اَچھ پَرِ ہزلان ۔ زندگی منٛز اَسہِ تِم اَکھ اَکِس نِشہ اَلگ اَلگ تہٕ دوٗر دوٗر روزان ۔ مگر وُنی کیٚن وُچھ یِمو سارِو وُچھ لُکو زہ سارِے اَسہِ کُنہ ۔ تہٕ تِم اَسہِ بَڈہ سَستی جذباتہ ہیتھ نارٕ بٔریمہٕ ژھٕٹن وٲلی یِم لفظ بوزان ۔ تہٕ تِم وارِیاہ دِل یِمَن زَن زندگی ہُنٛز نانعاقی

چھِنہٕ کھ اُسہٕ دِتۍ مٕتۍ۔ اُسہٕ شاید وارِیاہ کالہٕ پتہٕ یتھۍ لفظ ژھانڈان۔ یِم کتھ ماجہِ نکھہ اُسہٕ، تِم اُسہٕ ژھۄکہٕ یہٕ گرٕتھ۔ تِہِنزٕ ہشیرٕ شۄقہ ہرٕ اُچھ آسہٕ تِہنٛدٕ بنٛدٕ بٕچھنس کُن ذرٕ لُچہ ترٛاوٕ۔ نہٕ ماج اُس یہندہِ وُشنۍ شاہ پتہٕ تس بٕچھنس پتہٕ ژینان۔

"وۄہہٕ نۍ نیر۪بی۔ ژٕہ بیٚتہٕ نٕس!"

"اکِس ہنٛدِس منٛز نَیہ رٔٹھتھ!"

"کانٛژاہ دِلہٕ دُر زنانہ تِچھہ!"

"ہیا نیر۪یوٚ ووٚ بیٚترٕ نٕس! ہیتھ مس کلاوٕ دِوو ووٚ!" بیچارہ ہمن تُرو ژھتھ بٕروٚنٛٹھ پیٚتھ ذٕژ پلسہ والیو کڑٕتھ۔ ماجہ نکھہ کٔین گٔتن آیہ گمٕ لسہٕ ہش۔ نہ تِہندۍ کُمہٕ اکھہ اکی سینٛدِن آلیٚتن ٹھپہ۔

تس باسیوو ژٕہ یِم لکھہ چھِ زان حاصل کرنہٕ باپتھ نہ تس پیٚتھ پُژھہ کرنہٕ خاطرٕ تیار۔ نہٕ سۄ اُس پننہ زانکاری تہٕ پننیٚن خیالن ہنٛدٕ طاقتکھ تجربہٕ۔ تِمن تانۍ وٕلۍ وٕلۍ واتہٕ ناوُن یِژھان۔ تِہنٛدۍ دِلہ کیوٚ سینہٕ رۄ منٛزٕ اُسہٕ خیال سہل پائٹھۍ نیر۪تھ باتن ہنٛد جامہ پراوان۔ مگر یہٕ موٚ محسوس کرتھ زِ سۄ ہیکہ نہٕ گیوتھ گُو تس کیاہ تانۍ۔ تِہُنٛد ہشر آواز اُس ہیکہٕ تہٕ بیٚیہ سۄ

"ہیانس نیچوِ سندہِ لفظ چھِ اکس ایمان دار موذنہٕ سندۍ لفظ۔ یِمو نہٕ پنن روح کُن مٕتۍ چھہ۔ یِمن لفظن منٛز کوٚت ہیٚزر چھہ! یِمن لفظن منٛزُس جوٚر تھہٕ بے خوفی چھہ، تِمہٕ سیٚتۍ ہیکہ یِمن منٛزٕ ایمان وارِمی تہٕ خوٗلٕ حمک اندازٕ سیٚدتھ!"

—

تہٕ ... نٲوتہٕ وِنہٕ چھُس لَجہٕ تٔس مُرٕ گٔنڈِتھ دٕ چھُنہٕ یمن

منز ادس خوف تہٕ تہٕ خوشی تہٕ۔

کمٕ تام کوڈ تٔس سیٹس ٹاس۔ تہٕ سُہ بیٹھ بینچس پیٹھ۔ پُلسہٕ

والین ہیٚنز پہٕ آسہٕ ٹکن ہندیو کلو پیٹھ نژان۔ کانٛسہٕ آیہٕ نالس ٹھیچھ تہٕ

کانٛسہٕ پھینکس، کینہہ پادٕکہٕ ہیاٹس کینژن نیکھ ٹوپہٕ تہٕ پوشٕکھ ہورہٕ یور ہرٕ تھہٕ۔

ٲچھ ہیٚنزن اُچھن برونٛہہ کینہہ گو سورٕ گوبہٕ ٹُہ گوٹ۔ تہٕ گوٹ گرٕ ھہتھ لوگ

گیرنہٕ۔ مگر ہینٛز دگ ڈنٛجہٕ رٹھتھ وُٹھ سُہ باسیٚ چھُ تھ قوتھ بیٚکھ:

"لکہٕ اِتحاد کرٕنہٕ بنہٕ اکھ مضبوط طاقتھ!"

سُہ ہُوتہٕ ویٹھو اکھو سیتہ تٔس نالہٕ رٹٕت دِنہٕ راو سُہ

پُلسہ وٲلی۔

"خاموش!"

سُہ آیہٕ دیوارس پھاونہٕ۔ پرنٛزس کھنڈس وۄل خوفکی ٹیٹھی

دِہیہٕ تٔس دِلس نال۔ مگر جوٗرتھ تہٕ حوصلکھ الاو لوگ بینیہٕ اکہٕ لٹہٕ جمکہٕ

جمکہٕ کرٕتھ پرٕتیہ لیٚنہٕ۔ تہٕ خوفُک دٕہ کوڈ تیمہٕ نیرٕ۔

"نیرِہی یِتِنٛس!" پُلسہٕ وٲلی دوٚن۔

"تہٕ ما کھوٗژِو کُنہٕ تہٕ چیزس! تہٕہنٛزِ زندگی کھوتہٕ تہٕ چھا کانٛہہ

کرِیہٕ ٹھ چیز؟"

"بہٕ چھُسَے وَنان چونٛہہ ٹھ وٲٹھ!"

اُتھس ٹھیچھ کرٕتھ کوٚر پُلسہٕ وٲلیو تٔس دُرہٕ۔ دوٚیِم پُلسہٕ وٲلی

روٗٹ تٔمِس بیاکھ اَتھ۔ تہٕ تِمو دوشوٕے زٕنو نیٚبہٕ سمہ کوڈ لٕتہ۔

"سوٗ کرِ بیچھر یُس تہٕندِس دِلس کھٕنجہ تہٕ وٕچھس پرین چھُہ کران"

خفیہ پُلیسک موہنیوٗ اوس تَس بُرونٹھ بُرونٹھ پکان۔ تہٕ تِمکھاہ

ہٲوِہ ہٲوِہ کرِیکہ دِوان۔

"ژھہ یہ ہے ہوٗنی!"

تَس پیٚپیٚزرے یہٕ چُشمہ۔ تٲرِ کھٕنجہ چارِن۔ پشی جَن کینِن پیٹھ

مُشکلن کھور ٹھیکہ راوٕلِتہ دِژ تیمہٕ کرٕنِچھ۔

"یِم لُکھ ہیکَن نہٕ میانِس رحِس، زِندٕہ رحِس کھش کرِتھ!"

"ہوٗنی!"

خفیہ پُلیسکو نفرن کوڈ تَس چیاھتھ۔

"بِل کُل رُت کورٕنَس۔ اَمِس بُڈہ رانٹھ سیہ پزہ یی سزاہ دِیُن!"

کمہٕ تام وٗن کمینہ گی سان۔

ماجہ گوٗ بِرنٕزِس کھنڈس اَتہ گوٹ۔ تہٕ اَسٕسَن منز باسیوس

خوٗنک نِشہٕ مزہ ہیوٗ۔

تیز تیز کھتہ بوٗزِتھ پھیوٗر تَس جِسم۔

"خبردار چھوٗرہٕ۔ یِمتہ نہٕ اَمِس پیٹھ اَتھ تُلِو!"

"ژٕلِی دوٗ دوستو!"

"خبر کتِکو بدماش!"

"ہاوِو اَمِس مزہ!"

"ہیم ہیکَن نہ ساٗنی ذِہن رٔٹِتھ داٗوی کٔرِتھ۔"

پُلسہٕ واٲلۍ آسۍ تَس پَتہٕ کِنۍ گٔرِ دَنہٕ ژھٔچھ دِتھ دٔکہٕ دِوان۔ نہ تسِندِ شانَن نہٕ کلَس ٹاس ٹاس دِوان۔ کرٛیکہٕ نادَن نہٕ سیٹھیٖن ہِندِس آوازہٕ طُفانَس منٛز باسیوو تَس سورُے کینٛہہ نژان۔ کَتھ تام گوٚب چیز آو تَس کَنَس سیٹھاہ ٹاسہٕ۔ ہٕٹِس لایہ نہٕ۔ تَس ہیوٗت دم گژھُن۔ کھوٚر مۄہ نیٖس کھٹِن ژاپِس تھٔرہ۔

غلبہ دٔگہٕ سیٹھا آسۍ تَس بَدنَس نِستَر ہوی وِسان۔ بے ہوشی کِنۍ ہیٚژن سۄ اورہٕ یور لایِنہٕ ییٚنۍ۔ مگر تَمۍ سۄزن اَچھَن ہِند نظر موٚکلیووۍ نہٕ۔ تَمہٕ رٔلاوِ یِیہٕ چُشمہٕ بیٚین چشمن سیتۍ۔ سارِنی چشمہ آسہٕ تَمۍ گاشرہ تہٕ بے خوف نارہٕ سیتۍ شوٗلان۔ یِتھہٕ گاشہِ نِشہٕ سۄ باخبر آس۔ تہٕ یِس تَس ٹوٗلِتھ اوس۔

سۄ آیہٕ دٔکہٕ دِتھ اَکہٕ برہ کِنۍ ژانہٕ نہٕ۔ اَکھ اَتھ سۄ کلاوٕتھ ژوٗٹ تَمہٕ دروازہٕ پوٚٹ۔

"پٔزرس ہیکہٕ نہٕ خوٚنہٕ سوٗدر تہٕ پھاٹہٕ ناوِتھ!"

تَمِس کوٗڈ کَمۍ تام اَتھَس زورٕ ٹاس۔

"چارٕ بوٚ آمہٕ سیٹھا ہٲرِ وِہ لُکَن ہِنز نفرتھ! اَکہٕ دوہ ہیٚہ ہا بٔنیہ وِہ یہ سورُے کلَن ییٚتھ!"

اَکہٕ پُلسہٕ واٲلۍ رٔٹ تَس گٔردَن تہٕ ہوٗٹ ہیوٗتنَس چیرَن۔

"کَم بختو!" تَس گوشاہ بنٛدِ تہٕ تَمہٕ ہیوٗت پھِرہ کَن۔

زورٕ ہیٚکِہ کھٲلِتھ دِیت کَمۍ تام تَس جواب۔

# میکسم گورکی

گورکی سٕنٛزٕ اَتھٕ ہٕنٛدۍ تجربیو ہٕنٛزٕ زندگی چھ اکھ سِنیما سکرین یتھ پیٹھ اُہنٛزِ زندگی ہٕنٛزٕ سارے تصویرٕ تاکارٕچ پٲٹھۍ بیٚہِ بزان چھ۔

روٗسُک شہر نژھنی نووو گورود۔ ۱۶ مارچ ۱۸۶۸ء۔ واروراتہٕ میکسم پیشکوف سٕنٛدِ گرٕ چھُ اکھ لڑکہ تھٕنہٕ پیوان۔ اُمِس چھ الیوشا ناو پوان کرنہٕ۔

الیوشٕ اُمِس چھُ بُڈہٕ بب شالکوہ کران۔ نانی چھس بچاوان۔ الیوشا اُمِس چھ مول آسان کالرا بُزِ گومُت تہٕ ماج چھس نانہِ نِش ژٲڈتھ گژھان۔

الیوشا چھ اَکِس بوٗٹٕ دُکانس منٛز نوکری کران۔ وان دُوٗرٕ نہٕ پیٹھ گژھکن ہنٛدین گرن تام بوٹھ تہٕ کھور بانہٕ ژراونس تام چھ باسان اُمِس لکٕچٕ چھس اَرداہ ارداہ گاٹنہٕ گژھان۔

وولگا دٔریاوُک بوٚٹھ۔ الیوشا چھ گرٕ ژٕلِتھ اَکِس اَکی جہازس منٛز مشالچی ہِنٛز کام کران۔ ژھیٚنٛٹھ بانہٕ چھلنہٕ پیٹھ بُڈہٕ خانٕساماس کتابہٕ پٔرِ پٔرِ بوزنہٕ ناونس تام چھ یہ تصویر مُکمل گژھان۔

گوگول سٕنٛز اکھ دلیلہ کتاب۔ الیوشا چھ اَمہِ منٛزٕ اکھ کہانی "عبرتناکھ انتقام" پران۔ تہٕ اُمی سٕنٛدِس ژھیتہٕ گامتس بُتھس پیٹھ چھ نار زُن شولان۔

بیاکھ کتاب "تارس بلبا"۔ قزاقن ہِنٛز یہ مارٕ مُنٛز داستان چھ تس اندر اکھ نوو جذبہٕ وۄتلاوان۔ حالاتھ چھ ناقابلِ برداشت۔ لُکھ چھ ظالم۔ مگر کتاب۔ کتابہٕ ہیکن یِمن حالاتن تہٕ یِمن لُکن ہنٛدِس ہوٗ جوٗہس منٛز تہٕ اکِس انسانس زندگی تہٕ لُکن سٕتۍ تعلق وِرتہٕ وُنکھ حوصلہٕ بخشتھ۔ الیوشا چھُ شکرانہٕ تہٕ احسان منٛدی سان۔

خانٕی سامانہٕ میٚنٛٛز ییلس کٔن ژھِنان۔ بڑٕہ خانٕی سامان چھِ پیٚنٛد وۄنہٕ زلی گٔژھِتھ رٲوِتھ تہٕ بیٚنہٕ تہٕ شفیق اُچھ شعلہٕ نٲوِتھ بڑٕہ تولہٕ سان اُشن کران۔

ہرٛدٕہ کال۔ الیوٗشا چھِ دُبارٕہ ماتامال گژھان۔ مگر تتھ گرٕک شکس تہٕ غریبی چھِ تس پیٚنٛد ڈالان۔ الیوٗشا چھُ بیٚنیہ اکہ لکٕٹ زندگی ہنٛزٕ زیٖچھ تہٕ کریٖچھ وُچھتہٕ پیٚٹھ پکان۔ تمس پیٚٹھٕ ڈیس کٹیلہ چھُس الوند۔ تتھ منٛز چھِ تمۍ کینٛہہ کتابہٕ تہٕ تصوٕرِ۔ الیوٗشا چھِ حمال بنِتھ بڑِ بڑِ گٔنٛڈِ ساران۔ سُہ چھِ ژانگو گاشس تَل اکھ کتاب پران۔ ہورٕ چھُ کٔنٛہ نام پُوان۔ کتاب اٰسہٕ مۄرِتھ نِوان۔ تہٕ تس چھاپتھ کڑان۔

اُکس زیٖچھ سرٛکہ تھچھ رۄڑتھ پوان ژاوِنہٕ۔ الیوٗشا چھِ اکہ اندہٕ رۄڑِتھ پیٚٹھٕ راوان۔ اُمِس چھِ پیٚرٕ لبن عارفہٕ شران گۄمت۔

الیوٗشا چھِ اُکس لکہٕ ہوٗجہٕ مَس سیٖتۍ پکان۔ یم گۄمت چھِ دٔژاگن ژٔل رٲوِتھ ہتھ۔ فاقہٕ پیچرِ لکو منٛزٕ چھِ کینٛہہ زٔنی پتھر پُوان مٲسرٕ۔ کانٛہہ اَکھاہ چھُنہٕ یمن اَکھ رۄٹ کران۔ الیوٗشا چھِ یمن تریش چاوان تہٕ اُچھن منٛز چھُس نفرتٕک تہٕ انتقامٕک نار بیہِ ژھٔٹان۔

کینٛہہ کتابہٕ تہٕ تہنٛدۍ سرورق۔

الیکزانڈر پشکن سنٛز نظمہٕ۔

گوگول سنٛز ناول۔

لرمنتوف سنٛزٕ دٲلیلہ

تہٕ بیٚنیہ تہٕ دار یاہ کتابہ چھِ اکھ اُکس سیٖتۍ رٔلتھ میلہتھ اکھ وتھ ہاوان بنان۔ یمہٕ پیٚٹھ الیوٗشا پکان چھُ۔ اتھ وَتہٕ دُطرفہٕ چھِ ساسہٕ بادتہٕ رٕچھ واد لکھ پکان۔ پرٛیتھ ذاژ ہنٛدۍ، پرٛیتھ طایفک، پرٛیتھ مذہبک تہٕ پرٛیتھ نسلک۔ الیوٗشا چھِ

یِمن کُن وُچھِتھ باسیٚ خوش گژھان تہٕ پٔرنہٕ وۄنداُسۍ۔ گۄبہٕ آسان تہٕ گمۍ وۄنۍ

نزھنی نوو گورود۔ الیوٗشا چھ اَکھ نظم لیکھان۔ ہِنٛز گوٚڈنیچ نظم "پٔرہ

کُلیک باگتھ"۔ رۄسی ادیب ولادیمیر کورولینکو چھ نظم پران۔ تہٕ بُجھتھ پتہٕ چھس

شکھ ہیوٚ پریدان۔ الیوشا چھ نظمہِ تلِہ ہہ کران۔

سۄ چھ کتابہٕ پران۔ یِمن ہِندِس سحرس تَل چھ تہٕ سۄدے کینٛہہ مُشراوُن

چھُ یژھان۔ مگر زِندٕ رۄزنہٕ باپتھ چھُ بِنیہِ مۄزوٗری کران۔

رۄسی شہرِ طفلس۔

الیوشا چھ اَکھ کہانی لیکھان "ماکر چُدرا"۔ اَکھ رسالہ چھُ یہ کہانی

چھاپنہٕ منٛزٕ ہیوان۔ الیوشا میکسم پیشکوف چھ اَمی وِزہ پنُن قلمی ناو میکسم گورکی

تھاوان۔ گورکی سُند بیاکھ افسانہٕ "چیلکاش" چھ اَکِس سنجیدہ رسالس منٛز نیران۔

سمندر بوٚٹھ۔ لکھ چھ گِندان درہ کان۔ سران کران۔ تماشہ دِوان۔ تہٕ

گورکی چھ خلوکھ حبابہٕ اَکِس بَجہ بۄرونٹھ کنہٕ بیہتھ تمی منٛز کتھہ بوزان۔ کینٛہہ کال گژھتھ

چھُ اَمِس بَجہ ہِند افسانہٕ "آئیزرگل" ناوہ چھپان۔

گورکی چھ اَکِس اخبارہٕ دفترس منٛز کام کران۔ تمی چھ پنُن ہس اَکہ

فیتہٕ سیتۍ گنڈِتھ تھوومُت۔ نِکیازِ تسُند گوٚن ہس اوس تمِس بُتھِس تہٕ آچھن

کُن لاینہٕ یوان۔

گورکی چھ لالٹین گاشس تل پنٛنز مشہوٗر نظم "پآزہ سُند گیوٚن"

لیکھان۔ اَمہ نظمہِ منٛز علامتی شاعری چھ انقلابک پیغام دِوان۔ یہ نظم چھ کامگارن

منٛز سیٹھاہ مقبوٗل سپدان۔

گورکی چھ اَکِس میٹنگہ منٛز شامل۔ یہ چھ رۄسہ کیو انقلاب پسندو

زارشاہی خلاف ژوٗرہٕ ژھیٚپہ بلاوٕ ہرِش۔ ملکہ کِین سیٲسی سماجی تہٕ اقتصادی نیٚاین
چھُہ دٲل دِوان دِنہٕ۔ حالانکہ عام لُکن موٲفق بناونہٕ بابتھ چھہ دلہٕ دِوان ژھارنہٕ
گورکی چھہ اَتھہٕ بخشش منز سارِہ نے بروٗنٹھ برٛونٹھ۔

گورکی سُنز ناول " فوما گوردییف" چھہ چھاپہٕ نیران۔ رٛوسُک تاجر طبقہ
چھُہ اَتھ خلاف زبردس شور تُلان۔ اَمہِ طبقہٕ کہٕ وَننہٕ موجب اوس" گورکی اَکھ خطرناکھ
ادیب تہٕ تٕمہِ سُنز یہِ کتاب چھہ سائنس ہُکومتس خلاف لیکھنہٕ آمٕژ۔ یتھ لکھ گژھن
سائبیریا یا جلاوطن کرنی۔"

ماسکو۔ ۱۹۰۰ء

گورکی چھہ لیو طالسطائی ہس سمکھنہٕ گژھان۔ گورکی چھہ چیخوف اکِس
خطس منز لیکھان۔

" طالسطائی ہس سمکھن چھُہ سیٹھاہ اہم تہٕ واریاہ فائدہ منٛد۔ تس
کُن وُچھتھ چھُہ یہِ خوش کرِہ وُن احساس ووتلان زِ اُسہِ تہٕ چھہ اِنسان تہٕ اَکھ انسان
ہیٚکہِ اَمہِ سُندسے ہیوٗ تھذر تہٕ شان پرٲوِتھ۔"

" طوٗفانی جاناوارہ سُند وَژُن"

گورکی چھہ یہِ نظم لیکھان۔ تہٕ تمہِ طوٗفانکھ پے ژوان۔ یُس وارِہ واٗژ
نگہ کھوٗرہِ ٹھیکہ راوِتھ برونٹھ برونٹھ پکان اوس۔

اپریل ۱۹۰۱ء

" طوٗفانی جاناوارہ سُند وَژُن" چھُہ اَکِس رسالس منز چھپان۔ پولیس
چھہ گورکی ہِندِس گرس چھاپہٕ تراوان۔ گورکی چھُہ گرفتار سپدان۔ بیمار گورکی چھہ
جیلہ تراونہٕ یِوان۔

کرِیمیا۔ گورکی چھہ اَتھہٕ صحت افزا مقامس پیٹھ پننہِ صحت

ٹھیک کرنہٕ سوزنہٕ یوان۔

اَمہِ پورکنٕ چھِ زارشاہی ہُندِ پولیس اُمس پتۍ روزان۔

ماسکو آرٹ تھیٹر۔ گورکی سُند ڈراما "فلسٹائینز" چھِ سٹیج سپدن ووُل۔ تھیٹرس اندر نیبرٕ تہٕ ہورہٕ یور چھُہ پولیس وہراوِتھ۔ ڈرامہُک پیش کار کونس تنتیف اِسٹانلوسکی چھُہ لیکھان۔

"باسان اوس زَن تہٕ اسہِ رُوہ ہر سلیح تیاری اُسہٕ نہٕ کران۔ بلکہ کمہ تام زبردس لڑایہِ ہنٛز سکھرأس سپدان۔"

"لوور ڈیپتھس" ڈراما چھِ سٹیج سپدان۔ یہ چھُہ زبردس کامیاب روزان گورکی چھِ سٹیجس برونٛہہ کُنہ کھراتہٕ گِکھ چھِ ووہ دِنہٕ وُٹھو وِتھو تس ژرہ پوپ کران۔ ہالہٕ نیبرٕ چھِ سامیہ واد لگِھ "بہنس گورکی" سُند دیدار کرنہٕ باپتھ پرٛاران۔

۱۹۰۵ - خونی آتھوار۔

گورکی چھِ کامگارن پیٹھ گولی چلاونس خلاف زبردس احتجاج کران تہٕ زارِ روٗسس اَمہِ قتلِ عامُک ذمہ وار گنٛزران۔ گورکی چھِ گرفتار سپدان۔ اناطول فرانس چھِ اُمی سنٛزِ گرفتاری خلاف لیکھان:

"گورکی سُند مقصد چھُ عام لُکن ہُند مقصد۔ گورکی ہیس ہیوٚ ذہین انسان چھُ سارِ دُنی ہُنٛد میراث۔ سورُے دُنیاہ چھُہ تمہٕ سنٛز رہٲیی کانٛہان"

گورکی چھِ رٔہ سپدان۔

"ماج" ناول چھِ دورٕ وارہٕ خولہ خط پرٛادان۔ پاول والسوف تہٕ تمہٕ سنٛزِ ماجہِ ہنٛز داستان چھِ اکھ عظیم تہٕ یادگار ناول بنان۔

---

Lower Depths۔ Philistines۔

لینن چھ اَمکہ مسودٕ پٔرِتھ وَنان :

" اَکھ جان، سیٹھاہ اہم تہٕ سیٹھاہ ہے ضرورٕ کتاب "

" ماں " چھ سیٹھاہ کامیاب ناول بنان ۔ زارشٲہی چھ اَتھ پیٹھ پابندی لگاوان ۔ مگر ناول چھ رٔدِس منز نیبر رٕوسی زبانہِ منز چھاپ سپدِتھ ژوٗرٕ ژھیپہٕ رٔوس واتناونہٕ یوان ۔ تہٕ یہ چھ سارِسے مُلکس منز واتان ۔ سرکاری بیانہٕ رنگہٕ چھ " ماں " اَکہِ سیٹھاہ ہے مجرمانہٕ کرداریچ تہٕ بغاوتس وُتشس دِنہٕ واجینٕج " کتاب گنزرناونہٕ یوان ۔ گورکی چھ اٹلی ہندِس اَکِس ژٔوس ' کاپری ' منز سفرتھ وٕری کڈان ۔ تکیازِ سُہ اگر رٔوس ترٕ ہے ۔ سُہ سپدِ ہے گرفتار ۔

۱۹۱۴ء گو ڈٕنیکھ جنگ عظیم ۔ گورکی چھ لیکھان :

" صُبحہ پیٹھے کالس تام چھ مےٚ یہ خیال دِلس زٔدٕ کران زِ کیتی لکھ تہٕ کتہٕ کتہٕ آسن قوربان سپدِمٕتی " سُہ اوس جنگک زبردس مخالف ۔

اکتوبر ۱۹۱۷ء ۔ رُوٗسُک انقلاب ۔ گورکی چھ اَکِس جلسس منز وَنان :

" اَمہِ دیت اَکِس نوِس تواریخس کنّ "

اکتوبر انقلابہ پتہٕ ۔

دٔراگ ۔ وَباہ تہٕ موت ۔

گورکی چھ تھک، دِنہٕ وراٲی کام کران، موزوٗرن، گریسٕتین تہٕ دانشورن سیٹھو سیٹھو ژکان ۔ یانہٕ تپ دِق کہِ مرضہٕ آسنہٕ پتہٕ تہٕ نہٕ دم ہیوان ۔ تس چھ آرام کرنُک مشورٕ یوان دِنہٕ ۔ سُہ چھ تورٕ وَنان :

" مےٚ چھِنہٕ تمہٕ خاطرٕ مےٚ ہتھ "

لیننن ہندِس وَننس پیٹھ چھہ گورکی علاجہ باپتھ گمہ ڈٕہ جرمنی تہٕ پتہٕ

اٹلی گژھان ۔ اُتہٕ چھہ واریاہ وُری کڈان ۔

جنوری ۱۹۲۴ء ۔ لیننن چھُ مران ۔ گورکی ہس چھُ ہیہہ گژھان یُس

چھُ لیکھان :

"یُس چھُس غمن آورمتھ ۔ کہِ نوٗ گو ناوہ تہٕ اُرہ تھ "۔

گورکی چھُ لیننن سُند قلمی خاکہ لیکھان ۔

" میانی زندگی "

" آرتمنووف "

" کلیم سامگین سُنز زندگی "۔

یمہٕ کتابہٕ چھہ اکھ اُرکس پتہٕ چھپان ۔

گورکی چھُنہ وونی رٔوسی کُکن تانی محدوٗد روزان ، سُہ چھُ عالمگیر شوہرتھ

لبان ۔ دُنیہکین لُکن ہُند ادیب بنان ۔

گورکی شرٔپن مُنز وہ تھان بہان اُسان گندان ۔

تس اوس نوہ رٔوسہٕ کین آیندہ معمارَن مُتعلق اکھ کتاب لیکھنک خیال ۔

مگر یہ خیال رُود اڈہ لیوٗکے ۔ تکیازِ ارداہ جوٗن کُنہ وہ شُمتہ تہٕ شئیہ ترہ ہس

مشنز سپُد سُہ فوت ۔

علی محمد لون ⊙

